بِسم اللهِ الرّحمٰن الرّحیم

# کأشُر

# لُکہٕ وۆتُر

## (تحقیق تہٕ تجزِیہٕ)



کتابہِ ہُندناو : کأشُر لُکہٕ ووٗتُر (تحقیق تہٕ تجزیہِ)

مصنف : غلام نبی آتش

نائل اننت ناگ کشمیر۔ پن192125

فون:240301-951932

موبائل9906787121

گوڈنیُک ایڈیشن : 2009ء

سرورق : گُلزار احمد راتھر

کمپیوٹر کمپوزنگ : محمد یوسف میر (ولی دارالکتابت)

چھاپ خانہٕ : جے کے آفسٹ پریس دہلی

قیمتھ : ترٛے ہتھ روپیہ (Rs. 300/-)

تعداد : اکھ ساس

پتہٕ :

۱۔ غلام نبی آتش نائل اننت ناگ کشمیر۔ پن۔192125

۲۔ بزم ثقافت کشمیر۔ ہیڈ آفس شوپیان

۳۔ کتاب گھر، کلچرل اکاڈمی، مولانا آزاد روڈ سرینگر

۴۔ گلزار احمد راتھر، کلچرل اکاڈی سرینگر

1. Name of the book:

**KASHUR LUOK VOTUR**
**(THAQIQ TU TAGZI)**

(A collection of Articles in Kashmiri about research, explanation and criticism of Kashmiri folk lore))

2. Author : Ghulam Nabi Aatash
3. Adress : Nanil Via Martand. Dist. Anantnag. Kashmir
4. Copies printed: 1000
5. Year of publication: 2009
6. Composing : Mohammad Yousuf Mir
7. Press : J&K Offset Press
8. Publisher : Ghulam Nabi Aatash
9. price per copy: Rs. 300/-
10. Phone: 951932-240301
(M) 9906787121

بہٕ چھُس ریاستی کلچرل اکاڈمی ہُند تمہِ مآلی امدادٕ باپتھ شُکر گذار یُس یہِ کتاب چھاپنہٕ باپتھ مےٚ دِنہٕ آو۔ یتھ کتابہِ منٛز درٕج مواد س چھُنہٕ اتھ ادارس سۭتۍ کانٛہہ تعلق۔ اَمہِ کہِ تمام حُسن وقبوٗح خاطرٕ چھُس بہٕ پانہٕ ذمہٕ وار۔

غلام نبی آتش

# انتساب

یِنہٕ والین تحقیق کارن، تنقید نگارن

تہٕ

تجزیہ کارن ہِنٛدِ ناوٕ

یِمن لُکہٕ ووتٕرِس سٟنِتھ تہٕ سٟزِتھ

اَمہِ چہِ تجزیہ کٲریہٕ ہُنٛز مٹہِ دٲری

نکھہٕ وائلنیٚ چھےٚ۔

غلام نبی آتشؔ



# ترتیب

# گوڈٕ کتھ

''لُکہٕ ووتُر، تحقیق تہٕ تجزیہ'' ناوس تحت تحقیقی تہٕ تجزیٲتی مقالن ہٕنز یہِ سۄمبرن پرن والین تام واتناوِتھ چھُس بہٕ خوشی محسوٗس کران۔ ''کٲشُر لُکہٕ شاعری، وکھنے تہٕ وبٕ ھنے'' ناوِ میانین مقالن ہٕنز یوسہٕ سومبرن 2007 ہٕمنز شایع سپز، تتھ منز چھِ کٲشرِ لُکہٕ شاعریہِ متعلق 17 تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہٕ درٕج۔ اما پۄز دِرِدس سومبرنہِ منز چھِ کٲشرِس نثری لُکہٕ ووٗترِس متعلق 23 مقالہٕ شامِل کرنہٕ آمتۍ۔ یِمن مقالن ہُنٛد مواد چھُ واریہن ؤریین کٲشرِ لُکہٕ ووتر ہٕیُک سنجیدٕ مُطالعہٕ کرنس دوران بدس آمُت۔ یِمن الہٕ پلہٕ سارِنٕے مقالن ہٕندی موضوع أسی آسناوِنے۔ یِمن منز چھےٚ تِمن گوشن تام ہِلو کرنٕچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ، یِمن گُن از تام کمہٕ نٕے ژٕکی دَر محققن ظوٗن رِلیوٗ مُت چھُ۔ یتھ سومبرنہِ منز شامِل کرنہٕ آمتۍ کینٛہہ مقالہٕ چھِ مختلف رسالن منز چھاپ سپدیٕمتۍ تہٕ کینٛہہ چھِ ریڈیو کشمیر سرینگرٕ پیٹھٕ ''وراثت'' تہٕ ''پیامِ صبح'' ہِوٗ بن مقبوٗل عام ثقافتی پروگرامن منز پرنہٕ آمتۍ۔ تاہم چھےٚ سارِنٕے

مقالن نۆسر نظر دِنہٕ آمژ تہٕ ضرۆری ژٕٹہٕ واٹھ آمژ کرنہٕ۔ پرن والین ہرگاہ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ خیالن ہُند تکرار نظرِ گژھِ، سُہ آسہِ محض موضوعچ مجبوٗریہِ ہُند نتیجہٕ۔

یتھ پاٹھۍ چھِ نوم حرف لیکھن وألی سٕژن تحقیقی تہٕ تنقیدی کتابن ہنز گرنٛد شمن تام واتان۔ سہو وخطا کرِ اللہ تعالیٰ معاف (انشاء اللہ) سُہ چھُ غفور ورحیم۔ وون گوٚو شفقہٕ تہٕ غلطیہِ ہیکن بشری کمزوریو کنۍ تہِ آسِتھ تہٕ راقم الحروف سٕندِ محدوٗد علمی لیاقتہٕ کنۍ تہِ۔ وومید چھےٚ پرن وألی کرن درگذر۔ لکھہٕ ووتر چھُ سمأجی زندگی ہُند أنہٕ۔ ہرگاہ اَتھ تنوظرس منز میأنی یم مقالہٕ معنہِ سأوکۍ تہٕ کارآمد ثأبت سپدی مےٚ ووگنن شانہٕ زِیٛری یہِ وادن ہنز محنت کھٕژم رتھِ۔

تِمن سارِنے محققن تہٕ ادیبن ہُند چھُس وژھِ وأنجہِ شُکر گذار یہندی مشورٕ تہٕ حوالہٕ اکار بکار آیم۔ کلچرل اکاڈمی ہندِس کأشرِس انسائیکلوپیڈیا شعبس منز رِسرچ اسسٹنٹ سٕندی نٛشی یتہٕ کأم کرن وول خوش اطوار، خوش گُفتار تہٕ خوش کردار نوجوان سُکالر گلزار احمد رأتھر رۆدُم پرٚتھ ساتہٕ گوٚبر گرٛنز اتھِ شیٚہلاوان، اکھےٚتۍ پوٚرُن یتھ کتابہِ پرٛوٗف تہٕ تہٕ شایع کرنچ مٕتہٕ دأری تہِ وأجن نکھہٕ۔ تِمنٛد چھُس نہٕ بہٕ صِرف شُکر گذار بلکہِ احسان مند تہِ۔ خوش نویس محمد یوسف میر تہِ چھُ شکریہِ ہُنک حقدار زِمۍ گرِ یمہِ کتابہِ ہنز کمپیوٹر کمپوزنگ سبٹھاہ شوٗبہِ سان۔

جنوری: 2009ء غلام نبی آتش

# فوک لور تہٕ لُکہٕ پَرٛتھ

''فوک لور'' اصطلاح کٲر گوڈنچہ لٹہِ ولیم جان تھامسن ناوی ، انگلستانکی
اَکی عالمن 1826 منز پیش ۔ اوّت تام اُس اَتھ موضوعس تحت ینہٕ والین
معاملن متعلق وارِ یہو یؤر پی عالمو بُنیادی تحقیقی کام کرمژ حتیٰ کہ گرِم بارٕنو
(جیک لُڈِ وگ کارل گرم 1785-1863ء تہٕ وِہلم کارل گرِم
1786-1859ء) اوس اَمہِ کامہِ ہُند دس 1812ء منز تلُمت ۔ فوک لور
اصطلاح چھِ دون لفظن ہنز مِلہٕ وُنی ستی بارٕسس آمژ ۔ فوک تہٕ لور ۔ فوک
لفظس چھِ واراہ معنہٕ دِنہٕ آمتیٰ ۔ اماپوز اَمیُک عموٗمی معنہٕ یوٚ دوٚے لوٗکھ چھُ مگر
کینژَن ہند خیال چھُ زِ فوک گٔے پسماندٕ لوٗکھ ، کینژو وؤن زِ فوک گٔے گرٛیسی
اڑبو ووٚن زِ فوک گٔے وُسی پایہِ ذاژن ہنز جماتھ تہٕ بعضو ووٚن فوک گٔے
گامی لوٗکھ ۔ کتھِ اند بوٚر دِنہٕ خاطرٕ دِژ 1978ء منز الان ڈیوانڈیز ناوی مشہوٗر
عالمن فوک لفظچ اکھ قابل قبوٗل ڈیفنِشن ، تسُند وَنُن چھُ زِ فوک نہ گٔے گرٛیسی ،
نہ گامی ، نہ شہری ، نہ وُسی پایہِ ذاژن یا پتھ کھورِ لوٗکن ہنز جماتھ بلکہِ چھےٚ فوک
تمن لُکن ہنز سو چھوٚکھ یمہِ کینہہ فردن کم از کم زبان ، مذہب ریژ ریوایژ ، پیشہِ

---

۱ سٹنڈارڈ ڈکشنری آف فوک لورس منز چھِ اکہِ ؤہ ڈیفنشنہٕ دِنہٕ آمژ ۔

تہٕ اعتقادَو منٛزٕ اکھ نتہٕ بیا کھ چیز سروٚد آسہِ ۔ انسانن ہُنٛد یہ گژھ ہیکہِ تیوٚت بوٚڈ تہِ آسِتھ یتھ قوم وٕنتھ ہیکو تہٕ تیوٚت لوکُٹ تہِ آسِتھ یتھ خاندان وٕنتھ ہیکو ۔ اما پوٚز اَتھ لُکہٕ چھو کہِ گژھن یمے سرۆ دی چیزا کھ پرٛ زنتھ عطا کرٕنی[1] ۔ پتھ روٚد لور لفظ ۔ یہِ چُھ قدیم ریٛژ رِوایژ رٕچھتھ تہٕ سٕرتھ ژٕنتس تھونکہِ معنہِ رٕنگی ورتاونہٕ یوان ۔ یتھٕ پأٹھی چھُ فوک لورٕ کس وانگس منٛز انسانہٕ ہنٛدِ آدن کالہٕ پیٹھٕ از تام کیٛن تجربن ، اسطوٗرن ، دیو مالایہِ ، وٛہمن گُمانن ، رسمن رِواجن ، کارن کسبن ، سوچن تراین ، اظہارٕ وٕطیرن ، خابن خیالن ، طمعن ارمانن تہٕ لسنہٕ بَسنہٕ کیٛن طریقن جاے میلان ، اما پوٚز یمن سارِنٕے چیزن ہنٛدی موٗل گژھن لأزمی مَن قدیم زمانس منٛز آسنی ۔ یوٚت یوٚت کأنسہِ انسانہٕ سُنٛد کُنہِ چیزک یا کُنہِ کتھِ ہُنٛد زمانہٕ پرانان چھُ تیوٚت تیوٚت چھِ تَتھ اکھ تصورأتی ہیَت یا وَنو غأر مأدی وجوٗد عطا سپدان ۔ بیٚیہِ گژھن اَمہِ فوک لورچہِ گُلہم وٕنتی ذأژ زبأنی زبأنی اکہِ پُیہِ پیٹھ دوٚیمہِ پُیہِ تام واتان روزنہِ ۔ فوک لور یامتھ لکھنہٕ یوان چھُ اَمیُک نوزُک مزازٕ بلکہِ روٗح چھُ یہ دٕلِی زِتہِ قأدسپدان ، اَمہِ ستی چھِ اَمہِ کِس مزازس تہٕ وُپھِ وارس تھانکھ یوان ۔ کأشرِ زبأنی منٛز ورتو مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی یَن فوک لور اصطلاح کہِ متبادل رٕنگی "لُکہٕ رَس" محمد یوسف ٹینگ صأبن وۆنس "لُکہِ باوَتھ" تہٕ کینٛہہ چھِس ونان لُکہٕ وۆترٕ تہِ چھِ سأنی لکھن وألی "فوک لور" اصطلاح زیادٕ پہن ورتاوس لاگان ۔ روٚد سوال لُکہٕ

1-Fun & Wagnalls "Standar dictionary of folk lore mythology and legend" 1949 New York V.I page 398.403

پَژھ کیا گو؟ پَژھ دٕ پتھ گو کانٛہہ گتھ مَنٕس ہیٚنہٕ، کانٛہہ گتھ پَزٕ مانٛنہٕ، بروسہٕ کرُن۔
ییٚلہِ لُکن ہنٛز کانٛہہ چھوکھ، کانٛہہ لوکُٹ یا بوٚڑ سماج، کانٛہہ قوم اجتماعی طور کانٛہہ
گتھ، رسم رواج، طور طریقہٕ تسلیم کٔرِتھ تَتھ ژھَتہٕ وٕترِس منٛز محفوٗظ کٔرِتھ پنٕنہٕ
واجہٕ نٕبن پُین تام زبٲنۍ زبٲنۍ واتناوان آسہِ یا یمو چھوکو قوموا یا گرٕ پو منٛز فردن
ہنٛز اکثرِیت یمن چیزن تسلیم کران آسہِ، تَتھ وَنو لُکہٕ پَژھ۔ اَتھ ایقرارس
تہٕ اعتبارس منٛز ییٚلہِ تقدس تہٕ شٲمل کرنہٕ یِیہِ تیٚلہِ چھُ یہِ عقیدتہٕ اعتقاد بنان۔

انسانن یہِ کینٛژھا پننہِ آدن کالہ پاٹھہٕ وُچھ، کوٚر، ژٕرُژتہٕ سوٚرتہٕ یادِ ووٗ ترس
منٛز روٗچھ، اَمہِ پتہٕ سینہٕ بہ سینہٕ بیٚین نام واتناوان روٗد، تمہِ سارِے دار و مدار
چھُ لُکہٕ پَژھِ پیٹھ، اَمی لُکہٕ پَژھہِ ہُند نتیجہٕ چھُ زِ انسان چھُ از تام قدیم ترین
زمانہٕ پیٹھکۍ حٲران کرٕونۍ رسم رواج، ریٖژ رِوایژ بلکہِ سوچن ترایہ تہٕ لسنہٕ بسنکۍ
وٕطیرِ پانس سٕتی پکناوان تہٕ پالان۔ پرٕ بتھ کُنہِ قومس تہٕ مُلکس چھےٚ پننہٕ فوک
لورِ چ ارزتھ ٹاٹھ۔ کشیٖرِ چھےٚ رنگہٕ رنگہٕ تہذیبن منٛز اہم مانٛتھال روٗزمٕژ۔
لٲزی من روٗد مختلف تہذیبن ہنٛد بو اَثر وٕستی سون فوک لور ہنہِ ہنہِ بخناوٲری
پراوان، زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ رِوایژن، رسمن رواجن، دیومالایہ تہٕ اوٚسطوٗرن میج
اجتمٲعی پَژھِ سٕتی پایدٲری ہنٛز گارنٹی۔ اَسہِ کُروٗہمن گُمانن پَژھ، اَسہِ کُر خابن
خیالن، طمہٕ ہن تہٕ اورزوین پَژھ، اَسہِ کرِ اکایل زُرٕ یٲژ تسلیم، اَسہِ تھٔرۍ
وٕژھہِ پرٕ نگ، اَسہِ کرِ جادٕی بستہٕ استعمال، اَسہِ وُڑٕ ناوِ ناوۍ جادٕی قایلنہٕ، اَسہِ
کٔرۍ جِن بوتلن منٛز قادٕ، ساتھو جد واجداد وورتووُ بچھس پھولِ نِنگ ژھل، اَسہِ

پٲلۍ ؤہمہٕ یہٕ زأنتھ تہٕ زِیموٕستۍ چھُنہٕ ووں کانٛہہ فأیِد! اماپوٚز یَتھ چیزس، ییتھ رسمس ییتھ قصس اجتمأعی پرٛژھِ ہُنٛد ٹھپہ پیٚو، سُہ روٗد زِندٕ تہٕ تتھ دَل دِتھ سننہٕ ستۍ بنیو وکتھِ ہندِس موٗلس تاں یاوَنو فرعٕ ذٕنتھ اصلس تام واتُن ممکن، کس چھنہٕ خبر زِ کلہن پنڈی تن چھُ راج ترنگنی ہنٛدِ موٗلہٕ مواد ک بیشتر حصہٕ فوک لورٕ منٛزٕ ے کوٚڈمُت۔

ییٚلہِ ییٚلہِ فوک لورس تہٕ باضأبطہٕ تو أرٕیخس ٹکرو وتھان چھُ لگہٕ پرٛژھ چھےٚ فورن عقیدٕ تہٕ اعتقادٕ چ سپرورتأ وِتھ فوک لورس سرخروکران، تہِ زَن گوسون داستان گو چھُنہٕ وُنہِ تہِ مانان زِ یوسف شاہِ ژک تہٕ حبہ خوتون أسی روٗن تہٕ آشٕنۍ، سُہ ییٚلہِ وَنان چھُ زِ تمن اوس ''پاک عشق'' بحث کرنس چھُنہٕ وار وہستارٕ ے یوان ''پاک عشق'' ؤنتھ چھُ سُہ اَتھ قصس اکھ عقیدتی بأطن پرست نہٕج عطا کران، ییتھ کُلہم پأٹھۍ مرحوم حاجنی صأبُن ''باطنیت'' ناو کوٚرمُت چھُ[1]۔

کتھ کتھ کران پرٛژھ مےٚ أکس بُڈس ہے دپان ہے ییٚلہِ گُنہِ ساتہٕ آسمان خونی گژھان چھ تیٚلہِ چھُ گُنہِ جایہِ آسان خون گومُت! بُڈن دوٗپ، اہن حض پوٚز ہے چھُ۔ مےٚ وٚونس، اہن ساوارہ ؤری ووت بوزان تہِ تہٕ وُچھان تہٕ زِ کالہٕ کاجہِ چھِ درجن واد انسان گولہِ بزۍ گژھان، مگر نبس چھُنہٕ ووز جارٕ ے کھسان۔ بُڈ گو یکدم زنتہٕ ننٛدرِ منٛز بیدار، ہے یہٕ حض چھُ أخر زمانہٕ

[1] مقالات، محی الدین حاجنی

نیتِن ژاوئے تہٕ نفسن ژاومؤکر، لۆکن ہے روو وُچھوٗنبن اُچھن گاش، سرِ مولیٰ کیاوُچھن۔ یہِ جواب ؤنتھ دیُت نہٕ بُڈن پرژھ ہنٛد بن مؤلن اکنہٕ!۔

یوٗتے یوت نہٕ زِ کشیرِ منز چھِ واریاہ لۆکھ مانان زِ ناگہٕ گاڈ چھےٚ وُچھنہٕ حلال تہٕ کھینہٕ حرام بلکہِ چھِ کتھِ تھر کھالنہٕ موکھہٕ تہٕ پرژھ در بر بخشاونہٕ موکھہٕ کینژن ہُنٛد یہِ تہٕ وَنُن زِ ناگہ گاڈ چھےٚ تلنہٕ وِزِ تاوِ منز رَتھ دِوان۔ اکہِ دوہہٕ اوس اُکی شخصن ناگہٕ اکہِ منز گاڈ سیراہ اوٗنمت، تسنٛزِ ماجہ ییٛلہِ چھٔلِتھ کرِتھ تاوِ منز تلنہٕ ہیٛژ، نیٛچوِی ووٗنُس، موجی ژٕ ہے دِپان اُسکھ ناگہ گاڈ چھےٚ تاوِ منز رَتھ دِوان! یہِ بوزان بوزانے ژھُن تمہِ دانس آب تہٕ درایہ سو لہرِ منز کریکہٕ ناد کرنہٕ آنگنس منز زِ شوٗٹھن گرژھہِ شِنٲے، اُمی جاۓ مرگن تلناوِنأوس ناگہٕ گاڈ!.
معاملہٕ رفع دفع کرنہٕ خاطرٕ کوٗر محلہٕ والو فأصلہٕ زِ گاڈ گنہِ تژاوِ ناوکھ واپس ناگس منز تہٕ محلہٕ اوٗحن کھیاوِنوٗوکھ اُہنٛدِ گرِ شامن کوکراہ، اُتی ووٗن ماجہِ زِ گاڈ تلنہٕ کس اترِس گوم عفوٗ۔ ژکہِ چھِ ناگ تہذیٖبکۍ اثرات اسطوٗرچن سوز ہار بن منز یوٗتاہ رچھِ کرِتھ زِ ناگ لۆکن ہنٛدِ تقدسہٕ کنۍ میوٗل نہ صرف ناگہ پوکھربن عقیدت بلکہِ گوتمن منز موجود گاڈن تام تقدس حاصل۔

جنوبی کشیرِ منز چھُ کُکی یارا کھ تیٖتھ اوٗ سطوٗر یتھ منز ناگن تہٕ پشاجن درمیان سپد یمنہٕ تمہِ معاہدُک رمز پوٗشید چھُ، ییٚمہِ کنۍ نیل مت پورانہٕ مطابق پشاچ ژمستانہٕ کُمن شمن رتبن سیکہِ سنٛدرس منز جنگ لڑان اُسی تہٕ رہتہٕ کالہٕ کُمن شمن رتبن اُسی کشیرِ منز یے روزان۔ اوے چھ یہ لگہ پرژھوٗنہِ تہِ چلہٕ

وُنی زِوندس دوران چھےٚ دۄ جن تہٕ باقے بلایہِ یِلہٕ آسان تہٕ رہتہٕ کالہِ چھِ تمن کُٹھی یارِ لَمنہٕ نوان، کُٹھ یا رہچھُ اکہِ خیالی بالُک ناوتہٕ ژ کہِ چھُ یہ پشا جن ہِنٛدِس رازٕ کُٹمب ہِنٛدِ ناوِچ ژھوٚٹرن۔

سائنس سماجس منٛز چھِ أزی کِس ترقی یافتہٕ سائینسی زمانس منٛز تہِ شِگ، شاپھ، لگ ہوی بے شمار وٕہمہٕ تہٕ رسم پالنہٕ یوان یِمن منٛز کانٛہہ لگہٕ ہأری موجوٗد چھنہٕ۔ بڈی بڈی ڈِگری یافتہٕ لُوکھ چھِ بےٚ شوٗنکی پأٹھی تہِ تہٕ شعوٗری طورتہِ اہتمامہٕ سان یِم رٕسم تہٕ اوہام انجام دِوان روزان۔ ہِنٛدی چھِ ساعت وُچھِتھ کار کران۔ ترٛیم، ترٛوٲہم تہٕ ترٛوٕہم تأرٟیخ چھُ منحوس یوان مانہٕ، مسلمان چھِ بوٚم وارِتہٕ بٹہٕ وارِ ناکارٕ مگر بربسہٕ وارِتہٕ جمعہ پھرٛوٗس مانان، حتیٰ کہِ اسلامس منٛز چھنہٕ وارن، تأرٟیخن تہٕ ساعتن ہِنٛدِس رُت تہٕ ناکارٕ آسنہٕ کِس تصورس کانٛہہ جاے۔ شِگ چھِ ژ کہِ وٕہمہٕ مثلن پوٗنٛدِ نیرُن، موٗنٛدٕ ہِنٛزٕ، برأری ہِنٛزٕ، پڈٕر چھٕنٛس چار روٲے ہِنٛزٕ یا پوٚت آلو دِنہٕ وألی ہِنٛزٕ زنگہِ نیرُن چھُ منحوس تہٕ ناکارٕ مانہٕ یوان، أچھ پھورنس چھُ معنہٕ دِنہٕ یوان زِ کینٛہہ تاں چھُ سپدن وول، دٕچھِنہٕ أچھ پھورِنی گےٚ خوش خبری ہِنٛزٕ بشارت، کھوٗوُر گوکانٛہہ ناکارٕ شیچھ چھِ واتن واجینی، کھووِرِس کنس کنہٕ وان گرٕھنگ اِشارٕ گوزِ قبر چھِ نادکران، تل پِدس کشُن یُن گوسفرس نیرُن، بُلبُل سُنٛد بچُن چھُ پوٗژھ تیٚنٛج شیچھ، دٕچھِنِس اتھس ہے منٛزس کشُن ییہ تہٕ دپان دیار چھِ بٹن وألی، کھووِرِس اتھس ییلہِ منٛزس کشُن ییہ تیلہِ آسن دیار خرچاوِنی۔ چشمِ بد نشِ رچھنہٕ خاطرِ چھِ کینٛہہ

لۆکھ مکانن، ہاکہٕ وار بن تہٕ باغن منز موردٕ حیوانن ہنز کلہٕ کھاپرِ الوند ترٛاوان۔
تصرُف ژٕلراونہٕ خاطرٕ، کھٕر، کھشُر، پھسپھُر تہٕ زال تہٕ سبھ بلراونہٕ خاطرٕ
چھُ ژھاے زالہٕ ٹک رواج، یتھ عجیب کتھِ پتھ تہٕ چھ واریاہن پرٛژھ زِ
زاشُرٕ سنز نان بُزتھ دِنہٕ ستی چھ ہانٹھ ژٕنی گوبہ کھور روزان، یا گوبہٕ کھور
زنہٕ ہنز موتھ دِنہٕ ستی چھُ گردنہٕ ہُند دود بلان۔ آلُژھ ترٛاوُنک رسم تہٕ چھُ
چلہٕ وٕن یتھ متعلق لُکن ہنز پرٛژھ چھےٚ زِ دٕو رِ پتھ ینہٕ وأنُس چھ الُژھ ترٛاونہٕ
ستی بلایہ دٕور گژھان تہٕ تھکن ژلان، آدمی قہر چھُس نہٕ پوران۔ شاپھ گو بد
دُعا۔ دیوتاہن چھِ دیو مالایہ مطأبق تہٕ پیرن فقرن فوق الفطرت قوٚژن ہنٛدِ
مدتہٕ ستی تم طاقت پشراونہٕ آمٕتی، یموٚ ستی عقل حأران چھِ گژھان مگر تمن پتھ
چھِ پرٛژھ قأیم مثالے شاپھ دِنہٕ ستی ہوٚنس ہوٚنڈ بناوُن، انسانس کٕنی ہناوٕنی، کنہٕ
سون بناوُن تہٕ رِنس کو لے تہٕ کولیہ رٕن بناوُن۔ شاپھ دِنٕچ مثال چھِ اسہٕ
نِش ڈٕنہٕ تہٕ وبجہ بیارِچ سومنز ربرانٕدٕچ گٕنی۔ یتھ کاہ کاہ پِل ونان آسی۔ لگ
گوٚ کُنہٕ تھکہٕ روٗس تہٕ ژھنہٕ روٗس سہ رسم تہٕ سو رِوایت قأیم تھوٕنی یوسہٕ کُنہٕ
خاندانہٕ کِنو، کُنہٕ ذأژ ہنٛد یا کُنہٕ مخصوص کأسب خاندانہٕ کِنو جد اجدادو
شروٗع کٕرمٕژ تہٕ بروٗنہہ پکناوٕمٕژ آسہٕ مثالے کُنہٕ آستانس پتھ گنڈٕل حاضری
دِنٕی، مقررہ دوہس پتھ کُنہٕ آستانس پتھ دمالہٕ ہُند مظأہرٕ کرُن، زٕول زالُن،
نیاز کرُن، وورُس مناون تہٕ مزارن پوش چھکٕنی بہتر۔

عام کأشرِس چھےٚ ازتہٕ پرٛژھ زِ آگر پچھٕنی چھےٚ کوہِ قافس پتھ روزان تہٕ

کوہِ قاف چھُ دُنی یہکس اندس پیٹھ ،یہِ چھُ دیوٗن درینٹھا کن ہُنٛد وطن ۔ اما پوٚز دیوٗن درانٹھا کن ہٕنٛدی زُوچھِ کامہٕ نس زُوِس منٛز ٹھپُن منٛز بند تھونہٕ آمہٕ تمن جاناوارن ہٕنٛدٮ۪ن دِلن منٛز ،پاتال چھُ زمینس تل اَکھ جاے ،سو جاے چھےٚ نأگ راین وطن تہٕ ہی مالہِ ہُنٛد وأریوٗ ۔ موج دِوتھ چھےٚ ازتہِ خوش بختن ہٕستی ہٕستی روزان یِند رازٕ نہِ دربارٕ چھُ ازتہِ ساز وزان یمن اسطوٗری بیانن چھِ اہم نفسیأتی تہٕ سمأجی کیوٚنسلی پوٚت منظر ڈٲکھس ۔



# داستان تہٕ داستان گو

ریڈیو تہٕ ٹیلی وِجن ہیتہٕ ایجادات یۆ تام بارسس آمتی اٲسۍ نہٕ، مَن
رنزناوٕنکۍ وٕسیلہٕ تہٕ اٲسۍ محدوٗد۔ کاشرۍ اٲسۍ وَچھک وُپھاٹھ لُکہٕ شاعری گیوٚنہٕ
ءستۍ ہوٚمراوان۔ ڈٲلیلہٕ تہٕ داستانٕوٕنۍ تہٕ بوٗزی اٲسۍ زیٚچھن، کریٚچھن
تہٕ ہوٚندرٕ بن وندہٕ رٲژن منزٕ پٮ۪تھن دادٕ بن درمان تہٕ طمہن تسلاہ دِوان کانٛہہ
زٲلدار، موقدماہ یا گامُک ڈٕکھی بل گریوٚستاہ اوس کانٛسہِ مشہوٗرٕ داستان گو
ووستادس یا ڈٲلیلہٕ گرِس سال کران۔ گامس اندر اوس نہٕ یہ کانٛہہ معموٗلی واقعہٕ
آسان۔ گامۍ گام یا محلُک محلہٕ اوس آسان انتظارس میزبان ءسٕندِ گرٕ اوس پزٕنہٕ
پاٹھی اِنتظام یوان کرنہٕ، شامہٕ پیٹھے اٲسۍ لوٗکھ جمع گژھان۔ کھنٛاہ پٚتاہ گرِتھ
اوس لگان ٹھَس۔ داستان گو اوس نٕٹھَس پیٹھ داستان کران شروٗع۔ آنکار
کرن وول یا تہٕ اوُسس پَنہٕ نُے ءستۍ وول آسان نتہٕ اوس اَمہِ خاطرٕ مجلسہِ
منٛزٕ ے کانٛہہ زیرک شخصاہ یوان مقرر کرنہٕ۔ دہرِ بأج اَکھ زٕ تہٕ اٲسس
آسان یِم یا تہٕ اٲسۍ اَتھہِ وایان نتہٕ ترامہِ۔ داستانہٕ مطابق اٲسۍ وَنن واٲلس
ءستۍ ءستۍ بوزن واٲلۍ تہِ ووسنس یوان۔ اَکھ نفر اوس ترٛیش چاونس پیٹھ تہٕ
کیٛنہہ اٲسۍ نُنہٕ چاے تہٕ دَمہٕ ٹیوٚٹھ بأگرنہٕ خاطرٕ مُشخص آسان۔ بعضے اوس

داستان روزان ترٚبن ترٚبن رأژن تام چلہٕ وُن۔ داستان وَنن وألِس أسی نہٕ لۄکھ تھیتھ دِوان، تَس اوس مختلف جاین آسان ژھانڈو، زارٕ پارٕ کٕرتھ أسِس آمادٕ کران۔ لوکٕٹہِ پیاٚنکی ڈٲلیلہٕ گرٕ تہٕ أسی گامن منٛز عام، یٔمن سفید پوشن و وسنادتہٕ مشہوٗر داستان گوٚہَس سال کرٕنچ توژھ أس نہٕ آسان، تٔم أسی یٔمنے ڈٲلیلہٕ گرٕبن نوان تہٕ کران دِل بہلأیی۔

ڈٲلیلہٕ تہٕ داستانس منٛز چھِ یہ ٹاکارٕ فرق زِ ڈٲلیلہِ مقابلہٕ چھُ داستانس سبٛٹھاہ وُسعت تہٕ وہراو آسان۔ اَتہٕ چھِ ڈٲلیلہِ منٛز ڈٲلیل نیران۔ لٲزمی من چھِس کردار تہٕ واراہ آسان۔ ڈٲلیلہٕ وننہٕ نَس تہِ یوٚ دوَے زَن ماہرِ ڈٲلیلہِ گوٚرُے آسُن گژھِ تاہم چھُ کانٛہہ تہِ شخص، اگر تَس یاد آسہِ بیٚیس ڈٲلیلہٕ وٲنِتھ ہیٚکان۔ اماپوٚز داستان وننہٕ خٲطرٕ گژھِ کانٛہہ ماہر داستان گو تہٕ مجلس آرا آسُن۔ داستان سرأیی ہُنٛد دار و مدار چھُ تسٛندِس یادِ ووٗترِس پٮ۪ٹھ۔ زٕ ہتھِ زاتھی داستان یاد تھٲونی، مختلف موقن پٮ۪ٹھ داستانہٕ مُطابق بوزن والین ہٕنٛدِ جذباتھ ہسناوُنی تہٕ ٲنٛزی منٛزی موخصر تمثیلہِ وننہٕ، یا منٛزی منٛزی ژھوٚٹی یا زاتھی بأتھ گیوٚنی، تہٕ افسانوی رنگ آمیزی کٕرتھ کتھن تھُر کھالٕنی، اَمہِ سارِے خٲطرٕ چھُ کانٛہہ پیشہِ وَر تہٕ زیرک داستان گو مُشخص آسان۔ لوٚکچن ڈٲلیلن ہٕنٛدِ خٲطرٕ چھُنہٕ ضروٗری زِ یٔمن کیاہ گژھن منٛزی منٛزی بأتھ تہِ آسنی اماپوٚز داستان سرأیی ہٕنٛز روأیژ وچھِ یتھ نوکتس زبردس اہمیت دِژمٕژ زِ داستانٕکی کیٛنہہ حصہٕ گژھن نثرس منٛز آسنی تہٕ کیٛنہہ نظمس منٛز اوسے چھِ داستانن منٛز منٛزی بأتھ، مصرعہٕ یا

شعر میلان ، باے تم بےٚ قاۂفی اُسی تَن یا گلھم پاۂٹھی تُک بٔندی مگر آسن تہٕ ضرور۔ فارسی زبانٔی ہنٛدی باضابطہٕ لیکھنہٕ آمتی داستان یا افسانوی لوک داستان تہٕ چھِ امے آیہ ، مثالے ضیاالدین نخشبی ہنٛز ''گُل ریز''۔ لٲزِمن رؠز کاشُرِ زبانٔی منٛز تہٕ داستانن ہنٛز اَمہِ قسمٕچ روایتھ چلہٕ وِنی تکیازِ سُلطانن ہنٛدِس زمانس منٛز لوٗگ بیٚیتہِ فارسی زبانٔی سٟتۍ چلے جاو، یہِ زبان وانٛژپٕنن پرٕتھ کانٛہہ چیز (ادبی تہٕ غأرادبی سرمایہ) ہتھ یور۔ کاشُرِ زبانٔی اندر چھ اَمہِ قسمٕچہِ داستان گوٗیی ہنٛز خاص مثالہٕ بہودُ رگنہٕ یُن اکہٕ نندُن (وننہٕ پاۂٹھی پنداُہمہِ صدی ہُنٛد) حاتم تِلہٕ وانٛژنہِ ڈٲلیلہٕ رزمیہ لوک فسانہٕ سام نامہٕ، عشقیہ لوک داستان لٲل نامہٕ وغأرِ وغأرِ۔ داستانن منٛز چھِ بالافطری واقعات تہٕ کردار تہِ آسان حتاکہِ قدیم ترین ہندو داستانن منٛز چھےٚ دیومالانہٕ مسلمانن ہنٛدِ دورٕکین داستانن منٛز چھِ مافوق الفطرت واقعات تہٕ کردار۔

سون یہ روأیتی داستان گواوس مجلسَن تہٕ مجلس آرأیی ین ہُنٛد ہنگدار۔ تسُنٛد مخصوٗص طرزِ کلام تہٕ لہجہ اوس بوزن والین اندر جوش پاۂدٕ کران تہٕ بعضے اوسُکھ وِدٕناوان تہِ تہٕ اسناوان تہِ، سہٕ اوس چاٹہٕ گوٚرتہِ، سہٕ اوس یہِ ڈٲپۍ زِ تہِ کتھوٕستی کِتہٕ کِتہٕ کران، کھاندرن کھُندرن پتھ اوس داستان گوزنتہٕ دِوَے لاگان۔ ووٚنی چھنہٕ تمہِ طریقہٕ چہ مجلسہِ لگانٕے، داستان گوٗیی ہنٛد دوروٗت اند تہٕ داستان گوٗرٕ دِی نہٕ۔ معموٗلی درٕجکۍ ڈٲلیلہٕ گرٕی چھِ تاہم دٕرٕکنٛجہِ گامن منٛز ماۂنی توتو ملس منٛز کنہٕ۔ داستان گوٗیی ہنٛدۍ مداح موکلیایہٕ، لوٚکن چھنہٕ ووٚنی

پرأنی پأٹھی وُنیٖنۍ ربن ہنٛز سکتھ تہٕ نہ فُرصتھ۔ موجودٕ زمانٕس منٛز چھِ توتہٕ محمد اسماعیل میر، حبیب اللہ نشاطی تہٕ محمد رمضان بٹ بیترِ ہوی وِوستاد، داستان گوئی ہنٛدِ روایژکی اٰخری نشانہٕ رٔنگی ہبتھاہ غنیمتھ۔ ریڈیو تہٕ ٹی۔ وی۔ پیٹھہ یوٚ دوَے تم باضابطہٕ شاعرن ہنٛز مثنوی گیوان تہٕ وبژھناوان چھِ، توتہٕ چھِ گُنہٕ گُنہٕ ساعتہٕ پرائیویٹ محفلن منٛز تہٕ داستان سرأیی کران۔ محمد اسماعیل میر ہنٛدِس ''لال نامس'' چھُ کشیٖرِ اندر قبولِ عام حاصل سپُد مُت۔ اما پوٚز باضابطہٕ شاعرن ہنٛز مثنوی، بامے تمن ہنٛز لوٚک داستانہٕ آسہٕ تن، یِمن نہٕ لوٚک داستان مانُنہٕ تِکیازِ گُنہٕ تہٕ لوٚک داستانٕک تخلیق کار ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ فردِ وأحد آسِتھ زبان بولن والی سأری لوٚکھ چھِ اَمکی مشترکہ تخلیق کار، ووٚنی ییلہٕ کانٛہہ شاعر کانٛہہ لُکہٕ کتھ یا لوٚک داستان منظوم کرِ، تتھ چھُ داستانٕک کرہنٛزے یوت پٔنُن روزان۔

داستان وَنن والیو تہٕ دٔلیلہٕ گرِیو منٛز چھُ فقط حاتم تِلہٕ ووٚنی سُہ اکھ شخص یُسنٛد نیب نشانہٕ تہٕ کارنامہٕ زبرپأٹھی اَسہٕ تام ووتمُت چھُ، سُہ تہٕ انگریز فاضلن ہنٛدِ سِتۍ۔ نتہٕ زَن چھُ افسوٗس زِ اَسہٕ رُوٗدی نہٕ پٔننین مشہوٗر داستان گو ووستادن ہنٛدی ناو تہٕ یاد تہٕنزن زندگی ین ہنٛد ہن حالاتن ہنٛز چھنہٕ کتھے۔ ووٚنی چھُ اَکھ حاتم تِلہٕ ووٚنی یُس اَسہٕ تھیکہٕ ناوُن سُنٛب چھُ۔ بقول محمد یوسف ٹینگ۔۔ ''آرل سٹاین تہٕ جارج گریرسن نہٕ معارِف پروری کٔڑ کھوٚت حاتم تِلہٕ وأنس تہٕ بوشِ تہٕ اِد چھُ سانہٕ اکہٕ شاندار ریوایژ ہُنٛد موکھ پر بز لاوان

تہٕ ادبی توٲریتھٕکی اکھ مُری دیادُم ہنان۔ تِم نے پرٛژھہٕ ہنٛس گارٕ ہنٛس سُہ تہٕ آسہِ ہے از گُمنامی ہِنٛدِس تَتھ کرٕ ہنٛس سوٚ درٕس منٛز لاپتاہ گومُت ، یَتھ منٛز تَس پتہٕ تہٕ برونٛٹھ تَس ہوِی ، ہرگاہ نہٕ تِہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ زبر لال تہٕ گوہر غرق گٔے۔ بوزٕ وَے سُہ چھُ اَسہِ ساسن ہِنٛدِ بدلہٕ لاس" (پیش لفظ ،حاتم کتھہٕ)

حاتم تِلہٕ ووٗنی اوس لار پرگنہٕ کِس پانزل گامس منٛز روزان۔ 1896ء منٛز بوزٕ سر مارک آرل سٹائن تہٕ تِہنٛدی رفیق کار پنڈت گووِند کولن حاتمس نِش ژوداہ ڈٲلیلہٕ ، یِم زَن سانہِ داستان گویی ہِنٛز روایژ ہنٛز اصل ترجمان چھِ۔ حاتمن آسہٕ یِم ڈٲلیلہٕ پننہٕ نِمن پرانین ووستادن نِش بوزمٕژ ، سُہ اوس پننہِ علاقُک مشہور داستان گو۔ یِم ڈٲلیلہٕ آے رومن تہٕ ناگری اچھرن منٛز لیکھنہٕ تہٕ 1923ء منٛز "حاتمز ٹیلز" ناوی کتابہِ منٛز لندنہٕ چھاپ کرنہٕ۔ حال حالے پھِر ٹینگ صاٲبن کاشُرس خطس منٛز تہٕ "حاتم کتھہٕ" ناوی کرِ کلچرل اکاڈمی چھاپ۔ 1912ء منٛز یِیلہِ سٹاینن بییہٕ کشیرِ آو، گوبند کول اوس سورگہٕ واس گومُت مگر حاتم اوس وارٕ کارٕ۔ سٹاینن بوزٕ حاتمس نِشہِ بییہٕ تِم ڈٲلیلہٕ ، حاتمن وۄن تی یہِ شُراہ ؤری برونٛٹھ وونمُت اوسُن۔ تَس اوس زبردس یادٕ ووٗتُر۔ سٹاینن چھِ حاتمس متعلق لیوٚکھمُت -- "مے اوس وننہٕ آمُت زِ حاتم چھُ اکھ پیشہ وَر ڈٲلیلہٕ گوٚر ، یُس اَتھ زرخیز علاقس منٛز واریاہ زاننہٕ ماننہٕ اوس یوان۔ أسی گٔے (سٹاین تہٕ گووِند کول) تِہنٛز ذہانت ہتُنٛد ژیٚتہٕ ووتُر تہٕ تِہنٛز برجستہٕ روانی وُچھتھ ہیرٛان گٔی۔ تَس آسہٕ واریاہ واریاہ کتھہٕ اَتھ یاد۔ سُہ اوس

مُلے ، اَن پڑھ مگر کتھ اوس تمہِ اندازٕ تہٕ رفتارٕ ونان ، یُتھ تَس فرماش کرنہٕ ییہِ
ہے تہٕ یُس سانٛہن کنن تہٕ قلمن وَیہِ وُن گژھِہ ہے ۔ ہرگاہ بہٕ پننہٕ تحریری
ریکارڈٕ منزٕ اَکھ زٕ گوڈٕ نکی لفظ زبوِ کڈٕ ہا ، اَدِ متہٕ بوٗزی تو اَتھ زِندٕ صدابند مشینہٕ
اَس زٕ پر لگان نہٕ سواَس طوطہٕ ہندی پاٹھی بولُن ہوان " (اقتباس حاتم کتھ ،
محمد یوسف ٹینگ ) ۔ 1918 ءمنزٕ اوس سٹاین بیٛیہِ حاتم تِلہٕ واَنس سمکھیومُت
تہٕ اَمہِ وقتہٕ اوس سُہ واَنسہِ آمُت تہٕ مُفلسی اَہِسس ژٕ جمرٕ تہٕ ۔ ٹینگ صاٮ۪بنہٕ
اندازٕ مطاٲبق آسہِ حاتم 1918 ءتہٕ 1920 ءدرمیان ہیوٗ گُذریومُت ۔

حال حال تام اَسی ساٲنی کیٛنہہ اہم ذٲلیلہٕ گرِی تہٕ داستان گو زِندٕ مگر
ساٮ۪نس غفلتس تہٕ کہالتس کیاوٕنی زِ ، زِ اَسہِ تُل نہٕ تہنٛد کانٛہہ خاص فاٮ۪ید ، کاش
کیٛنہہ داستان آسہٕ ہن صدابند گرِتھ تھٲوِ متی ! کانٛسہِ تہٕ گرِہ اور کن کل ۔ مرحوم
پروفیسر محی الدین حاجنی صاٮ۪بن کوٗر شاہ گُنڈٕ کِس محمد کھارس ( 1894 ء-
1967 ء ) نِش بہودُر گنہٕ یُن اکہٕ نندُن بوٗزِتھ نقل یُس وننہٕ پاٹھی پندٲہمہِ
صدی ہُنٛد پاٮ۪داوار مانہٕ یوان چھُ ۔ محمد کھار اوس اَکھ جان صوٗفی شاعر تہٕ زبردس
ژٕ یٛتہٕ وٕتریک ماٲلکھ ، بقولِ حاجنی صاٮ۪ب تَس اوس باہن وٕری یَن بہودُر
گنہٕ ہنہٕ اکہٕ نندٕ نک تلاش یمیُک اَخرس واَحدِ راَوی محمد کھار لوٗ بُن ۔ محمد کھارن
بوزٕ ناوِ اَمکی تمہٕ حِصہٕ حاجنی صاٮ۪بس ییم تِمی اَمہِ قسمہِ کین پرانین ووستادن نِش
بوٗزی متی اَسی ۔ بہودر گنہٕ یُن اکہٕ نندٕ ن کوٗر حاجنی صاٮ۪بن 1962 ءمنزٕ پننہٕ
گاموٗ منزٕ ی پھیرِ ی پھیرِی کتابہٕ منزٕ چھاپ بہودُر گنہٕ یُن اَکہٕ نندُن چھُ سانہِ

زبأنی منز داستان گوئی ہُند اہم تہٕ پرٕون نموٗنہٕ (حتاکہ یہِ داستان پنڈاۍہمہٕ صدی ہُند مانہٕ نس چھِ دِل کھے پہن پڑان، تیلہِ گرٛشہِ اَتھ زبان اَمہٕ کھوتہٕ ہناہ مختلف تہٕ سنسکرت آمیز آسنی ) ۔ محمد کھاُرن کلام چھ محمد احسن احسن صأبن ترتیب دِتھ، حلقہ ادب حاجنکہِ طرفہٕ چھاپ کوٗرمُت ۔

حأجنٛک ملہٕ حبیب تہٕ چھُ اَکھ زیرک داستان گواوسمُت ۔ پروفیسر حاجنی صأبنہٕ گُفتہٕ چھُ تٔمی مشہور لوٗک داستان ''حبہ خاتون'' أمی سے ملہٕ حبیبس نِش بوزمُت ۔ اَمہِ ہِتی چھُ حبہ خوتونہِ ہنٛزٕ زندگی ہنٛد بن نو بن گوشن گاش پیوان تہٕ حبہٕ خاتوٗن چھِ اَکھ لیجنڈ بنان ۔ یوہے داستان چھُ کأشرِ زبأنی ہُند مشہور رزم گو شأعر غلام محمد حنفی أکِس مجلسہِ منز بوٗزِتھ پتہٕ منظوم کران ۔ غلام محمد حنفی (1288ھ-1355ھ) چھِ مثنوی حبہٕ خاتونِ منز لیکھان زِ اکہِ دوہ اوسُس بہٕ أکِس مجلسہِ منز اَتہِ آسی واراہ گونماتھ تہٕ زانن وألی ووستاد ۔ غلام عثمان ناوٗی أکی زیرک داستان گو ووستادن بوزٕنو وأتھی مجلسہِ منز ''داستانِ حبہ خاتون'' ۔ حنفی اوس اَتھ زمانس منز کمال یاوٕنس منز کینژہ ہاپنہِ شوقہٕ تہٕ زیادٕ تر سوپورٕکس علی ولدِ حبیب گنہٕ رٕنس اصرارس پٮ۪ٹھ عمل کٔرِتھ کوٗرتٔمی یہِ داستان منظوم ۔ ملہٕ حبیبس تہٕ غلام عثمانہٕ نِس روایتھ گٔری مٔتِس داستانس منز چھنہٕ واقعاتن ہُند جاےٚ پھیرٕ ۔

صمد ٹھوٗکر تہٕ اوس پننہٕ زمانہٕ اَکھ مشہور داستان گو، سُہ گذریوو ئیمہٕ صدی ہِنٛدِس شیٛمس دٔہلس منز ... اوس ... اسلام آباد ( اننت

ناگ )۔ سہ اوس دراز قدٕ تہٕ تنومند، گول بُتھ، وتچھِ أچھِ ،تھزٕ نس گُرِتھ اوس موٗٹی دڑ وٹی نَل ڈُسخانہٕ وول شخصاہ، کرہُن مُتُل اوُسس نألی آسان تہٕ گڑ وزِو ہیوٗ رسفید بیزار لاٗ گتھ تہٕ تھزٕ سوزٕنی ٹوٗپی کلس وِتھ چھ راقم الحروف سام نامہٕ ونان ونان صمد ٹھوکرُن جوش تہٕ گرہن پانہٕ وُچھمُت تہٕ بوزمُت۔ سام نامہٕ، وُزرامال، لاٗل نامہٕ، شاہ سیار تہٕ ہی مال نأ گی رابے بیترِ داستان اوس سہ اکثر بوزٕ ناوان۔ سہ اوس ناخواندٕ مگر یہ کینٛژ ھاہ اسلافن نِش بوٗزمُت اوُسن تہٕ اوُسس برابر یاد۔ تتھے پأٹھی گنڈ ریو وحال حالے بیاکھ اہم داستان گو، تیٚمس عبدالعزیز شاہ المعروف عزیز کانہٕ ونان أسی، سہ اوس روزان نمبل نأوی گامس منٛزٕ یُس مٹن سریہ نکھے چھُ۔ افسوٗس چھُ زِ یام مےٚ أمی سُند پےٚ لوٗگ تَس سمکھنہٕ گوس، سہ اوس أخرس شہن پٮ۪ٹھ۔ ( شاید اوس یہ ۱۹۹۱ء )، زبو أسس کلیامٕژ مُشکلِن ووٗن تمی اکھ طویل تہٕ تواریخی اہمیت تھاون وول لڈی شاہ "شیرسنگھ دراگہٕ موکل ہٕنتھ آو" تہٕ بَس۔ دپان سہ اوس لڈی شاہ تہٕ ونان تہٕ مأہر داستان گو تہٕ اوس، یادٕ ووٗتراوُسس تیز۔ لالہ پوہَل نأوی اکھ زٕ برٕ ڈ ڈلیلہٕ گوٗرسمکھ مےٚ 1988 ءکس جولائی رٮ۪تس منٛزٕ، پہلگامہٕ پٮ۪ٹھٕ پنداہ میل دوٗر آڈوٗنہٕ منٛزٕ کترِ ناگ نأوی أکس پرٕ فِضا جایہ۔ تعجب چھُ یہٕ ت بُڈ أستھ تہٕ أس نہٕ تَس یاداشتس منٛزٕ کانٛہہ کمی یا کسر۔ سہ اوس پاڈِہن سلرٕ ک نتہٕ ہامہٕ نارِ ہُند ( شوٗٹھس گوتِسٕنڈِس نیب نشانس تہٕ سوانحس نِچھ تچھ کرُن منٛزٕ پھےٚ تکیا زِ یہٕ اوُسس کم وقتس منٛزٕ جاذٕ ڈلیلہٕ بوزنہٕ یڑھان )۔ تمی بوزٕنووُس یہٕ شاہ لالہٕ

تالور از دأنی ، ناگہ کورِ ہُند لڑھچہ دَب ، بکروال کورِ ہُند عشق ہش واراہ اہم ڈلیلہٕ ۔ عزیز ڈار ولدِ شعبان ڈار اوس وٹلب سوپور گھاٹس پیٹھ روزان ، سنگارہ کشی اوُسس پیشہِ ڈلیلہٕ تہٕ داستان ونہٕ نَس منز تہِ اوس ماہر ۔ از برونٹھ اکتاٹجی ؤری سمکھ مرزا عارف أمِس ڈلیلہِ گرِس ، اَمہِ وِزِ اوس سُہ عارف صأبنہِ لیکھنہِ مطأبق الہ پلہٕ پانژ سَتھ وُہر ۔ ''یکے خان'' ناوک یوسہٕ ڈلیل عأرف بیگ صأبن عزیز ڈارس نِش بوز ، سُہ چھاپ گَے 1952 ہٕ منز گلریز رِسالہٕ کِس سالنامس منز ۔ عأرف صأبُن چھُ لیوٗکھمُت زِ عزیز ڈارس أسی واراہ داستان یاد ۔

یمن داستان ونن والین تہٕ ڈلیلہٕ گرین آو گوڈنیتھ تمہِ ساعتہٕ دُلتہٕ ییلہِ مشہور شأعر وایرانہٕ پیٹھ آمتی یا بذأتی کأشری داستان مثنوی ین ہندِس صورتس منز منظوم کری کأشری خوانہٕ تہٕ نیم خوانہٕ ، یم خالے کُنہ کُنہِ گامس اندر روزان أسی ، أسی گرِ پتہٕ گرِ گژھتھ یم منظوم داستان پران ، گیوان تہٕ ویژھناوان ۔ لوٗکھ أسی ووٗنی یمینہٕ مثنوی خوانن جایہٕ پہن سال کران تہٕ لول بران ۔ یوٗ تام وق گژرلس ہتی ہتی یہنزی دوہ تہِ اندو أتی ۔ ووں گوٗ وپرون مشنہٕ تہٕ نوٗ نونہٕ باوجوٗد چھِ وُنہِ تہِ وار یاہ کأشری یمو داستان گوٗیٕ ہنز مجلسہِ وُچھمژ ، بوزمژ تہٕ چھاوِمژ چھِ یا یمو مثنوی خوانن ہنزن محفلن منز نارِ کنگلس لشہِ تیوٗ نتاہ تیوٗ نتاہ تھوان رأژ گژأرمژ چھِ ، (بروٗنہہ أسی گأمی تیلہِ کُنہِ لُش تہِ زالان) ، محمد اسماعیل میر ، حبیب اللہ نشاطی ، بیترِ داستان سراہن نِش ریڈیو پیٹھٕ گُلریز ، گُلنور ایا لأل ناما بوٗزِتھ پنہٕ نِن پھٕ کألس پھیر دِنہٕ لگان ۔

# کأشرِ لُکہٕ کتھہٕ تہٕ تؤأرتخ

انسانَن چھُ تؤأرتخُک سُہ دور تہِ وُچھمُت یِیلِہ سُہ تاپہٕ دزان تہٕ روٗدٕ
أدران اوس۔ نفسہٕ دادِ تہٕ تن وَلنہٕ خٲطرٕ اوس حالِ حأران۔ وحشی جانورن ہٕنٛدِ
بِہمہٕ اوس زِ پننین اژان۔ سُتہٕ وُپھِ ہا اَسمانٛی جاناوارن ہٕنٛدی پأٹھی، سُہ تہٕ روزِ
ہا درِندَ ونشہِ بچتھ۔ اِوٚ سببہٕ رُوٗ دسُہ ہمیشہِ خاب وونان۔ یِمن خابن اندر سُہ
پننین ارمانن تہٕ خاہشن عملی شکل دِتھ پانس کامیاب تہٕ کامران آسنُک باس
دِوان اوس۔ اَمہِ سٟتی اوسُس من تہِ رنز ناونہٕ یوان تہٕ اکھ عارضی سکوٗن تہٕ
اوسُس محسوٗس سپدان۔ یِمنے خابن ہُنٛد نتیجہ چھُ انسانہٕ سٟنٛز تمہٕ سارے لُکہٕ
کتھِ یِمن منٛز سُہ تمام مافوق الفطرت عناصِر پانس تأبین کٔرتھ تِمن اَتھِ پننٛی
مطلب برأری کرِناوان چھُ۔ تِم کاپہِ اَننہٕ خٲطرٕ تھری تمٕی تِتھی کرداریم مُشکل
بلکہِ ناممکن واقہٕ سہل تہٕ ممکن بنأوتھ ڈٲلِیٛہٕ بروٚنہہ پکہٕ ناوان چھِ۔ یوٚہے وجہ چھُ
زِ دیو مارنہٕ خٲطرٕ چھےٚ طوطس، تہٕ پٔری مارنہٕ موکھ ہارِ گردن یوان وُٹھنہٕ۔
سمندرس اپار یِپورترنہٕ خٲطرٕ چھےٚ یوان جأدی بستہٕ تھُرنہٕ۔ جِن چھِ یوان بوتلن
منٛز بند کرنہٕ۔ اِنسانٛی زہٕن تھٔر اور یورٕ وُپھنہٕ خٲطرٕ وُڑھہٕ پڑنگ، وَتہٕ گتن ہٕنٛز
رہبری خٲطرٕ کوٚزُن سوٚدٕ برور تہٕ بوٚدٕ برور تخلیق۔ دیوٗن درینٹھا کن أچھن کِچھ

ژھنٕنہٕ خاطرٕ دِژٕن خیالی دُنیا ہس منز تتھ ٹوپہ کلس یمن ہنٛدِ تأثیرٕ سٕہ سارِنٕے وُچھان اوس مگر، مگر سٕہ اوس نہٕ کانٛسہِ باتہِ یوان۔

انسان بامے بُترا ژ ہنٛدِس گُنہِ تہِ ہِسس ہٹھ، گُنہِ تہِ تھذ ہی پوٚت منظرٕ سان روزان چھُ، سٕہ چھُ دلیلہٕ وونان تہِ تہٕ بوزان تہِ۔ تسنٛدی بُنیادی ضرورت چھِ ہوی۔ تسنٛز نفسیات چھےٚ ہشی۔ اوے چھُ دُنیا چن سارِنٕے لُکہٕ کتھن منز اکھ مولہٕ ہشر تہٕ گنےٚ انہار نظر گژھان۔ اَدٕ کردارن ہنٛدی ناو تہٕ زبان زَن چھکھ مختلف۔ انسانس چھُ اَز تہِ یژھ دٔلیلہٕ ونہٕ نٕس تہٕ بوزنس لطف لگان۔ یِیلہِ زَن تمُی بُترا ژ ہُنٛد وَچھ نام کوٚرِتھ وُچھ، زوٗ یہِ ہنٛز حقیقت سرٕ کٔر، سمندرن ہُنٛد ژوٚک کھوٚتُن، بالن ہُنٛد وَچھ ژوٚٹُن تہٕ اسمأنی جہازن منز تہِ وُپھٕیو۔

اساطیری واقعات تہٕ کردارٕ ے یوت چھِنہٕ سانین بلکہِ عالمہٕ چن لُکہٕ کتھن ہُنٛد لُبِ لُباب۔ اکثر دٔلیلن تہٕ داستانن ہنٛدی واقعات چھِ (باضے اسطوٗریات چہِ سوزارِ منز تہِ) انسانن ہنٛدی نہ زِ مافوق الفطرت زُری یا ژن ہنٛدی۔ کأشرِ زبانہِ منز چھِ سماجہِ کِس پرٛبتھ طبقس، کأسبس، رِتس تہٕ ناکارٕ انسانس متعلق دلیلہٕ موجود۔ چھان، کھار، گور، واتٕل، کانٛدُر، دانٛدُر، وازٕ، رازٕ، وزیٖر، کوٹہٕ وال، موقدم، ژوٗر، کرٛال، پادشاہ بایے، شہزادٕ، شہزاز، زوٗر، کھوٚر، اژن کون، سپاہ، مولوی، ٹھگ، گریٖس، نأید، پوٚہل وارینٛی، رنٛگُر، خوجہ، خوجہٕ بایے، خوجہٕ زادٕ، مسخرٕ کوٚل، کانٛژُر، گُبر، ہگلہٕ وٲل تہٕ تتھو ہوی واریاہ کتھ کرٕونی،

پھیرِونی تھورِونی ،اَسہٕ وِنیٚ گِندِنی ، وِدِونی ، رِوِنی کردار چھِ سانہِن کٔہی یا

لُکہٕ کتھن ہِنٛدی زُوزہتہٕ ۔ یِمن منٛز چھِ بڈی کارنامہٕ انجام دِنہٕ وٲلی تہٕ تہٕ

کھوٗژی نِبل مُذ کہٕ تہِ ، چالاک تہِ تہٕ بیعقل تہِ ، سیوٚد ساد حاضر جواب ،

ظریف ، کھٔری پھِ تہٕ شریف تہِ ۔ اَمہِ قسمہٕ چَن ڈٲلِیلن اندر چھُ انسانہٕ سُنٛد

گِندُن درولُن ، اُسُن وِسُن ، بنُن گڈرُن ، وَدُن رِوُن ، سوچُن سمجُن ، ووتھُن

بہُن ، کھسُن چَن ، زُونہٕ خاطرِ ووٗٹھ ژھانٛٹھ ، ٹھٹھہِ مخولہٕ بیعقلٲزی ، گاٹہٕ جار ،

تارن گٔری ، حاضر جوٲبی ، صبر تہٕ بیقرٲری ، ہمتہٕ گی تہٕ ہُشیٲری ، بلکہِ زندگیہ

ہُنٛد پرِ بتھ کانٛہہ پاس ٹاکارٕ ۔ تہٕ یِہَے چھےٚ کلھم فوک لورِچ خاصیت تہٕ لُکہٕ

ادب چھُ سماجی توٲریخ رٔژھراونس تہٕ وِبٕھناونس منٛز تہِ مدد دِوان ۔ أسی چھِ

اَمہِ أنہٕ خانہٕ منٛزی پننہٕ پتھ کالُک نظارٕ ہِبکان وُچھِتھ ۔ واریاہ لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ

توٲریخس لرِ لوٚر پچہِ مژ ، بلکہِ چھِ واریہو داستانو تہٕ لُکہٕ کتھو توٲریخی ژھسن

تہٕ ژھر برتہِ پرٕٔی ءتی ۔ راج ترنگنی ہُنٛد اکثر حصہٕ چھُ لُکہٕ کتھن پیٹھے مشتمل ، یاونو

کلھن چھُ پننہِ اَمہِ توٲریخہٕ خاطرِ واریاہ مواد لُکہٕ داستانو تہٕ دلیلو نِشہِ حاصل

کوٚرمُت ۔ قومن ہُنٛد اجتماعی ذہن چھُ تم ساری قصہٕ ، واقعہ تہٕ حادثہٕ پانے

رٔژھراوان یِم تہٕ شاید مورخن ہِنٛز نظر منٛز اہم چھِ آسان یا یِمن پیٹھ ننہٕ تہنٛز نظر

چھےٚ آسان پیمژ ۔ مگر یِنہٕ والہِ زمانک مورخ چھُ ، ہرگاہ تَس وٕطیرہٕ تہٕ اُتھ آسہِ ،

توٲریخہٕ چہِ سِم سِم گوپھہِ یِموے واقعاتو ستی گلیکہ پل تھوٚد تُلان ۔ اکھ کتھ

چھےٚ ضرور زِ عام لوٗکھ چھِ یتھس کُنہِ تہِ واقھس دیومالٲیی تہٕ اساطیری

رنگرٕ وانہٕ غوطہٕ وان۔ اما پوٚز کانٛہہ لایق مورخ ییٚلہِ یہِ رنگ چھلنس منٛز
کامیاب سپدان چھُ، نپہٕ نپہٕ کرٕنٛ موکھتہٕ چھُ نوٚن نیران۔ دپان کلھن
پنڈتس آیہِ نہٕ راج ترنگنی ترتیب دِنٕس دوران راز گووند دوم ہِنٛدِ زمانہٕ پتہٕ ہِنٛہ
والِبنٕ دۄے ترٛٚہن رازن ہِنٛدی حالات بدس۔ اوے روٗد پیر حسن شاہ
کھویہامی ہِنٛدِس زمانس تام (1885ء منٛز کوٚر حسن شاہن تاریخ کشمیرُک
دوٚیم حِصہٕ مکمل) یِمن رازن ہُنٛد حال اوال رأوس تلے۔ پیر حسن شہن چھُ
لیوٚکھمُت زِ ییٚلہِ زین العابدین بڈشاہ ہِنٛدی دربأری ملا احمدن شأہی حُکمہٕ
مطأبق ''وقایع کشمیر'' فارسی تواریخ لیکھُن ہیوٚت کینٛژن ؤرین سپٛٹھاہ کوٗشش
کرنہٕ پتہٕ لٔبی تٔمی پراجہِ پنڈتنہِ مدِ ''رتنا کر پورانکی'' کینٛہہ جُز۔ تس روٗدی وقایع
کشمیر لیکھنہٕ وِزِ یِم جُز زیرِ نظر۔ یِتہٕ پأٹھی سپدی رأوِمتو 52 ہو رازو منٛز
35 رازٕ اَتھ منٛز درج، یِمن ہُنٛد حال رتنا کر پُرانس منٛز درج اوس۔ حسن
شاہن لوٚب ''وقایع کشمیرُک'' اکھ نُسخہٕ تہٕ تٔمی گٔری رأوی ہِتو رازو منٛزٕ پانٛژٕہ
رازٕ پننس توأریخس منٛز ورج۔ یِمو رازو منٛزٕ چھِ کینٛہہ رازٕ تِم تہِ یِمن متعلق
ڈٔلیلہٕ عام کأشرِ ہن تیٚلہِ تہٕ ژہتہ ؤترِس منٛز آسہٕ، ییٚلہِ مورخ یِمن ہُنٛد نیب تہٕ
پے لبنس منٛز آورٕ اٗسی۔ مورخ اٗسی علمی تہٕ توأریخی کتابن ہِنٛدِس تلاشس
منٛز پریشان، مگر عام کأشرِ اٗسی زِ چھن تہٕ کرِ چھن وَنہٕ رأژن دوران رازن
ہِنٛدی ن واقعاتن ہُنٛد حظ تُلان۔

ہیمال تہٕ ناگی رایے عشقہٕ داستان اٗسی تن، یا بوٚمبُر تہٕ لولرِ ہُنٛد المیہ

رومان، یِمن کتھن ہِندی تفصیل چھِہ توٲریخی کتابن منٛز ژھراونہٕ آمتۍ۔ یِم چھِ تیٚلہِ تہٕ اجتماعی ژہتہٕ وٕترِس منٛز محفوٗظ ٲسۍ مٕتۍ یِیلہِ نہٕ مورخن یِمن ہُند کانٛہہ پَے پتاہ اوس۔ ہیمال ٲس راز بلدیونی (1703ق۔م) مارٕ منٛز کوٗرتہٕ ناگ ارجن یا ناگی راے اوس تٕہُند عاشق۔ بلدیو اوس بلدیو پور یُک راز یُس ازتہِ شُمپینس نکھے اکھ گام چھُ۔ یہِ چھُ کلہن سند بورٲوی مٕتو راز ومنٛز اکھ۔ اما پوز یہِ قصہٕ چھُ تمام جزیات ہٮ۪تھ لُکہٕ ادبُک حصہٕ بٔنتھ چلہٕ وُن روٗدمُت۔ مورخن ہِندِ خیالہٕ چھےٚ یہِ تمثیل ناگن تہٕ آریَن ہِندِ تضادچ تہٕ ٹکراوٕچ اکھ مثال۔

راز بوٚمبور تہٕ لولرِ ہُند تعشوقہٕ قصہٕ تہِ چھُ ساسہٕ بدٕ ہوٗری یو پٮ۪ٹھ کاشرِ لُکہٕ ادبُک اکھ حِصہٕ بٔنتھ چلہٕ وُن۔ یہ راز بوٚمبور (1522 ک) تہِ چھُ رٲوی مٕتو راز ومنٛز اکھ۔ یہٕ اوس لولرِ ہُند عاشق۔ اوٚ ہُند تعشوقہٕ داستان تہِ روٗد ساسہٕ بدٕ ہوٗری یو پٮ۪ٹھ زبٲنی زبٲنی اکہِ پُیہٕ پٮ۪ٹھ بیٚیس پُیہٕ تام واتان۔

سائنٛس دٔلیلہٕ گرہن نِش چھےٚ ازتہِ راز نرسنٛز چندر لیکھایہِ سنٛز زبردستی کرنہٕ موکھ شہر نرپورچہِ تباہی ہنٛز دلیل میلان۔ اَتھ دٔلیلہٕ منٛز تہِ چھِ ناگن تہٕ آرین ہنٛز پانہٕ وٲنی مُٹھ کری ٹاکار۔ حتاکہِ ناگ چھِ نرپور ہٮ۪تھ راز نرس نابوٗد کران۔ کلہن چھےٚ یہِ دٔلیل واریاہ زیٹھہِ رٲوِتھ بیان کٔرمٕژ۔ کاشری کتھہٕ گری تہِ چھِ امہٕ کمن واریہن گوشن کُن ژھال نمو۔ (ناگہٕ کورِ ہُند لوٗھجہِ دَب، کاشرِ لُکہٕ کتھہٕ۔1990ء) اَمہٕ دلیلہٕ ہِندِ جاے وقوعکۍ آثار چھِ وُنہٕ تہٕ ئژ۔ مثالے ژکدر سیمتھن (وٮ۪نجہٕ بیور) زامترٕ ناگ (پہلگام)۔

یتھے پأٹھی چھِ واریہن راز دلیلن منز ہانکل گنہِ نتہٕ گنہِ توأریخی واقعس ستی وأٹتھ لبنہٕ یوان۔ کلھن یا بدل کأنسہِ مورخن چھُنہٕ راز مکند سُنز ناوٕ ے ہیوٚ تمُت۔ اماپوٚ زتتھ مشہور لُکہٕ کتھِ کیاوٕنی زِ یتھ منز أمس رتس (دلیلہٕ گری سنزِ ونۍ ) رازس زنا کأری ہُند چھُہہ لگنہٕ ستی کن ز زیٹھان چھِ۔ أخرس چھِس کُٹھار پرگنہٕ کِس کوٚٹھی یأرنأس منز سرٚان کرنہٕ ستی پینہٕ پنٕس اصلی حالتس پتھ یوان۔ کوٚٹھی یارونس تہٕ ناگس چھُ ازتام ہیٚندٕن ہندی کِنی تقدس حأصِل۔ (وُچھو دلیل مأ کن رازُن گن، کأشرِ لُکہٕ کتھٕ، جلد 3)

وونی چھےٚ یہِ کتھ کتھ تہِ وأزھمٕ زِ یتھِ أسی نہٕ کانہہ غأرفطری زُری یاتھ، بلکہِ انسان یم سانہِ کشیرِ منز تہِ روزان أسی۔ یُتھ چھُ ازتہِ سانین لُکہٕ کتھن ہُنداکھ عجیب کرداریُس وِہی چھُ بدلاوان۔ پھربستس یوتاہ تھدان تہٕ برأرِس یوتاہ موژان؛ پھُس کلس پیٹھ تھوُتھ انسانس سرز ورگرٕھان، مگر پھُس رأوِتھ انسانس تأبین سپدان؛ رأژن منز وٕ ٹھتی بارٕ ووان تہٕ مُنزی مُنزی مرگزار ومنز سأدروار قبرٕ پرأٹتھ مُردن ژوٚرِنوان۔ (وُچھو دلیل: چالاک نأید، کأشرِ لُکہٕ کتھ۔ جلد 2)

دیکھش، ہیمن کأشرِ پأٹھی یتھ ونان چھِ، أسی نہٕ دیومالأیی مخلوٗق۔ یمن متعلق چھِ لُکن منز مختلف دٔلیلہٕ مشہور۔ أزی کیو محققو چھُ توأریخی ماخذن ہندِ حوالہٕ ثأبت کوٚرمُت زِ یکھشن ہُند اصلی وطن اوس کشیر تہٕ پیٚتی پیٹھٕ گےٚ تم برصغیرکین دوٚ ییمن علاقن کُن، حتاکہِ لنکایہٕ منز تہِ بسنہِ۔ یمو کوٚر کشیرِ منز

سارِوٕے بروٚنٛہہ بودھ دھرم قبوٗل۔ یَمن متعلق چھُ مشہوٗر زِ اُچھ آسکھ ووزجہِ۔ یِم اٲسۍ لاش تام کھسوان۔ شاید چھِ تِم اَوٕے وٕسۍ پایہِ تہٕ ناکارٕ مانٛنہٕ آمتۍ۔ آریاتہِ اٲسۍ یِچھن کھوژان۔ نیل مت پُرانس منٛز چھُ یکھشا اماوسی، تیوٗہار آرین ہٕنٛز یِچھن رَتہٕ چھَپہِ دِنک نوٚن ثبوت۔ کٲشرِ منٛز چھ وُنہِ تہِ کینٛژن جایَن تہٕ ناوَن ہٕنٛز یِچھ لفظ چلہٕ وُن۔ مثلاً یچھ کوٗٹ، یٚچھ ہوم، یچھ پھَل، یچھ کرٕ بیترٕ۔

راجٕ سہد یوٚنس دورِ حکومتس منٛز کوٚر اَکِ چینی جنگجو زَلجوٗون کٲشرِ پٮ۪ٹھ حملہٕ۔ اَمِ ہٕنٛدِ ستتھ ساس سپاہن مقابلہٕ کران چلیو وُنہٕ سہدیو ہٕنٛدِس فوجس کینٛہہ۔ تِموکوٚر کٲشرین کترٕ بَتہٕ، اُٹھن رتن روٗدی مُلکس تہراج کران۔ ہُر دیوٲنی دراو زَلجوٗ، پنٕن فوج، قیدی، تہٕ لوٗٹہٕ مال ہٮ۪تھ دوٗسری کنۍ۔ وَتہِ آوشینہٕ طوٗفانس منٛز ہٕنہٕ تہٕ فوج، قیدی تہٕ لوٗٹہٕ مال ہٮ۪تھ آددوٗ براونہٕ۔ مورخو چھُ زَلجوٗنہِ حملُک حال تفصیلہٕ سان لیوٗکھمُت، اماپوٚز عجیب اتفاق چھُ زِ اَمہِ مشہوٗر واقعُچ یادگار ڈٟلیل چھےٚ وُنہِ تہِ کٲشرین ہٕنٛدِس زٮ۪تہٕ وٕترس منٛز "ظالم خان" ناوٕ مشہوٗر۔ (وُچھِو 'کٲشرِ لُکہٕ کتھہٕ' 1990)۔ چونکہِ زَلجوٗس چھُ ذوالقدرخان تہٕ وننہٕ آمُت، کٲشرو ووٚنُس ظالم خان۔ ڈٟلیلہٕ گرِی ہٕنٛدی کنۍ اوس سُہ کوہ کاٗمُک پادشاہ، ییٚلہِ زَن مورخن ہٕنٛدِ وَننہٕ سُہ تاتاری تُرکستانک روزَن وول اوس۔ کوہ کاف چھُ آرمینیا ہس منٛز۔ لُکہٕ روایژ کنۍ چھُ کوہِ کاف آگر پٮ۪چھنہِ ہُنٛد مالٕین۔

ژوداہمہِ صدی عیسوی منز ووت اسلام کٔشیرِ۔ وارِ وارِ کوٚڈٕ کی نٔوی تمدنن کاڈ، سأنِس فوک لورس پتھ پیٚیہِ عرب تہٕ عجمہٕ کیٚن توأرٟیخی تہٕ اساطیرِی داستانن ہٕندی اثرات۔ وزراماِل، ظٕہرا خاتون، لأل مجلوٗن، شیٖر ہیٚن فرہاد، یوسف زلیخا، نمروٗدٕنی دَم، شداٗدُن باغ، گُلنوٗر دِلارام، عجب ملک تہٕ نوش لَب، شیٚخ صنعان، ہارون رشید تہٕ حاتم طے بیترِ توأرٟیخی تہٕ داستانوی قصہٕ بنیہِ سانہِ لُکہٕ ؤترِکی حصہٕ۔ سأنی لُکہٕ ؤتری رٔچھ حضرات ساداتن، ریٚشن تہٕ بزرگن ہٕندی ہتہٕ واد عقیدتی واقعہ تہٕ قصہٕ۔ حبہٕ خاتون ییٚتہِ اَکھ توأرٟیخی حقیقت چھےٚ، تَتہِ چھےٚ، سو سانہِ لُکہٕ ادبٕچ تہِ اَکھ اہم تہٕ پُراسرارِ کردار یُتھ لُکہٕ روایٔژن ہٕندِس موکھتہٕ پٹارس منز محفوٗظ۔

☆

# لُکہٕ کتھوٕ ذریعہٕ سماجی زِندگی ہُنداوپ ژوپ

انسانس چھُ زندگی گُذارنہٕ خاطرٕ ستی باجن، ہمساین، اَنگن اُشناوَن، بندن باندٕ وَن، مددگارن، پیشہ وَرن تہٕ کاسبَن ہُند لاٗزمن حاجتھ پیوان، کُن تہٕ کیول انسان ہیکہِ نہٕ ضرورٕ تکی گٔلہُم سامانہٕ بہم کرِتھ۔ اوے ہیوٚ چھ تٔمی پننہٕ آدن کالہٕ پیٹھے چھوکن تہٕ قبیلن منز یکہٕ وَٹہٕ روزُن۔ اللہ تعالیٰ ہن تہٕ چھُ اٗمس تیٚتھ مِزازٕ عطا کوٚرمُت زِ سُہ چھُ فورن اَکس بیٚیس انسانَس ستی رَلان۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس اَکھ اَکھ انسأنی قبیلہٕ اَکھ اَکھ سماج۔ آبأدی ہُرِنس تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ سہولیَتھ یاف سپدنس ستی لجہِ انسانن ہنز بجہٕ بجہٕ چھوکہٕ، یِمن منز لوٚکٕ بُڈی قبیلہٕ تہٕ شأمِل سپدان روٗدی، یکہٕ وَٹہٕ روٗزِتھ اَکھ اَکس اکار بکار ینہٕ تہٕ ییتھہٕ پأٹھی لوٚگ سماجک باڈوہرنہٕ۔ قومن، نسلن تہٕ مُلکن ہنٛدِ مستحکم تصوٗرٕ باوجود چھُ اَزیک دُنیا بوزوَے تہٕ کُنے سماج تِکیازِ نوٚہنہٕ کھوتہٕ نوٚہنہٕ سأینسی ایجادوٚأنی کُلِ عالمکی روزن وألی اکھ اَکس سبٹھاہ نکھہٕ۔ سماجی چھُ فردس حقوق تہٕ فرأیض دِوان تہٕ اُتھی منز چھے تِہنٛدِ بن مفادن ہنز رأچھ سپدان۔ سماجس منزٕ ے چھے مختلف قدر (Values) نوان تہٕ پوٚھان۔

دُنیاہکِن باقے مُہذِب سماجن ہنٛدی پأٹھی چھُ کأشرِس سماجس تہٕ یہِ

امتیاز حاصِل رودمُت زِ اَسہِ چھُ ہمیشہِ ییٚ سُنْد دود پنہٕ نُے دود زونمُت ، دژاگن منز دِتی فاقہٕ تہٕ یِکہٕ وَٹہٕ ، کینٛہہ ہیٚ کھیٚو وتہٕ بأ گرِتھ ، محلس یا گامَس منز ہے کانٛہہ بِمار آسہِ ہاسورُ ے محلہٕ تہٕ گأمی گام اوس پریشان سپدان ، کانٛہہ ہیٚ مرِ ہیہ تہٕ گأمی گامکی لوٗکھ آسی دوکھہِ زدن النہٕ ولنہٕ یوان ، رہتہٕ وادن آسی تَتھ گرس منز سَمتھ تمن دِل دِہی کران ۔ کورِ ، گبرس ہیٚ خاندر آسہِ ہا ، گأمی گامَس اُس ووسہِ دروسہِ لگان ، گامن منز اوس خاندرسارِنے ہُنْد اکھ سرۄ دجشن یوان مانہٕ ۔ اَکس گرس ہے گاو دود دِوان آس داہ گرِ آسی اَتھ دودس کران آرام ، وژھ وأنجہِ اُس سپدان اَکھ اَکی ہنٛز حاجت روآیی ۔ گامن اندر چھُ کُنہِ کُنہِ وُنہِ تہٕ ، دوکھس تہٕ سوکھَس دوران ، اکھ اَکس بلا معاوضہٕ پلزنٛک رِواج ۔ یِژھن مثبت سمأجی قدرن ہُنْد اوس یوان گوڈٕ پتھے شُربن اوپ ژوپ کرنہٕ ، لُکہٕ باوَتھ اُس اَمیُک موثر ترین وٗسیلہٕ ۔ شُر یام سوچس پیوان ہیٚو اوس ، گرِکی زِٹھی اَسس لُکہٕ بأتو تہٕ لُکہٕ کتھو ستی بیٚ شوٗنکی پأٹھی یِمن سمأجی قدرن ہُنْد سبق پلناوُن ہوان ۔

سانہِ زبأنی منز چھےٚ از تہِ اَمہِ قسمچہٕ واریاہ لکہٕ کتھ یِمہٕ مُختلف وأنسہِ ہنْد ن شُربن ہنْدِ خأطرٕ کارآمد چھےٚ ، یِمن ہنْدِ ذٔریعہِ یہِ پلناونہٕ ینہٕ وألی سبق چھِنہٕ تمن کتابو پٹھہٕ پرناونہٕ ینہٕ والِمن کُہی یا سبقن ہنْدی پأٹھی خوشِک تہٕ بےٚ مزٕ باسان ۔ تمن چھِ یم ذٕلیلہٕ دِلچسپ لگان تہٕ اضطرابہٕ سان چھِ یمن ہُنْد لطف تُلان ۔ شُر چھُ جانہ وار سنٛدی پأٹھی تسی ستی وُپھن پژھان ۔ ییلہٕ سہ

جاناوارٕ ہنٛزٕ ڈیلیہٕ بوزان چھُ، سُہ چھُ پٔنُن پانٕ جاناوارٕ ے تصور کران۔
وارِیہن ڈیلیلن ہنٛدی پأٹھۍ چھِ سانہِن شُرٕ ہن ہنٛدِ خأطرٕ ''کُتی جِہ بچہٕ تہٕ الہٕ
بیول'' (کأشرِ لُکہٕ کتھٕ، مطبوعہ 1990ء ص 203) ناوِچ اَکھ مأری منٛز
ڈلیل تہٕ مضبوط سمأجی رِشتن تہٕ نیکی ورتاونس پیٹھ زور دِوان، اَتھ منٛز چھِ شےٚ
خوٗب صوٗرت جاناوار مُصیبتہٕ وِزِ اَکھأ اَکس مدد کران، أکس شخص چھُ
نیکی ہُندٕ رُت تہٕ بیٚیس ہُندی ہُنٛد بد معاوضہٕ میلان۔ یہ ڈیلیل چھےٚ تِمن شُرٕ ہن
لایق یِم کم کاسہٕ سوچس پیٚمتۍ آسن، انسأنی سماجہِ منٛزٕ زنتہٕ وُپھِ نیرتھ چھِ تِم
جاناوارن ہنٛدِس سماجس منٛز واتان، یِیتہٕ انسأنی سماجہِ نِشہِ زندگی ہناہ مختلف
چھےٚ مگر ہمدردی تہٕ پانہٕ نیار چھُ یسلہٕ پأٹھۍ موجوٗد، آزأدی چھےٚ تہٕ امن و
سکوٗن چھُ یارِ گنبر، نیری تہٕ نیہِ چھےٚ، بالہٕ تیٚنتالی تہٕ مرگہٕ چھِ، گندنہٕ درو کنہٕ
خأطرٕ محفوٗظ ماحول۔

کٔنہہ پأٹھۍ چھےٚ یہِ ڈیلیل أکس خوش یونس تہٕ موثر طریقس منٛز یہِ
آفاقی سبق دِوان زِیُس یہِ وَوِ، سُہ تہٕ لونہِ، اَمہِ لُکہٕ کتھِ ہُنٛد خلاصہٕ چھُ یہِ:

''أکس کُتی جِہ بچس اُس کتھٕ تان پأٹھۍ زَنگ پھُٹمُت۔ سُہ آوالہِ منٛز پتھر
لاینہٕ، اول اوس أکس منڈٕوس منٛز، منڈوس منٛز اوس زز بُڈاہ، أمی کوٚر
کُتی جِہ بچس زَنگہِ گنڈ، تَس بلیاے زنگ۔ وندس گےٚ کُتی جِہ پنجاب، سونتہٕ
ییٚلہٕ تِمن کشیرِ ترنٛگ وَق ووت کُتی جِہ بچن ووٗن ماجہِ زِبڈس کرِش گرِشھِ کینٛہہ
ڈالی اَسنٛزٕ۔ کُتی جِہ آس رنٛنہٕ ژروبس، رنٛگہٕ ژرِاوس چرٛی مارن ریوٗ نزلوٚ یمٕتہٕ:

سوأس پانہٕ گأمژ چھوکہٕ لد تہٕ بچہِ اوُسس موٗ دمُت ۔ گُتۍ جہِ أس یہِ رنگہٕ ژٕر پٕنُن گرٕأنۍ مژ ، اتہ اوسنس دواہ کوٗرمُت تہٕ بٕلتھ أس سوٗتس وٕبس بنیامژ ۔ گُتج گٔے أمِس رنگہٕ ژرِ تہٕ دوٗپ نَس بُڈس کیا ڈألۍ نمو ۔ رنگہٕ ژٕر أس پھشبہٕ سیر وبس اکہِ لٹہِ أس پھشبہٕ سیر شِکأرۍ نمژ رٕٹتھ ، بچہِ أسس گرِودان ، رنگہٕ ژَرِ أنۍ تم تہٕ رٕچھِن پنہٕ نٮ۪ن بچن ستۍ اکہِ دوہ آے پھشبہٕ سیر شِکأرِس نِشہِ ژٕلِتھ ، بچہِ وُچھِن رنگہٕ ژرِ ہٕنٛدِ گرِ ۔ تِتھہٕ پأٹھۍ بنیاے رنگہٕ ژَرِ سوٗ وبس ۔ از ییلہِ رنگہٕ ژرِ پھشبہٕ سیر پرٕ ژھ بُڈس کیاہ ڈألۍ نمو؟ تمہِ دوٗپُس مے چھُ ستت دوس ، بہٕ پرِ ژھے تسی ، ستُت اوس اکہِ دوہہٕ اکہِ ریٚیہِ آکہِ پیٚٹھۍ پوٚ کمُت ، ریٚیو کوٚرُس حملہٕ تہٕ ژالیس تیرن منز ، لوٚگ ارٕ سرٕ کرنہِ ، پھشبہٕ سیر آیہِ تہٕ کجہِ نَس توشتہِ ستۍ ساریے ریٚیہِ ، ستُت بچوو تہٕ بنیاو پھشبہٕ سیرِ ہُنٛد دوس ، پھشبہٕ سیر ییٚلہِ ستہٕ تس وون زِ گُتۍ جہِ کیا دِموٗ بُڈس کرٕ ڈألۍ؟ سُہ گوکوہِ قاف تہٕ اَتہِ اوٗنُن الہ بیأژ پھوٚلاہ ۔ گُتۍ جہِ واتنو یو ہے بیأژ پھوٚل کٔشیرِ تہٕ ترٛوٗن بُڈس ہلمس منز ۔

بُڈن وٚوو یہِ بیأژ پھوٚل وارِ منز ، اَتھ درایہ اَکھ اَل ، الہِ منزٕ دژ اوموختہٕ تہٕ بُڈٕ گوسونہٕ سأوۍ تیٚنٛدی بأے ییٚلہِ یہِ بوٗ زٕتمۍ پھٕٹرٕ أو أکس گُتۍ جہِ بچس زَنگ ، پھٹر أوِتھ کورٕنس گنٛڈ ، بچس ووت آزار تہٕ زَنگ تہِ بلیایَس نہٕ کینْہہ ۔ گوٚیہِ گُتۍ جہِ بچہِ پننہِ ماجہِ ستۍ پنجاب ۔ سونتہٕ پیوٚ و گُتۍ جہِ بچس بُڈٕ یاد ، ماجہِ دوٗپُن تمۍ پھٹر أوِم زَنگ ، اِمو کھہٕ گژھِس سزا میلُن ۔ أمِس گُتۍ جہِ أس کُلِ وبس دیان اکہ دوہ اوس کُکلہِ پنہٕ نِس خاوندس ستۍ کتھ تام پیٹھ بکواس گومُت ، خلع

کرنس پیٹھ واژایہ کتھ مگر کُتی جہِ دیتّھ صلح کرِتھ۔ کُکلہِ وۄن کُتی جہِ کُن زِ گلی
دِدٕر چھَ مےٚ وبس بہِ پرٕژھے تمٕی ہے بُڈس کیا سوزو؟ کُکلہِ آس سوا کہِ دوہ
تمہِ ساتہٕ بچاوٕمژ یِیلہِ تمٕس اکس گلی گوگرس منز کمٕی تام کیٚمی تو نتھ رٕ ٹمژ آس۔
گُلی دِدٕر گے تہٕ اوٗن کوہِ قافہٕ پیٹھ الہٕ بیٚالی پھوٚلاہ، کُتی جہِ واتنو بیاکی پھوٚل
کٲشیرِ تہٕ ترووُن بڈِس ہلمس منز بُڈن وۄ وارِ منز، اَتھ دژاے اَکھ الِ، اکہِ
دوہ شامن دژاے اَمہِ الہِ منز بوٚمبر تھوٗکھ بُڈٕ تہٕ تیٚنڈی گرِ کی سٲری باژ پچھتھ
یۆت زِ سٲری موٗدی"

گگرِ ہُند کن چھےٚ شُرٕ بن ہٕندِ خاطرٕ اَکھ مشہور لُکہٕ کتھ یوسہٕ، از تام پچھِ
بدیو شُر بوٗزمژ چھےٚ تہٕ لطف چھُہس تُلمُت ژکہِ چھےٚ یہِ ڈٲلیل کم وٲنسہِ
ہٕند بن شُرٕ بن ہٕندِ خاطرٕ، دلیل بناون والو چھُ اَمیُک پیٚنز وۄن سبٹھاہ
ووستادی لہِ سان ووٹہٕ مُت۔ اَتھ منز چھےٚ وارٕ یہن پیشہِ ورن تہٕ کاسبن تِتھہٕ
کُنی ہانکل کرنہٕ آمژ زِ اَتھ چھُ ونن وٲلس پھری پھری زنتہٕ گردان پوان
کرُن، وو لسنس یِتھ چھِ بوزن وٲلی شُری تہِ اَتھ زیٹھم زیچھِ لفظہٕ تنڈ لہِ بار
بار زیوِ پیٹھ پھرِ نہٕ لگان، یہِ ول تہٕ ژھل چھُ زیوِ ہُند کجر دۄر کرنس تہٕ رواٗنی پادٕ
کرنس منز سبٹھاہ فأید مند۔ شُرٕ بن چھُ یہِ دلیل بوزنس لُطف لگان مگر ستی چھےٚ
یہِ ڈٲلیل بےٚ شوٗنکی پأٹھی سمٲجی اَتھ واٚس تہٕ سمٲجی نظامس ڈنجہِ تھوَن والین
قسماٚقسم کردارن ہنز اہمیت تہِ سمجھاوان۔ شُرِس چھُ غأر محسوس پأٹھی
مُختلف پیشہِ ورن ہنزِ اہمیژ ہُند اوپ ژوپ سپدان، کانٛہہ تہِ پیشہِ چھُنہٕ

ؤسی پایہِ، مختلف پیشہِ ورنے آسن زندگی گزٕ ھِ کڈٕر، اَمہِ ڈٔلیلہِ ہُنٛد موخصر خُلاصہٕ چھُ یہِ زِ:

''''گگرن ژۏٹ کاجہِ وَٹہٕ ستیٚ گگرِ کن تِکیاز تمہِ اوس نۆن وُچھان وُچھان سورُے سِٹین کھبتھ موکلومُت، گگر وزٲے مالیُن ژلنہِ مگر گن اوسُس ژھیوٗ نمُت، گرٛوھان چھِ ہرٛس نش کن واٹناونہِ، ہرٛ چھُس دپان دِسٲپَن اَنتھ، پن منگنہِ گٔے تیٖہِ، تیٖہِ دۏپُس اَن کپَس، کپَس منگنہِ گٔے ڈارس، ڈارن دۏپُس اَن گہہ، گٔے گُہہ منگنہِ داندس، داندن وۏنُس اَن گاسہٕ، گاسہٕ منگنہِ گٔے بیر، بیرِ دۏپُس اَن دزٕ وت، گٔے کھارس، کھارن وۏنس اَن ژٕنہٕ، گٔے ونس، وَنن دۏپُس اَن تینٛگل، تینٛگل منگنہِ گٔے گرہسی تِس، گرہسی دۏپُس اَن بانہٕ، بانہٕ منگنہِ گٔے کرٛالس، کرالن وۏنُس اَن میٚژ تہٕ بہٕ دِمے بانہٕ تھٕرِتھ، گٔے میٚژ لَمَس، دۏ پٕنس دسٲمیٚژ، میٚژ لَم آوٕ ستھ گگر گٔے لمَس تل تہٕ موٗ یہِ'' اَکھ لۆ کٹ موٗ کٹ گگر چھُنہٕ اکہِ پنہٕ داوِ خاطرِ ییٚژ مشقت وہتہٕ رٲوِتھ ہبکان، واراہ تھکنہٕ سپہ رۆدُس نہٕ حسیبے تہٕ گٔے میٚژِ لَمَس تل، زندگی یۆ دوَے حسین چھِ مگر یہِ رِتی پٲٹھی گُذارنٕی چھُنہٕ گپھہ کتھاہ، اَتہِ چھِ محنت تہٕ مشقت درکار۔ سماج روزِ تیٚلی ڈٔنجہِ ییٚلہِ سٲری لۆکھ پٔنٕنی پٔنٕنی کٲم انجام دِوان روزان۔



# کاشرِس نثری فوک لورس منز ورتاونہٕ آمژ کینہہ پُر اسراراجایہ

## (۱)

پاتال:- نأگ رایُن وطن تہٕ ہی مالہِ ہُند وأریو

عام عقیدٕ چھُ زِ پاتال چھُ زمینس تل اکھ جاے۔ داستان تہٕ ڈیلیہٕ ونن والین ہِندی کِنی کھوت نأگ رایے سَرُ پھلأ کِتھ پاتالہٕ پٹھ اکہِ ناگہٕ کِنی زمینس پیٹھ تہٕ ژاوسداراہٕ منس جولنس اندر، چھورٕ بٹنہِ مُژروو جولنس گنڈ، سرپھہٕ بدلہٕ دژ اوامہِ منز نأگ رایے۔ ہی مالہِ تہٕ نأگ رایہٕ سنٛدس عشقہٕ داستانس اندر چھِ یہ کَتھ تہٕ زِ ییٚلہِ نأگ رایے دودٕ کرنڈ منزی پاتال ووت، تَس پیوو واپس یتھ ہی مالہِ کِنی بنأوِتھ، سو ہتھ بییہِ پاتال وُسن۔ یتھے پأٹھی چھُ وشاکھ برہمن تہِ سسرؤس ناگہٕ سنزن کوربن تہٕ سرؤس ناگس زبون ناگس پیٹھ سمکھان۔ ناگ سسرؤس تہٕ تسنزِ کورِ کھژ پاتالہٕ پیٹھ امی ناگہٕ کِنی، وشاکھ برہمن چھُ سسرؤس ناگ سنزِ کورِ چندرلیکھایہٕ ستی خاندر کران تہٕ یوہے خاندر چھُ بہان راژ نرکم تہٕ تسنزِ راز دانہِ نر پورچہ تباہی ہُند باعث۔ یہِ قصہٕ چھُ کلہن راج ترنگنی منز تہِ لیؤکھمُت تہٕ لُکہٕ ژہتہٕ وُترس اندر تہِ چھُ محفوظ۔ سوم

دیوٕسنٛز شہرہ آفاق ڈٟلیلہٕ کتابہٕ ''کتھا سرت ساگرس'' اندر چھِ کیٚنٛہہ ڈٟلیلہٕ پاتال نگری سیٚتی وابستہٕ کاشُر زبٲنی اندر چھِ کیٚنٛہہ ڈٟلیلہٕ وُنہِ تہِ چلہٕ وُنہِ یِمن منٛز ناگ ذٲژ ہِنٛد بن لُگن ہندی معاشقہٕ بیترِ بیان چھِ کرنہٕ آمتی ، مثالے ہی مال نٲگ رائے ، ناگہٕ کورِ ہُنٛد لڑھچہِ دب ، غریب زامٕتُر تہٕ راز بنیو وسرُ پھ بیترِ ۔ یِمن عشقہٕ ڈٟلیلن منٛز چھُ پاتالُک یوہے تصوٗر زِ سُہ چھُ زمینس تل Under world اکھ دُنیا ۔ مُفتی محمد صدرالدین وفاٗئی (وفات 13/اگست 1813ء) تہٕ بابا اسرار قادریؔ ہو بو قادر الکلام فارسی زبٲنی ہِنٛد بو سخن ور وچھُ ہی مال تہٕ نٲگ رائے سُنٛد عشقہٕ قصہٕ فارسی زبٲنی منٛز منظوٗم کوٚر مُت ۔ بابا اسرار قادریؔ تہٕ چھُ ونان زِ نٲگ رائے اوس پاتالُک تہٕ یہٕ جائے چھَ زمینس تل مطلب زِ سوٗے کتھ یوسہٕ عوٲمی اجتمٲعی ژھتہٕ ؤترِس اندر محفوٗظ چھَ ۔ ہی مالہِ ہُنٛد مول چھُ ناگ ارجُنس (نٲگ رائیس) وُچھتھ اِو موکھ پریشان گژھان زِ سُہ اوس فقیرانہٕ لباس لٲگتھ ، نٲگ رائے چھُس ونان ۔

نہ پنداری کہ ہستم بے نوائی سراسیمہ شُدہ ہمچوں گدائی
کہ من سُلطانِ ایں زیرِ زمینم ہمہ تحت الثریٰ زیرِ نگینم

(قصۂ ارزن وہی مال ، قادریؔ)

تہٕ ڈٟپتھ گو۔ ''مہ گژھی نے خیال زِ یہٕ ما چھُس بے نوا تہٕ کانٛسہِ فقیرٕ سٕنٛدی پٲٹھی پریشان ، ئہٕ چھُس تل زمینُک بادشاہ ، سوٗرے پاتال چھُم تابین ۔

اما پوٚز پاتالس متعلق یہ تصور چھُ ووٚنی محض تصور ماننہٕ یِوان ووٚنی چھِ عالم

تہٕ مُحقق وَننہٕ لگی ہتی زِ زمینس تل چھَنہٕ کانٛہہ جاے۔یتھ پاتال ونوبلکہٕ گژھہِ یہ زمینس پیٹھے کانٛہہ علاقہٕ آسُن۔ موتی لال ساقی سندِ وننہٕ مؤجب چھُ پاتال وادی سندھس اندر اکھ شہراوسمُت، یِیتہٕ ناگ ذأژ ہنٛدی لۆکھ بسان اُسی ہتی چھِ۔ ''پُورا نومؤجُب اوس ناگن ہُند شہر پاتال ناوٕ مشہوٗر یُس عام عقیدٕ مؤجب زمینہٕ تل چھُ تہٕ یُس صرف تصور اُسِتھ ہیکہٕ۔ پزر چھُ یہ زِ پتھ کالہِ اوس سندھ پتھرِ ہُند اکھ علاقہٕ تہٕ شہر پاتال، سنٛدھ پتھرِ ہند تہذیب پھاپھلاون والین منز اُسی ناگ تہِ شامِل۔'' (لُکہِ باوَتھ تہٕ نسلی ژھیتہٕ وۆتُر، موتی لال ساقی، مطبوعہ کأشُر لوک ادب، مرازادبی سنٛگھم ویٖجہِ بیور)۔ یہ تہِ چھُ وَننہٕ یوان زِ نأگ راے اوس سُمان شہرُک روزن وول۔ مُفتی محمد صدرالدین وفائی چھُ ہی مالہِ تہٕ نأگ راے سندِس عشقہٕ قِصس فارسی زبأنی اندر منظوٗم کُرِتھ ''تحفتہ العشاق'' ناوتھوان۔ اَمہِ مثنوی ہُند تأریخ تکمیل چھُ یکم جنوری 1806ء یِیلہِ ہی مال نأگ رائیس مُحلہٕ لاگان چھِ زِ شوٗژھِ ون ژٕ ے کیا چھے ذات بُراتھ، سہ چھس عاجز یتھ ونان۔

| | |
|---|---|
| زِ اصل و نسلِ من پُرسان کُنی گر | بِشنوازمن اگر آری تو باور |
| بہٕ خوٗبی سرورم خیلِ پری را | شہنشاہم سوادِ دلبری را |
| سُمان راتخت گاہِ من بدانی | زِ مَن مشہوٗر شُد حُسنِ سُمانی |
| سُمان شہریست درکشیر ولاہور | سمن بویانِ آں شہر اند مشہوٗر |

(تحفتہ العشاق ص ۱۵۸)

''اگر ژٕ میانہٕ بُتر آ ژٕ متعلق پرٛ ژھان چھُکھ، بوزیٚو وَنےٚ اگر پرٛژھ کرَکھ۔ یُہ چھُس پرٛ یین ہُند زیٹھ ''سوادِ دلبری'' ہُند چھُس شہنشاہ، میون تخت چھُ شہرِ سُمانس منٛز، میانیٚ ستی چھُ سُمانُک حُسن مشہور، اتھکی سمن بوچھ مشہوٗر، یہِ شہر چھُ کشیرِ تہٕ لوہورس منٛز''

توتہٕ ییلہِ نہٕ ہی مالہِ مونُس کینٛہہ تہٕ وسان چھُ نأگ راے دوٕ کرنٛڈس منٛز ،ڈلیلہٕ گری چھِ ونان سُہ ووت اَمی مٔنزی پاتال مگر صدرالدین وفائی ونان زِ سُہ ووت سُمان شہرس منٛز اَمی دوٕ کرنٛڈٕ مٔنزی ،تتہِ گےٚ تٔسندی اوٚ آشنا وخوش ۔

زِحوضِ شیر ہمچوں جوئی فرہاد          رہِ سنگینی اور اپیش اُفتاد

ازاں راہ شُد رواں سوئی وطن گاہ

کانٛہہ تو آریخی حوالہٕ دِنہٕ روٗستےٚ چھُ مرحوم عبدالستار رنجورنؔ تہٕ لیوٚ کھمُت زِنأگ راے آو سُمانہٕ پپٹھ کشیرِ ،سُہ اوس ناگ قبیلُک اَکھ سردار ،سُمان چھُ بقولِ رنجورؔ پأکستانٕکس گُجرات شہرس نکھٕ اکھ گام ،نأگ راے اوس اَتہِ کُےٚ روزن وول--''ناگ قبیلُک اَکھ عظیم سردار ناگ ارجُن (نأگ ارزَن/نأگ راے) تہٕ آو سُمانہٕ پپٹھ ٕپنٛنی کینٛہہ ناگ چیلہٕ ہتھ 1702ق۔م سنس منٛز تمہِ وِزِ کشیرِ ییلہِ اُجینکی راژن کشیرِ منٛز پٔنن فوج سوٗزِتھ کشیرِ پپٹھ چڑٛأے کٔر ۔اَمہِ وقتہٕ اوس راژٕ بلدیو کشیرِ ہُند راژٕ ،سُہ تہِ اوس نیل متہٕ کُےٚ پأروکار ییمہِ کِنہٕ ناگ ارجنن راژٕ بلدیوٕ سنٛدِ خ فوٕج کمان سنٛبألتھ اُجینی فوجس شکس دیُت۔ (ناگ مت تہٕ کشیر،عبدالستار رنجور،شیراز جلد 17 شُمارٕ 4) ☆

(2)

# کُگی یأر

لُکہٕ عقیدٕ چھُ یہِ زِ وندٕ کِنہ شہن رتن چھِ دٕو دریٹھال تہٕ ژن یَلہٕ آسان، تِم چھِ وَتہٕ گتن وَتھ ڈالان، لُوکن کھوژ ناوان، تصرُف کران، تہِر تہٕ نذرونیاز منگِتھ واپس نیران بیترِ ۔ اما پوٚز وندٕ سوٗرِتھ چھِ یِوٕنہِ سونتہٕ یِم بلایہِ بہگارِیوان ژِنہٕ یِمن چھُنہٕ انسأنی بُستی ین اندر بے وایہِ پأٹھی پھیرنُک تھورنُک اجازتھ آسان ۔ مرازٕ علاقہٕ کِنہ دوٚن مشہور پرگنن دۄ چھُن پورتہٕ کھوٚر پورس اندر چھِ یہِ لُکہٕ رِوایتھ عام زِ رہتہٕ کالہٕ شہن رتن چھِ دٕون دریٹھالن، جنن تہٕ تصرُف درَن زِوان کُگی یارِلمنہِ، کُگی یأر چھُ اکہِ بالُک ناوِیُس وننہٕ پأٹھی پہلگام وادی منز ویرِسرن نیہِ ستی لگن بل نِش شرٗع چھُ سپدان ۔ واریہن ہُنْد خیال چھُ زِ یہ بال چھُ پوٚت نیرِ ۔ دراصل چھُ یہ بال خیألی طورتھُرنہٕ آمُت ۔ دِپان اَتھ بالس پیٹھ چھُ جَنَن ہُنْد بادشاہ کُمب روزان ۔ کینژَن لُوکن ہُنْد خیال چھُ زِ کُگی یأر گژھِ کانْہہ یارِ گُل آسُن، واریہن بالن ہِنْدی ناو چھِ اَمی آیہِ میلان مثلن پٔژی یأرنأوی بال چھُ دٔ چھن پور پرگنہٕ کِس ہاپت نار علاقس منز ۔

بنان چھُ زِ کُگی یارِ ہِنز اَتھ دٕو بہگارِ ما آسہِ کشیرِ ہِنْد ہن تمہِ زمانہٕ کِنہ

واقعاتن ہِتی لۄنٹ رلان ، ییٚلہِ ناگو و نیوو کشب ریٚشِش زِ شوٗٹھ چھنہٕ یڑھان یَتھ مُلکس منز ظاۄلم پشاجن ہِتی یکہٕ وٕٹہٕ روزُن ، یتھ پٹھ کشپ ریوٗش تَمن ژ کھِ تہٕ گئیو و۔ نا گو وو نُس زِ پشاج چھِ ظاۄلم،خونخوار، بدذات تہٕ نیوٗلے ماز کھہنہٕ واۄلی ( نیل مت پوران ، شلوک 307 پیٹھ 320 تام، انگریزی ترجمہٕ ڈاکٹر وید کماری ) نیل مت پوران مطاۄبق اۄسی کشیٖرِ منز پانژھ کرور پشاج روزان، اُہند طاقت ور بادشاہ اوس نِکمبھ۔ سیٚکہِ سۄدرس (Sea of Sand) منز تہِ اۄسی پانژھ کرور پشاج روزان۔ نکمبھ اوس پرٛبتھ وٕری یہِ پانژھ کرور پشاج ہیتھ سیٚکہِ سۄدرس منز روزن والین پشاجن ہِتی جنگ کرنہِ گژھان۔ یہ اوس نہٕ پشاجن ہنز آباۄدی دَہو کرور وعلاوٕ دِوان گژھنہٕ۔اوے اۄسی پشاج رہتہٕ کالہ کین شمن رتن جنگس منز آوٕری آسان ،تم اۄسی جبرن یوان رِننہٕ۔ ہردِ اۄسی یوان واپس تہٕ ونہٕ کین شمن رتن اۄسی آزاۄدی سان پھیران تھوران ،شِکار کران راز نِکمبھ ییٚلہِ پشاج ہیتھ نیران اوس ،مآدانی علاقن ہندی آرِیہ اۄسی تران کشیٖرِ ۔تم اۄسی ییٚتہِ رہتہٕ کاۄلکی شےٚ رہتھ گۄڈ اۄرِتھ ونہٕ بروٚنٹھے ہنا کشیٖرِ ہندِ خطرناک ونہٕ کہِ خوفہٕ تہٕ ہنا پشاجن ہندِ ہیمہٕ واپس گژھان۔ اۄخر چھُ کشپ رِیٚش سنزِ پیٚشن گوئی مطاۄبق ژور یوگ گۄذ رِتھ چندر دیو ناۄوی اکھ برہمن ہرُدسۄ رِتھ ییٚتی روزان ۔ ونہٕ شروع سپدان سپدانے آویہِ برہمن پشاجن اندرُو چاپہ پاۄٹھی ہہنہٕ، پشاج چھِ اۄمس برٛہمنس تِتھے پاۄٹھی رِننان یِتھہ پاۄٹھی ہرُدِ کاۄنسہِ جاناورن رنگہِ ڈوٗر گۄنڈِتھ

اورِ یور لیتھ وان چھِ ، تتھ تتھ چھُ چندر دیو راز نیل ہندِس دربارس منز
واتان۔ أتی چھُ برہمن چندر دیو عرض کران زِ أسی ماٛدأنی علاقن ہندی لۆکھ
چھِ وندِ کِمن شمن رتن واپس گژھان، اَسہِ گۆژھ وِہری ؤری یس پیتی
روزنک اجازتھ میلُن ۔ رازِ نیل چھُ اکھ ہدایت نامہِ پیش کٔرتھ چندر دیوس
ونان زِ تُہی کٔرِو میانین ہدایتن پیٹھ عمل تہٕ روٗزِو وِہری ؤری یس پیتی تُہی کٔرِو
میانین ہدایتن پیٹھ عمل تہٕ پشاچ گژھن وارِ وارِ کمزور، شین تہٕ آسہِ نہٕ زیادٕ
پیوان (تفصیلہِ خاطرٕ وُچھو نیل مت پُران) ژکہِ چھُ یہِ اکھ معاہدیُس ناگن
، پشاچن تہٕ ماٛدأنی علاقن ہندین آرِین درمیان سپدان چھُ۔ پشاچن چھُ وندِ
کِمن شمن رتن پھیرنس تھورنس کھُلہِ اجازتھ میلان، آرین چھُ ہدایت یوان
دِنہٕ زِ أکھ آسن تم پانژ ہأٹھ تہوار شۆ ژِ شانہِ مناوان تہٕ بیٚیہِ آسَن وندِ کالس
گرو منزٕ کہے نبر نیران ۔ پانژ ہأٹھ تہوار و منزٕ چھِ کینہہ خاص تہوار تم یمن منز
پشاچن ہنزٕ خوشی تہٕ رضامندی ہُند خاص خیال چھُ تھَونہٕ آمُت ، مثالے
کھیوٕ رِماوس، یُس وُنہِ تہِ مناونہٕ یوان چھُ ۔ پشاچن چھِ امہِ دوہہ کھیٚرٕ
یوان دِنہٕ یا " آشویجی میھا " ناوی تہوار، اَمہِ دوہ چھِ پشاچن ہنِدِس رازٕ نکھمبس
پۆزا یوان کرنہٕ ۔ برہمنن چھُ حکم زِ اَمہِ دوہ پیٹھ آسن تم گرن اندر برابر شین
رتن ژونگ دزٕ وُن تھوان، أکِس رتس گژھِ گرس نیبر کنہ تہِ تھوٗن ژونگ
دزٕ وُن، یتھے پأٹھی گژھِ تمہِ دوہ تہِ تہوار مناونہٕ یُن ییلہِ پشاچن ہُند رازٕ سیکہِ
سٔدرس کُن پشاچ ہیتھ جنگس اوس نیران تہٕ آسہِ بس ییٚنگ دوہ تہٕ اوس یتھے

کٔنۍ مناونہٕ یوان۔ نیل مت پورانس اندر چھُ یمن دون تہوارن ''پشاچ پریان'' تہٕ ''ارامنجری پوٗزا'' وننہٕ آمُت۔

بنان چھُ ساسہٕ بٔدۍ ؤری گٔذرنس دوران ما آسہِ عوأمی ژہتہٕ ؤترِس منز اَمہِ معاہدُک تہٕ ہدایت نامُک واقہٕ مشان مشان محض یتھ علامژ اندر گُیتھ روٗ دمُت زدیون در ینٹھالن چھِ شبن رتبن خأطرِ لگی یارِلمنہٕ نوان۔ ممکن چھُ لگُی یارِ ہندِس اَتھ اسطوٗرس منز آسہِ سانہِ توأریخُک کانْہہ ورق پوٗشید!

خبر چھا زِ (ا) لگُی یأر ما چھِ تمہِ علاقچ اکھ علامتھ موژیامژ یتھ نیل مت پورانس اندر سکہِ سٔدر وَننہٕ آمُت چھُ!

(ب) یہ سکہِ سٔدر (Sea of Sand) کُس علاقہٕ چھُ، یور راژ نِکمبھ (نیل مت پوران) راژ کُمب (لُکہٕ ریوات) جنگس گرٛھان اوس۔

(ج) کأشری ماچھِ پشاچن ونان دیو در ینٹھال! تم أسی ظأٔلم، بےرحم، بدذات، جفاکش نیوٗلے ماز کھینہٕ وأٔلی، کھوژناون وأٔلی، انسأنی جسمن اندر دأخل سپدن وأٔلی، قربأنی منگن وأٔلی، شُربن تُلتھ ننہٕ وأٔلی تہٕ خونخوار (نیل مت پوران) کأشرین چھُ جنن تہٕ تصرف درن متعلق تہٕ یو ہے تصوٗر۔ وونی زن وننہٕ ہو مُسلمان ہیکہِ نہٕ جنن ہندِس وجودس انکار کٔرتھ۔ مگر کشیرِ اندر ووت اِسلام کینژہ ہتھ ؤری بروٗنہہ، اَمہِ بروٗنہہ اوس ساسہٕ بدوؤری یو پیٛٹھ ییتہِ بھوٗتن تہٕ تصرُف درن ہُنٛد تصور موٗجوٗد۔

(د) شبن رتبن چھِ دیوگٕی یارِ لمنہِ گرٛھان (لُکہٕ عقیدٕ) شبن رتبن

أسی پشاچ سیکہِ سٕدرس منٛز جنگس گژھان (نیل مت پۄ ران) ونڈِ کینہٕ شیٛن رتبن چھِ جن تہٕ تصرف در پھیران نژان تہٕ لۄکن تصرُف کران، لۄکھ چھِ گرو منٛزٕ کہٕ پہن نیران، شُرہن زیادے پہن رٲچھ کران، تصرُف در چھِ وندس منٛز وَتھ ڈالان (لکہٕ عقیدٕ) وندس گژھِ پشاچن ئلی دِنی، تمن گژھِ سال کرُن، تھندِس رازس گژھِ پۄزا کرٕنی، شُرہن گژھِ رٲچھ کرٕنی، پشاچ چھِ انسانٕی جسمن اندر دٲخل گژھان، (نیل مت پۄ ران)

(3)

# کامُن زُو

## اکھ پُراسرار خیاٗلی جاے

سانہن دٕلیلہٕ گرہن ہنٛدی کنی چھے یہِ پُراسرار خیاٗلی جاے بالو اپارِ تہٕ سٕدر وترِتھ، أکس تِتھس زمینہٕ ژکلس پیٹھ، ییتہٕ باغ تہٕ چھِ تہٕ بول بوش کرٕونی جاناوارتہٕ، ناگہٕ پوکھرِ تہٕ چھےٚ تہٕ خوش ینہٕ واجنہٕ مندورٕ تہٕ مگر انسان چھنہٕ اتہٕ کینْہہ۔ مندورن اندر چھِ ژٲنگی دزان، یمہٕ ژانگن تہٕ جانورن منٛز چھِ دیون تہٕ جنن ہنٛدی زُو محفوٗظ۔ اور چھنہٕ دیو وتہٕ جُو ورٲے کانْہہ واتان۔ ییٚلہٕ کانْہہ دیو کانٛسہِ خوٗب صورت پرٕی یہِ، حسین بادشاہ کورِ، کانٛسہِ بادشاہ بایہٕ یا کانٛسہِ تہٕ خوش یوٗنس انسان رٕٹتھ انان چھُ، أتھی کامہٕ نس زُوِس منٛز چھس بنٛد تھوان۔ أتی چھُس گُنہِ مندورِ منٛز جوفٕی منٛزٕ ہاٗلو ترٲوِتھ بے ہوش

تھوان کٕرِتھ۔ کانٛہہ دیو مرِ تیلہِ ییٚلہِ سُہ جاناوار مارنہٕ ییہِ یاسُہ ژونگ ژھبتہٕ کرنہٕ ییہِ، ییتھ اندر تسُند زُو محفوٗظ آسان چھُ۔ وننہٕ پأٹھی چھےٚ یہِ جاے سبٹھاہ مأری منز مکروٗ چھمژ چھنہٕ کانٛسہِ۔ مثالے کأشر داستان گوچھُ وناں زِ سام ناچ ہیروین پرٛی گُل دوخت (کأشر پأٹھی گُل دوخ پرٛی) ییٚلہِ دیوٕ ابراہن رٕٹتھ نیہِ، تٔمۍ واتنأوسوکامہٕ نِس زُوِس منز، یورپتہٕ سبٹھاہ مشکلات وتراوان وتراوان سام تہِ ووت تہٕ دیوِ ابراہ مأرِتھ أنِن گُل دوخ پرٛی موکلأوِتھ۔ یہِ کتھ چھَ قابلِ توجہ زِ سانیٚو داستان گووَ وچھ سوٗرے سام نامہٕ کأشروومُت، حال حال تام اوس اَمیُک سخ چلے جاوٗ، ووٗنی آسہِ خالے کانٛہہ اَمیُک رأوی موجوٗد (ننتہٕ مانہٕ کٔہنی تہِ)۔ امیر شاہ کریری ییٚلہِ سام نامُک کأشُر منظوم ترجمہٕ کران چھُ، سُہ چھُ فردوسی طوسی سٕندِ شاہ نامہٕ علاوٕ خواجو کرمانی تہٕ عسجدؔی سٕندی سام نامہٕ تہِ بروٚنٛہہ کنہِ رٹان۔ ابونظر عبدالعزیز بن منصور مروزی مُتخلص بہ عسجدی چھُ فردوسیَس پتہٕ دُہہ وِہری ییٚمہِ عالمہٕ گژھان۔ تسُند سنِ وفات چھُ 430ھ سُلطان محمودنہِ دربارُک اہم شأعر چھُ اوسمُت۔ (تاریخ ادبیاتِ ایران از رضازادہ شفق)۔ خواجو کرمانی سُند سن وفات چھُ 753ھ تَس کُن یُس سام نامہٕ منسوب چھُ، تَتھ چھُ ہماے وہمایوں وننہٕ یوان۔ ییمو سارِوے ماخذو پیٹھ کأشراوان کأشراوان چھُ امیر شاہ کریری تمہِ جایہٕ ہُند ہیم ناک نقشہٕ پیش کران، ییٚتہِ دیوٕ ابراہ گُل دوخت پرٛی یہِ تہٕ رضوان پرٛی یہِ قأدکران چھُ۔ امیر شاہ چھُ لیکھان زِ کوہِ فنا ہس تَل چھُ اکھ تلاے، تلایہ اندر چھُ طلسماتِ جمشید، اتھ چھُ

دیوٚ ابراہ رأچھ۔ أتھی منزٕ گُل دوخت تہٕ رضوان پری بند۔ اماپوٚ زسائٕنی داستان گوتہٕ دلیلہٕ گری ییلہٕ نہٕ کوہ فناہ تہٕ طلسماتِ جمشیدٕچ (Description) پیش کٔرتھ ہیکی، خبر کتھہٕ کٔنۍ تھٔر تموامہِ بدلہٕ کامُن زُوتہٕ دوٚ پٔکھ گُل دوخ پٔرٕی کٔر دیوٕ ابراہن کامہٕ نس زُوِس منز بند۔

زُوچھِ سانہِ زبأنی منز ونان ''جزیرِس'' تہِ۔ یہِ گوسہ زمینہِ ژکل یتھ ژوپأری آبٕ آب آسہِ۔ کامدٔ پتھ گوشہوت، حُسن، مأری منزر۔ کام دیو چھُ ہندستأنی دیومالایہ منز حُسنُک دیوتا، کامُک تہِ گومعشوق۔

جماٗلکی جامہٕ وُچھمے کامہٕ کس نألی

(رسول میرؔ)

(4)

# کوہ قاف

## آگر پٔچھنہِ ہُنٛد وطن

کٔشیرِ اندر چھُ ازتہِ ناخواندٕ گامن ہنٛز اکثریت ونان زِ کوہِ قاف چھُ دنیاہکِس اندس پیٹھ۔ لُکہٕ ربوایژٕ کٔنۍ چھُ کوہِ قاف نہ صِرف آگر پٔچھنہِ ہُنٛد وطن بلکہِ جنن، دیون تہٕ بلاین ہُنٛد جاے قرار تہِ۔ کوہِ قافُک ذِکر چھُ سانین لُکہٕ کتھن اندر یَسلہٕ پأٹھی سپُد مُت۔ پزر چھُ یہِ زِ کوہِ قاف چھُ آرمینیا ہس منز، یُس حال حال تام سوویت روٗسُک اکھ صوبہ اوس، اَتہ آیوو 1988ء منز

خطرناک بٹنٛل ییمہٕ ستیٚ لچھہٕ بٔدی لۆکھ مو یایہٕ یا چھو کہٕ لد گیایہٕ، بے شُمار لرٕ بن گٔیا وسوٚم سوٚ ترُ۔ آ گر پچھٕنیٚ، یوسہٕ سانہٕ نثری فوک لورٕ چ اَکھ اہم تہٕ جُسوار کردار چھےٚ، چھےٚ باضے بے رحم بٔنتھ انسانن جونٹہٕ دِتھ تھلتھ نوان، اماپوٚ ز ہمدردی عوض چھےٚ انسانن پکھن پیٹھ تھُلتھ اور یور تہٕ واتناوان۔ حضرتِ شیخ سعدیؒ شیرازی ہٕندِس یتھ شعرس اندر تہٕ چھُ آ گر پچھنہٕ ہُنٛد وطن کوہِ قافٕ ہاونہٕ آمُت۔

چناں پہن خوانِ کرم گسترد
کہ سیمرُغ در قاف قسمت خورد

☆

# اَلہٕ شَہر

مغلن ہِنٛدِ یَبہٕ قبضہٕ پتہٕ رآ وکأشرِ ہن پننِ خودمختأری، غلأمی ہِنٛدی زیٹھِ زیٹھ کِٹہٕ کال دورن گری تم بےبَس، وو پرحأکم رۆدِ دکھٕ دٕج تُلان اٗخر اٗسی ژۆنٹھِس ووزلہِ پارِژۆپ کڈِتھ نیران۔ شہری تہٕ انسأنی حقوقن ہُنٛد تصور تام اوس پامال، بےراہ رٕوی، بےبۆج، نااِنصأفی بگأری چھِ تم مصیبت یمو کأشرِ ہن ہُنٛد غأرت تام ہاپت اَشُد کھیوو، مُنزی ہے کُنہِ کأنٛہہ ظُلم وَستمس خلاف کربکھاپِچھا دوانٕے اوس تال دگن وألی اٗسِس زسمہٕ بہناوان، یۆ تام کأشرِ بوتو اٗر ہنگ پَننہٕ قِسمُک بدترِ ہن سودا ''بعیٔہ نامہ امرتسر'' سپدان تہٕ وُچھ تہٕ سُہ عملاونہٕ یوان تہٕ اَمہِ بعیٔہ نامہٕ مطأبق ہیۆر گُلاب سنگھن 75 ساس نانک شاہی ٹأنکن<sup>١</sup> 1846 ءمنز فرنگین ہِش سأرٕے کشیرِ مُلی، زمین زراعت، ون، مأدان، کولہٕ، بال، کھاہ تہٕ کھل، چارِ وأے، جاناوار، ہوا تہٕ آب سوٗرٕے کینٛہہ ہتھ آو پتھ کالُک باغیرت فاتح تہٕ پہلوان قوم کِننہٕ کأنٛسہِ ہیۆک نہٕ اُف کٔرِتھ، امیر شاہ کریری یُس 1899 ءمنز فوت گوچھُ یمہِ آیہِ نالان۔

---

١ رۄپین

چھِ کأشر نٹاں گورِز خنجر وُچھِتھ

اَژان لرِز چھُکھ کانہہ دِلاور وُچھِتھ

حضرتِ علامہ اقبالؒ رُوٗدنہٕ یہِ دوٗکھ محسوٗس کرنہٕ روٚس ۔

دہقان وکشت وجوے و بیاباں فروختند

قومے فروختند چہ ارزاں فروختند

یتھِس گٹہٕ کارس منز اُسی کأشرِ بے یار و مددگار، بقول ڈاکٹر محی الدین صوفی آب تہٕ ہَوا ہے یوت اوس ٹیکسہٕ ورأے، اما پوٚز لِتھِ کھوکھشہِ زندگی گُساوَن والین کأشرین کور "لُکہِ باوٕژ" تہِ اَتھِ روٗٹ۔ لُکہٕ باوٕژگری اَہندِ خأطرِ من رَنزِ وٕنکی کینہہ وٕسیلہٕ دستیاب، اَمی لُکہٕ باوٕژ ہُند اہم تہٕ باگہِ بوٚرُت حِصہٕ چھُ سانہِ لُکہٕ کتھِ۔

بے بسی، مجبوٗری، محروٗمی تہٕ ناکأمی ہٕندِس صورتِ حالس ستی گیٖڈ گرِھتھ چھُ انسان خاب وونہٕ نہِ لگان، سُہ ییٚلہ نہٕ کأنسہِ پوشہِ، سُہ ییٚلہِ نہٕ پننہٕ نِس مقصدس منز کامیاب گژھِ، سُہ ییٚلہِ فطرتس بروٗنہہ کنہِ پننِ پان بے بس تہٕ مجبوٗر وُچھان چھُ، ہوان چھُ مٕدری خاب ووٕنی، یِمن خابن اندر چھُ سُہ پننہٕ نین ارمانن، خأہشن عملی شکل دِتھ پانس کامران تہٕ کامیاب آسہٕ ٹک باس دِوان، امہِ ستی چھُس من تہٕ رنزناونہٕ تہٕ اکھ عارضی سکون تہٕ سپدان حأصِل، یِمنے خابن ہُند نتیجہ چھُ انسانہٕ سٕنز تم کلُہم لُکہٕ کتھِ یِمن منز سُہ تمام مافوق الفطرت عنأصر پانس تأبین گرِتھ، تِمن اَتھِ پننہٕ مقصد برأری کرناوان

چھُ ، تِم کاپہِ اَننہٕ موکھہٕ تھٔری تِمٕ تِتھی کردار، یِمن تیُتھ طاقت پُشر وُن یُس مُشکل ترین بلکہِ ناممکن واقعاتن منٛز دٔلیلہِ بروٗنہہ پکناوان چھُ ۔یوٗ ہے وجہ چھُ زِدیو مارنہٕ خاطرٕ چھےٚ طوطس گردن وُٹھنہٕ یِوان، جاڈی بَستہٕ، سود برور بوٗد برور، وُژھ پرنگ وغارٕ چھِ تھٔر نہٕ یِوان۔ انسان یہِ نہٕ یِتھ لسہٕ وٕنس بَسہٕ وٕنس دُنیہس منٛز گٔرِتھ ہٮ۪کان چھُ ، تہِ چھُ وُچھان پانہٕ تھٔرِ مژن یِمن دٔلیلن منٛز سپدان، اَتی چھُس برنٛزِ پٔہرِ خاطرٕ کامیابی تہٕ کامرٲنی ہُنٛد باس ہیوٚ لگان۔

تِتھے پٲٹھی یِیلہِ کٲشرِ بن وہ پرحاکموپٲرٕ بہنوو، ہَتہٕ وادٕری یو پیٹھ لاجہِ تِمو نِنہٕ تہٕ ہٮ۪نہٕ آمہٕ تہوٕلوٕکو خیالی طور تژھ دٔلیلہٕ تخلیق کرنہِ، یِمن منٛز وہ پرحکمرانن ہزل گٔرِکھ، ٹسنہٕ ژٕٹِکھ تہٕ پٔنز بے غارت پان بہوٗدُر تہٕ فاتح ہاوِکھ۔ یژھ دٔلیلہٕ بوزِتھ اُس تِمن وٲنج شہلان یِمہِ دٔلیلہٕ اُسی تِم وندٕ راٗژن دوران اکہِ پیٚیہِ پیٹھہٕ بیٚیس پیٚیہِ تام زبٲنی واتناوان۔ دوٚیمین لفظن منٛز وَنوٗ زِ عملن یِیلہِ نہٕ تِموکینٛہہ گٔرِتھ ہیوٚک وہ پرحاکمن وٕقر والنہٕ خاطرٕ، تِمن خلاف صف آرا سپدنہٕ خاطرٕ تہٕ بےٚ بوج راج ختم کرنہٕ موکھہٕ تھٔر یکھ خیالی دٔلیلہٕ، تِمن ہٕنٛدی خیالی کردار، اُنہٕن دٕری پُشر اوِکھ تِمن کردارن زور تہٕ عقلمندی ہٕنٛدی ہتھیار تہٕ گٔرِکھ بے بوٗج راج قایم کرن وٲلی زنتہِ ختم۔ اماپوٚز یژھ دٔلیلہٕ چھےٚ قومی کردارچہِ علامژ آسان، تِکیازِ یِمن منٛز چھےٚ کلھُم قومچہِ خاہش تہِ میلان یِم ہتہٕ بدیو وٕری یو پیٹھہٕ مغلوب قومہٕ کِس اجتماعی لاشعورس منٛز دوٚبرِتھ آسان چھِ ، کاشرِس نثری فوک لورس اندر چھِ ''الہ شہر'' تہِ یژھے اکھ دلیل۔ دلیل چھےٚ یہِ :

شہرناپر سانس اندر اَسی سأری لۄکھ عقلہِ رۆستے ، بادشاہ ، امیر وزیر تہٕ حاکم تہِ اَسی ناقص العقل ، یمس قصور آسہِ ہاتِمس اوس یوان انعام دِنہٕ ، بے قصورس اوس میلان سزا۔ عدلک تہٕ انصافک اوس نہٕ امہِ شہرکین لۄکن تہٕ حاکمن قصورے کانٛہہ۔ پزس تہٕ اَپزِس ، عطاہس تہٕ خطاہس منزٕ اَس نہٕ اَتہِ کانٛہہ فرق ، اَوے اوس اَتھ ناوٗ "بے بۄج شہر" گامس اَکس منز اوس شنحصاہ روزان ، اَمی ہے اوس بےٚ بۄج شہرس منز یاراہ ، دوہہٕ اکہِ دژاو یہ گامی بوٚ کھچس منز کاہ "اَلہِ ہٮ۪تھ اَمس یارس کُن ، پنٛن نیٚچوٗ تہِ پکہٕ نوٗن پانس ستی خیال اوسُس یارس نِش گذارِ شب تارِ۔ شہرس نکھہٕ اوس گۄڈ روان ، تمی دۄ پس دِساکاہن اَلن باہ اَلہِ گۄڈر ، گامی گو بے بس ، اکھ دِژنس اَلہِ کاہ تہٕ بیٚیہ تھوٗن نیٚچو اَکس اَلہِ بدلہِ گۄڈ روانس نِش بند۔ اَتی کوٚرُن فاصلہٕ زِ بےٚ بۄج شہرٕ کِس پادشہس دِمہٕ تیٚتھ سزازِ شہرٕ کین سارِنے لۄکن گژھِ عقل نیٚندرِ وۄتھنی۔ لاَجن اَکس جایہ کپر دورِ۔ اعلان کوٚرُن زِ شوٗٹھ چھُ جنٛتکی جامہٕ وونان۔ یم جامہٕ چھِ یوان حلال زادٕنے یوت بوزنہٕ ، یُس حرامُک آسہِ تس یِن نہٕ یم ہرگز تہِ بوزنہٕ۔ دورِ پیٹھ اوس ژھوٚرُے موٚک اورِ یورِ گلہٕ وان ، کپراتہِ اوس نہٕ وونہٕ یوان کینٛہہ ، بۄز بے بۄج شہرٕ کی پادشہن تہِ یہ شیٚچھ ، حُکم سۄزُن وۄورس زِ شوٗٹھس تہِ سوزسأیم جامہٕ۔ وۄورِ سۄز یورِ خبر زِ فلانی دوہہ کرنٲوِن پادشاہ پارِے ، ستہٕ ؤہرِ پیٹھ ہیوٚ روأنسہِ ہنٛدی سأری لۄکھ زنہِ ، مرد ، بُڈ ، امیر وزیر ، حاکم ، پادشاہ ، بِ ، حاکم بایہِ گژھن مأدانس منزٕ جمع ، اَتی لاگہِ

شوٗژھ پنہٕ نوٚ اَتھو پادشہس جٔنتکی جامہٕ، گٔے پارے، مأدانس منٛز گٔے سأری جمع،
ووٚوٗر گوتہٕ کڈِن پادشہس سأری پلو نالہٕ، بیز ارتام، گو پادشاہ سارِنٕے تھی ننگہٕ،
لوٚگ ووٗ راتھہٕ اورِ یور رگلوٚنہٕ، زنتہٕ جٔنتکی جامہٕ ولان اوٗسُس، پادشاہ اوس
زنانن مردن منٛز مادر زاد ننگے، سأری مند چھایہٕ، تِسنٛد ہن شُر ہن بأژن
آے رَب متھنہٕ، کأنٛسہِ ہیوٚک نہٕ وٕنِتھ ووٚوِرس زِ پادشاہ ہے ننگے چھُ تہٕ! تِم
أسی کھوژان زِ أسی ہرگاہ وَنو زِ اَسہِ چھِنہٕ جٔنتکی جامہٕ بوزنے یوان، دپن تُہی چھِوٕ
حراملی۔ ننگہٕ پادشاہ ووت محل خانس منٛز لۄکھ گٔے پٔنن پٔنن گرِ۔ ووٗر گوتہٕ
بیوٚٹھ قبرستانس منٛز أکِس اڑ وَژھِ قبرِ منٛز، یُسے کأنٛسہِ موردس اورٕ ڈراونہٕ
انان اوس، ووٚراوس تَس نقد ہارِ منٛگان۔ اعلان کوٚرُن زِ شوٗژھ چھُ مزارشقدر
بیٚیہٕ وۄنُن زِ شوٗژھ چھُ بادشاہ سنٛزِ زنانہِ ۂہر۔ اکِہ دوہہٕ موٗد پادشاہس بوے۔
ترٚہن دوہن دیٚتنکھ نہٕ سُہ وٕ ڈراونہٕ۔ پادشاہ بایہ وۄن پادشہس زِ ژییٚے یوٚت
فوجاہ چھُے، تِم ہیکِن نأمِس مُذ کہٕ مزارشقدرس گرفتار کٔرِتھ، سوز پادشہن فوج
تہٕ اوٚن تِمو مزارشقدر رٔٹِتھ، بوٚ رُکھ جیل۔

بیا کھ شخصا دژاو گرِ، کأم أسِس بےٚ بوج شہرس منٛز، مأدیاناہ أسِس،
یہ أس شکمدار تہٕ وٕتس۔ أمِی سے کھوٚت سوارِ تہٕ دراو بےٚ بوٚج شہرس کُن۔
وَتہِ گوس ژیر، روٗ درالِس أکِس تلوأنِس نِش۔ تِلوأنی اوس گب لوگہٕ مُت،
ژکس اوس داند پکان، دوٗر پہن آس مأدی یان گنٛڈِتھ، یہ پیایہِ اَمی رأژ،
بچھیراز اس، لوٚگ یہِ بچھیرِ داندس پتہٕ پتہٕ پکنہٕ۔ صُبحس یِیلہِ مأدیانہٕ وألی

نیرُن ہیوٚت، لوگ بچھیرس تہِ پانس ستی پکناونہِ۔ تِلہٕ وأنی تہٕ تِلہٕ وانِنہِ روٗٹ
تہٕ دوٚگُھ، ہتو یارٕ اَکھ دِژ ے راتس بہنہٕ جاے، کھین چن دیٚتے ژ ے تہٕ چانہِ
مأدی یانہِ، بیٚیہِ چھُکھ بچھیرِ ہتھ ژلان۔ اَسہِ اوس داند شکم دار، نوٗن رٹن
أسس پتہٕ برونٹھٕ وُچھان زِ کر پرہسہِ، از شبس منز پیاو تہٕ زاس یہِ بچھیرٕ،
بوزنہٕ چھُے نایوان بچھیرٕ چھا داندس پتہٕ پتہٕ پکان کِنہٕ چانہِ مأدیانہِ پتہٕ پتہٕ۔
مأدی یانہِ وألی دِژ ایہِ بارو بچھیرٕ چھُ میانہِ مأدی یانہِ زامُت، از تامت چھُنہٕ
بنیو مُتے زِ کأنسہِ پیاو داند۔ أخر گو تِلہٕ ووٚنی تہٕ تہٕ مأدی یانہِ وول تہِ بادشاہس
نِش فریأدی، بادشاہن سوزٕ نوو مأدی یانہِ وول جیل تہٕ مأدی یان تہٕ بچھیرٕ
دیٚتُن تِلہٕ وأنس، تصدیق آو کرنہٕ زِ بچھیرٕ چھُ زامُت داندس۔ جیلس منز چھُ
سمکھان مأدی یانہِ وألس ووٚنُر، باوان چھِ یم اکھ أکس پننی پننی دأدی
کانٛگر۔ ہُپأری دیُت بادشاہن حُکم زِ تِم دوٚنوَے مُلزم دِیُکھ سأ پھاسہِ، کوٚرُکھ
پھاسہِ کوٚٹ تیار، کڈِکھ مُلزم، لوٗکی بڈی سأری سمیٚایہِ مأدانس منز، وِ پرشخصاہ
اکھ تہِ آو، أمی وۄن مُلزمن دوٚن کیٛہتام کنَس تل۔ واتہٕ نأوِکھ ووٚنُر تہٕ مأدِیانہِ
وول پھاسہِ کوٚٹس نِش۔ ترٛ یم شخص آو تہٕ لوٚگ یمن وَننہِ زِ شوٚٹھ کھسہِ پانَے
پھاسہِ کوٚٹس، ووٚنری وۄنُس، ژ ے کیا فائدٕ چھُے؟ تِمۍ وۄنُس زِ یُس اَتھ
پھاسہِ کوٚٹس کھسہِ سُہ واتہِ جنتس منز، اَوِ موکھہٕ گُرو مہربأنی مےٚ دِیو کوٚٹس
کھسنہٕ۔ ووٚنری دۄپُس، بہٕ کھسہٕ پانہٕ جنت کیا زِ تراوِ اَتھہٕ منز، مأدی یانہِ
وألِ دوٚپُکھ بہٕ دِموکھ کأنسہِ أکس تہٕ کھسنہٕ، بہٕ کھسہٕ پانہٕ۔ ترٛیشہٕ وِ ے

مِلہٕ نٲوتھ ، پادشہن ییٚلہِ یہ حال وُچھ دۄ پنٕنۍ ،جنّت بنہِ نہٕ اَتھہِ منز تراوُن اَو موکھہِ کھسہٕ یہ پانہٕ پھاسہِ کوٚٹس تہٕ مۄد۔ ووٗر گوگنٛذ روانس تہٕ ہیوٚتنس نچُو، مٲدی یانہِ وٲلِس تٕر مٲدی یان تہٕ بچھیرِ واپس۔

یہِ لُکہٕ دلیل چھےٚ پٹھان، سکھ تہٕ ڈۄگرٕ عہد چہِ کٔشیر ہنٛز اکھ علامتی تصویر پیش کران، یہ تہٕ یژھہٕ دٔلیلہٕ وٕنتھ اُسی تم پنہٕ نِمن ظٲلم حُکمرانن ہنٛدٕ بن کرتوتن طنز کران تہٕ ٹسنہٕ ژٹان بلکہِ بے ﴿قل بادشاہ پھاسہِ کوٚٹس کھاٲلتھ زنتہٕ پنٕنۍ کامیٲبی محسوٗس کران، یتھہِ پٲٹھی چھِ یہ دلیل اجتماعی عوٲمی خوٲہشن ہنٛز ترجمان، ۄرئ یہ واد وپٹھ چھُ "الہٕ شہر" اکہِ تلمیح رٔنگی تہِ ورتاونہٕ یوان، اَز تہِ ییٚلہِ بے بۄج تہٕ ناانصاٲفی عام گژھِ، حاکم نالایق نیرن، الہٕ شہر چھُ ژٹبس پیوان۔ اَتھ دٔلیلہِ منز چھُ ہزل تہٕ مذاقُک عنصر موجوٗد، اَمہِ ستی چھےٚ یہِ زیادٕ ے دلچسپ بنیٲمژ۔ سٲنِس تواریخس اندر چھِ اَمہِ قسمکی بے شمار واقعات موجوٗد، بلکہِ کاہن اَلن باہ الہٕ گنٛذ رِ دِنہٕ کہِ واقعہٕ کھوتہٕ تہِ اَسناون وٲلی واقعہٕ "مغل بادشاہ محمد شہنس زمانس منز اوس کٔشیرِ منز آغر خان نٲیب گورنر، سُہ اوس کاشُر بن بستہٕ وٲلِتھ دولتھ سومبراونس گٕن لوٚگہٕ مُت، اکہِ دوہ ووٗنُن اَکِس وَتہِ پکہٕ وِنس زِ ژٕے کونہٕ ہٕسی ٹیکس بوٚ رمُت؟ بچارٕ کاشُر لوٚگس وَننہِ، جناب یتہِ چھِنہٕ ہٕسی آسانٕے تہٕ ٹیکس کیتھ؟ گوژٕ چھُکھ میٲنِس حُکمس انکار کران، اَتھ گُستاخی بدلہٕ چھےٚ ژٕے سُے ٹیکس دیُن یُس اَسہِ لوگمُت چھُ، وٗنُس آغر خانن۔ ہیوٚت ہٕس بچاٲرِس ہٕسی ٹیکس۔ یتھےٚ پٲٹھی اوس دیوان

بدری ناتھ مہاراجہ گلاب سنگھس وزیرِ اعظم ، سُہ اوس کالہٕ اکھ حُکم کڈان تہٕ صُبحس بیاکھ ، أکِس فریقس نِش رشوت رٕٹتھ دِوان تہندِس حقس منز فأصلہٕ ، دوٚیِم فریق اوٚسُس زیادے پہن رٕشوٕ دِوان تہٕ بدلاوان اوس فأصلہٕ ، یتھہٕ پأٹھی آو کامہِ کارس کھُر تہٕ پاتُن ۔ أتھی دوٚپکھ بدری نأتھنِز أدرِ ے موہرا[1]۔

الہٕ شہرُک یہ قصہٕ چھُ بوگر بڈ گاٹہکی حبیب ٹھوکرن منظوٗم کوٚرمُت ۔ حبیب ٹھوکرس متلق چھُنہٕ از تام کأنٛسہِ تذکرٕ نگارن کینٛہہ لیوٗکھمُت ، تِسنٛدی حالات ژھارٕنۍ چھ ضروٗرتھ تکیازِ سُہ چھُ سانہِ زبأنۍ ہُند اکھ اہم مزاحیہ مثنوی نگار ، تٔمۍ چھُ قصے الہٕ شہر 261 شعرن منز وٚنمُت تہٕ أتھی مثنوی اندر چھُن وٚنمُت زِمے ہسأ کُری نُنہٕ دزاگ ، قبأئلی حملہٕ تہٕ شہر باشن ہٕتی یارانہ تھوٚہکی قصہٕ الگ الگ منظوٗم ، از تام چھُنہٕ پےَ زِ تٔمۍ أسیایم قصہٕ منظوٗم کُری ہٕتی تہٕ تہٕ ہرگاہ کُری ہٕتی أسِن چھاپ چھاسپدٕی ہٕتی کِنہٕ رأوِتھ تلے چھِ ، الہٕ شہرٕ کی پأٹھی آسہٕ ہن ضروٗرتھ قصہٕ تہٕ مزاحیہ تہٕ طنزیہ اندازٕ کی ۔ قِصے الہٕ شہر چھُ حبیب اللہ ٹھوٚکرن 1947 ءپتہٕ 1366ھ منز نظموومُت ۔ اَتھ منز چھ واراہ شعر قبأئلی حملہٕ کِس سِلسِلس منز تہِ ، شأعر چھُ اَتھ حملس پٹھ سخ تلخی باوان ۔

حبیب ٹھوٚکرٕنی یہ مثنوی ، یوسہٕ کأشُر لُکہٕ کتھِ ہنٛز منظوٗم صوٗرت چھےٚ ، یوٚ دوَے فنی لحاظہٕ کمزورٕ ے چھ تاہم چھِ کأشُر شأعری ہنٛدِس طنزومزاح کِس

---

[1] کأشُر تلمیح کلچرل اکاڈمی

ژِھس اندر اکھ موٗلُل بزٕژر، وارِ یہن جایَن چھُ اَتھ منٛز ووٚریان مزاح تہٕ، یُس اَتھ فحش گوٗیٔ کُن نِوان چھُ، مگر کلُہم پأٹھی ہیکہِ یہِ مثنوی ٹسنہٕ تہٕ ہزل کِس زُمرس منٛز تھونہٕ یِتھ، پرن وألی تہٕ بوزن وألی چھِنہٕ اَسُن تہٕ وِسُن رُکأوِتھ ہیٚکان۔

| | |
|---|---|
| چھُ مشہوٗر گامُک گرٛھی ییٚلہِ شہر | گرٛھبس سٕتی آسُن کم و زیادٕ تر |
| ونان شہرِ کُے گامہِ کِس کیا دِہم | یِکھِے شہر تہٕ تورِ ہتھ کیا یِہم |
| اگر شہرِ کُے گامہِ یارس یِوان | کوٚکر ماز، قندی کُلوچہِ کھیوان |
| چھِ حضرت تہٕ حضرت گرِتھ زٕو تھکان | تہٕ گرِی تھِے سہ یارِ شہر دند برٛکان |
| چھُ ٹھوٗکر حبیبن سرِ کوٚر مٕتے | الگ داستانا تمٕیگ جوٚر مٕتے |

بے بوٗج شہرس اندر ییٚلہِ مأدی یانہِ وول شخص تِلوأنی گرِ راتس روزان چھُ، مأدی یان چھ پرٛسان، أمی سُنٛد بچھیرِ چھُ تِلوأنی داندس پتہٕ پتہٕ پکان، صبحس چھُ مأدی یانہِ وول اَتہِ نیرنہٕ وِزِ بچھیرس تہِ ٹلان۔ مگر تلوأنی تہٕ تِلوانٛز چھَس ونان زِ بچھیرِ چھُ سأنِس داندس زامُت، اوَے چھُ سأنِس داندس پتہٕ پتہٕ پکان۔

| | |
|---|---|
| بہ یکبار تِلہِ وأنی بچہِ ڈیٚوٗنٛٹھے | پوٚرُن حمداہ نہایت زیٛٹھ زیوٗٹھے |
| نصف اقبال اَتھِ از آمٕتے چھُم | مےٚ داندس گرِی بچھیرا زامٕتے چھُم |
| سو تِلوأنٛز قصابس گلنہِ دیوان | مےٚ پیاواز داندیٛش کألی چھِ توشان |
| بچھیرس تھِھ کرأنی آں جوانہَ | بہ یکبار ہر دو بأژِ ے چھَس دگانہَ |

یہ کینٛہہ اوسُے نصیبس خواب و خوردن
تہٕ کھیتھ چتھ ناتھےَ چھُکھ توس اَنَن
خبر کٲمی ہے بچارے چھُکھ ژٕ زامُت
گُرِس پیٹھ باچِم وَنِم یور آمُت

لُکہٕ کتھِ تہٕ مثنوی ہِنٛدِس ٕقصس منٛز چھ نہٕ مۄلی کانٛہہ فرق ، حبیب ٹھۄکرن چھُ اَتھ منٛز صاف وۆنمُت زِ یہِ ٕقصہٕ چھُ مےٚ بوزٕمُت نہ زِ کُنہٕ جایہِ کُنہِ کتابہِ منٛز وُچھمُت ۔ وۄنی گو حبیب ٹھۄکرن چھُ اَتھ مثنوی منٛز تِمس ترٛیٚیمِس شخصہٕ سُنٛد ناو "اکبر" لیوکھمُت ، یُس ووٕ رِس تہٕ مأدی یانہِ وأرِلس کنس تل کیاہتام شیٚچھ ونیایہِ ، بیٚیہٕ چھُن وۆنمُت زِ سُہ اوس کمہِ تام علاقُک بادشاہ ۔ ییٚلہِ بےٚ بۆج شہرُک بادشاہ پھاسہِ کۆلِس پیٹھ مۄد ، اکبرن گرٲ امیر وزیر گرفتار ، پادشاہ سُنٛد عیال اۆنُن رٕٹتھ ، پانہٕ کھۆت تختس ووُر تہٕ مأدی یانہِ وول بنأوِن وزیر ، مُلکس تھووُن ناو "اکبر آباد" ۔

کۆرُکھ ناو اَتھ شہرس اکبر آباد
زِ عدل وزِ احسان سِپنٛز خلق شاد
سلۆک وربط ہیٚچھُکھ تاچند کال
حبیبن یُہے بۆزمژ چھے مثال
زبأنی ڈٕلیلے کۆرُن نظم جان
چھُ ٹھۄکر حبیب بگرِس منٛز بلان

ربیع دوم اوس تاریخ کاہ

شِہہاَٹھ سنہٕ اوسے ہیٚیہٕ سیزدَہ

یہ تأریخ ہجری سنہٕ لیکھنہٕ آو

زٕ ساس تے ہیٚیہٕ ژور ہندی بچاو

باہم اوس پھاگُن چلے خورٗد بود

دِل خلق از دروجر اوسے چوڈوٗد

یہ موخصر مثنوی چھِ حسبِ فرمائیش غلام محمد نوٗر محمد تاجران کُتب چھاپ آمٕژ کرنہٕ، ووٚنی گو چھاپ سپدنک تأریخ چھُس نہٕ کُنہِ جایہِ درٕج۔

☆

# فوک لورکیٚ ژٕ کردار

## (1)

### یچھ

دُنیٖ ہٕچین الہ پلہٕ سارِنٕے زبانن ہٕنٛدس لُکہٕ وٕوترِس منٛز چھےٚ اساطیری کردارن ہٕنٛز کاٗم انتہاییٖ دلچسپ تہٕ حاٗران کرٕونی۔ انسانن چھِ آدن کالہٕ پیٹھے ناگہاٗنی بلاین تہٕ فطرٕتکین زورآور عنصرن پیٹھ حاٗوی سپدنہٕ خاٗطرٕ خیاٗلی طور تِتھی کِردار تھٕری متی تہٕ ڈٲلیلن، قٕصن تہٕ داستانن منٛز چھِ یِموٕے کِردارو Situationپاٗدٕ کرنہٕ خاٗطرٕ یاروٹہٕ گمٕژ کتھ بروٗنہہ پکناونہٕ خاٗطرٕ عقلہٕ نَہ ویٚژٕونی کارنامہٕ سرانجام دِتی متی۔ کاٗشرِ زباٗنی ہٕنٛدِس لُکہٕ وٕترِس منٛز تہٕ چھِ تِتھی ہوی واراہ اسطوٗری تہٕ دیو مالاٗیی کردار، یِمو منٛز واریاہن ہٕنٛز لوٗنٹ تواٗرِیخ کِس کُنہِ نتہٕ کُنہِ دورس منٛز کُنہِ واقعس ستی رلان چھےٚ، مثالے یچھ، آگر پٕچھنی، لگُی یاٗر، کوہِ قاف، سوٕدٕ برور، بوٕدٕ برور، اِندراز، اپسرا، وِدیادھر تہٕ ویتال وغاٗرٕ۔ یِمن ماروٲیی کردارن ہُنٛد اثر چھُ قومن ہٕنٛدِس اجتماٗعی لاشعورس منٛز کم یا زیادٕ ضوٗرور موجوٗد روزان تہٕ یِمن ہٕنٛز چھپَن جاے چھےٚ پننہٕ پننہٕ زباٗنی ہُنٛد لُکہٕ وٕترُ۔ باضے چھِ تِتھین کردارن ہٕنٛدی کارنامہٕ وارٕ وارٕ اہمیت راوٕ رِتھ انساٗنی ژبتہٕ وٕترِنبر تہٕ گرٛھان گرکردارن ہٕنٛدی ناو چھِ گِنہٕ گُنہ رنگہٕ موجوٗد

روزان تہٕ ژھونڈ ژھأر دِتھ تہٕ جلکھ جتن کرِتھ چھِ محقق یمن ہِندِس اصلس تام تہِ واتِتھ ہیکان۔ کأشر زبأنی ہِندِ لُکہٕ وٕتریک اکھ اہم کردار چھُ یچھ۔ یہ لفظ چھِن اسی دوہدِش ورتاونہٕ یِنہٕ واجنہِ کتھ بلتہٕ منز بے شونکی پأٹھی ورتاوان۔ سائنِ کہی یاہ لُکہٕ کتھن منز چھُ یچھ اکھ پُراسرار تہٕ زوراوار کردار۔

پنہٕ نس لُکہٕ وٕترِس منز چھُ اَسہِ یچھ عجیب و غریب تہٕ عقلہِ نہ وبرٕ دُنہِ کامہِ کران نظرِ گژھان، اتہِ چھُ سُہ وِہی بدلاوان، پھرِ ستس یوتاہ تھدان تہٕ برأرِس یوتاہ موژان، پھس کلَس پٹھ تھوِتھ انسانس پٹھ سرزور گژھان تہٕ پھس رأٹِتھ لاغر تہٕ بے بَس سپدان۔ یُس کلہٕ پٹھچ پھس نِیس تَس چھُ تأبیادأری کران۔ پھس وُنتھ گورِ نیاہ ژٹوپہ رِگالی سأنِس لُکہٕ وٕترِس منز چھُ اَتھ پھسہِ عمر عیارِنہٕ ٹوپہِ ہِندی پأٹھی بے انتہا طاقت پُشراونہٕ آمُت، یہ عمر عیار چھُ سام نامُک اسطوٗری کردار، یسُند کھیُس کُل عالمچ وسمتھ پانس منز وپرأوِتھ ہیکان اوس۔ دپان رأژن منز چھُ یچھ مٔنزی مٔنزی وبھتی ڈاے بارو دِوان۔ وارِ یہن ڈٔلیلن منز چھُ یچھ اکھ جعل ساز مگر پلوٗگی کرن وول کردار بناوِتھ پیش آمُت کرنہٕ، مثالے پھس رأٹِتھ چھُ تو تام لاچارِگی ورتاوِتھ پراران یو تام پھس بدَس یِیس۔ فوک لور چو چلہِ وِنو ریوایژ وتہٕ گنڈ تیو موجب چھُ یچھ آبس کھوژان، اوے چھُ کینژن لُکہٕ کتھن منز وننہٕ آمُت زِ مثالے نأیدن اکی یِیلہِ یچھس پھس نِیہِ، پھس تھاوِن سُدرِ کأنز پأوِس تل، یان زِتتھ لیچہِ ژرکس تل، یتھ منز یِ کأنژ بناوہٕ تھوتہٕ یوان چھُ، سُدرِ کأنز

اوس بروٚنِہہ کالہ اَنہِ مَس کھُمب کھارنہٕ سٟتۍ یوان بناونہٕ۔ چونکہِ یِچھ اوس آبس کھوژان اَوِ موکھ اوس نہٕ سٟدرِ کاٹنز پاوِتلہٕ پھس کڈِنک جُرتھ ہیکان کٔرِتھ۔ یِچھس چھےٚ قبر ومنز سأدرِ وار مورِدِ کڈِتھ نِیج ناکارِ کأم تہِ پٔشر اونہٕ آمژ، وارِ یِہن علاقن منز چھِ لۆکھ وُنہٕ تہِ نوبن قبرن پیٹھ روہنہٕ آب چھکان، اَمہِ خیالہٕ زِ اَمہِ کہِ مُشکہٕ سٟتۍ چھُ یِچھ روزان یِموٚ نِش دوٗر۔ قبرومنزٕ مورِدِ کڈِتھ نہٕ وأتِلس چھِ گورِ یِچھ ونان۔

اماپوٚ زووٗنی چھےٚ یہِ کتھ کتھ تہِ گٔنہٕ لگمژ زِ یِچھ أسۍ نہٕ کانٛہہ غأر فطری زٕری یاتھ بلکہِ أسۍ انسان یِم کٔشیرِ منز روزان أسۍ۔ یِچھ چھُ یِکھش لفظُک کأشُر روٗپ، یِم أسۍ نہٕ ماورایی مخلوٗق، موتی لال ساقی سُند وَنُن چھُ زِ، گلگتس منز چھُ یہِ خیال عام زِ یِکھش چھُ دیو، تِیمس اکأے أچھ آسان چھِ یُس فصلن تباہ کران چھُ۔ کٔشیرِ ہٕندی پأٹھی چھِ گلگتس تہٕ بلتستانس منز تہِ أمِس یِچھ ونان۔ جدید محققو چھِ توأریخی ماخذن ہٕندی حوالہٕ دِتھ ثأبت کوٚرمُت زِ یِکھشن ہُند اصلی وطن اوس کٔشیرِ تہِ اَمیُک أندی پکھی علاقہٕ، یِتۍ پیٹھ گٔے یِم برصغیرکین دوٗیمِن علاقن حتاکہ لنکایہِ منز تام بسنہٕ۔ اَمہِ کتھِ ہُند تہِ چھُ پے لگان زِ یِکھش چھُ تِمن لۆکن منز شأمِل یِموٚ کٔشیرِ منز سارِوٕے بروٚنِہہ بودھ دھرم قبوٗل کور۔ یِمن متعلق چھُ یہِ تہِ مشہور زِ أچھ آسکھ سورخ، یِم أسۍ انسانن حتاکہِ لاشن تام کھوان، شاید چھِ یِم اوے وُسۍ پایہٕ تہٕ ناکارٕ مانٛنہٕ آمتۍ، ازتہٕ چھُ یِچھ لفظ کأشرِ زبأنۍ منز ناکارٕ، بدتہٕ بدشکل حِبن معنہٕ ین منز

ورتاوِنہٕ یوان۔ آریہ تہٕ اَسی یچھن کھوژان۔ نیل مت پورانس منز چھُ "یکھشا اماوسی" تہوار آرِین ہنز یچھن رتہٕ چھِھ دِنگ نوٚن ثبوت" (اکادمی، جموں و کشمیر کلچرل اکادمی ہُند خبرنامہٕ جلد 12 شمارٕ ا ص 16)

کأشرِ زبأنی منز چھُ یچھ لفظس معنہٕ ناکارٕ، وکھٕت، بدصورت، بدصفت وغأرٕ۔ اماپوٚز کشیرِ منز چھُ وُنہِ تہٕ کینژَن جاین تہٕ ناون ستی یچھ، لفظ چلہٕ وُن مثلن گورٕ یچھ، یچھِ گام، یچھ ہوم، یچھ پھل، یچھِ کرٕ، یچھِ کوٚٹ تہٕ یچھ گوزٕ یا یہِ قبولِ عامٕ دِتھ زِ ڈمبی بوچھِ یچھ کوچھِ۔

ہندو دیو مالایہ مطأبق چھُ یکشَ دیوتہن ہُند سیوک تِتھے پأٹھی یتھٕ پأٹھی گندھرو، اپسراتہٕ گوہک تہندی خدمتگار چھِ۔ خاص پأٹھی چھِ یکھشَ تہٕ گوہک کوٚبیر دیوتاہٕ سُندی سیوک ہاونہٕ آمتی، کوبیر دیوتا چھُ خزانن ہند مأ لکھ تہٕ گوہک تہٕ یکھش چھِ یمن خزانن ہٕندی رأچھ در۔ یکھش گوسہ تیمس "جودٕ یِی طاقت" آسہِ تہٕ عملن چھُ یوہے معنہٕ وِدیا دھر ناوس تہٕ اماپوٚز کتھا سرت ساگرس منز چھُ نہٕ یکھشن ہُند ذِکر یسلہٕ پأٹھی آمُت تہٕ نیل مت پورانس منز تہٕ چھُنہٕ یکھشن متعلق تِتھِ پأٹھی تفصیلہٕ سان وننہٕ آمُت یُتھ پشاجن یا باقے کینہٕ ن ذأژن متعلق وننہٕ آمُت چھُ۔ ودن گولگہٕ ووترِ تھوو یہِ ناورٕ چھتھ تہٕ اَتھ ناوس اَندی اَندی آیہِ عقلہِ نہٕ ویدوُنہِ کتھ ووننہٕ، اماپوٚز یہٕ تام سون لگہٕ اثاثہٕ سأنی زبان موجوٗد چھِ تہٕ تام روزِ یہِ لفظ پنُن رنگہٕ رنگہٕ کردار ادا کران۔

(2)

# کامہٕ دیو

اسطورن تہٕ دیو مالایہِ ہُند تعلق چھُ تمن کتھن ، ڈلیلن تہٕ واقعاتن سٕتی آسان یمہٕ خیالی تہٕ عقلہِ نہ ویژُونہِ آسن، یمن عجیب ،غار عقلی تہٕ مافوق الفطرت ڈلیلن ہنز کنہٕ کنی چھِ لگہٕ پژھ، یہِ زانتھ تہٕ زِیم قصہٕ تہٕ یہندی کردار چھِ خیالی ، بالافطری تہٕ عقلہِ نہ ویژونی ، توتہِ چھِ عام لُکھ یمن پیٹھ پژھ کران آمتی ۔ تمام زبانن ہنز بن لگہٕ داستانن تہٕ لُکہ کتھن ہُند چھُ یوہے حال۔ یمو دیو مالائی تہٕ اسطوری داستانو تہٕ کردارو چھِ وارِ وارِ دھارمِک اہمیت پرٲوِمژ، ساری ہے ہندوستانس منز چھِ دیوی تہٕ دیوتا پزرچ تہٕ نیکی ہنز تہٕ راکھسی اپزچ ، ظُلمچ تہٕ بٕدی ہنز علامت مانہٕ یوان۔ ہندوستانٕی دیو مالایہِ مطابق چھِ واریاہ دیوی یہ تہٕ دیوتا، یم نہ صرف مختلف نیکین ،شرفن، کامین تہٕ طاقتن ہنذی ترجمان مانہٕ آمتی چھِ بلکہِ چھِ تم یمن چیزن ہنذی ذمہٕ دارتہِ۔ مثالے بژ ہماجی تیمس ژِر دیوتہِ ونان چھِ ،تہٕ پژھِ مطابق تیمی یہ کائنات پادٕ کٔر ۔ وِشنو، یُس یتھ کایناتس رٕژھراون وول چھُ یااِندراز یُس رٔوُدک تہٕ گگراین ہُند دیوتا چھُ ، سرسوتی یوسہٕ علمچ تہٕ رٲگنیایوسہٕ دوچ دیوی چھِ۔ ہیٚنٛد بن ہنزِ یژھِ پژھِ کنی چھِ یم دیوی دیوتا تہٕ یہنزٕ کامہِ دھرم تہٕ دھرم پالن والن ہنذی رٲچھ درٕ۔ کُلھم پاٹھی چھ یہند بن عجیب تہٕ غار عقلی کارنامن تہٕ

کردارن دیٖو مالاونان۔

دیٖنِ اسلام کہِ کٲشیرِ اندر رواتنہٕ پتہٕ تہِ رُود کأشرٕ ہیندٕ بن منز خوٲہی گٲرِتھ ہندوستانٔی دیٖو مالایہِ ہُند اثر تہٕ چلن موٗجوٗد۔ ووں گو اِسلامس منز اَس نہٕ اَتھ کانٛہہ گُنجٲیش اماپوٚز کأشرِ شأعری اندر تہٕ لگہٕ ووترِس منز روٗدی اَمہِ دیٖو مالایہِ ہٕنٛدی کردار توتہِ چلہٕ وِنی، مثالے کامہٕ دیٖو چھُ ہُندوستانٔی دیٖو مالایہِ مطأبق عشقُک دیٖوتا، کام دٕ پتھ گوشہوت، جنسی لول۔ کأشرِ شأعری منز چھُ کامُک، کامہٕ دیٖو، ہمیشہِ حُسن عِشقہٕ کِس معنہِ لیس منز ورتاونہٕ آمُت۔ مثلن رسول میرن یہِ مصرعہٕ۔ جماٰلکی جامہٕ وُچھمٕے کامہٕ کِس نألی

باضے چھُ اَتہِ کامہٕ دیٖو عاشق مانٕنہٕ آمُت تہٕ باضے معشوق۔ کامہٕ دیٖو چھُ عام ورتاوس منز کأنٛسہِ لولہٕ وأِلس تہٕ شوٗبہٕ وِنس مردس تہِ وننہٕ یوان۔ غلام احمد مہجورنس یتھ شعرس منز چھُ کامہٕ دیٖو انتہأیی مأری منزِ تہٕ اہمیٖژ سان ورتاونہٕ آمُت۔

کامہٕ دیٖو کرِ سأل ڈل  بوزُم شبس ترِتیل بَل

درشنس آبس اندر  پمپوش لا رِگتھ پرارِ ہا

یا عبدالاحد آزادنس یتھ شعرس منز۔

کرٕلی گری نم ووزٕلی جامے  مےٚ نیوٚنم کامہٕ دیٖون دِل

سانہٕ اہم ترین صوٗفی شأعروتہِ چھ یہِ کردار یِری شعرٕ اظہارٕ خأطرٕ ورتوومُت۔ مثلن شمس فقیرُن سُہ مشہور بأتھ یمیک گوڈنیک شعر یہِ چھُ۔

چووسأ لکِو مے ہندٕ رے  کامہٕ دیٖو بامن اندرے

دیوانہٕ گاٹُہ سوندرے کامہٕ دیو جامن اندرے

یا وہاب کھاژن یہِ مقبولِ عام بأتھ ۔

شامہٕ سوندربرٕ گرنس تہٕ لولو کامہٕ دیوس لوٚگ پرٕمس تہٕ لولو

ہندوستانٕی دیو مالایہِ منٛز چھِ کامہٕ دیوس سوے کأم یوسہٕ یوٗنانی دیو مالایہِ منٛز کیوٗپڈ (Cupid) ناوٕ کردارس پُتھر اونہٕ آمٕژ چھِ۔ فرق چھِ یہِ زِ کیوٗپڈ چھُ آمُت اوٗن ہاونہٕ مگر کامہٕ دیو چھُ خوشی، فرحت، سونتہٕ شہجارتہٕ لول تہٕ حُسن سارِنے چیزن ہُند ترجمان تہٕ گاشدار ہاونہٕ آمُت ۔ سورگہٕ واسی موتی لال ساقی چھُ لیکھان زِ...... ''دیو مالا چھِ کامہٕ دیو سُند طاقت تیوٗت تھٔزراوان زِ پأدایشہِ ہُند مأ لکھ برہماجی تہٕ چھُ اُمس نِش ہتھیار ترٛاوان۔ کینٛہہ کتابہٕ چھِ ونان زِ یہِ چھُ درما (بزُرک دیوتا) تہٕ شردھا (پٔژھہٕ ہنٛز دیوی) ہُند اولاد۔ کامہٕ دیو چھُ تصویرس منٛز نیشکرٕچ کمان پانٛژھ تیر ہتھ ہاونہٕ آمُت۔ تیر چھِ پوشہِ ٹورہن ہنٛدی پھل۔ کامہٕ دیس چھُ طوطہٕ سوارِ، طوطہٕ چھُ ہیٛندی دیو مالایہِ منٛز عیأشی تہٕ ناماوأری ہنٛز علامت۔ نیٛشکرٕچ کمان چھےٚ ییمہِ کتھِ ہنٛز علامت زِ کامہٕ دیوٗن کار چھُ سبھٹھاہ میوٗٹھ تہٕ موٚدُر۔ پانٛژھ تیر چھِ ہاوان زِ تم چلأ وِتھ چھُ کامہٕ دیو پانٛژن عناصرن بے حبس کران۔ پوشہِ ٹورہن ہنٛدی پھل چھِ ہاوان زِ تم تیر چھِنہٕ دگ ٹُلان بلکہِ چھ میٹھ پوشہِ اُوِج بے قرأری پأدٕ کران

(بشکریہ نیب، سرینگر)

تلمیح

کامہٕ دیوٗن کٲن چھ کأشر زبأنی ہنٛز اکھ تلمیح، یِیلہِ کانٛہہ کأنسہِ ہنٛدِس

عشقس منز زبردس پأٹھی ہہنہٕ ییہِ دپان أمس پھوٚر کامہٕ دیون کان ۔ ییلہِ دپولوٚ کہِ پتہٕ کامہٕ دیو بُتراٗژ گُن یوان چھُ ، أہنزے نظرِ ستی چھُ سونتھ یوان پوشن بُرا ے لگان ، دپان ییلہِ نہٕ بھگوان شنکرن پارٕوتی ستی خاندر کرُن مون حالانکہِ بقولِ ڈاکٹر امر مالموہی "پاروتی نہ چھِ کانْہہ زنانہٕ تہٕ نہٕ چھُ بھگوان شنکر کانْہہ مرٕدیم چھِ فقط دیو مالأیی کردار تہٕ فلسفیانہٕ علامژ ، یِم سأری چھِ ژکہِ انسأنی جذبن تہٕ رسن ہُند اکھ آکار ۔ اتھ چھِ تہذیبی تہٕ ثقافتی اہمیت مگر توأریخی آیہٕ چھنہٕ اتھ تیژ اہمیت" ۔ ( کتھا سرت ساگر کأشر ترجمہٕ ص ۳۰ )

پارٕوتی کٔر کامہٕ دیو سنز پوٗزا تہٕ تپسیا ۔ کامہٕ دیو سپُد پاروتی پتہٕ رأضی تہٕ دِتنس درشن ، پرٕژھنس حاجتھ کیاہ چھےٚ ؟ پاروتی وٕنُس شنکر مہاراج گوٚژھ میون ڈیکہٕ لون بنُن ۔ کأیلاس بالس اوس اندٕ وندٕ شین ، شنکر بھگوان اوس أتی عبادتس منز محو ۔ کامہٕ دیو ووت کأیلاس بالس پتہٕ تہٕ شین گوٚل ، سبزار گو پأدٕ ، پوش پھوٚلی ، کامہٕ دیون ٹُل پوشن ہُند کان تہٕ چلووٗن شنکر بھگوانس ، بھگوان شنکرس پییہِ کامہٕ دیوس گُن نظر ، گُنی نظرِ کوٚرنس سوٗر مگر تیتس کالس اوس کانن اثر کوٚرمُت تہٕ شنکر بھگوانن کوٚر پاروتی ستی خاندر ۔

☆

# لُکہٕ باۄ ژمنز ذہنی ووتھٕ واشرٕکۍ وَل

تعلیم تہٕ نفسیاتہٕ کیو ماہر وچھُ از تام ذہنی ووتھٕ واشرٕ[1] کمن کِہ یاہ وَلن[2] متعلق سوٗ رمُت سونچمُت، تمن وبژھنے گرِتھ دَل چھَل دِتھ واریاہ نتیجہٕ تہٕ فأیدٕ بَدِ کڈی مِتۍ۔ اماپوٗز ساروٕے چھُ یہ پزٕ مونمُت تہٕ اَتھ نوٕ ہنہٕ تجربو ستۍ پُشنے تہِ گرہٕ زِ سوال[3] تہٕ جوابک وَل چھُ شُرۍ ہٕنٛدِس ذیہنس واش وبستار دِنہٕ خأطرٕ، رَسہٕ رَسہٕ پوٚختگی بخشنہٕ خأطرٕ، سونچس کھُہرن دِنہٕ موکھ تہٕ تخلیقی بٔتر ہُر راونہٕ موکھ ساروٕے وَلو تہٕ طریقو کھوتہٕ سرس، سوال پرٕژھنگ جذبہٕ چھُ شُرِس زہنہٕ گرِپِٹھے ستۍ آسان۔ سُہ چھُ پرٕ بتھ گُنہِ چیزس متعلق زانٔن یژھان چیزن ہنٛز زانکأری، دماغی ترقی، فہم تہٕ ادراک چھُ تس زندگی گذارنس منٛز اَتھٕ روٗٹ ہنبکان گرِتھ۔ بدس کال چھُ سائینس تہٕ ٹیکنالوجی کاپہِ اُنتھ تہٕ کامہِ لأگتھ انسانن تہٕ حیوانن ہنٛدی ضروٗریات پوٗرٕ گرِتھ زندگی آسان، سہل، آرام تہٕ سوکھ دِنہٕ واجینٛہ بنأوِتھ ہیوٚ کمُت، شُربن تہٕ بڈٕبن ہنٛز دِماغی تہٕ ذہنی ترقی، تخلیقی بٔتر ہُر اونچ تہٕ ذٔرراونچ کوٚشش وغأرٕ چھِ نوٕ ہنہٕ دلیلن ہنٛدِ امدادٕ ستۍ دوہ کھوتہٕ دوہ تیز تریوان کرنہٕ۔ اماپوٗز پنہٕ نِس لُکہٕ باۄ ژہنٛدِس سرمالیس ؤون دِنہٕ ستۍ چھِ یہ کتھ نںان زمأنی، سمأجی، سیأسی، ذہنی تہٕ نفسیأتی پسماندگی ہنٛدِس

زمانس منز تہِ چھُ بہ ظاہر پسماندٕ سماجن لگہٕ باوٕ ژمنزٕ ے شُر بن تہٕ بڈ بن ہنٛدٕ دماغی نشو ونماتہٕ ذہنی ووتھٕ واشُرک بندوبس تہِ کوٚ رمُت تہٕ یتھہٕ پاٹھی چھُ لگہٕ وۄ ترُمن رنز وٕنکۍ وٚسیلہٕ تہِ آیتن تھوان آمُت تہٕ وارہ نفسیاتی، دماغی تہٕ سماجی ضرورژ تہِ پوٗرٕ کران روٗدمُت ۔ فوک لورچہ وارہ وٚنتۍ ذاژ تہٕ دوہدش ورتاونہٕ ینہٕ واجنہِ زبانی منز وارہ لفظ، ترکیبہٕ، سوال، دٕ پتۍ مِثالہٕ، تلمیح، استعارٕ تہٕ وُٹھتھ کتھٕ، چھےٚ شُر بن تہٕ بڈ بن ہنز ذہنی بالیدگی تہٕ بیدٲری، سونچ تہٕ استدلال ہُر راونہٕ خاطرٕ ورتاوس لاگنہٕ آمژ تہٕ از تہِ چھِ یہِ کامہِ ہن انجام دوان ۔

## منزلی باتھ :-

منزٕلی باتھ یوٚ دوَے ممتایہِ تہٕ ٹاٹھہِ نیارٕکۍ میٹھۍ مدرۍ آشو، امارو تہٕ ارمانو برتۍ لو تہٕ واے آلو آسان چھِ تہٕ عام پاٹھی چھُ یمن ہُنٛد مقصد شُر للہٕ وُن، سلہٕ وُن تہٕ ساوُن آسان ۔ یتھ زِتھنزِ ماجہِ گرُک کٲم کارکرنہٕ خاطرٕ وق میلہٕ، تاہم چھُ یمن مدربن آلہٕ وَن منز أندی پکھکۍ کہی یاہ چیز شُر بن ہنٛدِ بن معصوٗم ذہنن منز عکس بند سپدان ۔ یمے ہو ہو باتھ چھِ شُرِس زبانی تہٕ موسیقی ہنٛدِس لو تہٕ واے آہنگس تہ ٹلہٕ تراوس ستۍ آشنا کران ۔ اَسہِ چھ وارہ تتھی کتہٕ کتہٕ باتھ، ہوہو باتھ بیترٕ دسیاب یم شُر بن ہنٛدی ذہن رَسہٕ رَسہٕ چھِ تیار کران ۔ وارٕ وارٕ چھُکھ پنُن اوٗ ند پوٚ کھ دَنہٕ یوان تہٕ اَمی أندی پکھچ زانکاری چھکھ سورُے سماج زانہٕ نس گُن رہنمائی کران تہٕ تدریسی عملہِ منز چھِ أتھی وِلس ''زانی

پیٹھ ازأ نِس کُن پکُن'' ونان اَمہِ قبیلہٕ کِنہٕ بأتن منز چھ نوم ژٕ راہمیت تھوان۔

1۔چتہٕ بالن 2۔ژرِہن ژرِہن۔3۔ہو کرأیو ٹھوکرو۔4۔پکان پکان نابدٕ ٹکان۔5۔لالہٕ پھلہِ ژندٕ نَے کوسہٕ دبد وندنَے۔6۔تلاکن ، تلاکن۔ 7۔گۄرٕ گۄرٕ کریو کنہٕ کے دۄرو۔8۔دود چتو دامہٕ دامہٕ گلہِ گلے۔9۔أچھر والن چھیوٗ دُکہٕ أچھن بٔکہٕ آیہ یو۔10۔گاشہِ موّت ہے آو۔11۔استانن زالے تِلہٕ پأج۔12۔دِرِدِر ہونیو۔13۔موے یٔڈس لگٲیو۔14۔لالا دۄرگرے نِکی یے نِکی یے (کأشرِ لُکہٕ بأتھ جلد 1، 2، 3، 8، 9)

# شُری بأتھ:

شُری ہِندِس جسمأنی تہٕ ذہنی ووتھہِ بوس ستی ستی چھِ منزِلی بأتو پتہٕ تمہٕ وِزِ تِمن بأتن ہِنز وأری یوان یِم سہٕ اڈ کجہِ یا صاف زیوِ پانے وِنی ہوان چھُ۔ شُریم بے معنہِ یا معنہِ ساوی مصرعہٕ ، شعر یا بأتھ گیوان تہٕ گنگراوان چھُ تِمنے چھِ شُری بأتھ وَنہٕ یوان۔ واریاہ بأتھ أسی یوان شُرہن ہُند کجر تہٕ اِڑٕ کجر دۄرکرنہٕ موکھ تِمن اَتھِ ستہِ ستہِ پھِرِ گنگراوناوِنہٕ۔ تِمن أس زیوٗ وُژھِ وُژھِ اورٕ یور پھِر ناوِنچ تربیت اَمی وٕسیلہٕ ستی میلان۔ معصوٗمس کُیت گیاوِ یہ بأتھ مگر بٔڈی ہِندی کِنی گیایہِ یہ تربیت ، مثالے نوم شعر ۔

1۔بُمہٕ زُوِ بالہٕ پیٹھ ژیٹھ دِتھ ژیرِ کھیٚیم۔

2۔تریلِس ترٕے ترکھ ترٕہن آنن۔

3۔بونہٕ باغ بونہِ پیٹھ بوٚ ڈیٚڈ برٕگ۔

4۔ ترالہٕ تأرِم ترأ ٚکنۍ تژٕ کر أنم کھکھرے

5۔ ٹنگ کُلہٕ لنگہٕ پٕٹھہٕ

لنجہٕ پٕٹھ تہیرِ پٕٹھ

تأپہٕ توٚت ٹنگ کھیوم

شُرۍ ہنٛدِ خأطرٕ شُرۍ بأتس معنہٕ ژارُن گوٚژھ پھوتہٕ تُلنس برابر، تَس چھُنہٕ کانٛہہ فلسفہٕ تہٕ ہدایت نامہٕ پسند۔ اما پوٚز أٹھِ پٕٹھ ژوداہ ؤری تام وأنٛسہٕ ہنٛدۍ شُرۍ چھِ اکثر تمے بأتھ ورتاوان یِمن کم کاسہٕ معنہٕ تہٕ چھُ تہٕ گنٛدنس دروکنس تہٕ اَسنس وِسنس ستۍ تہٕ تعلق۔ اَمی وأنٛسہٕ ہنٛدٮ۪ن شُرٮ۪ن ہنٛدِ ذہنی تربیتہٕ خأطرٕ چھِ سائنس فوک لورس منٛز واریاہ معنہٕ سأوۍ شُرۍ بأتھ، یِم سائنٛ شُرۍ ہتہٕ بدٕ ؤری یو پٕٹھ ورتاوان رٕوٚدی ہتۍ چھِ۔ ازکل چھُنہٕ یِمن ہُنٛد چلن مگر پتھ کالہٕ چھُ سون شُر بےٚ شوٚنکی پأٹھی یِموٚ ستۍ ذہنی اوٚسوٚدگی تہٕ دماغی ووتھٕ بوٚ پراوان رٕوٚدمُت مثالے نوم شُرۍ بأتھ۔

1۔ شأج پیاپہٕ شال زاس 2۔ نانہٕ دیٚتُم دانے 3۔ گأنٹۍ ہوٚل 4۔ کوٚت کوٚت ووتکھ شابان پور۔ 5۔ مأسے مأسے کیاہ چھکھ کران۔ 6۔ کُس باچھُکھ رام برور۔ 7۔ گربٹہٕ پاہہٕ دِی تو۔ 8۔ بِشتہٕ بِشتہٕ برارٕ بو کھوٚتکھو وَن 9۔ کُس باچھُکھ سزووٚل۔ (کأشرۍ لکہٕ بأتھ داہ جلدٕ)

**پرٛیژھہٕ:**

پرٛیژھ چھِ بذأتی وُتِھتھ سوال۔ اَمہِ سوالُک جواب ژھارن وأٚلس

چھِ حبسَن ہوشن یِژ پأٹھی پھوان کأم ہێنز پریٚشہ بازی چھِ ذہنی ووتھٕ واشر
پراونٕہ خأطرٕ بہترین وٗسیلٕہ ، دماغس پٮ۪ٹھ چھُ پھوان زور دیُن ، سوچ چھُ
وُزناوُن پھوان۔ ونہِ انہِ مَتہِ ماحولٕہ منٛزٕ چھ چیزن ہِنٛدٕ بن رِشتن جوڑ دِتھ
جواب پھوان ژھارٕنی ۔ پریٚشہ یوٚ دوَے شُربن ہِنٛدِ خأطرے یوت مخصوص
مانٕنہِ یوان چھِ مگر بالغن تہِ چھِ یم محظوٗظ کران۔ پریٚشہٕ بأزی چھِ من
رٹژناوُنُک تہٕ ہُر یمانہٕ وق گُساوُنُک اکھ وٗسیلٕہ تہٕ ذہانتُک تہٕ سمجھدأری ہُنٛد
امتحان تہِ ۔ اکثر پریٚژھن منٛزٕ چھِ زبأنی ہِنٛز ہموأری موجوٗد تہٕ واریاہ چھِ یہِ دٔپِ
زِ تہِ منظوٗم ، اَجہِ چھِ علامژ ، اَجہِ استعارٕ ، بقول ڈاکٹر شفیع شوق......

''ادبی علامژن ہِنٛز اختراع کأری تہٕ تمن ہِنٛدِس تفہیمَس منٛزٕ چھُ تخیلُک
تقریباً تِتھے وُڈو آسان یُس پرٚیژھن منٛزٕ آسان چھُ اَکِس پرٚیژھِ منٛزٕ چھُنہٕ
علامژ ہِنٛدی پأٹھی دِنہٕ آمُت لفظ کُنہِ معروٗضس کُن اِشارٕ آسان بَلکہِ معروٗض
تہٕ لفظس منٛزٕس چھ اَکھ ترٛیُم چیز یوان ، سُہ گو خیال ، یمن ترٛینٕونی چیزن یعنی
لفظ ، معروٗض تہٕ خیالس چھُ کُنہِ نتہٕ کُنہِ قسمُک وجوٗہی رِشتہٕ آسان۔ سُہ چیز یور
کُن علامژ یا پریٚژھِ ہُنٛد کاتھہ لفظ اِشارٕ کران چھُ ۔ سُہ چھُ کُنہِ بدل چیزٕک
تخیلی نقل آسان تہٕ تمہِ چیزک تصوٗر کرُن چھُ پریٚشہٕ جواب ژھارن وألی
ہِنٛز کأم (ہمارا ادب ، لوک ادب نمبر)'' سانہِ زبأنی منٛزٕ چھِ مختلف وأنسن
ہِنٛدٕ بن شُربن تہٕ بڈٕ بن ہِنٛدِ خأطرٕ واریاہ پریٚشہِ موجوٗد ، یِموٕ از تام شمارٕ رُس
کأشربن ہِنٛدِ سوٗنچنُک قوت بڑاونس ، پیچ تہٕ گنڈٕ مُژراونس ، ذہنی تھزر تہٕ

وُسجار پراونس منز مدد کوٚرمُت چھُ مشلن لوکٹئن شُر بن ہندِ خاطرٕ :-

1۔ ھُ کیا، ھُ کیٲ، ھُ کیا؟ (نظر)

2۔ ونس ڈُوان گُس؟ (واو)

3۔ ونس لِوان گُس؟ (روٚد)

4۔ ونس بہان گُس؟ (شین)

5۔ اوڈُر موٗ مُدرکیا؟ (ژوٚنٹھ)

6۔ ژمہِ رۆس موٗ کیا؟ (نوٚن)

7۔ لٹہِ رۆس موٗ کیا؟ (ٹھوٚل)

8۔ ونَس منز میوٚٹھ کیا؟ (مانچھ)

9۔ ونس منز زیوٚٹھ کیا؟ (دٕہ)

نومہِ پریٚژھہ چھِ ئمن شُر بن ہٕندِ خاطرٕ یم وارٕ پاٹھی سوٗنچتھ سمجتھ چھ ہبکان تہٕ بلوغیتس منز آسکھ قدم ترٲوٗن ہیوٚ تمُت بالیغ حتیٰ کہ بزرگ تام چھِ یمن پریٚژھن رِگندِتھ وق گساوان تہٕ لُطف تُلان۔ یمن ہٕندی جواب ژھارنہٕ خاطرٕ چھِ سخ مغز مٲری پیوان کرٕنی تہٕ یتھہٕ پاٹھی چھِ ذہن تربیت لبان، سونچُنگ طاقت چھُ ہُران۔ تخّیلس چھِ وُژھِ وأری یِوان تہٕ کلہم پاٹھی چھُ ذٕہنی ووتھہٕ واشر حاصل سپدان:-

1۔ ورٕ ہچہِ ماجہِ شکرترین کوٚر

شکرترین کورِ پسر نافلک (دٕیچھ راٹھ)

(ورٖہج موج = دَپھِ کُج ۔شکرترین کۄر = میۆٹھ دَچھ۔
پٕسر نافلک = چھس منز بیاٖلی پھۄل)

2۔ زٕ ڈِجہ ڈِجس زٕ واوکرنس
ژورربہٕ رۄدس اکھ وامنَس (گُپُن)

(زٕ ڈجہِ ڈِجَس = ہہنگ زٕ۔ زٕ واوکرنس = کن زٕ۔
ژۄ ربہِ رۄدس=زنگہٕ ژور۔اکھ وامہٕ نس = لۆٹ مچھِ کھلنس)

3۔ مارس مارِ تارس تارِ
ہارس کھیاوِ ژۄنٹھی تہٕ ٹنگ
أتھی مالہِ دپان تریم زَنگ (لۄر، عاصہٕ)

(سر پھس تہِ مارِ، کۆلہِ دِیہِ تار دِنس مدد، رہتہٕ کالہِ ہکبو اَمہِ ستی
کُلو پٕٹھ مو وألِتھ)

4۔ جاناوارا جاناوارا
ہتھ کلہٕ لاٚ رِگتھ ترہ چھِس أندرم
زنگہٕ ژتجہہ
أچھ چھس زبوٕ پٕٹھ
دَپھ بے جان (قلم)
(ابجدٕ حسابہٕ:-ق=۱۰۰-ل=۳۰-م=۴۰)

5۔ بیرے بادشتھ ہیرے

بیرے بیرے گگراہ دژاو

گگرس پتہٕ پتہٕ باہ شتھ پۄتی

پۄتس تہِ پۄتاہ زاو (یٖرڈینج)

6۔ پڑ ھِ پیچ در پیچ پرِیژ ھِ جواب ژھارن وأٹس کوتاہ زور آسہِ ہاکرُن پیوان ۔

تم اُسی بارٕنی ترٛے دۄن گاش أکس نہٕ کینٛہہ

یس نہٕ گاش سُہ دراوگرِ واتان واتان ووت أکس جایہ

اتہِ وُچھِن شکار ترٛے، زمأرِن اَکھ نہٕ کینٛہہ، یُس نہٕ مۄدسہ رۄٹُن تہٕ چھُ پکان أکس جایہِ ووت اتہِ وُچھِن مکانہٕ ترٛے، دۄن درواز أکس نہٕ کینٛہہ ۔ یتھ نہٕ درواز تتھ منز ژاو، اتہِ وُچھِن دان ترٛے، دۄن گگ أکس نہٕ کینٛہہ، یتھ نہٕ گگ تتھ پٮ۪ٹھ وُچھِن لیجہِ ترٛے، دۄن ژکی أکس نہٕ کینٛہہ یتھ نہٕ ژۄک تتھ منز رۄنُن شِکار ۔ ناٹہٕ یڈا کھیٚین تہٕ دراو وَتہٕ وُچھِن کولہِ ترٛے ۔ دۄن آب أکس نہٕ کینٛہہ ۔ یتھ نہٕ آب تمہِ منزی تور تہٕ پھۄٹ (جواب نامعلوم[6])

## گنڈ:۔

گنڈ چھُ پرٕیژھن ہنٛدُے اکھ قسم ۔ ووں گو پرٕیژھن جواب ژھاران چھِ زیادٕ تر تخیلی وُژھِ وارس کأم پیوان یِنٛہِ چیزن ہنٛدِ ہشرٕکی رشتہٕ ژھارٕنی پیوان، استعارن تہٕ تشبیہن ہُنٛد ادراک گرتھ اہنٛد مدتہٕ صحی جوابس تام واتُن

پھوان مگر گنڈ چھُ ریاضی دانی ستی تعلق تھوان ۔ یہ چھُ مُشکل سوال، یہ حل کرنہٕ
خاطرٕ چھُ دماغس پٮ۪ٹھ سخ زور پھوان تراوُن ۔ دماغس چھُ گرزُ ہُند امتحان تہٕ
پھوان دیُن ۔ جوڑ جمع تہٕ کرُن پھوان ۔ یتھہٕ پأٹھی چھُ گنڈ مژراون وول
دماغی ترقی پراوان ، یادٕ ووٗ ترٕس چھ کھہرن لگان ۔ اَکھ سٮ۪ٹھی لایق کتھ چھےٚ زِ
کأشرس لُکہٕ ووٗ ترس اندر یم گنڈ تھُرنہٕ آمتی چھ، تمن ہُند چھنہٕ وونی أچھ وتھہٕ
وُن تعداد دسیاب ۔ یم گنڈ ڈسی یاب چھےٚ تمن کُن وُچھتھ چھُ کأشرین ہنٛدِ
ذہانتُک اعتراف پھوان کرُن ناخواندٕ سماجن ۔کتھہٕ کٔنی چھےٚ یتھی مُشکل سوال
تھُری متی تہٕ أہندی جواب کڈی متی ییلہِ نہٕ لیکھہٕ پرٕ ہُند تصوُرے اوس ۔ قلم
کاغذ کامہِ لاگنُک اوس نہٕ سوالے ۔ کاش یمن ہُند کأنی تعداد بہم آسہِ ہے! گنڈ
تھُرن والین ہنٛز قابلیژ ہُند چھُ سأری ہے سماجس اعتراف اوسمُت ازکل
ییلہِ کأنسہِ یُتھ گنڈ حل کرنہٕ خاطرٕ وننہٕ ییہِ ۔ سُہ مژاوِ فورن کاغذ تہٕ لاگہِ قلمہِ
ستی حساب کرُن بلکہِ کلکُلیٹر تہٕ کرِ استعمال مگر یمو یم گنڈ تھُری تہٕ یم اُہند
جواب دِوان أسی ۔ تم أسی مُڈٕ تہٕ بہٕ ظأہر پسماندٕ سماجکی فرٕد ۔ کینٛہہ گنڈ چھےٚ پیش ۔

1 ۔ أکِس خوجس أسی ستھ نیچوِ ، خوجن أس اکھ موختہٕ دانہٕ وأرٕ
سومبرأوِمژ ۔ مرنہٕ وِزِ أسس زٕ یے نیچوِی حأضر یمو کوٚر موختہٕ پھلہن حصہٕ ۔
اَکھ موختہٕ پھوٚل ہُر بوٚ ۔ ترٕیم نیچو آو ۔ کوٚرُکھ موختہٕ پھلہن حصہٕ ، اکھ موختہٕ
پھوٚل ہُر بوٚ ۔ ژوٗرِم آو تہٕ کوٚرُکھ موختہٕ پھلہن حصہٕ اکھ ہُر بوٚ ۔ پوٗنژِم نیچو ییلہِ
آو تہٕ کوٚرُکھ موختہٕ پھلہن حصہٕ، اکھ موختہٕ پھوٚل ہُر بوٚ ۔ شیٚیم آو تہٕ کوٚرُکھ

ژھہٕ۔ اکھ موٚختہٕ پھوٚل ہُریوو۔ سٲتم آوتہٕ کوٚرُکھ موٚختہٕ پھلبن ژھہٕ۔ سارِنے آے برابر موٚختہٕ پھٔلی ژھہٕ۔ ہُریوو نہٕ کانٛہہ۔ موٚختہٕ پھٔلی کٔرٛ اٲسی تہٕ کٕمِس کٔرٛ آیایہ ژھہٕ۔

(موٚختہٕ پھٔلی اٲسی 301۔ پرٛتھ کانٛسہِ آے 43 پھٔلی ژھہٕ)

2۔ دون نفرن چھُ تیلس اٚٹھن ترٛکن برابر ژھہٕ کرُن نہ چھترٛ کرتہٕ نہ کانٛہہ مینٛزٕ۔ ٹُی چھِ ترٛے۔ اکھ چھُ اٚٹھ تروٗک یتھ منٛز تیل چھُ دوٗیم چھُ ترتروٗک تہٕ بیاکھ پانٛژتروٗک یم زٕ چھِ خٲلی۔ نفرن دون دِیوٗ تیلس اٚٹھ ترٛکھ بٲگرِتھ؟

اٚٹھ ترٛکہِ نٹہِ منٛز پھِر وترٛے ترکہِ ستی پانٛژٕ ترٛکس منٛز
ترٛے ترٛکھ پتہٕ تراوِ وترٛے ترٛکس منٛز ترٛیے ترکھ، اٚٹھ
ترٛکس منٛز روزن زٕ ترکھ، اٚٹھ ترٛکہِ منٛزٕ پھِرِ ونصف
پانٛژھ ترٛکس منٛز

3۔ اٚکِس شخصس دوٗ پٔکھ شال، گٔب تہٕ ہاکہ ژٔھر چھےٚ کولہِ اَپور تارٕنۍ۔ شال گوٚژھِ نہٕ کھیوٚن گبہ، گٔب گژھِ نہٕ کھیوٚن ہاکہ ژٔھر۔ کِتھٕ کٕنی تارِکھ؟

4۔ ژوٚچہ ہتھ تہٕ بٲژ ہتھ، شُرِس آیہ اٚڑ، زنہِ ڈوڈ، مردس ڈایہ ژوٚچہِ ژھہٕ۔ مرد کٔژ اٲسی، زنہِ کٔژ آسہ تہٕ شُری کٔژ اٲسی؟

(مرد=10، زنہِ=30، شُری = 60)

5۔ زٕ دوٗلنا تہٕ زٕ سوادکیٛتا قم گو؟ (شوٗدرہ پیٚیہ)

## مرایادٹُرافراموش

یہِ چھ اکھ دلچسپ کھیل، یادِ ۋ وٹُر ہرراونٔک اَکھ تھٔکبن لایق وَل۔ اَکھ خاص تفریحی شغُل، یادِ ۋ وٹٕرِ کہِ امتحانہٕ خاطرِ اکھ خاص شرطہٕ شرط۔ یہ شرط اُسے شُری، بُڈی، زنہِ مردسأری گندان یُت زِ امیر، رٔییس تہٕ زألدار، وزیر بیترِ اُسی یہِ وَل ورتاوَنس منز فخر محسوٗس کران۔ ''مرایادٹُرافراموش'' چھُ فارسی جُملہٕ۔ معنہِ چھُس ''مےٚ چھُ یاد تہٕ ژےٚ مشرِپھ'' فارسی زبأنِ ہُند چلے جاو موکہٕ لِتھ کوٚرأمی جُملن تہِ اُردوزبأنی ہُند غلبہٕ قوٚبول تہٕ کأشری لگی وننہِ ''میرایاد ترافراموش'' اتھ تفریحی مشغلس چھُ ''یادس تہٕ زیادس'' تہِ ناو۔ زٕ شُری ییٚلہِ شرط گنڈٕہن تہٕ واریاہ کالس اُسی اَکھ أکِس ءستی گندٕنس دوران کتھ باتھ کرنس دوران بڈٕ حسبہٕ روزان۔ اکھ ییٚلہِ بیٚیس کُن کانٛہہ چیز پلہٕ وِہے سُہ اوس فورن ونان ''یادس'' یتھٕ پأٹھی اوس نہٕ تَس شرط کھسان۔ بڈٕہن ہُند اوس یہ حال زِ بقول غلام نبی نأظر...... ''زٕ زٔنی اُسی پٔژھی لازِپٹھ یاأکِس بیٚیہ سٕنڈِ گرِ کوٗگُر مارنأوِتھ بتہٕ کھٮوان تہٕ کھسنہٕ وِزِ اُسی کوٗکرسینٛچ دُکھمبل زأوِج کمأنٔی أڈِج سوبٕژے دوٚیہِ طرفہٕ رٹان تہٕ پانس پانس کُن ئُمتھ پھُٹراوان۔ اکھ حِصہٕ اوس أکِس تہٕ بیاکھ حِصہٕ بیٚیس یوان۔ یمو اگر فأصلہٕ آسہِ ہا کوٚرمُت ''جادس'' گنڈٕنک تیٚلہِ یَس کُن جادٕہن یہِ ہے سُہ اوس أتی شرط زینان۔ عموماً اوس ''یادس'' یوان گندنہٕ تہٕ دوٚنہٕ وَے اُسی کوٗس آسان۔ أکِس اکھ مُشتھ گرٕ خنہٕ وِزِ کیٛنٛہہ چیز پلنہٕ باپتھ تُس اکھ زیادٕ زیر کھ تہٕ

یاداوٲری وول آسہِ ہاسہٕ اوس دۆیِمس کانٛہہ چیز پلنأوِتھ ونان۔ مرا یاد تُرافراموش'' تہٕ دۆیِم اوس ہاران۔ ''کٲشرِ لُکہٕ بٲتھ جلد 6''

ہرگاہ چیز رٹن وول چیز رٹان رٹانٕے ونہِ ہے ''یادس'' تیٚلہِ اوس نہٕ سُہ ہٲران۔ بہرحال ہارن وول اوس پننہِ گرِ کوٗرکُر ماران تہٕ شرط زینن وٲلِس ناٹہٕ بتہٕ دِوان۔ یہ سِلسلہٕ اوس تیتھے پأٹھی پکہٕ وُن روزان تہِ کیازِ ہارن وٲلی سِنٛدِ گرِ کوٗرکُر کھسنہِ وِزِ اوس بنیہٕ یو ہے شرط گندنہٕ یوان۔ دپان یِم شرط چھ وارٕ یہن لۆکن درمیان ؤری یہِ وادن چلان روٗدی متی۔ تیٚلہِ نہٕ کہن ؤری ین تام تہِ کانٛسہِ أکی زیٖوٗن یاہور تیٚلہِ أسی تِم پانہٕ وٲنی بخشأیش کران تہٕ تتھہٕ پأٹھی شرط منساوان۔



---

۱ دوتھہٕ واشر = نشونما، تکمیل، ترقی (Development)

۲ وَل = (Device) = تدبیر

۳ سوال تہٕ جوابک وَل = (Maxim of questioining)

۴ اصلی چھہِ یہ پرٛ یژھ ییٚمہِ فارسی پرٛ یژھِ ہنٛز کأشر صوٗرت۔

''چیست آں جانور ہمایوں است صد سروسی شکم چہل پاے است''

۵ کینٛہہ لۆکھ چھہِ أتھ ونان جواب ''ریٚنیہٕ اول''

۶ دپان أتھ چھُ جواب ''قبر'' اما پوٗز پانس تۆ رُم نہٕ فِکرِ زِتہِ، کتھہٕ پأٹھی!

۷ زأنی پیٹھہٕ ازأنس کُن ''Known to unkonwn''

# کأشُر سنہٕ

وہسکھ آوُے رَہسکھ کتی کانگری
زیٹھ آوُے بڑیٹھ گیکھ کانگری
ہار آوُے لار اُنجی کانگری
شراوُن آوُے یاوُن سورُے کانگری
بأدِر آوُے وأدِر پیٚیی کانگری
أشدِ آوُے قأصد سوزمےَ کانگری
کارتِک آوُے نارٕتِک لۆدمےَ کانگری
مونجہور آوُے توٗہ لۆد مےَ کانگری
ماگھ آوُے دژاگ ژۆلُے کانگری
پھاگُن آوُے زاگُن ژۆلُے کانگری
ژٕتھر آوُے ٕژتھر پشہِ پُے کانگری

اَتھ لگہٕ بأتِس منز چھِ تمن سارِنٕے کاشرٕن رتٕن ہٕنزی ناوٕ موٗجود یمن ہُنٛد چلے جاویٚتہِ ہتہٕ بدٕن وٗری ین روٗدمُت چھُ۔ وُنہِ تہِ چھِ پرٛانہِ پیٖیہِ ہٕنزٕن واریہن ناخوانٕدٕ گأمیٚین انٛدریٚ ناو چلٕہ وُنی، تمہ چھِ زمیندأری

ہٕژن کامین ہُنٛد حساب تہٕ بڑٕن دوٕہن ہُنٛد خیال یموٕے رٕتو مطابق تھوان۔ تم چھِ کأشرس رتس ''پٔژُن'' مانان۔ ''سون'' لفظس چھُنہٕ تمن نِش ہجری یا بدل گُنہٕ کلینڈرُک رٕتھ معنہٕ۔ اَمہٕ پتہٕ ہٕنٛدی لۄکھ یێلہِ پرٛژھن زِ سون گُس رٕتھ چھُ از؟ یا سون گرٕژم چھُ؟ زانُن گژھِ تم چھِ کأشُر سَنہٕ تہٕ کأشُر رٕتھ زانُن یژھان۔ اماپۆز وَق چھُ یِنہٕ وول یێلہِ کأنسہِ تہٕ مأہر سماجیاتس کأشرِ ثقافتکی رأوی مِتی نشانہٕ ژھانڈنہٕ موکھِ کأشرِ لُکہٕ بأژہُنٛد سۆدُر پاژُن پییہٕ تکیازِ سانہٕ ثقافتکی کُلہُم انہارِ چھنہٕ توأرٕیخن تہٕ تذکرن اندرٕ ڈٕسی یاب سپدان۔ اَمی منٛز ییہِ کأشُر سنہٕ تہٕ وَنہٕ۔ ووٕنی نہ چھُ کأشر سنہٕ ورتاوس منٛز تہٕ نہ چھُ کأشرٕن رتٕن ہٕنٛدی ناورتاون والین وأنسہِ آمتین ناخواندٕ گأمی ین ہُنٛد بارٕ تعداد موجوٗد۔ چونکہِ کأشر زبأنی آس نہٕ سرکأری سرپرستی حاصِل تہٕ مورخو لیچھ توأریخی کتابہٕ فارسی زبأنی منٛز تمو کوٗرنہٕ کأشُر سنہٕ استعمال۔ یتھ چیزس نہٕ سرکأری سرپرستی آیتن آسہِ سُہ چھُنہٕ جاٗد کالس پٔژُن زوروشورڈنٛجہِ ہٕکان تھٲوِتھ بامے سُہ عوامس منٛز مقبوٗل تہٕ آسہِ رٕدمُت، وارٕ وارٕ چھ عام لۄکن اندر اَمکی پھٹہٕ پھرٕاٹہٕ نشانہٕ تہٕ کم کاسہٕ اثرات موژان۔ کأشرِس سنس تہٕ یێلہِ سرکأری سرپرستی رأو، وارٕ وارٕ لۄگ اَمیُک چلے جاوسورنہٕ۔ تاہم چھ اَمہِ سنکی تہٕ اَمہِ کٕمن رتٕن ہٕنٛدی آثار وُنہٕ تہٕ لُکہٕ باوٕژاندرتہٕ تہٕ باقے شعرِ سرمایس منٛز تہٕ میلان۔ منظوم فوک لورأسی تن یا باضابطہٕ تخلیقی شأعری، دونٔوی منٛز چھِ کأشرٕن رتٕن ہٕنٛدی ناو یسلہٕ پأٹھی ورتاوٕ آمتی۔ دوٕنی چھ یُتھ کالہٕ پتھ کٔشیرِ

مژہ ہجری تہٕ عیسوی دوٕ نوٕنی سَنن ہُنْد رواج، عیسوی سنس چھِ سرکٲری سرپرستی تہٕ حاصل، اما پوٚز زاز تام رِکس کلہُم شعر سرمایس زول دِتھ چھُنہٕ اَکھ تہٕ تیُتھ شعر بدس یوان یتھ مژ کأنسہِ شاعرن کانْہہ عیسوی ربتھ (رہتُک ناو) شعری معنہٕ خاطرٕ ورتوومُت آسہِ ہا۔ اصل کتھ چھِ یہِ زِ کأشرٕ ن ربتن ہنْدی ناو چھِ کأشرِ س مزازس تیتی براہ آمتی زِ پرانیو گونماتو چھِ یم ورتأوی متی بلکہِ أزی کہِ زمانٕکی شاعر تام چھِ پننِہ نِس کلامس اندر تمے ناوانان ۔

(ا)

ا) ہارٕنہِ گرمیہِ پوہ تے ماگھ گوم
ب) شرٛ اوُن سۆر تہٕ کۆستور کلوٕ
ج) ہارس تہٕ شراونس یُس زچہ لورو
تَس پوہس تہٕ ماگھس بُشُن واو
د) زیٹھہِ ماسہِ رنگن لُجم پھُلے
(حضرت شیخ نورالدین ریشیؒ)

شرٛ اونہٕ شین زَن بہٕ گلان آیَس باغس پھۆج سے ہی
چونُے باغ تے ژٕرے ولو چھاوان ژٕرے کہو زِ گیی میأنی دِ ے
(حبہ خاتون)

پھوٚج بہارس منز یمبرزل، کارتِکہِ پھوٚل کونگہِ پوش
وَنتہِ ووٗنۍ کیا روو ہردس سونتہِ کالن کیٛاہ سنٛبوٗل
(غلام احمد مہجوؔر)

یہ ماگھ سوٗرِتھ تہِ پھاگنس منز اگر سُہ میون ٹوٗٹھ یار ییہِ ہے
مےٚ لولہِ باغس گولاب پھولہِ ہن سُلے پٔہن زٔن بہار ییہِ ہے
(رسا جاودانی)

جُدأیی ہِنٛدی مےٚ ہردن رنگ تان ڈول
وول کرتن ماگھہِ بُزی وصلُک یہ شرٛاوُن
(محمد امین کامؔل)

(ب)

کارتِکہِ پھوٚلہِ ہم کوسم پوشو گوشن رٔٹ ھٔتم تھرِ پٔٹھ جاے
زیٹھے پھوٚلہِ گلاب پوشو گوشن رٔٹ ھٔتم تھرِ پٔٹھ جاے
ژِتھرے پھولہِ ہم پوشو گوشن رٔٹ ھٔتم تھرِ پٔٹھ جاے
(میخلہِ وٕنہٕ وُن)

ہارِنۍ دوہ تےٚ پوہ ۂنہِ رأژے بوٚمبرِنۍ بأژے برابر
وٕبتھِ ہُنٛد یاوُن ہارتےٚ شرٛاوُن کورِ ہُنٛد یاوُن بب تےٚ موج
(وَنہٕ وُن)

ژوداہمہِ صدی عیسوی منز ہیوٚت سُلطانو رَسہٕ رَسہٕ کٔشیرِ ہُنٛد تخت تہِ
تاج سامُن ۱۳۵۷ ھ منز بنیاو ریٛنچن کٔشیرِ ہُنٛد بادشاہ۔ سُہ اوس تبت رِکس

بادشاہ سُند نیچو ، مالی ہِندِ مرنہٕ پتہٕ دیُت نہٕ تَس پتھرن سو کھہٕ بہنہٕ ، سُہ اوس تیٚنچ
حکومت ساٲنی یرٔھان تہٕ رینچن اوسُس اُچھ منز کٔٹر ۔ چھیکرس گو رینچن
دربدر تہٕ ووت کشیرِ ، ییٚتہِ لوٚگ راز سنگرام دیونس نیچہِ وِس رام چندر دیوس مدد
منگنہِ ۔ اَمہِ وِزِ اوس نہٕ سنگرام دیو حومتکِس تختس پیٹھ ، تسُند نیچو رام چندر دیو
اوس راز سنگرام دیو ہِندِ فوجُک کماندار تہٕ تختس قبضہٕ کرنس اوس زاگان ۔ اُمی
ہیوٚک نہٕ رینچنس فوجی امداد دِتھ ، ووٚنی گو سبٹھاہ عزت کوٚرنس تہٕ جاۓ گیرتہٕ
دِیاوِنو وٕنس ۔ وارِ وارِ کوٚر رینچنن سرکاری تہٕ غأر سرکاری حلقن منز کأفی اثر و
رسوخ قاۓیم ۔ حضرتِ عبدالرحمان بُلبُل شاہؒ ہِندی دٔسی کوٚرُن اِسلام قبوٗل تہٕ
پانس تھوٗن صدرالدین ناو ۔ دوٚن ؤری ین تہٕ سَتن رَتن حکومتھ کٔرِتھ گوسُہ
ییٚمہِ عالمہٕ ۔ ادھیان دیون تہٕ رام چندر دیو ہِنٛز بہوٗدر کورِ کوٹہٕ رانہِ کرٕ یایہٕ
اسلافن ہِنٛز رازٕ سی بچاوٕنچ ، ڈنجہِ تھوٗنچ تہٕ سامہٕ نچ زبردس کوٗشش ، نتہٕ زَن
اوس کوٹہٕ رانہِ رینچن شاہس ستی خاندر تہٕ کوٚرمُت تہٕ پننہٕ نِس بأیس راون
چندرس تھوٚ دعوہد تہٕ جاۓ گیرتہٕ دیاونو ومُت ۔ رینچن شاہ ہِندِ ییٚمہِ عالمہٕ گژھنہٕ
پتہٕ کوٚر کوٹہ رانہِ اودھیان دیوس ستی خاندر ، اودھیان دیون کوٚر تختس قبضہٕ تہٕ
رُوٗ دپند ہن ؤری ین حکومتھ کران ۔ اماپوٚز 743ھ منز بنیاو سُلطان شمس الدین
شاہمیر ، تمہٕ وِزِ بادشاہ ییٚلہِ گٔمی تام تُرک رازن ( بقولِ حسن کھویہامی رازٕ
اوردن ) کشیرِ پیٹھ ہیر پٔوری کٔنی زبردس حملہٕ کوٚر ، اودھیان دیوس اوس
بروٗنٹھے ذوالقدر خان ہِندِ حملُک اُہر بہتھ ۔ او موکھہٕ لوٚگ تُرک حملہٕ آور سُند

ناوبۆزی تھے پھۆتی ۔کنۍ اُلس اَژنہِ اُخرژۆل زُو بچاونہٕ موکھہٕ بوٚٹن کُن ۔
اماپوٚز شاہ مرزا یا شاہمیر تیٚمۍ کشیرِ ہنٛدٮ۪ن رازن ہمیشہِ ہمدردی تہٕ حمایت
کرمٕژ اُس تہٕ اَمہِ ساتہٕ تہِ اوس اودھیان دیوٕ ہنٛدِ فوجُک کماندار، گوحملہٕ آورس
بُتھِ تہٕ شِکس دِتھ ژٕلرووُن واپس ۔ یہِ کتھ چھےٚ دلچسپ زِ کوٹہٕ رانہِ اوس
اودھیان دیوس ستی خاندر کوٚرمُت تہٕ ترک حملہٕ آور ہنٛدِ یلغارٕ وِزِ ییٚلہِ تُسنٛد
روٗن دِہ لدگرٕ ہنٛدی پاٹھی کشیٖر ترأوِتھ ژوٚل، سو روٗز برابر حکومتُک کاٗم کار
چلاوان ۔ اُخرآو تسُنٛد روٗن تہٕ شرمہِ داوَے ترٛوٗن حکومتُک کارٕ بار پننہٕ نوٗ
اَتھومنٛزٕ ۔ اُخرس کوٚر شاہمیرن تخت حاصِل، کوٹہٕ رانہِ کریایہِ اَمہِ وِزِ تہِ حکومتھ
بچاونچ کوٚشش مگر ییٚلہِ شاہمیرن اندرکوٹ قلایہ اندر قاۓد کرتہٕ مجبوری موکھہٕ
کوٚرتمہِ تس ستی کھاندر کرنُک ایقرار ۔ نکاح پٔرِتھ آے کوٹہٕ راٗنی سلطان
شمس الدین شاہمیرس ستی اندرکوٹ پٮ۪ٹھہٕ راژٕ دانہِ واپس ۔ اُتھی راژ منٛز
ژٕٹ تمہِ پانَے پانس تلوارِ ستی یڈٕ، یُوت زِ اُندرم دژ ایس نبر تہٕ موٗیہِ ۔
اودھیان دیو اوس شاہمیر ہنٛدِ تخت سامنہٕ برونٛٹھے فوت سپُدمُت ۔

مورخو چھُ لیوکھمُت زِ شاہ مرزا یا شاہمیر اوس سوات علاقُک روزن وول
ماٗلِس اوسُس ناو طاہر تہٕ بُڑی ببس فورشاہ ۔ فورشاہ چھُ صاحب کرامات
بزرگ اوسمُت ۔ اکہِ دوہہ ییٚلہِ شاہ مرزا لوکٹے اوس، سہٕ تُل فورشاہن
کھونہِ تہٕ ووٚنُن زِمےٚ آو بڈٕ دربارٕ وننہٕ زِ شاہ مرزا تہٕ تسنٛدی اولادکرن کشیرِ
پٮ۪ٹھ پادشاہی ۔ اُخرووت سہٕ دوہ تہٕ ییٚلہ شاہ مرزا شری باژ ہتھ راژٕ سہدیو

ہِندِس زمانس منز کشیرِ ووت ، وارِ وارِ سپدُس شاہی دربارس اندر عزت تہٕ احترام حاصِل ، تسنٛز وفاداری وُچھِتھ کُرِس راژن فوجچ کمانڈاری حوالہٕ۔ رِنچن ہِندی پاٹھی کوٚرُن سہٕٹھاہ اثر ورسوخ قائیم۔ چھیکرس سومُن تاج تہٕ تخت تہٕ سُلطان شمس الدین ناوٕ سپُد مشہور۔ یوہے چھُ کشیرِ اندر شہمیری سُلطانن ہُنٛد جدٕ تہٕ مؤلادار۔

سُلطان صدرالدین ہِندس تخت نشینی ہِندِس وقتس تام اوس کشیرِ اندر لوٗکِک سنہٕ چلان۔ دپان یہِ سنہٕ چھُ کلجگ کہِ پانٛژاہمہِ وٕریہِ شروٗع کرنہٕ آمُت تہٕ یہِ تہِ چھُ وننہٕ یوان زِ لوٗکِک سنہٕ چھ 76-3075 ق،م منز شروٗع سپُد مُت۔ سلطان صدرالدینن کوٚر حُکم زِ مُلکس منز گژھِ سرکٲری طور ہجری سنہٕ ورتاوِنہٕ یُن۔ اماپوٚز اَتھ سَنس تہٕ ہجری رتن ہِنٛدٮ۪ن ناون سپُد نہٕ قبول عام حاصل، اَتھ چھُ یہِ خاص وجہِ زِ تسنٛد دورِ اقتدار سورُو ووٚدہ وٕہرِ تہٕ ستٕیے رٮ۪تی تہٕ مُلکس اندر آس وُنہِ پرٲنِس مضبوط سماجی تہٕ سیاسی نظامس تہٕ نٔوِس زُوٗد اثر انقلابس درمیان زبردس ہمہٕ دَمَل جٲری، یٔت زِ پرٲن نظام بچاوِنہٕ خاطرِ کوٗشش کرنس دوران چھُ اودھیان دیوتہِ الہٕ پلہٕ پنٛدٮ۪ن وٕرٮ۪ین حکوٗمتھ کران۔ ووٚنی ہے ہجری سنہٕ تہٕ اَمکی رتھ جٲری سپدتھ عام سپدٕہن تہٕ رٕکتھٕ کنہٕ؟ اِوموکھٕ کوٚر سلطان شمس الدینن اکھ نٔو سنہٕ ایجاد، اَمیُک ابتدا سپُد سُلطان صدرالدین سِنٛدِ تخت نشینی ہِنٛدِ وٕرِ یہِ پتھ مُشخص، یُس ۲۵ ۷ھ چھُ، یتھ پاٹھی چھُ از 1431ھ منز 706 کاشُر سَنہٕ۔

رٹتن ہنٛدی ناوتہٕ آے کأشِر مزاز تہٕ ماحولہٕ مطابق بناونہٕ ،مورخ حسن شاہٕ سٕنٛدِ مطأبق چھِ کأشِرِن رٹتن ہنٛدی ناو یزوجردی سنہ کیو رٹتو مطأبق بناونہٕ آمٕتی ۔ دپان یزدجردی سنہٕ چھُ فارسی سنٛس ستی ہشر تھاوان، یہِ سَنہٕ چھُ بادشاہ یزدجرد سٕنٛدِ وقتہٕ پیٹھ شروٗع کرنہٕ آمُت ، حسن شاہن چھُ رٹتن ہُنٛد ہشر یتھٕ کٕنی ہوٕ مُت:

| یزدجردی رٹتھ | کأشِری رٹتھ |
| --- | --- |
| ماہِ حمل | وہکھ |
| ماہِ ثور | زیٹھ |
| ماہِ جوزا | ہار |
| ماہِ سرطان | شراوُن |
| ماہِ اسد | بأدر |
| ماہِ سنبلہ | أشِد |
| ماہِ میزان | کارتِک |
| ماہ عقرب | مونجہور |
| ماہ قوس | پوہ |
| ماہِ جدی | ماگھ |
| ماہِ دلو | پھاگُن |
| ماہِ حوت | ژِتھر |

یتھ پأٹھی یزد جردی ؤری یک گوڈنیُک رٮ۪تھ "حمل" چھُ، تتھے
پأٹھی چھُ کأشرِ ؤری یک گوڈنیُک رٮ۪تھ "وہکھ"۔ أتھی رٮ۪تس منٛز چھُ
ؤری یک گوڈنیک بوٚڈ دوہ سوٚنتھ بڑٕ چکہٕ چاوٕسان مناونہٕ یوان۔ مورخ حسن
شاہ چھُ ؤنان زِ "کأشرِ چھِ یہ دوہ عیزن ہندی پأٹھی مناوان۔ مرحوم اقبال
ناتھ ونیوہ چھُ أتھ دوہس متعلق وَنان ...... "کلینڈرُک بجر چھُ أتھ اَمہِ کنہِ زِ
اَمہِ دوہ چھُ سِری یہ خط استوا ہس پٮ۪ٹھ واتان تہٕ شمأ لی نصف کُرس منٛز (یتھ
اندر سورُے ایشا واقع چھُ) اَژُن ہیوان۔ زمیندار چھُ أتھ دوہس مانان
پھرٕس تہٕ اَمی دوہ چھُ زمیندأری ہُند دٕسلابہ کرنہٕ خأطرٕ سَبز ین ہٕنڈی بیأ لی
ووان۔ یہ چھُ کأشرِ ن زمیندارن ہُند تہِ بوٚڈ دوہ تہٕ أتھ ستی آوا أتھ دوہس
بیا کھ بجر تہِ باگہِ، سُہ گوا اہل تشعیہ لگن ہُند چھُ یہ عید نوروز"

ہجری رٮ۪تھ چھِ زوٚنہِ پٮ۪ٹھ دٕرِتھ ییلہِ زَن کأشرِ رٮ۪تھ شمسی حسابہٕ چلان
چھِ۔ صِرف دوٚن ؤری ین تہٕ نون رٮ۪تن تام اوس یمن ہُند حساب برابر
روزان۔ مگر اَمہِ پتہٕ اوس شمسی رٮ۪تن منٛز (ییمہِ حسابہٕ کأشرِ رٮ۪تھ بناونہٕ آمتی
چھِ) اکھ رٮ۪تھ ہُر یوان۔ اَمیُک خاص وجہ چھُ زِ شمسی حسابہٕ چھُ اَکھ ؤری
ترٛے ہتھ تہٕ پانژہأٹھ دوہ شےٚ گأنٹہ تہٕ شےٚ ترہ سکینڈ، ییلہِ زَن قمری حسابہٕ
موٚجب أکِس ؤری یس چھِ ترٛے ہتھ دُونزاہ دوہ تہٕ زِ توٗوہ گرِ آسان، اَوٕ
موکھ اوس پھیرٕ لأزمی سپدان مثالے نوروزس پٮ۪ٹھ چھِ دوہ راتھ آسان
برابر۔ ہجری حسابہٕ چھُنہٕ یہ دوہ زانہہ تہٕ أکی سے تأرٟخس پٮ۪ٹھ یوان۔ یہ

پھیرِ کاسنہٕ خاطرِ کوٚر سُلطان شمس الدینن حکم زِزٕ وٕری تہٕ نور ہتھ گژھتھ یُس ہتھ یوان آسہِ تَتھ تہِ گژھِ اَمہِ وٕری یکہِ ٲوی مہِ ہتہٕ کُے ناو دیُن مثلن ٲوم ہتھ اوس پوہ، اَتھ وونُھ گوڈ پوہ تہٕ أتھی ستی دۄیمس ہتس وۄنُھ پوٚت پوہ۔ بہرحال اوس یو ہے کاٗشُر سنہٕ تہٕ یِمے کاٗشری ہتھ سرکاری تہٕ غاٗر سرکاری لیکھ پَرمنز تہٕ باقہٕ کامن کارن منز ورتاونہٕ یوان۔ موغلن ہنٛدِ کشیرِ پیٹھ قبضہٕ پتہٕ آو کاٗشُر سَنہِ سرکاری سرپرستی نِشہِ محرۄم کٔرِتھ وارِ وارِ گال کھالتس تراونہٕ۔ شاہمیری سلطانو کٔر کشیرِ پیٹھ الہٕ پلہٕ دوٚن ہتن ژٕہٕ ٹھن وٕری ین تہٕ ژکو (چک خاندان) دوٚیہِ تژٕ ہن وٕری ین حکومت۔ اَمیُک مطلب گو برابر دوٚن ہتن شٔمتھن ۹۶ وٕری ین رۄدیٚتہٕ کاٗشُر سَنہٕ چلہٕ وُن۔ وُنہِ تہِ چھ گامن اندر وورسہٕ تہٕ بڈی دوہ اَمی حسابہٕ مناونہٕ یوان۔ مثالے عرس حضرت شیخ العالمؒ شیٚہ تہٕ ژُہ پوہ، بابا نصیب الدین غازیؒ سُند وورس ژوداہار، عرس زین الدین ریشیؒ ۱۲ وہسکھ وغاٗرِ۔ یا واریاہن قبرن پیٹھ موجود پیرہن چھ تاٗریخ وصال کاٗشرِ سنہٕ مطابق لیکھِتھ، اما پوٚز یہ أستھ تہِ چھُ یہِ سورُے وونی سانہِ تاریخُک واقہٕ تہٕ ثقافتُک اکھ مشراونہٕ آمُت جُز۔



# لُکہٕ باۄژ منز پٹھان دورٕکی کینٛہہ نشانہٕ پۆت ژھاآر

(1)

موغل اقتدارس ییلہِ کشیرِ منز ہرٕدنی زردی پھٔر، پتھ پتایہِ رٗ زِتھ گمتین تھند بن پلون تہٕ چھپن لُج تاج سامنس پیٹھ ٹھولہٕ ٹھۆل۔ آخری موغل صُبدار اللہ قلی خان دربو مسامسا پانٛژن رتین اقتدارچہٕ کُرسی پیٹھ۔ اُمی بنو میر مقیم کنٹھ، یُس اَمہِ بروٗنہہ پانہٕ صُبدار اوس تہٕ وقتہٕ وقتہٕ اوس بڈین منصبن پیٹھ رٗ دمُت، پنُن قائیم مقام، خواجہ ظہیر دیدٕمری تہِ اوس وقتہٕ وقتہٕ بڈین منصبن پیٹھ رٗ دمُت، افراسیاب خان ہٕندِس وقتس منز اوس سُہ اکھ بۆڈ وزیر۔ یوہے خواجہ ظہیر بنووٗ اللہ قلی خانن مدارالمہام۔ میر مقیم کنٹھ اوس پر بتھ ساتہٕ لۄکن ہنٛزِ آسائیشہِ باپتھ کاۄم کران۔ اماپۆز ابو البرکات خان، یُس موغل عہدس منز وارِیاہِ لٹہِ گورنر رٗ دمُت اوس، ہٕندی نیچوی ابوالقاسم خانن ژلرووٗ میر مقیم کھو یہوم علاقس کُن تہٕ پانہٕ بیوٗٹھ تختس۔ میر مقیم کنٹھ تہٕ خواجہ ظہیرن کۆر اتھ عداوتس پیٹھ احمد شاہِ ابدالی یَس، یُس اَمہِ وقتہٕ لوہور ووتمُت اوس، کشیرِ پیٹھ قبضہٕ کرنہٕ موکھ وولہٕ وولہٕ۔ تمی سۄز عبداللہ خان ایشک اقاصی پنداہ ساس فوجی ہیتھ کشیرِ۔ ابوالقاسم خان آو گرفتار کرنہٕ تہٕ عبداللہ خانن دیُت

1166ھ مطابق 1753ء منز کشیرِ منز افغان حکومتس ءکن ، افغانو کۆر 1234ھ تام (الہٕ پلہٕ اربأٹھن ؤرین) کشیرِ پیٹھ راج تاج۔

افغان دورس منز ژالی کاشرو زبردس ظُلم تہٕ سِتم۔ افغأنی گورنرتہٕ تہندی افغأنی تہٕ کأشرِ چمچہِ تہٕ پتہٕ پتہٕ صأب رؤدی کأشرین بے بَس لۆکن مانگنن ہنُدی پأٹھی رَتھ چوان۔ عوامس ستی اوس غأرانسأنی سلوک یوان کرنہٕ۔ یہ اوس فِتنن فسادن ہُند دور۔ یُسے گورنرکوبلہٕ پیٹھ سوزنہٕ یوان اوس، کہے کألی اوس سُہ بُتھی پھیُر گژھتھ خودمختأری ہُند اعلان کران۔ أمِس کلہٕ دَگنہٕ باپتھ اوس ستی بیاکھ گورنر یوان سوزنہٕ، یتھہٕ پأٹھی أس غأریقینی صورتِ حال دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ ہُران۔ لوٗکٹی بڈی حأکم أسی دوہہ راتھ دون کامین ستی آوری روزان، اکھ گیایہ أکِس اَکھ زنگہٕ کڈنچہٕ ژوٚیہ، دوٚیم گیایہِ لۆکن ہُند داش نداش تِمن نِش جبرن وصول کرُن، چیٹہٕ ہینی ،مردن دگہٕ مارکرُن تہٕ زنن بےعزتی کرٕنی۔ تبأہی تہٕ برُبأدی أس طیَس پیٹھ۔

پُرسیدم ازخرأبی گُلشن زباغباں

فُغاں کشیدو گُفت کہ افغاں خراب کرد

(نامعلوم)

(ترجمہٕ: باغچہٕ وأرأنی متعلق پرٕژھوم باغوانس، کریکھ دِتھ وۄنُن زِ افغانو کۆر وأران)

مورِخو یُدَے افغان گورنرن ہُندِ ظُلمن تہٕ سِتمن ہُند حال تفصیلہٕ

سان درٕج چھُ کوٚرمُت ، تاہم چھِ اَمہِ دورٕکی واقعات تہٕ اثرات کأشرِ لکہٕ باؤژ ، یوسہٕ کُلہُم فوک لورٕچ اکھ صدا بہار تہٕ باڈودار شاخ چھےٚ ، تہٕ اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ گاچہِ رٕژھرأوِمتۍ ۔ لکہٕ باؤژوؤن دِتھ چھِ واریاہ واقعہٕ تہٕ نشانہٕ بدِیوان ، یِم محاورن ، تلمیحن ، پرٕژھن تہٕ ونہٕ ون ہُربن منٛز ژوٗمراونہٕ آمتۍ چھِ ، مثالے :

## 1۔ چیٹہِ گرٕم :۔

چیٹہِ گرِم گوٚوگرٕمنۍ چیٹۍ ، بلاوجہ ہنہٕ یِنہِ والہِ ٹکسہٕ وِزٕ ، ہنگہٕ منگہٕ بڈٕ بوٚڈ جُرمانہٕ ہنہٕ وِزِ تہٕ بگاروِزِ چھُ یہ تلمیح ورتاونہٕ یوان ۔ ژکہِ چھےٚ کأشرِ بوظأِلم اُظلم پٹھان گورنر حاجی کریم داد خانس یہ ریٚژھ کڈٕمژ ، سُہ اوس 1190ھ منٛز کٔشیرِ ہُنٛد گورنر مقرر آمُت کرنہٕ ۔ سُہ بے عار تاتأری اوسٕ لوٗکن ہنگہٕ منگہٕ رنگہٕ رنگہٕ چیٹہٕ ہوان ۔ عام تہٕ خاص سأری اَسِن ذلیل تہٕ خجل گرِمتۍ ۔ مورخ حسن شاہن چھُ لیوٚکھمُت زِ اَمۍ حیوان صِفت ظألمن گرٕ اکھ ساس انہٕری شن کورٕبن عصمت ؤری ۔ بٹہٕ کیٚو مُسلمان دِتن خجالتہٕ کِس چھَس دأرتھ ۔ ہیتِن تہٕ ہانژن زأ گتھ اوس نۆوی نۆوی جُرمانہٕ عأید کران ، ستن ؤری ین گرِن حکوٗمت ، سبٹھاہ تبأہی تہٕ برٕبأدی گرِن ...... "منصب دار تہٕ جأگیر دار طبقس کیٚت کوٚڈُن نیازٕ ہارٕ دِنگ بدِتھ ، یُس تِمن جأگیرِ چہ آمدنی دوگنہٕ تہٕ تروگنہٕ رقم ہُر یمانہٕ اوس واتان ، یہ رقم ہنہٕ خأطر اوس تِمن سُہ پھش انان زِ کالہٕ بچ تہٕ اَسکھ نہ صورت روزان ۔ اکھتےٕ ژٔلی واریاہ تِمو منٛز مال جاداد کٔنِتھ یِمہٕ مُلکہٕ منٛزٕ ۔ دیارٕ والین ، تأجرن تہٕ شہرٕکِلن رِٹھن کیٚت کوٚڈُن رِچھرٕ ہارٕ دِنگ بدِتھ ، سخ

عذاب گٕرِتھ اوس یمہٕ ہارٕ ہوان۔ زمیندار طبقن کیُت نوٗ وروُن پھل ہارٕ بدتھ۔ شہرٕ گام ژٹہٕ ناؤنِ موٚکلی، تمن ہُنٛد زیُن کٔنتھ برناوِن سرکارس کُن رقم۔ بادشہن تہٕ بڈٕ ہن لۄکن ہنٛدی باغ یِم ڈلس أندی أندی تہٕ شہرٕ کین طرفاتن منٛز آسی تہٕ ژٹناوِن۔ أمی تھاوی اکہٕ دوہہ اسلم ہرکار تہٕ بابو ہرکار، یِم بدذاتھ آسی مظلوٗم لۄکن نِش نیازٕ ہارٕ زِچھر ہارٕ تہٕ پھل ہارٕ وُگراوان، ژورِ تہٕ ہیٚنٛدی زِٹھِن ہنٛزٕ أکِس جمأ ژلأ جن ہانٛژ ھ زِتم مأرِوتو ہہِ۔ اَمی بہانہٕ لٔدِن تھانہٕ چہ کوٹھرِ منٛز تہٕ دیتنکھ بٹھی دِ ہہ۔ پانٛژاہ ساس روپیہِ گٕرنکھ جُرمانہٕ۔ یہ رقم اوس پرٛتھ وٕریہِ تمن نِش وُگراوان تہٕ اَتھ چیٚٹہِ اوس ناوٕ دِہی ہارٕ۔ کھنڈواون کیُت نوٗروُن پشمینہٕ داغ بدتھ۔''

(تاریخ حسن دوٕیم حصہٕ، کأشُر ترجمہٕ ڈاکٹر شمس الدین احمد صفہٕ ۷۷۳)

## 2۔ آزاد خانٕنہ دبدبہٕ:-

آزاد خان اوس کریم داد خان سُنٛد نیٚچو، مألی ہِنٛدِ مرنہٕ پتہٕ کرٕتمی دون وٕری ین تہٕ پانٛژن رٛتن حکوٗمتھ۔ ظُلم تہٕ سِتم کرنس منٛز اوس مألی ہِنٛدِ کھوتہٕ پوو کھنڈ زیادے ہیوٚر۔ لڑایہ تہٕ جنگ کرنہٕ باپتھ اوسُس پرٛتھ وِزِ کاڈٕ ہن ہر ہر گژھان۔ مألی ہِنٛدی پأٹھی اوس لۄکن جُرمانہٕ تہٕ ڈنٛڈٕ ہوان۔ سبتھاہ وأنجہٕ دوٗرتہٕ بے عاراوس۔ لۄکن أس أمی سُنٛد ناوبوٗزِتھے تھرتھرووتھان۔ أمِس متعلق چھے لُکہٕ رِوایت زِ خلأصی ہِنٛدِ آزارٕ وِزِ ووٗن أمی آشنہٕ زِ ہرگاہ کۄر زأیی، دونہٕ وٕے ماجہِ کورِ کرٕ ہوو قتل، نیٚچو ہے زاوٕ ے تہٕ سبتھاہ عزت تہٕ

کرے تہٕ لول تہِ برے۔ تِمس زایہِ کۄر، اَمی ظالِم اظلم تاتأری کرِ دۄنوٚے ماجہِ کورِ قتل، معتمدن اتھِ دۄ براونا وبن لاشہِ۔ اَتھ زمانس منز اوس زأنہٕ کدِل خبرن ہُنٛد مرکز مانہٕ یوان۔ اورِ کی یورِ کی لۄکھ آسی اَتہِ سمان تہٕ افواہ بأزی کران۔ زأنہٕ کدٕلچہِ خبرِ آسہِ بڑٕ ژٕبن منز شہرس تہٕ اَمہِ کنہِ طرفاتن واتان۔ آزاد خانن وۄن، معتمدس زِ زأنہٕ کدِل گژھتھ ہےٚ ژٕ مشکاہ زِ سانہِ ژۄرِ ژۄرِ کرنہٕ آمتہِ قتلُک ماچھِ تورشہہ پتاہ وۄتمُت۔ تیمس یہ پےَ آسہِ لۄگمُت سُہ گژھِ گرفتار کرنہٕ یُن۔ معتمدن بوز اَمہِ قتلچ خبر کینژن نفرن نِش۔ فورن آیہِ تِم گرفتار کرنہٕ۔ پژژھ گأرکرنس پتہٕ وۄن اَکی ژٕنی زِ شوٗٹھس وۄن از شبس منز اَکی بُزرگن خابس منز زِ آزاد خانن گرآشینٛی تہٕ ستہٕ زاو کۄرِ قتل۔ شوٗٹھ ووت صُبحٲے زأنہٕ کدٕلس پتہٕ تہٕ وۄنُم یہ راز باقین۔ معتمدن واتنأو آزاد خانس شیچھ۔ سُہ ناعاقبت اندیش گوٚ وناروٗنار، دۄ پُن میأنی دبدَن تہِ ہیوٚک نہٕ راز وہہ رأوتھ، حُکم دیُتن زِ زأنہٕ کدٕلس دون اندن، دٔریاوٕ کنہِ دون بٹھن تہٕ کدٕلس اَندی پکھی یمہٕ عمارٔژ چھےٚ، تمہٕ سارے لُہراوِ تہٕ لُرِ پار کرِ ہۄکھ۔ حُکم آو بامل انہٕ۔ امانوٚ زوار یاہ جنگ لڑنہٕ پتہٕ تہٕ کشیرِ تہٕ اتھ اَندی پکی علاقن منز دبدبہ تہٕ اہر بہناونہٕ باوجود گرآزاد خانن اَخرس خودکشی۔ نہ رۄد آزاد خان تہٕ نہ تسُنٛد دبدبہٕ۔

## 3۔ عظیم خانٕنی چینٛڈ:۔

سردار عظیم خان آو 1819 ہتام شہِن اوتن کشیرِ ہُنٛد پٹھان گورنر۔

أمِس پتہٕ روٗدسردار جبار خان کمہٕ ہے کالس کشیٖرِ ہنٛدِس تختس پیٹھ، یہ ڈٟپی زِ تہِ پٹھان راج بچاوٕنکۍ اخری بے مقصد جتن کران۔ سُہ اوس عظیم خانس بوے، مگر پٹھان راجس اوس رکسرِ ٹلۍ پوٚنی ژامُت، سُہ ہیوٚک نہٕ سِکھ فوجِکس یلغارس بُتھِ ڈٟرِتھ۔ قصہٕ چھُ یہ زِ عظیم خانن اۘسی پنڈت بیربل در، مبرز پنڈت درتہٕ سوکھہ رام صفایا مالیہِ وُگراوٕنکۍ منصب داربناوٕمتۍ۔ دانبس رَے لگنہٕ موکھہٕ اوس سخ دراگ وۄتھمُت، اَمہِ دژا اگُک اثر روٗ دوار یہن وٟرین۔ بیربل درن ہیوٚک نہٕ مالیہِ وُگراوِتھے، تَس نِش اوس اکھ لچھ روپیہ بقایا۔ عظیم خانن کٔرِس سبٹھاہ سختی، اندری اندری اۘس تِمِس بیربل درسٕنٛزِ دِے تکیا زِ تَس اوس مُشک آمُت زِ تَس اوس رنجیت سنگھس ستی لچہِ واٹھ۔ بیربل درس پیٹھ یِیلہِ زیادِ کھوتہٕ زیاد سختی کرنہٕ آیہ۔ اۘمی سوٗز آشینٛز واسہٕ کاکھ ہرکارٕسٕنٛدِ ڈٟسی عبدالقدوٗس گوجوٗارۍ سُنٛد گرٕ، یٚیتہٕ سہ ژھوٗرِ روٗز۔ نچوٚو راجہِ کاک دراوسُس دیوسرٕ مالیہِ وُگراونک افسر، دِیوسر وٗاتِتھ ژُلن راجہِ کاک ستی تہٕ ژلان ژلان وٗاتۍ جوٚم۔ گولاب سنگھن کٔرِس قدردٟنی تہٕ دِژنس دھیان سنگھنہِ ناو چِٹھی لیکھِتھ، اَتہِ دژاوتہٕ پراوِن زنجیت سنگھس نِش مُلازمت۔ عظیم خانس یِیلہِ خبر گٔے زِ ذُلفکار ملک تہٕ کامران مٔلک سٕنٛدِ مدتہٕ ستی چھُ بیربل دَر دوٗہری کٔنہِ ژوٚلمُت تہٕ رنجیت سنگھس نِش، کشیٖرِ کٔیت سِکہٕ راج اننہِ گوٚمُت۔ تِمۍ کوٚر کھوٗرۍ مٔلکن لوٗٹھ تہٕ مالس جادادس دیُتنکھ نار۔ واسہٕ کاکھ ہرکارس وۄنُن، یوٚتام نہٕ بیربل درسٕنٛد عیال اَوَکۍ تام چھےٚ پتہ۔ وہہٕ لکھا اکھ ساس روپیہٕ

چیٚڑ بڑنی ۔ نَو دوہہ گژھتھ ییٚلہِ بیربل در ہِنٛدی زامترٕ تِلک چند مُنشین بیربل دژن عیال قدٗس گوجوارنہِ گرِ کڈنو و۔ بیربل درنہِ آشنہِ کھیٚو شیر گڈھ کھسان کھسان ناوِمنٛزٕ ے زہرتہٕ مو یہ۔ أمی ہِنٛز نوش آیہ کوبُل سوزنہٕ۔ کہے کالا گژھتھ کرٕ عظیم خانن حکوٗمت جبار خانس حوالہٕ۔ رٔتھ کھنڈ بروٚنہہ سوزُن سہزٕ رام درنقدٕ جنسہٕ اکھ کرور روپیہٕ ۂتھ کوبُل ۔ یہ رقم اوٚسن کأشرٕن ہوٚٹ چیرتھ جُر مانوتہٕ چیٹیٚو رٕنگی ہیوٚ تمُت ۔ أتھی تھپہ تھارِ چیٚٹہِ وٹہٕ نس پیٹھے چھُ ''عظیم خانٕنی چیٚڑ'' تلمیح بنیوٗمُت ۔ یہ تلمیح دوہِدِ شرس منٛز ورتاونہٕ یِتی چھُ فورن کأشرِ توأریخ کس تتھ دوسہٕ دروسہٕ ، أدرٕ کھلہِ تہٕ ٹھولہٕ ٹھولہٕ ہِنٛدِس دورس گُن ظوٗن گژھان ،ییٚلہِ پٹھان درایہ تہٕ سِکھ آیہ۔

(2)

لُکہٕ تھیٚرس منٛز تہِ چھِ کُنہِ کُنہِ جایہ پٹھان دورٕکی ژھایہ گتی نظرِ گژھان ۔ ئُنی پأٹھی چھےٚ زبأنی ہِنٛدِس معاملس منٛز کشمش سپدان۔ پأتھرن ہِنٛدی کردار چھِنہٕ وو پرزبان قبوٗل کرنس آمادٕ ، یہ چھُنہٕ اوسبہٕ زِ تِم أسی نہٕ وو پرحأکمن ہِنٛزٕ زبانہٕ زانان بلکہِ اوِ موکھ زِ تِم أسی نہٕ زبأنی پیٹھ تسلُط برداش کرنس روادار، تکیازِ کأشِر زبان أس تیٚلہِ تہِ کأشرٕن ہِنٛز پرٛزنتھ تہٕ ازتہِ چھےٚ ۔ کینٛژن پأتھرن منٛز چھِ فارسی زبأنی اَوِ موکھ ٹسنہٕ ژٹنہٕ آمتی زِ سہ أس وو پرغأصبن تہٕ یَبہٕ قبضہٕ کرن والین ہِنٛز زبان، سرکأری طور یوٚدوَے ہتہٕ بدٕن ؤرین فارسی زبأنی ہُنٛد چلے جاوُرووُدتہٕ کأشرو پُووا تھ زبأنی منٛز علم تہٕ عرفان گلو گلو

مگر عوامچ زبان اُس پر بتھ دورس منز کأشر ۔ درزٕ پأ تھرس منز چھُ ونہٕ آمُت :

درُد :- باہم دُوتا بود، کسے برُد، ہاےٕ گُم شُد ۔

مسخرٕ ۔ 1 :- ہاژ کیا ساووتُکھ بیئہ تتھی شایہ ۔ اگر ہے ژےٚ وَنُن چھُے کینٛہہ

تہٕ وَن ژٕ اَسہٕ صِرف کأشری پأٹھی ۔

درُد :- اچھا، پنجأبی دانم ۔

مسخرٕ ۔ 1 :- آ ۔ کیا زِنہٕ ! پنجأبی ونتہٕ، گُرمُکھی ونتہٕ، شاستر ونتہٕ، عربی ونتہٕ،

ہیٚندی ونتہٕ یا لدأخ ونتہٕ، تہٕ چھنہٕ کتھے ۔ اِلانہٕ فارسی وارسی کینٛہہ ۔

راز پأ تھرس منز چھُ رازٕ تہٕ رِفرأری پٹھان صِرف فارسی بوٗلتھ پأ تھر کمن

کردارن وأنج زالان ۔

رازٕ :- رہے اول ! تو کُجا آمدی ؟

رہے اول :- بلے قربان، ما از مُلکِ کابُل آمدیم ۔

رازٕ :- بلَے بلَے، زبان پنجأبی گُفتند ۔

رہے اول (یُس اکھ فرأری پٹھان چھُ آسان ) :- بلے خداوند ۔ زبان

فارسی دانم، پختو' دانم، پنجأبی دانم، اِلا کشمیری نمے دانم ۔

پأ تھرن منز چھُ سورنیہ، ڈول تہٕ نگارس پٹھ واینہٕ ینہٕ والین درد ناد،

سأل گاہ، ہندِ پوش تہٕ شراب ناوِ کمن مقامن ستی ستی '' پٹھأنی '' ناوُک مقام تہٕ

واینہٕ یوان، یُس پٹھان دورِ کہ اِثرٕ کُینتیچہٕ آسُن گژھِ ۔ مہرٕ زٕ رضہٕ ہُن گاڈٕ آرٕ،

وقتِ سو کھٕ جُو، پٹھان سِنڈی تُل، پٹھان دستار، بٹکہٕ وا ۔۔۔ پژھ ہشہٕ کھی یاہ

ضرب المثلہٕ، تلمیح تہٕ محاور چھِ پٹھان دورِ کین واقعاتن ہنٛز نشاندہی کٔری تھےٚ اما پوٚ زنو من پرٛیژھن منٛز تہٕ چھُ اَمی دورُک پوٚت گریزکنٕ گژھان۔

بروٚنہہ بروٚنہہ عشہِ مال لشہِ کون ہتھ

پتہٕ پتہٕ جُمعہٕ خان ڈُم ڈُمہٕ ہتھ

اَتھ پرٛیژھِ چھُ جواب وُزمل تہٕ گگرایے، دزٕ وُنس لشہِ تیٛنٛتس چھِ وُزملہِ سٟتی تشبیہ دنہٕ آمٕژ۔ گوڈٕ چھےٚ وُزمل گژھان، عشہِ مال (فرضی ناو)، چھےٚ زنتہٕ لشہِ سٟتی بڑٕ ژِہس گٹہٕ منٛز گاش ہاوان تہٕ اَدٕ چھےٚ گگرایے گژھان، گگرایہ چھےٚ جُمعہ خانہٕ ہنٛدِس ڈُمہٕ ڈُمس سٟتی تشبیہ دِنہٕ آمٕژ۔ دپان جُمعہٕ خان وٕنتھ چھُ یتھ پرٛیژھِ منٛز پٹھان گورنر جُمعہ خان الکزئی ہنٛدِس طُمطراقس کُن اشارٕ، یُمی اَس 1207ھ تام ژون وٕرین تہٕ ستن رتن گورنری کٔرمٕژ۔ یتھے پاٹھی وُچھتو یہ پرٛیژھ۔

ٹِنڈِس پیٹھ ٹِنڈٕ تےَ
ٹِنڈِس لُج زٕپر
کوبُل قنٛدھار
مُلکِ کشیٖر_ (جواب: بٕنیُل)

ازتہٕ چھِ کٔشیرِ منٛز کواکھ، صحت مند، جگرٕ دٔرِس، نہ کھوژن وٲلِس، مضبوٗط نل وُسخان وٲلِس، بُتھِ بٔرتس تہٕ گون ریٛش وٲلِس خوش یوٚنس مردس ونان، یہ چھُ پٹھان ہیوٚ۔ خوب روٗ، حوصلہٕ منٛد، مضبوٗط نل نکھ واجنہِ تہٕ بے خوف زنہِ چھِ ونان پٹھانٕی ہِش۔ پٹھانن چھِ عام پٲٹھی خان ونان، اصلی

پٹھان چھِ پشتو بولان۔ کٲشیرِ منز چھےٚ وارِیہن لۆکن پٹھان کرٲم تہٕ۔ پٹھان دورس منز آیہٕ وارِیاہ پٹھان کٲشیرِ۔ سر والٹر لارنس چھُ لیکھان_ ''پٹھانن ہنز گرنٛد چھےٚ موغلن ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ۔ اوترٕ مچھی پورٕ تھصیلس منز چھےٚ پٹھانن ہنز وارِیاہ بُستیہِ۔ سبٹھاہ دلچسپ بُستی چھےٚ درنٛگ ہامہٕ کُکی خیل آفریدی قبیلچ، یِمو قدیم پٹھان ریوایژ قایم چھےٚ تھاوِمژ، وُنہِ تہٕ چھِ پشتو بولان۔ پننہِ بہودُری پیٹھ چھُکھ فخر، خاص قسمک پوشاک چھِ لاگان، خنجر تہٕ تلوارٕ ہتھ چھِ پکان۔ مچھی پورس منز چھےٚ بیاکھ بُستی، مگر کاشرٕ ین ستۍ خشی کرنہٕ ستۍ چھےٚ تمو افغٲنی ریوایژ وارِیہس حدس تام مشراوِمژٕ۔ بُڈٕ چھِ وُنہِ پشتو بولان مگر نۆ پُتہٕ نَے چھےٚ کاشرٕ ین ستۍ رٕلِتھ کاشُر بولنہٕ لٲگمژٕ۔ مچھی پۆرٕ ی پٹھان چھِ یوسف زیٔ قبیلس ستۍ تعلق تھاوان، یِمن چھِ معروف خانی پٹھان تہٕ ونان۔ یوسف زیٔ چھِ حمل گامس منز روزان، سواتی تہٕ پُنیری چھِ بیرو علاقہٕ کِس گامن منز روزان۔ پنہٕ نِبن بنن ہنز رٲچھ کرنہٕ موکھ اناوِی راز گولاب سنگھن وارِیاہ پٹھان افغانستانہٕ پیٹھ تہٕ بساوِن کٲشیرِ منز۔ خیبری یا آفریدی چھِ گلگت روڈٕ چ رٲچھ راوٹ کرنہٕ باپتھ پانژترٕ ہہ تہٕ مچھی پۆرٕ ی پنژٕ ہہ پٹھان سوزان۔ امہِ کامہِ بدلہِ چھِ تِمن کینْہہ گام جاگیر رٔنگۍ دِنہٕ آمٕتۍ تہٕ تِمن ہُنٛد مالیہِ چھُکھ معاف کرنہٕ آمُت۔ (دِ ویلی آف کشمیر، ص309)

پٹھانن ہُنٛد دبدبہٕ تہٕ حُسن، افغانستانکِین شہرن ہُنٛد شوہرتہٕ افغانَن ہُنٛد جلال چھُ مذہم پاٹھی سائنس وِنہٕ وَنس منز تہٕ رٕژھر تھ

کانڍری واݨچ بأکر خأنی     ووٕلے پٹھأنی مس ہے مُژروے
آب ترٛاووے آگرووِنی     بوزِ پٹھأنی آٹُک شود
یہے ڈوٗلی شوٗبان تیٚلہِ چن رانٕن     یہے ڈوٗلی أزچن پٹھانٕن
(مہریٚنہِ مس مُژرُن، آب شیرُن تہٕ ڈولہِ ونہٕ وُن)

یزمَنَن وُرِلأج منٛز وِرِ وارس     خبر گیٔہِ کوٗبُل قندہارس
کوٕبلچ مأنز ترٛ پیٚشوٗر سالس     اَسہِ لأج لالس کھورن مأنز
(وُرِتہِ مأنٛزِونہٕ وُن)

یار قٔندی گُر چھُے پانٕہ سوارے     سانہِ وَن ہارے چھےٚ مُنٛزٕلس ہأل
پٹھکہٕ چھُس پھیکہِ بوٗن تورٕ اسمانس     از چھُ پٹھانس ہوٗوُرِ سال
(مہرازس ہوٗورِ استقبال)

☆

لُکہٕ تھیٹر،

# کٲشِرِ ہِنٛدِ پتھ کالُک اٰنہٕ

اٲنس یہ یورٕ ہاوَوتی ہاوِتورٕ مگر لُکہٕ وۄتُر چھُ سُہ اٰنہٕ یُس سٲری عکس، پرتوتہٕ آکارا کی ساتہٕ محفوٗظ کران چھُ۔ یام اَتھ اٲنس زٕیٹھم زیٹھِ زمانٕچ گرٕد صاف کرن وول ووستاد پیہِ، اٰنہٕ گژھِ صاف تہٕ تہِ سوٗرے سپدِ ڈینشمان یہ اٲنن محفوٗظ کۄرمُت آسہِ۔ یسلہٕ پٲٹھی لُکہٕ وۄتُر ورتاون والین چھُنہٕ تِمن جذبٲتی نفسیٲتی، سیٲسی، سمٲجی تہٕ مذہبی حالژن تہٕ کیفیژن گُن یٔژ پٲٹھی ظوٗنے گژھان، یِمہٕ اتھ منٛز یہ ڈٲلی زِتہٕ نیٚبھ دِتھ آسان چھےٚ۔ سون لُکہٕ تھیٹر تہٕ چھُ لُکہٕ وۄتُرِ ہُکے حِصہٕ۔ رِوٲیتی لُکہٕ پٲتھرن ہِنٛدی موضوٗع تہٕ پلاٹ چھِ تِمے یِم پتہٕ وَتھ سینہٕ بہ سینہٕ اکِہ پُیہِ پیٹھ بییٚس پُیہِ تام واتان رٕوٗدی۔ ہرگاہ بانٛڈٕ پٲتھر اکھ لُر مانٛی زبن تیلہِ چھُ یہِ پزرتہٕ ٹاکارٕ زِ ماگُن، مسخرٕ، رٕوٗپ بدلاون وٲلی اداکار تہٕ موسیقار چھِ امِکی اٲری ڈٲری کۄنٛچہِ ژٕہنی، پلاٹ چھُس کٔن تہٕ ادٲے چھےٚ لُر استادٕ۔ بانٛڈٕ پٲتھرن ہِنٛدی تخلیق کار چھِنہٕ تِتھے کٔنٛز ویٚدی یِتھہٕ کٔنٛز لُکہٕ کتھَن تہٕ لُکہٕ بٲتن ہِنٛدی تخلیق کار معلوم چھِنہٕ۔ لُکہٕ وۄترچہِ تمام وٕنتی ذٲژ چھےٚ اجتمٲعی زِہنچہِ پٲداوار۔ یِم چھےٚ عام لُوٗکن ہُنٛد میراث، لُکہٕ وِے چھےٚ آسان وقتہٕ وقتہٕ رٕلِتھ میلِتھ یِمہٕ تخلیق کرِمِتۍ۔ ژِ کہ چھُ بانٛڈٕ پٲتھر لُکہٕ اداکاری

ہُنٛد فن۔ بانٛڈٕ پأتھر چھِنہٕ لۆکن تام کانٛہہ تھوٚد عِلم، کانٛہہ فلسفہٕ یا مخصوص مذہبی
پأغام واتناوان، نہ چھِ یمن منٛز سیأسی ہوٕ دٕہرن تہٕ شأہی تمن کانٛہہ جاے۔
یمن ہنٛدی چھِ زٕ مۆلہٕ مقصد، اکھ لۆکن ہنٛدی من رنزناوٕنی تہٕ دۆیم سماجہٕ کِہن
وبکھٕ ارن ٹسنہٕ ژٹنی، طبقأتی مفادن ہنٛزٕ ٹھولہٕ ٹھولہٕ پٮ۪ٹھ زُبدٕ طنٛز کرُن، ووٚپر
حأکمن ہنٛدِ زٔری یہِ کأشرٕ بن پٮ۪ٹھ سپدن والہٕ ظُلمکۍ تہٕ گُوگُل نٔژ کڈٕنی تہٕ ورگہٕ
احتجاج کرُن۔ یتھہٕ پأٹھۍ چھِ لُکہٕ پأتھر اکھ سبٹھۍ اہم سمأجی تہٕ تمدنی
ضرورت پوٗرٕ کران رۆدی مٕتۍ۔

کشیرِ منٛز چھےٚ پأتھرٕ گنٛدنٕچ روایت واریاہ پرأنی۔ نیل مت پوران، بھرت
منی ہنٛدِس ناٹیہِ شاسترس پٮ۪ٹھ ابھینو گپت سُنٛد لیوٚکھمُت شرح "ابھینو بھارتی"
راج ترنگنی ہشہٕ اہم توأریخی تہٕ نیم توأریخی کتابہٕ چھےٚ اَسہِ لُکہٕ پأتھرٕ چن روایژن
ہنٛدی نیب دِوان، اماپوٚز یژ رچھُ یہِ زِ ہندو دورٕکی پأتھر چھِنہٕ اَسہِ تام وأتی مٕتۍ،
اَسہِ چھِ واریاہ ریوأیتی لُکہٕ پأتھر رأوی مٕتۍ، مثالے مُغل پأتھر، اُٹھن یأتھرن
ہنٛزٕ سومبرن چھےٚ مرحوم محمد سُبحان بھگت سنٛزٕ "بانٛڈٕ جشن" کتابہِ منٛز سپز مٕژ۔ واریاہ ہن
پأتھرن ہنٛدی باقیات چھِ وُنہٕ تہٕ اورٕ یورٕ آخری شہہ گنزراوان، کاش محمد سُبحان بھگتن
یم باقیات تہِ "بانٛڈٕ جشن" کتابہِ منٛز رٔژھرأوِ مٕتۍ آسہٕ ہن، یمن منٛز آرمینہٕ پأتھر،
بسمٕے پأتھر، تِلوأنی پأتھر تہٕ وۆنہٕ وألی پأتھر شأمل چھِ۔ اوے چھُ میون خیال زِ
سانِہن دردس بانٛڈٕ پأتھرن منٛز کشیرِ ہُنٛد پتھ کال وٕنتھ ماچھِ اُسی ئلو ونان زِ یمن
منٛز چھُ قدیم ترین زمانو پٮ۪ٹھٕ کأشرٕ بن ہنٛزٕ سمأجی زندگی ہُنٛد عکس۔ اَسہِ تام وأتی مٕتۍ

لُکہٕ پأتھر چھِ نہٕ زیادٕ پرأنی باسان ، اکھتُے چھِ کیٚنہہ پأتھر ماضی قریبس منزٕ بارسس پێنگ باس دِوان[1]۔ واتل پأتھرس متعلق یہِ وَننہٕ یوان چھُ زِ اَمہِ کِس نفسِ مضموٗنس چھےٚ راجٕ ہرش دیو (1089-1101ء) سٕندِس زمانس سٟتی لۆنٹ رلان تہٕ چھُنہٕ صحی تکیازِ اَتھ منز چھُ صرف یہِ وننہٕ آمُت زِ راجٕ ہرش سٕندِس زمانس منز اوس گألندر پانٕہ بانڈٕ جشنہٕ لگان ، ہرش دیواوس راجٕ ، ہٕرش دیواوس وزیر ، ابھوٗر اوسکھ مسخرٕ تہٕ دُیت ماگن۔ اَمِیُک مطلب ماگوٚو زِ واتل پأتھر ، یتھ منز راجٕ ہرش تہٕ تسنٕد بن ٕکشہ کوٚبن ہٕندِ پأتھر ِگندنُک اشارٕ چھُ ، کیا چھُ ہرش سٕندِ زمانُک پأتھر ، باقٕے لُکہٕ وترکی پأٹھی چھ بانڈٕ پأتھر تہٕ سوٗرے رٕژھران آمُت یہِ نہٕ مورخن یادِ رےٚوٗمُت چھُ یا مصلحٔژ کِنہ یمن واقاتن متعلق گوٚشے دیُت مُت چھُکھ یا یمن تام پلوٕ ے چھُکھنہٕ اوسمُت۔

لُکہٕ پأتھرِن ہُند کرنُو چھ پژی قدیم ترین زمانہٕ پیٹھ سے اوسمُت یُس از چھُکھ ، مگر رتھ مازتہٕ زُوزبتہٕ چھُ بدلان رُؤ دمُت ، تو ے تہٕ یُس ریوأیتی پأتھر اَسہِ نِش چھُ تتھ ہرگاہ نہٕ زیادٕ قدیم کأنٛی سماجُک اَنہٕ وٕنتھ ہکو تاہم چھ دو یوتژ یوٗہتی لبو پیٹھ کأشرِ سماجُکی عکس تہٕ آکار اَتھ منز باتہِ یوان۔

عام کأشر بوٚیم وڈٕ پرحأ کمن ہٕندی تتہٕ وأنی برداش کری ، تمن ہٕنزٕ دگ ہکہِ کانٛہہ تہِ شخص ازتہِ ریوایتی لُکہٕ پأتھرٕ وُچھان وُچھان ژیٚنتھ۔ راجٕ پأتھرس

---

1 بلکہِ چھُ پروفیسر پُشپ سُند یہِ وَنُن صحی زِ واتل پأتھرِ ے یوت چھُ یُو پأٹھی کُنوٚ ہمہِ صدی بروٚنٹھم باسان۔ باقٕے پأتھرن اندر چھ مُنزی مُنزی ٹُنگہ فارسی سٟتی سٟتی واٹہٕ پأریم کِنہٕ پنجأبی تہٕ اُڈٕ کاچھر ڈوگری تہٕ وننہٕ آمُت۔ کُنوٚ ہمہِ صدی بروٚنہہ اُس نہٕ یہِ کتھ ممکِنے (انہار، 1999ء، کشمیر یونیورسٹی)

منز چھے گرٕیسی تِس ، کرالس ، نأوِدس ، کأشرس پہلوانس ، تمام سرکأری کارندن ہنز ناز برداأری پےوان کرٕنی ، کرال تہٕ نأوِد چھُ قدیم کأنٛکی بگارِ ہنز علامتھ ، گرٕیوس چھُ راز ہنز مِلکیت ۔ دربأری اوٗحن ، کاردار ، کاردار سُنٛد مہنیوٗ حتیٰ کہِ شاہ گأسی سُنٛد ہوٗنی روچھ تام چھُ ہُمن بچارن کلہٕ دِگنس تہٕ عبتھ تُلنس پیٹھ ۔ شُکُر جو چھُ کاردار ، یُس ظأٔلم کارندن ہنز جماتھ ہیتھ پٕز بتھ ہرِ دشہرٕ پیٹھ گام کھٔسِتھ کاشکارن ؤری تِچ کمأے اتھِ موٗ رِتھ چھُ نوان ۔ اماپوٚ زبانٛڈ فنکار چھِ طنز تہٕ مزاح ورتأوِتھ یِمن ظأٔلمن ژوٗک تل آب واتناوان ۔ ظأٔلم سرکأری کارندن لاگُن ، طنز کرُن ، زُرکہ دِنہِ ، گُلِس ڈوٗل لاٗ رِگتھ گُرٕ ٹاس وبتر اوان وبتر اوان بانٛڈ فنکار أسی لوٗکن من تہِ رنزناوان تہٕ ظُلمس تہٕ ظأٔلمن خلاف اداکأری ہنٛدی مختلف وَل ورتأوِتھ احتجاج تہِ کران ۔

سِکھن ، پٹھانن ، ڈوگرن تہٕ انگریزن ہنٛدِس زمانس منز رٕکتھٕ گٔنی آو کأشرس رنگہٕ رنگہٕ ووگتن تہٕ وُٹکریارن ہُنٛد منٛڈ دَب والنہٕ ، تمیُک تصویر تہٕ تصور چھ ریوأیتی لُکہٕ پأتھرن منز ٹاکارٕ ۔ چوٗکی در ، سزوٗ ول ، کاردار ، پٹوأری گٹوال تہٕ تھاندار ہوی کارندٕ أسی مانٛگن ہنٛدی پأٹھی کأشرین خوٗن ژٕشان ۔ یہٕ أس نہٕ گتھ زِ کأشرین کیاہ أس نہٕ وو پرحأکمن تہٕ تہندین کارپردازن ہنز چھاون دأسی ، دٕغل دوستی تہٕ فنٛد بأزی فِکرِ تران بلکہِ أسی نہٕ تِم اَتھ خلاف وٕنتھ ہبکان کینٛہہ ، تِمن أسی نہٕ جاأگیرداأری نظامس منز سِتم باوٕنس تہٕ احتجاج کرنس نہ کوٗٹھ دران تہٕ نہ زبو سمان ۔ وو پرحأکم أسی کأشرین پٔنٛنی زبو نوان تہٕ پرزبو دِوان ۔

سون لگہٕ تھیٹر چھُ یمن سارِنے پھلبن نسترٕ ستی چاکھ دِوان۔ واتل پاٗ تھرس منز یمہِ ساتہٕ نابٔدی واتلس تہٕ دأج میٛنڈِس ساعت نامس پیٛٹھ نیاے وۄتھ، ہُر دُس تہٕ برُدُس تُلنہٕ پتہٕ توٚر تمن فِکرِ زِ امہِ نیا یُک باعث چھِ دُپن دلأ زی موقدم تہٕ چۄکی در، تمو کوٚر تمن کھوٚش اُتھس کیٛتھ جواب زِ سأنس مسلس مہٕ شٕہو، اَسہِ چھُ سوٚنبٹ کوٚرمُت تہٕ ژٹو کیاز؟ تہٕ آخر چھُ کُٹوال سأری ہے واتل مِحلس جاین نار دِوان۔ درزٕ پاٗ تھرس منز چھےٚ یہ مانہِ سأوتہٕ وأنجہِ ترِتھ گژھن واجینٕ کیٛتھ زِ مسخر چھ دردرازس شٹر تھاوان، اُسی مانہٕ ہوتھ ضروٗرراز ہرگاہ ژٕ گِلس زبو اَنکھ۔ گلس زبو اَنہٕ ہُنک استعارٕ چھُ کأشرِ زبأنی ہنٕز وو پروٗدٔسی مولہٕ وسنچہِ تہٕ لڑھِ گژھنہٕ چہِ عملہِ ہنٕز باوَتھ۔ پاٗ تھرن منز مسخرن ہنٕز واٹہٕ پاٗریم بۄلی تہٕ چھِ اُتھی مسلس کُن ظون پھران۔ یہ چھُ پرٕ زنٕژ ہنٕدِ راونُک ایٛحساس۔

بُہری پاٗ تھر چھُ گأمی زندگی ہنٕز پزنہٕ پاٗ ٹھی ترجمأنی کران۔ گریوٚس کیٛتھہٕ پاٗ ٹھی چھُ ٹیٛنچہِ ہارِ شینہٕ پتھے ہُر دتام عرقس تہٕ رَتس کُنے کرِتھ زمین کماوان، زمیندأری ہنٕزن تمام کامن ہُنٕد تفصیل چھُ اَتھ پاٗ تھرس منز داند واینی، یٹہٕ پھٕر، تاچھے کرٕنی، بیرٕ گنڈ، لتھ دِنی، تریٛہ پھرِ ننٕد کرنہِ تہٕ آخرس پیٛٹھ دانہ لِونُن۔

اماپوٚز یہ سوٗرے چھُ تمہِ فنکأری سان پیش سپدمُت زِ اَسُن تہٕ چھُ یوان تہٕ باضے چھُ مایوسی ہُنٕد احساس تہٕ گژھان۔ اَتہٕ چھُنا گأمین ہُنٕد بوٗچھ چھِ کران بیٛین ہنٕدِ باپتھ محنت کرِتھ ان کماوُن وأنجہِ ترٕتُلان۔ گأمین ہنٕد کھسن چن تن وٕلیُن تہٕ غلأمی ہنٕز زندگی گذارنُک حال ہے ژیٛتھن آسہِ کأنسہِ، تمہِ باپتھ

چھُ بُہری پأتھر وُچھُن کأنی ۔ یِمن پأتھرن منز چھےٚ ظألم پاسکھ درن تہٕ سمأجی وبکھراون یہ ڈیٖپٕ زِ تہٕ پرُنین آمرٕ خبرہینہٕ، ظُلمس خلاف کأشرٕ ہنٕ ہندٕ ہن سیٖنن منز یُس الاو أندرٕ شولان اوس تہٕ نبر ژھٹہٕ ٹُک وار وبستار تہٕ ویلہٕ اوس نہٕ کأنسہِ دسیاب، لگہٕ پأتھرن ہنٛدی کردار أسی یوہے الاوطنز، مزاح، مسخری تہٕ اسن وادِ ہوی وَل ورتأوِتھ نبر ژھٹان ۔ أتھی بُہری پأتھرس منز ییٚلہِ کاردار مران چھُ، موقدم چھُ نوٚ وکاردار ژھارنہِ شہر گژھان، اتہِ دُچھن بُہراہ اکھ ناس ژیٹان، زارٕ پارٕ کوٚرنس تہٕ کاردار بنأوِتھ واتناوُن گام، مطلب چھُ زِ ناس ژیٹن وألی، حأکمن ہنٛدی ہوٗنی رچھن وألی، گُرہن ہنٛزٕ لبد صاف کرن وألی أسی عام لوٗکن ہنٛدی مانگن حأکم ۔ أتھی پأتھرس منز چھُ موسمن ہنٛز سَمیہِ تہٕ باگے تہٕ ڈنڈی دار ہنٛز بۄلی نظرِ گژھان، یوسہٕ وُنہِ تہٕ گامن گُٹھن منز رأیج چھےٚ ۔ سونتھ، رہتہٕ کول تہٕ رہتہٕ کألس منزِ ے ننبہٕ کال، بہہ وَچہِ کال، اپےٚ کال، ہرُد تہٕ وندِ ۔ ننبہِ موکلأوِتھ ییٚلہِ نہٕ گاسہٕ لأے تہٕ باچھِ لاے شرۄع گژھان أس، دانہِ اوس آسان پپہ نَے، گأمین أسی پھِری پھِری فاقہٕ لگان، یہ اوس دژاگنگ وق آسان، اَتھ أسی ونان اپےٚ کال تہٕ اَدٕ گیاو ہرُد۔ ڈنڈی دار ہنٛز بۄلی چھےٚ ازتہِ چلان، مثالے برکتہٕ بۄبۄ، زایو زُوزُو، ترایو ترُو ترُووغاٗر ۔ رازٕ پأتھرس منز ییٚلہِ شاہ گأسی أکِس شخصس اَتھس منز لوٗر تہٕ نکھس پیٹھ البأنی وُچھان چھُ، ہکہٕ چھُس پرٛژھان:

ایں چیست ؟ گریوس چھُس ونان دُ جناب بہٕ گریوٗس آستاہے مگر

کمائوِتھ فاقے روزتا ہے'' گوٚ وناتی ، نمن میٚژ تہٕ کمن رٕژ ، بَتہٕ بَتہٕ تہٕ پیادٕ پتہٕ۔

پتھ کالہٕ اوسے نہٕ گاٗمی زندگی منٛز غمورُس کینٛہہ ، بٔگاردِیُو ہسٕنٛز لار ، شُتلی بجہٕ ہنٛز تھار ، سرکاٗری کارندن ہُنٛد سُتہٕ ، کاردار تہٕ سزوول سُنٛد بیم تہٕ بیٖہ ، آغرخانٛن ہُنٛدی ٹیکس ، اتھ پیٹھ نہٕ دردِلاہ تہٕ غم خواراہ کانٛہہ اوَے تہٕ اُسی بانڈٕ پاٗتھر وُچھنہٕ لوٚکھ ژٔستھ یوان ، سر والٹر لارینس ہسٕنٛدِ ونہٕ مطاٗبق ''یم پاٗتھر اُسی گاٗمین ہنٛز غمناٗ کی دوٗر کران تہٕ اُہندین جذبن تہٕ ارمانن ہنٛز ترجماٗنی کران۔ بانڈٕ پاٗتھر چھِ اوٚموکھ تہٕ پتھ کالُک اَنہٕ زِ اَتہٕ چھُ تمام طایفہٕ درن ، کاسبن ، حاکمن ، ذاژن ، مردن ، زنانن ، گاٗمین تہٕ باضے شہر باشن ہنٛدین زوٚن طرزن تہٕ سوچن تراین ہنٛد اظہار میلان۔ تہٕ گٔرتھ ییٚلہٕ بانڈٕ دأے خاٗرس منٛز ییٚتہٕ ماجہٕ کٔشیرِ ہُنٛد خاٗر کانٛچھنہٕ یوان چھُ ، تَتہٕ چھُ حاکمن تہٕ امیرن تہٕ اَہی کرنہٕ یوان ، اتہٕ چھُ کٔشیرِ ہنٛد باٗے بندٕ تیٖک ، انسان دوستی ہُنٛد تہٕ راواداٗری ہُنٛد موٗلُل جوہر نظرِ گژھان ، ظاٗلمس تہٕ رُت دُعا کرُن چھُ پزی کاٗشرِین ہنٛدِ دِلہٕ وُسعتُک غماز۔ دُعاے خاٗر چھُ بانڈٕ پاٗتھرُک اہم جُز ، وُچھِو یتھ سانہٕ ماجہٕ کٔشیرِ خاٗر ، کُل دُنیاہس خاٗر ، شہرن تہٕ گامن خاٗر ، ہیٚنٛدِین تہٕ مُسلمانن خاٗر ، امیرن تہٕ غریبن خاٗر ، رازن تہٕ حاکمن خاٗر ، کمایہٕ کلبن خاٗر ، کارٕ بارس تہٕ زِراتس خاٗر۔

پٔنن کھین چن ، پلوٚ پوٚشاک تہٕ طور طریقہٕ بدلاونس اُسی نہٕ کاٗشرِ گاٗمی روادار ، پٹھانن ہُنٛد اوس اکھ طرزِ زندگی ، ڈوٗگرن ہُنٛد اکھ تہٕ انگریزن ہُنٛد

اکھ۔ یہ چھُ پوٚز زِ عام ناخوانۍ، سیوٚد ساد، غلاٗمی ہنٛز زندگی گذارن وٲلی کاشُری
ٲسۍ نوٚ ہنہ تمدنی اثراتو نِش بے خبر مگر باںٛڈ پاٗتھرن اوس یہ شوٗنکمُت، تِمن اوس
باسان زِ کاشُرس چھُ کیاہ تام راوان، توے نہٕ ٲسۍ یم باںٛڈ فنکار پننہٕ غمن پاٗتھرن
منٛز وہ پرن ہُند پلو پوشاک تہٕ کھێن چێن پسند کران، تِہنز زبان تہِ ٲسکھ نہٕ ہٹہِ
وسان، سہ ییلہِ نہٕ فکری ٲسکھ تران تہٕ باوٕژ اوسُکھ گنڈ گژھان۔ اَمہِ چہِ
مخالفت تہٕ دِیہ ہنٛز کہو یاہ مثالہٕ چھےٚ لُکہٕ پاٗتھرن منٛز موجوٗد۔ ییلہِ ڈٕرزٕ پاٗتھرس
منٛز اَکھ کاشُر پانہٕ پاٗریم لاگان چھُ، مسخرٕ چھُس یہ زُرکۍ دِتھ دِوتھ نوان تُلتھ۔
''نوٗ تہٕ یہِ ہے چھُ وارٕ کارٕ کاشُر، کاشرِس گاسس پٹھ زامُت، یہ کتھ اوس اَسہِ یہِ
فٲرسی چھکان، ہمیں دم، تفتم تہٕ گُفتم'' بہری پاٗتھرس منٛز چھُ مسخرٕ ونان ''یم مہرا
بچھن تسۍ یُس اَسہِ پٹھ بدآسہِ، یُس یتھ سأری ہے عوامس روگہِ روگہِ آسہِ
وُچھان'' وہ پرن ہندِس واٹہٕ پاٗریم بولہٕ نس چھِ مسخرٕ سخ لاگان تہٕ ٹانہٕ ژٹان۔

لُکہٕ پاٗتھر چھُ عواٗمی زندگی ہنٛز عکاسی تہِ کران تہٕ بوس ژھانژھنا وُنک
وٗسیلہٕ تہِ بہم تھاوان۔ ہہنہٕ تہٕ ہِنہٕ آمُت، تھوٚ کمُت تہٕ ژھیوٚ نمُت گریوٗس اوس
اَتھ منٛز تی لبان یہ سُہ پانہٕ محسوس کران اوس، یہِ نہٕ سُہ ہاٗوِتھ تہٕ باٗوِتھ ہیکان
اوس۔ پاٗتھر گرۍ ٲسۍ گنڈان تہٕ اَسان ٲمۍ ہنزن آشن تہٕ خاہشن زیو
دِوان۔ ٲمۍ سُند دود باوان۔ لُکہٕ پاٗتھرن منٛز چھِ تِمن الہٕ پلہٕ تمام سبزین
ہنٛدی ناو میلان یمہٕ گاٗمی وہ پداوان ٲسۍ، اَکھتُے چھِ وُسنۍ سبزین ہنٛدی قسم تہِ
اَتہِ نظرِ گژھان۔ دان ٲ ژٕن ہُند کھنیوٚ ٹھ فہرست ہیکہِ ترتیب دِنہٕ یتھ

ہرگاہ یمن پأتھرن منز ژھأر دِمو۔ یمن داں ذأ ژن ہنٛدِ وو پداونٛک رواج چھُ کرتام سوریامُت ،مثالے لؤلی انزُن ،مُشکہٕ بُدِ ج ،بڑزگ۔ یہ وو پیدأ س نہٕ تمن بوچھِ ہبکان ہومرأوِتھ تکیازِ یہٕ أس وو پرن ہنٛدِ باپتھ ،تمن اوس سوٚت موچھِ پپٹھ ،ژیرِ کھالبن ہنٛدِس وُگرس پپٹھ الہٕ تھپن تہٕ ٹچھِ چایہٕ پپٹھ گذارٕ پیوان کرُن۔ کلس أسی مَل کرِشٹوٚپ دِوان ،نألی أسی پاژھی پھبرنا یا مُنل پھبرن جنداہ تراوان تہٕ مندل کأٹھی لأگتھ ننہٕ وأری أسی جکھان تہٕ دوہ دوہ کڈان ،کینٛہہ أسی پُلہٕ ہورلاگان۔ کورِگوٚ برس ہے خاندرآسہِ ہکھ جایہ پاوٗرتہٕ زمین زراعت اوسکھ وٕڈ دارس نِش بند پیوان تھاوُن۔ سانٛہن لُگہٕ پأ تھرن منزیم کردار نظرِ گژھان چھِ ،کلُہم پأٹھی چھِ تم سأری سماجکی نمایند

☆

# سری نگر_ لُکہٕ باوٕژ منز

سری نگر چھُ کٲشرِ ہُند دِل۔ دِلے چھُ زُون پے، زندگی ہنٛز آش تہٕ علامت۔ اَمہِ شہرٕ کہِ وجوٗدٕ ورأے چھےٚ کٲشرِ اڈلیچ۔ یوٚہے شہر چھُ وٲنسہِ وادو پیٹھہٕ کٲشرِ ہنٛز رازدٲنی۔ اَتھ چھےٚ پتہٕ وَتھ مرکزیت تہٕ بالادستی رٕزمٕژ۔ یہِ چھُ برِصغیرک اکھ بارستہٕ، پرون تہٕ تمدن رٔنگی بختاوار شہر۔ سری نگر چھُ عالمہٕ کِمن پُراسرار، ناماوار تہٕ ڈیکھی جل شہرن ہنٛزِ گرٕژ منز یوان۔ یہِ چھُ تہٕ دَرتھہ اسطوٗرن تہٕ دیومالاین ہُند شہر۔ اَتھ ستی چھِ مختلف اساطیری قصہٕ تہِ واٹنہٕ آمتی، ییم پتہٕ والیو مورخو تہٕ تذکرٕ نگارو تہِ توأریخن تہٕ تذکرن منز درٕج کٔری متی چھِ۔ توأریخی حوالہٕ مطأبق چھُ یہ شہر مشہور موریا حکمران اشوک سنٛدِ زمانہٕ ترٕییمہِ صدی قبل مسیح منز ''شری نگری'' ناوِ بساونہٕ آمت۔ اماپوٚز واریہن تحقیق کارن ہُند خیال چھُ زِ ''شری نگری'' چھُنہٕ ''سری نگر'' بلکہِ بدل گُنہِ شہرُک ناو (1)۔ تنہٕ پتہٕ ازتام چھِ سری نگر شہرن واریاہ ناو پرأوِ متی، مثالے پرور پور، پروَرسین پور تہٕ ہیمادت بیترِ۔ راز پرورسین سنٛدِس سری نگر شہرس بُنیاد تراونس تہٕ بساونس متعلق چھُ اکھ عجیب بالافطری قصہٕ مشہور، یُس کلہنن تہِ درج کورمُت چھُ تہٕ تَس پتہٕ پتہٕ والیو مورخو تہٕ۔ مثلن اکی دیون تور

یہ راز پننہِ زنگہِ پیٹھی ڈ ریاوس اپور، رازِ سِنڈِ ہمتک تہٕ جبرٕ تک امتحان کۆرُن تہٕ تسنٛز ہمت وُچھِتھ گۆو خوش۔ غأبی طاقتہٕ زأری یہ گأرن تَمہِ علاقٕچ نشاندہی یتھ پیٹھ رازن شہر بسوو۔ اَمہِ بروٛنہہ سٕتی سرُک آب خوشک گٔرِتھ جل اَدبھو دیٛو مارنس متعلق تہٕ چھِ یِژٕ پأٹھی دیو مالائی قِصہٕ مشہور۔ دیوتا ہو مور ہلہِ بلہٕ گٔرِتھ غأبی طاقتہٕ کہِ زورٕ دیٛو یا یہ ڈلیل زِشارِیکادیو یہ اوٛن سمیر بالہٕ پیٹھٕ اکھ بالہ اَڈتہٕ تژٕ وون اأبی دیٛوس کلس پیٹھ ییٛمہٕ سٕتی دیٛو مارٕ گۆو۔ روایت چھےٚ زِہارِ پربت چھُ سُے بالہ اَڈِیُس شاریکادیو یہ سمیر بالہ پیٹھ انیاو۔ تِتھے پأٹھی چھےٚ اکھ چینی² روایت زِ اکہِ پھرِ کۆر مہاتما گوتم بُدھن سٕتی سرِ پیٹھی چکراہ، خیال گوس زِ یتھ جایہِ گژھ بُستی آسٕنۍ۔ اکھ ارہت سوٗزُن، تَمۍ کۆر اأبی دیٛوس زارٕ پارٕ زِ ژےٚ چھےٚ یوت بوٚڈ سِنڈر روزنہٕ خأطرٕ، اأکِس رژھِ منز دِتہٕ مےٚ سرٛان کرنہٕ۔ اأبی دیون وٕونس، اأکِس شرطس پیٹھ دِمے اجازت، یِیٚتھن سران کرکھ تِتی چھےٚ قرار کرُن۔ ارہتن مون شرط۔ یتھ جایہِ آبس منز سران کۆرُن تِتی کۆرُن قرار، مگر روٗحأنی طاقتہٕ کہِ زورِ کھورن پانس پھوکھ، یُوت زِ آب کھوٚت بالہٕ تیٚتھالین، اأبی دیٛو گۆو بالہٕ تیغو پیٹھٕ ڈٕلِتہٕ موٗد۔

یِم سأری دیو مالأیی تہٕ اساطیری قِصہٕ چھِ فوک لورِ کِس وانگس منز یوان، بیاکھ روایت چھےٚ زِ حضرت سلیمانؑ صأبن اوٚن اکہِ دوہہٕ اسمأنۍ وُڑٕوُنس تختس پیٹھ سوار سپدِتھ کشیٖرِ تشریف تہٕ کۆرُن کوہ سلیمانس پیٹھ یتھ سلیمان ٹینگ تہٕ ونان، چھِ قرار۔ یِمن قصن بُنیادی خاص تعلق چھُ سری نگرس

ستی۔ وَنہٕ ننک مطلب چھُ زِفوک لور چھُ توأرتھکی ژھٕنن پرُوان روٗدمُت۔
یہِ اَستھ تہِ کوٚر اَمہِ اہم شہرُک تذکرٕ اکثر مورخو "سری نگر" ناوٕستی۔ ووٚن گو
کینژٕ ومورخو تہٕ ساُلانوٚ چھُ "سری نگر" گال کھالتس ترأوِتھ لفظ "کشیٖر"
ورتوومُت، اَمیُک مطلب گوٚ وِہندی کِنی چھُ یوٚہے شہر کشیٖر، یہِ نہٕ صحی چھُ۔
مورخ حسن شاہ کھوٚیہامی چھُ اَکس جایہِ لیوٚکھمُت_ "یتھ وقتس منٛز تہِ چھِ
سری نگرس عام طور غلط پأٹھی "کشیٖر" ونان (تاریخِ حسن جلد 1 ص 245)

زمانٕکی حاَدثٕ، واَرِی داتھ، مُشکلات تہٕ انقلاب وہتہٕ راوان، سوکھٕ
ساوہر، بالأستی تہٕ راژت پراوان پراوان چھُ أمی وارِیہن کئین ہنٛدی شہرن
باضے پئن باڈوأ اَکس دوٚن میلن تام ژھوکرومُت تہٕ باضے میلہِ وادن تام
وہرومُت۔ کلہن چھُ راج ترنگنی منٛز لیکھان___ "راز پرورسین دوٚم ہنٛدِس
زمانس منٛز آسی اَتھ شہرس منٛز 36 لچھ لوٗکھ روزان۔ اَتہِ آسہٕ بےشُمار تھزٕ مندورٕ"
(راج ترنگنی اُردو ترجمہٕ ٹھاکر اچھر چند صفہٕ 247)۔ تتھے پأٹھی چھُ مورخ
حسن شاہن لیوکھمُت ز__ 1873ء منٛز اُس سری نگرچ آبادی
157226 نفر۔ 1892ء منٛز 118960 نفر تہٕ 1921ء منٛز
207787 نفر۔ 1892ء منٛز آسی اَتھ شہرس منٛز 22448 مکانہٕ، یمن
منٛز ینٛدرٕ دوٚسن پٹھ استادٕ ووٚبٕ دارجایہِ پاأرِی تہِ آسی تہٕ پوٚختہٕ سیر بوٚستی کھالنہٕ
آمٕژ شوٗبہِ دار تہٕ پایدار لرِ تہِ آسہٕ۔ ڈبہٕ ڈالانہٕ تہٕ برُزٕ پش واَلی لکرِ مکانہٕ تہِ
أسی، گاٗنی واَرِی ڈبر دار جایہ تہِ آسہٕ۔ ناوٕن تہٕ شاٗلکہ اِمن منٛز تہِ آسی لوٗکھ

روزان۔ حائکمن ہنٛدِ خاطرٕ آسہٕ رنگہٕ مندورِتہٕ (تاریخ حسن حِصہ اول)۔ از کل چھُ سری نگرٕ کِس باڈوس منٛزٕ وُژھِ سان وُسعت تہٕ آبادی منٛزٕ ہُربر سپدان۔ اَتھ شہرس منٛز چھِ اَٹھ لچھ پیٹھی لۄکھ روزان۔

سری نگرس متعلق کتھِ ہُنٛد دلچسپ تہٕ اہم پاس چھُ یہ زِ عام کأشرٕ ہن روزنہٕ زنہے اَمہِ کہِ اصلی ناوِ چ مالئے۔ تِمن نہٕ رُٔد ہیمادت، نہ پرور پور، نہ پرورسین پور تہٕ نہ سری نگرٕ ژھتس۔ عام کأشری یمن منٛز اکثریت ناخوانٛدٕ گرِیستمن، کُملبن، مزوٗرن، کاسبن، پتھ کھورِ ورگن تہٕ کنٛجہِ والن ہنٛز چھے، چھِنہٕ "سری نگرٕ" ناو ورتاوان بلکہِ چھُ تِمن نِش "شہر" ناوِ کُے یَسلہٕ ورتاو سپدان۔ کم کاسہٕ پٔرِ ہنہٕ تہٕ اقتصأدی وۄتھٕ واشر پراوِ وِنی لۄکھ تہٕ چھِ "شہر" وِنان۔ سری نگرٕ کِمن ہیرِ مِمن علاقن ہنٛدی لۄکھ ہر گاہ مہاراج گنٛج، صوٗرتہٕ زأنہٕ کدل علاقن ہُنٛد ناوہِن تِم تہٕ چھُ "شہر" لفظے زِیوِ پیٹھ ہوان۔ وُنی کِمن چھِ کشیٖرِ ہنٛدی واریاہ قصبہٕ لۄکہٕ ٹمن شہرن منٛز تبدیل گمتی۔ لُکہٕ گرٕنز، اقتصأدی ترقی تہٕ باڈوہُرنہٕ کہِ حسابہٕ چھِ یم شہر دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ کاڈ کڈان مگر یمو منٛز چھُنہٕ کُنہِ تہٕ شہرس کانٛہہ تہِ کأشُر "شہر" وِنان۔

لُکہٕ باوَتھ چھے فوک لورٕ چ اکھ زِندٕ تہٕ پایندٕ وِتٕنی ذاتھ۔ فوک لورٕ کی پأٹھی چھے لُکہٕ باوَتھ تہِ کُنہِ تہٕ قوم کہِ کلچرٕ چ، یَتھ منٛز اجتمأعی سوچن ترایہ، وہم وگُمان، آشہِ تہٕ ارمان، مزاز، لسُن بسُن، اسطوٗرتہٕ دیو مالا شأمِل آسان چھے، نُمایندٕ ترجمان۔ کلہم پأٹھی چھُنہٕ کأشرِ منظوم تہٕ منثوٗر لُکہٕ باوٕژ منٛز

لفظ ''سری نگر'' ورتاوس منز۔ نثری لُکہ باؤژ منز ہے باضے ''سری نگر''
لفظ ورتاونہٕ یوان تہٕ چھُ منظوٗم لُکہٕ باؤژ منز چھُنہٕ یہٕ لفظے نظرِ گژھان۔ نثری
لُکہٕ باؤژ منز چھُ سری نگرس اکھ ناو ''یَم راز'' تہٕ۔ یم گوٚو موت تہٕ رازٕ گوٚو
بادشاہ۔ اتھ ناوس چھُ طنزُک تہٕ تضحیکُک پہلوٗن۔ اَتھ چھِ سیاسی تہٕ سماجی
وجوٗہات۔ نہ چھُ یہ ناو زیادٕ پرون تہٕ نہٕ چھُ توٗاُر اتھن تہٕ تذکرن اندر اَمیُک
ذِکر موجوٗد۔ سبٹھاہ قدیم زمانس منز اُس کٔشیر دون حِصن منز بٲگراونہٕ
آمٕژ۔ مورخ حسن شاہ کھوٚیہامی چھُ رتنا کر پورانک حوالہٕ دوان لیوٚکھمُت زِ
کٔشیرِ ہندیو ناماوار راز ومنزٕ اوس اکھ یُمس سند یمان ناو اوس۔ اُمی رازن گر
65 ہن وٕری ین حکوٗمت تہٕ اُمی اوس مشہوٗر شہر سندھ مت نگر بسوومُت،
یُس پتہٕ آبس تل غاب گوٚو تہٕ تتھ جایہ چھُ از وُلر گرایہ ماران۔ دپان اکہ
ننُدن قصس چھُ اُتھی شہرس ستی تعلق اوسمُت۔ سند یمانس اَسی زٕ نیچوٗی۔ تمن
ییلہِ نہٕ اقتدارٕ چہٕ ٹھولہِ ٹھولہِ موکھ سپر سےٚ یہ، کرِ کھ کٔشیرِ زٕ حصہٕ۔ اُکس نیچہِ
وِس اوس ناو کامن دیو، اُمی روٗٹ شمالی حصہٕ، اَتھ حِصس تھوٚو کھ ناو کامن
راج، یُس کاشرِ زبٲنی ہندِ لہجہ مطابق وارٕ وارٕ کامراز تہٕ پتہٕ کمراز بنیوو۔ تتھے
پٲٹھی روٗٹ دوٚیمہِ نیچوٗی، یمس مرہن دیو ناو اوس، جنوبی حصہٕ، یتھ ناو تھوٚو کھ
مرہن راج، یُس وارٕ وارٕ مرازٕ بنیوو۔ یم ناو چھِ ونہ تہٕ ورتاوس منز۔ دپان
سری نگرٕ اوس تمہِ زمانہٕ مراز ک حصہٕ، از چھُ سری نگر بیوٚن بدٕون علاقہٕ۔
سری نگرس چھےٚ برٕ بتھ رنگہٕ بالادٔستی حاصِل روٗزمٕژ۔ از تہٕ چھُ یہ شہر

جموں وکشمیرُک رہتہٕ کاٗلۍ دارالخلافہٕ۔ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ سہوٗلیژ چھےٚ شہر باشنٕہ یاف روزمرٕ۔ گاٗمی اَسی زمین کماوان تہٕ فصل وو پداوان۔ شہر باش اَسی گاٗمین ہنٛزٕ اَتھ کمایہِ عاٗش ژٹان۔ گاٗمی اَسی فاقے روزان تہٕ دوہہ کھوتہٕ دوہہ کنٛگال سپدان۔ شہر باشن ہنٛدِ خاطرٕ گاٗمی وو پیدن ہنٛزٕ جبری وصوٗلی خاطرٕ اَسی بے رحم، ظاٗلم تہٕ بدلحاظہٕ کارندٕ مقرر آسان یم کارندٕ اَسی تِمن شوٗٹھن کیٛت ''یڈل موت'' یُس اَہنٛزٕ ساٗرے سائینٛتھ کھوٗان اوس۔ کارِ بگارُک حُکم تہٕ اوس سری نگرٕ ے نیران، مُجوزٕ برنٛگ آڈرتہٕ تہٕ جبری وصولی ہُنٛد پروانہٕ تہٕ۔ اوے وۄن عام گاٗمیو تہٕ کنٛجہِ والو سری نگرس یم رازٕ۔ یہ حالت چھےٚ زیادٕ پہن وو پرٕ مُلکو پتھ آمہٕ تہٕ گورنروتہٕ تہندیو چمچو گرٕ مژ پاٗدٕ۔ شخصی راجس دوران سری نگرٕ پتھ نیرن والین حُکمن ہنٛدِس نتیجس منٛز اَسی کاٗشرٕ گاٗمی ژھری تہٕ چھٔنی تھاونہٕ یوان۔ شہر باشن ہنٛدِس عشرتس تہٕ گاٗمین ہنٛد بن ارٕ سرن ہُنٛد چشم دید گواہ لارن صحب چھُ لیکھان ''شہر باش چھِ کاٗین لد، یم چھِ اتھو کاٗم کار کرنس تنہٕ نَنہٕ کران۔ خیال چھُکھ زِ مُجہِ موٗلی کھبن چن تہٕ تین ژنہِ تہندِ خاطرٕ دسیاب تھونہِ چھےٚ حکوٗمتچ ذِمہٕ واٗری۔ تِم چھِنہٕ سروگہِ مولہِ دسیاب سپدن واٗلِس کھنبس چنس پتھ تہٕ مُطمئن بلکہِ گرٕھن تِمن یم چیز گرن تام واتناوِتھ تِنٛی دِنہٕ۔ بور سارنہٕ خاطرٕ چھِ تِم گاٗمین ژھاٗرِتھ انان۔ شہرٕ کی ہہنٛدی تہٕ چھِنہٕ کارواہ تہٕ سخت کوش۔ گاٗمی ہہنٛدی چھِ محنتی، نَم ژَم گاٗلتھ پانہٕ کماوان تہٕ زینان مینان۔ شہر باش ہہنٛد بن متعلق چھےٚ یہِ مثال مشہوٗر زِ تِم چھِ روزگار دلم، قلم، ہلم،

ورتاۆتھ حاصِل کران۔ تہٕ زَن گوٚ واپرٕ ٚ ئنتھ،علِم ورتاۆتھ یا بچھان بچھان تہٕ

(دِ ویلی آف کشمیر،سر والٹر لارینس صفہٕ 281)

سری نگرس چھِ مختلف مذہبن ہندی مانن وألی پننہٕ پننہٕ آیہٕ محترم تہٕ مقدس زانان تہٕ مانان۔ بٹن ہُند چھُ یہ شاردا پیٹھ، کشمیرٕ شوا زمُک مالیُن، مندرن، استھاپنن، ناگن تہٕ تیرتھن ہُند شہر۔ بودھن ہندی کنی چھُ بودھ متُک مرکز رودٕمُت تہٕ بودھ متچن تعلیماتن ہُند خزانہٕ چھُ کشیرِ منزٕ ے دوٗ برأ وِتھ۔ مُسلمان چھِ اتھ باغِ سلیمان ونان تہٕ اسلامی تمدنٕچ مرکزی علامت مانان، اَتہِ چھےٚ بٹن ہنزن دھار مِک جاین ہتی ہتی مُسلمانن ہنزٕ مقدس زیارت گہہ تہٕ مسجدٕ۔ خانقاہِ معلیٰ، مرقدِ حضرت بُلبُل شاہ، زیارت حضرت مخدوم حمزہ کشمیری، آثارِ شریف حضرت بل، آثارِ شریف جناب صاحب صوٗورہ، آستانِ عالیہ حضرت شیخ عبدالقادر جیلانیؒ، خانقاہ ژڈی بل تہٕ واریاہ زیارت گہہ تہٕ مقدس مقامات چھِ اتہِ موجود۔ روزنامہٕ سری نگر ٹائمزٕ کس 15 دسمبر 2001ءکس أکس رپورٹس منز چھُ وننہٕ آمُت زِ مسجدن ہنزٕ گرٕ ژٕ کنی چھُ سرینگر سأری ہے ہندوستانس تہٕ پأکستانس منزٕ سہ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ شہر یمن منز کینژہ زٕ ہتھ وٕری تہٕ بیٚیتہٕ ساڑھ ترٕ ے ساس کھوتہٕ تہٕ زیادٕ مسجدٕ چھےٚ۔ لگہٕ باوتھ چھےٚ نہ صِرف بٹن کینژہہ ترٕ ے ہتھ وٕری کھوتہٕ تہٕ زیادٕ پرانہٕ چھےٚ۔ تہٕ مُسلمانن ہنزن مقدس جاین ہُند بلکہِ پرانین عمارژن، بازرن، باغن، ناگن، کولن تہٕ نالن، سرن تہٕ تلاون، حأکمن تہٕ سرکأری کارندن ہُند ساد تہٕ

لطیف آیہِ وِحاطہٕ کران آءمٕو بلکہِ چھےٚ شہرٕ کہِ پتھ کاٚلۍ پوٚ رِپوٚ رشان وشوکت یاد پاوان، وُچھو نومن شعرن منٛز چھُنہٕ ''سری نگرٕ'' بلکہِ ''شہرٕ'' ورتاونہٕ آمُت ۔

(1)

| | |
|---|---|
| شہرٕ کہِ بٹوٕژ کتشِیور | شہرٕ کہِ بٹوٕژ کتشِیور |
| اَسہِ رَنہِ مُجہِ کھنٛجہِ | تم تہِ نارٕ ترٛ ٹو |
| سانہِ شہروسہٕ نس | لٕجی ژھرٕٹہٕ ژھرٛ ٹو |
| أسی ییٚلہِ یموتے | انوڈاٗلی اَٹو |

شہرٕ کہِ بٹوٕژ کتشِیور

(لٕکہٕ باٗتھ)

(2)

شہرٕ کھول سیاہ دانہٕ کاٗنسہِ نا ے ہوٗوم

عاشقن تھوٗوم للہٕ وُن نار

(ونہٕ وُنی وژن)

(3)

وَس با وَس زاٗنہٕ کدٕل وَس

تَتہِ میاٗنی وبس

(ٹھری باٗتھ)

زاٗنہٕ کدل چھُ سری نگرٕ کہو قدیم ستو بڈ ہو کٕدلو منٛز اکھ، اتھ متعلق چھُ مشہور زِیہِ کیٛنژھا سرینگرس منٛز خاص واقہٕ رٕنگی سپد ان اوس، تٕمۍ خبر اَترٛ اَس اَتی پٹھٕ

پڑ بتھ کاٗنسہِ نِش واتان۔ یوٗت زِ افوابازی خاطرِ آیہ ''خبرِ زاٗنہ کدل''
اصطلاح تہِ وجودس منز۔ زاٗنہٕ کدلچ تھوکھ لگہٕ ڈیپیت تہِ چھُ مشہور۔ اَتھ ستی
چھُ قصہٕ واٹنہٕ آمت زِ اَکی شخصن ترٲوامہِ کدلہٕ پیٹھٕ دریاوس منز تھوکھ، پیر ان
پیران واَتسو دوٗرتام، اَمی شخصن وُن بڈ ہٹہِ گیہ ہا، یُہے کتھ وَاَژاَ کِس
بیٚیس تام، سارٕی لگی وننہِ گیہ ہا، کاٗنہہ چھنہٕ مولہ کتھ زانہٕ نچ کوشش کران۔
اَخرس وُن اَکی زٲنی ہے گیہِ کیا؟ معلوم کران کران بوزُن زِتھوکھ اَس کولہِ
گُمژ۔ دپان گُنہِ جایہِ تہِ زَن سپد ہے کینٛہہ اَچھ ٹیٹھِ منز اَس تمچ خبر زاٗنہٕ کدل
واتان۔ اَتھ متعلق چھُ پٹھان گورنر آزاد خانُن واقعہٕ تہِ مشہور، ییمیک ذِکر
نوولزن (3) تہِ کوٚرمُت چھُ۔ آزاد خان اوس اکھ ظالم گورنر۔ اَمی وُن ازارِ
وقتہٕ آشنہِ ہرگاہ نیچو زاوٕ ے حدِ روٗس انعامہٕ دِمے، کوٚر ہے زاپی تہٕ ژٹے
گردن۔ شہمتنہٕ کارٕ زایہِ تس کوٚر۔ ظالم گورنرن ژوٗٹ آشنہِ کلہٕ تہٕ کوٚرتہٕ
ماٗرن۔ یہِ کار کوٚرن تیوٗت احتیاطٕ سان زِ کاٗنسہِ گیہِ نہٕ کنس کن خبر۔ ژوٗ رِژوٗرِ
لاشہِ دوٗ براٗ وِتھ سوٗزن پنُن اکھ معتمدیہِ وُچھنہِ زِ اَمہِ قتلچ خبر ماچھےٚ زاٗنہٕ کدل
وَاَژمژ، اگر واَژمژ آسہِ تیلہ گژھِ خبر واتناون والی سُند پے کڈِتھ، سُہ باجوسان
گرفتار کرُن۔ معتمدن وُچھ زِ خبر اَس زاٗنہٕ کدل واَژمژ۔ اَمی گرٕ ی کینٛہہ نفر
گرفتار، پژھِ گاٗرٕ گرہکھ زِتوہہِ کتھہٕ پاٹھی لوٚگو اَمہِ قتلک پے؟ اَکی زٲنی
وُن، زِ شوٗٹھس آو حضرت شاہمدان خابس منز تہٕ وُنم گورنرن کوٚر قتل،
صُبحاٗنے وُن مے زاٗنہٕ کدلس پیٹھ پنُن خاب لوٚکن۔ یہِ خبر بوٗزِتھ وُن

گورزن زِ زأنہٕ کٔدٕلچہ خبرٕ چھےٚ پزٕ آسان ، اِوٕ موکھ آو شرارتس لایہٕ ڈٕ ریاوٕ بٹھن پیٹھ زأنہٕ کٔدلس اپارِ یپورِیمہٕ عمارٔژ سلطان زین العابدین بڈشہن تعمیر کرناوِمژٕ آسہٕ ،تمہٕ سارے لُہر اوناہن تہٕ کٔدلس پیٹھ لؤکن ہٕنڈِس سمنس لأژن پابندی، تمن ہکھ دِنہٕ خأطرٕ گرِن سپاہ تعینات۔ ژکہِ چھےٚ یہٕ ڈٕلیل تہٕ فوک لورٕ کہِ وِشال سٔدرُک اکھ قطراہ۔

نومن شعرن منز چھُ ''شہر'' لفظس ءستیٕ ءستی شہرچن اہم جاین ہُنٛد منہِ مون ذِکرتہٕ میلان ۔

(1)

لالہٕ پھلہِ جگرو کالہٕ کتہِ اوسہٕ ہم     لالہٕ پھلہِ جگرو کالہٕ کتہِ اوسہٕ ہم
لکھمی آنگن دھنہٕ منگان اوسہٕ ہم     لالہٕ پھلہِ جگرو کالہٕ کتہِ اوسہٕ ہم
سرسوتی آنگن گیان منگان اوسہٕ ہم     لالہٕ پھلہِ جگرو کالہٕ کتہِ اوسہٕ ہم

(منزٕ لی بأتھ)

(2)

سازے گرِ یے بہار تھُرِ یےٚ     شہر اویےٚ ساز وُچھِ نے

(سازٕ گرِ ونہٕ وُن)

(3)

یوٕ ہریوٕ مأنز ان مہاراج گنجے     مأنز تول تارٕ ژِ ڈنجے ءستی
شہرٕ کھأر مأنز تے ییتہٕ لٔز برُزن     از چھم مبرزن مأنزے راتھ
شہرٕ أنی مأنز تے راتھ ژٕج بڑزلہِ     تام پرار یام پھولہِ یمبرزلہٕ پوش
شہرٕ کھأر مأنز تے لگو أنی نکھے یے     اَسہِ أنی ڈکھے یے ناون کبتھ

(مأنزٕ راتٕ ژہنٛدی ونہٕ وُن ہُری)

(4)

سبز دستارس ڈ چھُن کُن نوک چھُے

شوق چھُے حضرت بل گڑھنگ

خانۂ مالہِ گوٚ بر و خانقاہ گڑھکھو

آنۂ کاہ وِزیم برٕ اَژٕ وون

(مہرازٕ سُنٛد استان گوٚھُن)

(5)

حبہٕ کدٕل وتے لوٚگہٕ یوٚ گوشو    گنپت یارے چھےٚ دِویا جان

ٹائنگی پوٚری وتے لوٚگہٕ یوٚ گوشو    یارٕ بلہٕ سانے چھےٚ دِویا جان

(میخلہِ وَنہٕ ڈُن)

(6)

أمرا کئدلس سونۂ دروازے    گِلہِ آو دِلہِ ہُنٛد مہرازے

پولاو مُتجن ضیافت کالس    مژ شہرٕکی ہتھ سالس آو

سونۂ سُنٛد ڈوٗنی گُل روٗپہٕ سُنٛد موٗلو    شیر گڈھِ ژاکھو پوشہِ نوٗلو

خال چھُے ڈبکس تے لال پأزارس    لال بازارُک سودا گار

(مہرازس ہوٚورِ استقبال)

(7)

ہارِ ہنٛز موج گیہِ مأر بل آبس    ہأر گیہِ گُلِ آفتابس ستیٚ

(مہرینہِ ہُنٛد وأریوٚگن نیرُن)

دپان بروٗنہہ کالہِ أسی اہلمر علاقکۍ تہٕ سوتھِ پیٚٹھکۍ نوجوان طاقت آزمائی کَنۍ اکھ أکِس چلینٛج کران۔ پانہٕ وأنۍ أسی لورِ جنگ کران، اکھ أکِس زدوکوب کران۔ باضے أسی تم اَمہِ لڈایہِ خاطرِ وق تہٕ مقام تہِ مقرر کران۔ واریاہ أسی چھوکہٕ لدگژھان، کُنہِ ساتہٕ اوس أتھ ہماشُما ہس منٛز کانٛہہ کانٛہہ مران تہِ۔اہلمرِ ی أسی ونان

اہلمر بوگنڈٕ کھلار      سوتھِن زچہِ تہٕ کچھِن نار

تہٕ سوتھِ پیٚٹھکۍ أسی ونان۔

اہلمری رتہٕ کھٕری

لبجن چھکھ نہٕ بتہٕ پھلی

چنٛدن چھکھ نہٕ ہارٕگی (4)

نومن مثالن، محاورن تہٕ تلمیحن منٛز چھُ سری نگرس متعلق کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ واقہٕ گُپتھ۔شہر گوٗ و بہار۔ بےٚ بوٗج شہرس ترٚے پل پاو۔ ڈُنٛٹس رپھزی۔صوورِ منٛزِ لال نیرِ زأنہٕ گیرِ آب پھیرِ۔گامس حرکت تہٕ شہرس برکت۔آہم ہے تہٕ اوتھم کیا،یمہٕ یے تہٕ دِہم کیا۔

---

فُٹ نوٹ:-

1۔ واقعات کشمیر(أردو ترجمہ) شمس الدین احمد صفہٕ 49۔

2۔ شش رنگ محمد یوسف ٹینگ صفہٕ 144۔

3۔ ڈکشنری آف کشمیری پراوٗربس اینڈ سے انگس، ہنٹن نوولز صفہٕ 258۔

4۔ ڈکشنری آف کشمیری پراوٗربس اینڈ سے انگس،نوولز صفہٕ 3

# کشیٖرِ منٛز وقتچ باگنے

تہذیبی تہٕ سایِنسی ووتھٕ واشرِ کس زِ تھس زمانس دوران آیہ گنٛڈل پأٹھی جکھ تہٕ جتن کران کران گرواریاہ ژٔری ایجاد کرنہٕ۔ انسانس اوس وقتکہ میٖنٛژ مقرر کرنک یہٕ ضروٗرتھ، اوے روٗدتَس دوہے اَمہِ باپتھ مُنأسب سامانہٕ بناوُنک اِشتیاق۔ گوڈٕ گوڈٕ روٗد سُہ زوٗنہِ افتابس تہٕ تارکن وُچھِتھ وقتچہٕ باگیہِ مقرر کرِتھ تِمن ناوتہِ دِوان۔ سُہ گۆو یہ زِ افتاب کھسنہٕ پتھ لوسہٕ نس تام یُس وق آسان چھُ تتھ وۄنُکھ دوہہ۔ تمی کۆر مشأہدٕ زِ ییٚلہِ افتاب کھسان چھُ گُلمن تہٕ مکانن بیترِ چیزن ہنٛز ژھاے چھےٚ زیٹھی کاڈ کڈی آسان، یٔہے چھےٚ وارِ وارِ لوکٹان تہٕ کم گژھان۔ اَمہِ پتہٕ چھےٚ یٔہے ژھاے یِمن چیزن ہٕنٛد بن کھورن تل واتان۔ اَمہِ وقتہٕ چھُ افتاب کلس سیٚدانہٕ آسان، أتھی وۄن انسانن دُپہر یا نصف دوہ نتہٕ اوڈ دوہہ۔ اَمہِ پتہٕ وُچھِن یہِ ژھاے بیٚیہِ بڈُن ہوان۔ اَمہِ وقتہٕ پتھ آفتاب لوسہٕ نِکس وقتس تام وۄنُن بیا کھ اوڈ دوہ۔ باضے أس وقتچ میٖنہٕ تول گُنہِ مخصوٗص گُلہِ چہِ ژھایہِ مُطأبق یوان کرنہٕ۔ ژھایہِ ستی وقتُک اندازِ لگاونک طریقہٕ چھُ دنیاہکین اکثر مُلکن تہٕ قومن منٛز رأیج اوسمُت۔ کشیٖرِ منٛز تہِ اوس اَمہِ طریقُک رواج۔ یُس ووٚنی یوٚ دوٚے

سور یومُت تہٕ چھُ توتہٕ چھِ وأنسٹھ کأشر بومنزٕ واریاہ أتھی طریقس لوگ، شاید چھُ اَمیُک وجہ تِہُند پرون عادت ۔ زانُن گژھِ ژھایہٕ ستی وقتٕچ میپنہٕ تول تہٕ باگنے کرٕنُک طریقہٕ چھُ انسانہٕ سنزٕ ذہنی تہٕ سمأجی ترقی باپتھ اکھ نمہٕ ڈوکھ روٗ دمُت ۔ حضرت شیخ نوٗرالدین ریشی علمدارِ کشمیرن چھُ ''صدوسی'' ناوٕچ أکِس زیچھِ مثنوی چالہِ نظمہِ منزٕ، پربتھ رہتہٕ خأطرٕ، پیٚشن نمازِ باپتھ ژھایوٕ ستی صحی وق وُچھنُک طریقہٕ بوومُت ۔ ژھایہٕ آسہٕ قدموٕ ستی یوان میننہٕ، یمہٕ بیٚون بیٚون رتبن منزٕ بیٚون بیٚون وقتن پٹھ ژھوٹان زیٹھان آسہٕ ۔

مین بایہِ پیٚشن وقتٕچہٕ ژھایہِ
شراونس ڈوڈ تہٕ بأدرس ڈایہِ
أشدس ساڈ ترٚے کفِ پایہِ
کارتِک ساڑ ژور پرٕی لِکھِ آیہِ
منٛجہورس ساڈ شٔے کھور سایہِ
پوہنہِ ساڑ أٹھ گنٛزرنہٕ آیہِ
ساد دار ماگس ساڑ داہ پایہِ
پھاگنس ساڑ ستھ لوتان آیہِ
ژِتھرس ساڑ شٔے پرٕی لِکھِ آیہِ
ساڈ ژور وہکس موژان آیہِ

زیٹھس ساڈ تڑے ہاڑنہ تہ ڈایہ
یارسولؐ چونے چھُ موکلن پایہ
(کُشیرِ، حضرت شیخ نورالدینؒ ریشی سُندس کلامس منز صفہ 32)

ژھایوستی وق میننہ اکہ اہم مرحلہ پتہ تہ رۄد انسان کُنہ شقہ تہ بھروسہ والہِ طریقہ کِس تہ سامانہ کِس تلاشس منز، حالانکہ انسانن بناوِ تاپہ گرِ۔ اَمِچ بُنیاد تہ اَس ژھاین ہندی ہے طریقس پیٹھ۔ وق وُچھنگ بیاکھ طریقہ اوس یہ تہ زِرزأسی کُنہ تھدِس گلس کُن الوشد تڑاوان، انداز کرنہ آمژن وقتچن بیۄن بیۄن اکائین پیٹھ اَسی اتھ رزِ گنڈ تراونہ یوان۔ اَتھ رزِ اَسی بۄنم طرف زالان، اکہ گنڈ پیٹھ بیٚیس گنڈس تام ییٚلہ رزٕ زِتھ موکلہ ہے، سو اَس وقتچ اکھ اکائی یوان مانہ۔ تلاش رۄد جأری تہ تاپہ گرِ تہ رز گرِ پتہ آیہ آبہ گر بناونہ۔ کُنہ بانس اَسی وقتچن مختلف باگین پیٹھ تگہ پأٹھی نشانہ تراوان، بانہ کِس ژٕ کِس اوس نیۄک زِد کرنہ یوان۔ اَمہِ زِد کِنی اوس یوان بانس منز آب برنہ، یُس اَ کِس اَ کِس نشانس تام واتان اوس۔ نشانہ پتہ نشانہ اَس وقتچ باگے زاننہ یوان۔ وونی چھے قسما قسم لوکچہ بجہ، نوزُک تہ خوبصورت گرِ دسیاب۔ چندِ گرِ، ہٹی گرِ، کلاک، ٹایم پیس بیترِ چھِ مختلف لوبہ وِنن ڈزاینن منز بنان تہ یم قایلِ بھروسہ گرِ چھے نہ صرف وق ہاوان بلکہ رتھ، وار، تأریخ تہ من رنزونہ باپتھ چھے یمہ خوش یونہ ٹھسر ایہ تہ کران تہ مُدری ٹیۄن Tune تہ وایان۔

یوٚ دوَے زَن مختلف قومو پننہِ پننہِ آیہ وقتچہِ اکایہِ بیترِ مقرر کرِ، وقتکہِ تقسیمکہِ تہٕ اَمہِ چہِ پیمائیشہِ باپتھ رنگہِ رنگہِ طریقہٕ پانہٕ ناٚوی تاہم چھُ یمن منز ہشر تہٕ موجوٗد۔ مختلف زبانن منز پراٚوی وقتہٕ چو باگہ یونا وگر باگہ ین ہُند ہشر روٗد واریہس حدس تام ڈنجہِ، مثلن کاشُر ''دوہ گو فارسی ''روز'' عربی'' یوم'' انگریزی ''Day'' تہٕ اُردو ''دِن''۔ کشیرِ منز چھُ وقتک میٖنہٕ شروٗع آمُت کرنہٕ برٚ ثزِ پیٹھٕ یا وَنو برٚ ثز چھُ گوڈنیُک اکاٰیی یا یونٹ۔ برُنز گوٚو تیوٚت وق یتھ دوران اَچھ منزِم اوٚنگجہ تہٕ نیوٚٹھ واٚیتھ ٹاس کڈنچ آواز نیرِ، چونکہِ سکنڈس متعلق تہِ چھُ وننہٕ آمُت زِ یہ چھُ ( Just a flip of the finger ) اوے چھُ وننہٕ یوان زِ اکھ برٚنز گوٚو اکھ سکنڈ۔ کاشرِ زباٚنی منز چھِ برٚنزِس رُم تہِ ونان حالانکہِ رُم لفظس چھِ بیٚیہ تہٕ واریاہ معنہِ مثالے نربن زنگن ہنڈی وال، کٹس یا پٔشس بیترِ ہنڈی جُزٕ وال، کانٛہہ چیز پھُٹہٕ نچ رِکھ یا، خاص پاٹھی شیشچ رُم، رژھ، انگ بیترِ۔ مثلن

سُرٕسس نہٕ سانتس پٔرٕسس تہٕ رُمس  ستہ مس مے للہِ چوٚ وپنہٕ نے واکھ
اَندریم گٹکھ رٔٹتھ تہٕ وولُم  ژٔٹتھ تہٕ دٔتمس تتی چاکھ

(للہٕ واکھ۔ رُم بمعنی برٚنز)

بالہِ ہَو رُماٚے رُماٚے مے چھُ یارٕ چون تمنا

(رُماٚے رُماٚے بمعنی رژِ رژِ انکس انکس)

رُم گیم شیٖشس بگُر گوٚو بانہٕ میون

ساقیا وأیتھ رٹیاہ جانانہٕ میون

(مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ ۔ رُم: بمعنی شیشہٕ پھٹنچ رِکھ)

فأطمہٕ ؓ صأب یۄت وٕلوأ کی ہیے رُمس

ییٚتہٕ پچھِ معصوٗمس مأنزلا گان

(ونہٕ وُن: رُم بمعنی برُزٕ)

رژھ تہٕ گوٚو برٕزٕ مثلن مے لگہِ رژھ کھنڈ ژیر۔ یا رژھِ کھنجہٕ تاں واتہٕ پوٚ ژھ۔ یتھہٕ پأٹھی چھِ رژھ، رُم تہٕ برُزٕ اَکُے معنہِ تھاوان۔ حالانکہِ رژھ چھُ ٹوکہٕ چیزن ہنٛدِس مینہٕ تولہٕ کِس معاملس منٛز تہٕ یوان ورتاوانہٕ ، اتہِ چھُ اتھ معنہِ پینژھ، موے، ہوا و بیترِ۔ مثالے ونہٕ چھُ یوان ہا کہٕ رژھ اہ، لیٚد رِ پینژ اہ، موٕ یاہ، سِنی ہوا واہ بیترِ۔ تیتھے پأٹھی چھُ باہن یا ژُرواہن برُزٕ بن ہُنٛد اکھ ژیٚوٗ ہ۔ شیٖٹھن ژٕہن ہنٛز چھےٚ اکھ گر۔ اَمیُک مطلب گوٚو 780 برُزٕ گیہٕ اَکھ گر۔ ساڑن سٹن گربن ہُنٛد چھُ اکھ پہر۔ دوہس تہٕ چھِ ژور پہر آسان تہٕ رأژ تہٕ ژور پہر۔ یتھہٕ کٕنی چھِ دوہس راتس أٹھ پہر۔ سٹن دوہن ہُنٛد چھُ اَکھ ہفتہٕ تہٕ دون ہفتن ہُنٛد اَکھ پچھ، زٕ پچھ گوٚو ربتھ۔ اکھ وٕ ری چھُ 24 پچھ یاں زٕ 12 ربتھ۔ اماوس گوٚو گٹہٕ پچھک پتیُم دوہ۔ شمسی حسابہٕ چھِ وٕرِیس 365 دوہ تہٕ پنداہ گرِ آسان تہٕ قمری حسابہٕ 350 دوہ تہٕ 22 گرِ۔ نیوٚک نیوٚک گاش ییٚنس چھِ مُسلمان ونان ہمتّ بھولُن۔ تہٕ پچھس ونان برِہات۔ امہٕ بروٗنہہ پہن

یُس وق آسان چھُ تَتھ چھِ مُسلمان ونان گزل تہٕ بٹہٕ برہمہٕ موہورت۔ اَمہِ پتے پہن چھُ مالہٕ پھولنگ وق۔ راۓ ژہُند ژوٚرِم پہر شروٗع گوژھِ وُنے چھُ کوکُر بانگ ہوٚان دِنی۔ سُہ چھُ تھکہٕ تھکہٕ ژورن مرحلن منٛز بانگ مکمل کران۔ گوڈنچہِ بانگہِ پتے چھُ گزل پھولنس آوآولگان۔ صُبح گوٚو انگریزی پأٹھی Day break۔ صُبح پیٹھِ الہٕ پلہٕ زِ گرِ سوٚرتھ چھُ یوان اڈٕ کوج تہٕ اَمہِ پتہٕ بیٚیہٕ زِ گرِ گوھتھ کوج۔ کوج چھِ دُپہرِ کس کھنبس چنبس ونان مگر یہِ چھُ وقتچہٕ اکہِ باگیہِ رٔنگی تہِ ورتاونہٕ یوان۔ نبصف دوہس چھِ ونان دُپہر یا منٛدٕ ین۔ اَمہِ پتہٕ چھُ ترتیب واردُ ہک ترٛیِم پہر، دِگر، شام، خوفتن تہٕ بتہٕ دب یوان۔ خوفتنہٕ پتہٕ چھُ بتہٕ دَب تہٕ اتی پیٹھِ چھے نیٚند رِراتھ شروٗع گوھان، نتہٕ چھُ اصلی راۓ ژہُند آغاز شام ژھمبرِ میلنہٕ کہِ وقتہٕ پتے سپدان۔ راۓ ژہنٛدِس نبصفس چھِ اَڈٕ راتھ یانبصف راتھ ونان۔

☆

# گوٗنگُل

## نِو لاگنیہٕ[1] ہُنٛد لوسہٕ وٗن رسم

بروٗنٛہہ کالہِ اُسی گرٕسی ٹیٚچہِ ہاٗرِس[2] شیٖنس تہٕ سورٕنس زٕمستانس منٛز ے نِو لاگینیہِ ہُنٛد سنٛز کران۔ نوالبانہِ گرناونہٕ آسہٕ ہن داچہٕ تہٕ لِونہٕ[3] بیل تہٕ ارچاپٕر ٹوکہٕ[4] ناوِنی آسہِ ہن ٹھیچہٕ زربن[5] تہٕ لوپہٕ ئمن[6] منٛز بیاٗلس نظر گذر دِنی آسہِ ہا۔ داندن الہٕ سودٕ[7] کرناوٗن آسہِ ہا۔ یہٕ سورُے انتظام کٔرِتھ اُسی گوٗنگُل کران۔ پتھ کالہ اوس داں فصل الہٕ پلہٕ اُٹھن رتبن منٛز تیار سپدان، اِو موکھہٕ اُسی گرٕسی اڈوندے[8] گوٗنگُل کران، از تہِ چھِ اَتھ سلسلس منٛز یہِ گنڈتی مٔوجوٗد زِ سونتہٕ گرٛ ڈھِنہٕ وُچھن کنبہٕ رس[9] تہٕ ہرٕدِنہٕ نیچرس[10]۔

دانہِ اوس پوان ووترٕ[11] وٗن یُتھ ہرٕدِ شیٖن پینہٕ بروٗنٛہے لونہٕ تہٕ وُٹنہٕ ییہٕ ہے۔ یوہے وجہ چھُ زِ وہسکھ رہتہٕ یُس کاٗشرِ سنہٕ تہٕ کاٗشر بو رہتو مطاٗبق ورٕی یک گوڈنیک رہتھ بلکہِ یہٕ وٗن بہار آسان چھُ، بروٗنٛہے اُسی ژٕتھرس یا پھاگنس منٛز گوٗنگُل کران تہٕ دانہِ وَوان ییٚلہِ زَن وُنہٕ وندے آسان اوس۔ اَمہِ دوہ اُسی گرٕکی ساٗری ہاٗژ شادِ بران، دوہٕ زٕ دوہ بروٗنٛہے اُسی لِوان ڈُوان، پلو دلو چھلان، زنتہٕ دوے آسان اُس، نِکی بڈٕی اُسی ژُنٛبھلان[2] تہٕ ژہنگان[3]

بُجہِ ملجہِ آسہِ مُلکس خلقس دعائے خأر کران ، پگہہ أسی رُت پہن کھین چن
کران تیار۔ گرُک زیٹھ اوس البأنی نکھس پیٹھ ٹلان۔ زٕ نفر أسی بروٗنہہ
بروٗنہہ داندن گدامہِ رٕٹتھ پکناوان ، خدشہِ اوس روزان زِ زیٹھِ زہمتانہٕ پتہٕ
گانہٕ منٛز نیرتھ یم داند گرٛھی نہ لڈأے لائگنی۔ ڈوٗنی کرٛ ینٛچلا بادام دٕ جاہ ،
توٗ ومُت توٗ ملہٕ سیراہ تہٕ أسی ستی ٹلان ۔گامِدس [14] کھہس منٛز اوس گریوٗس
داندن الہٕ [15] ساز شیران ، ہرگہہ أمِس گرٛیسی تِس دوٚنہٕ وَے داند پنہٕ نِ آسہٕ ہن
، تیٚلہِ اوس نہٕ داندرلاونک مسلہٕ گرٛھان پأدٕ۔ ووٗنی ہرگہہ دون گریستین ہٕنٛدی
زٕ داند آسہٕ ہن ، یمن الہ سود کوٚرمُت آسہِ ہا ، وو پرأزی موکھ أسی نہٕ تم سہل
سہل رلان ، یمن اوس نہ پانہٕ وأنی نکھ [16] رلان ۔داندرلاونچ یہِ ہود ہر [17] آس
گرٛیسی تِس ٹلان وُ بوُدُر ۔ داند أسی لڑأے مِلہٕ وان تہٕ الہ ساز تہٕ اوس
پھُٹان تہٕ گریوٗس تہٕ گرٛھان چھوکہٕ لد۔ باضے اوس أ رِکس داندس روٗنکھ
نیرتھ گوٚھان یاہہنگ بیتر پھٹان ۔ اَمہِ غأیلہٕ ستی اوس گرٛیسی تِس یہٕ ڈٕپی زِ ماتم
پیوان ، یہ صوٗرتِ حال اوس سُہ پنہٕ والہِ وٕری یہِ خأطرِ منحوس تصوٗر کران۔ پتہٕ
أسی تِس داندرلاونس واراہ دوہ لگان یتھِ پأٹھی اوس نہٕ سُہ خوش خوشال پأٹھی
گوٗنگل ہبکان گرِتھ۔ باضے اوس کانٛہہ کانٛہہ گریوٗس آچھرِ [18] ہکھر وانہٕ
کڈٕ نک [19] اپریل [20] اَنن وول کار گوڈ سونتے بدس نوان ، أتھی اوس نوان گوٗنگل
مُجرا۔ آچھر بن ہکھرن وون [21] ہیچھ نأوِتھ اوس نہٕ تِس بیٚنس ستی الہٕ سود کرُن
پیوان۔ بروٗنہہ کالہِ اوس الہِ سود کرنس منٛز سونیٹ [22] کرٕنی پأٹھی پیوان احتیاط

ورتاوُن پچھیر کھتہِ کڈُن تہٕ آپچھُر ہکھُر وانہِ کڈُن چھُ یہِ ڈٔپِ زِتہِ پکس دلل تُلہٕ نس برابر۔ اما پوٚز داندنہٕ رلہٕ ٹک یا آپچھِری ہکھر وانہِ کڈنُک یہِ روزِ بداوس نہٕ سارِنے وچھُن پیوان۔ اکثر گرٕیسی اٚسی گاٮ۪دی دجہِ منٛز داندن الہٕ ساز چاران تہٕ خوٚشی سان ہیوان زمین واٮ۪نی اَمہِ وِزِ اٚسی اَتہِ حق ہمسایہ، شُری مُری تہٕ پوٚری [۲۳] وال جمع آسان، نکھٕ نکھٕ دجن ڈٲرِبن منٛز تہِ اوس گونگُل چلان، گرٕیسی باے اٚس ڈٲنی بٲگران بادام بٲگران۔ مختلف علاقن اندر اٚسی وکھرٕ وکھرٕ رواج، کُنہِ اٚسی تِلہٕ تہر بٲگران، کُنہِ اٚسی توٚ ومُت توٚ مُل البانہِ پھرٛ اٹس منٛز چھکران، کاجُک بتہٕ اوس پجہِ کبتھ واتان اٲری۔ نہ صرف انداین وول بلکہٕ گرِکی بٲژتہِ اٚسی کُنہِ بجہِ بیرِ پیٹھ یا کھہہ پینٛجہِ پیٹھ کُنہِ آبہٕ چھوٚلس نکھٕ یا کولہٕ بٹھِس پیٹھ ویرِ وارس منٛز نتہٕ بید مُشک کجہ تل بہتھ گونگُل کھیوان۔ عام پٲٹھی اٚسی زَگ [۲۴] بتہٕ تہٕ گاڈٕ رنان۔ ڈٲنی بٲگراونُک رواج چھُ از تام چلہٕ ون۔ ''گونگُل ڈٲن'' چھُ اکھ محاورٕ تہِ کانٛسہِ صحت مند موٚٹِس دروٚٹِس تہٕ چاق وچوبند انسانس چھِ ونان زِ گونگُل ڈٲن ہیوٚ چھُکھ۔ اَتھ چھُ خاص وجہ زِ گونگُل کرنہٕ کِس موقس پیٹھ بٲگراونہٕ خاطرٕ اٚسی پوٚختہٕ، بُڈی تہٕ رٕژِ زٲژہٕندی ڈٲنی ہردے یوان ژٲرِتھ تھونہٕ تہٕ یموے ڈونہٕ منٛز اٚسی سونتہٕ کاٮ۪لی کینٛہہ کینٛہہ وَونہٕ تہٕ یوان وارِبن منٛز باغن منٛز تہٕ وٮ۪نن [۲۵] منٛز۔ یمہٕ ے ڈونہٕ منٛزٕ اٚسی کینٛہہ لۆکھ پنہٕ نٮ۪ن شُربن ہُنٛد زِڈمس [۲۶] کینٛژَن ڈونٮ۪ن بیوٚن بیوٚن ولان تہٕ مَس ہیتھ وارِبن منٛز ووان، یمن ڈونٮ۪ن یم گُلہٕ بان اٚسی تمی اٚسی زٕڑٕ گلہٕ ونان۔

سونتہٕ سالہٕ پتو | اول سۆل کھتو
سونتہٕ سالہٕ پتو | گُتر جہٕ ستی پتو
پھُلے باغہٕ چھُ تو | سونتہٕ سالہٕ پتو
گونگُل ڈۄنی کھیٚیے تو | سونتہٕ سالہٕ پتو

(شُری بأتھ، کأشرِ لُکہٕ بأتھ جلدٕ ۱۰)

ژھأ گر لشہِ نےٚ منز ڈۄنی دوو۲۷ تھویو
وَوِیو بہٕ سِثرٕ وارِیےٚ منز

(زڑ کاسنہِ)

کلھُم پأٹھی أسی أتھی رسمس گونگُل ونان، گونگُل چھُ گریسی کارس، سارِیےٚ وُرِیہٕ خأطرٕ دس تُلہٕ نُک رسم، گونگُل اوس ونِدٕ کہِ کرِتچھرٕ تلہٕ وارٕ کارٕ نیرُنک تہٕ نوِ زندگی ہُنٛد ٔ سلابہٕ کرُنک دوہ۔ یہ اوس گریسی کارُک ٔ سلابہٕ کرنس ستی ستی جشن بہارتہِ۔ دجن ڈۄ رہن منز تازٕ ہواتہٕ پوشہِ پھُلے چھاوُنک ویلہٕ وندٕ کی نارٕ تتی شہلاوُنک وق۔ گونگُل لفظُک لغوی معنہِ چھُنہٕ معلوٗم، کأشرِ ڈکشنری منز تہِ چھنہٕ اَتھ لفظس جاے میج مژ۔ اماپو زامہِ رسمُک نیب چھُ اَسہِ نیل مت پورانس منز تہِ میلان، راج ترنگنی منز تہِ تہٕ حسن شاہ کھوٗیہ ہأمی سندِس توأ ریخس منز تہِ۔ اَمِکی ژھایہ گتی چھ بدس لُکہٕ وۄترِ علاوٕ کأشر صوٗفی شأعری منز تہِ موجود یہ چھُ سانہِ ثقافتُک، لوکہٕ تےٚ نہ صحی مگر اہم حِصہٕ رۄ دمُت۔ نیل مت پورانس اندریم 62 تہوار گنڈِل پأٹھی مناونہٕ پینگ

ہدایت کرنہٕ آمُت چھُ، تِمن منز چھا کھ ''کڑ سیار مبھا'' تہٕ، اَمیُک مطلب گو زمینداأری شروٗع کرنُک رسم۔ برہم ویشمپاین چھُ راژ جنمے جےٚ یَس ونان زِ ''کسمیرایہ[۲۸] ہنز کنہِ موٗرت گرٛتھ بناوٗنی پھاگن رتچہٕ اُٹھمہ رأژ گوٗھن زنہِ اَتھ مورتی پوٗزا کرنہِ، اَمہِ رأژ گرٛتھ یہ موٗرتی چھلنٕی چھکنی، پلو، پوشہِ گوٚنڈی، گاوٕ ودوس بناوی مٕتی چیز، پشہِ مُت تہٕ اپیُوشمُت توٗمُل گرٛتھ اَتھ ارپن کرن۔ ساتھ وُچھنأوتھ گرٛتھ زمین واتِنی، اَمہِ دوہ گرٛتھن سأری پان پأراوِنی، شُری بأژ ہیتھ گرٛتھ کھہس منزس رُت کھین چن کرُن، گیوٚن، گِنڈُن تہٕ نژُن گرٛتھِ ہمیشہِ شوقہٕ زوقہٕ مناونہٕ یُن''۔ (نیل مت پُران، انگریزی ترجمہٕ ڈاکٹر وید کُماری، شلوک 550، 567 تہٕ 568 منز ژھوٹرن)۔ تِتھے پأٹھی چھُ راج ترنگنی ہِنڈِ مُطالہٕ سِتی تہِ معلوم سپدان زِ کأشرٕن چھُ بتہٕ کھینُک عادت سبٹھاہ قدیم زمانہٕ پیٹھ اوسمُت۔ دانہِ اوس ژھتھرس منز وونہٕ یوان تہٕ بأدرس منز یوان لوننہٕ۔

سلطان شمس الدین شاہمیر بیٹھ 743ھ منز تخٹس، أمی کوٚر أکھ نوٚ وسنہٕ ایجاد، یمیُک ابتدا سلطان صدرالدین رینچن سِنزِ تختِ نشینی ہندوٕ رکہ پیٹھ سپدان چھُ تہٕ یہ چھُ 725ھ رتبن ہنڈی ناو تہٕ آے کأشر مزاژ تہٕ ماحولہٕ مطأبق بناونہٕ۔ مورخ حسن شاہ سِنزِ مطأبق چھ کأشرٕن رتبن ہنڈی ناو یزدجردی سنہٕ کیو رتو مُطأبق بناونہٕ آمٕتی۔ دپان یزدجردی سنہٕ چھُ فارسی سنس سِتی ہشر تھاوان۔ کأشرٕ سنک گوڈنیک رتبھ چھِ ''دُمبھ'' أتھی رتبس

منز چھُ وٗری یک گوڈنیک بۆڈ دوہ ''سونتھ'' یِوان۔ بقول حسن شاہ کھوٚیہامی ــــ

''نوروز ایں سنہ درسن ماہِ حمل بروز چیت سودی سوم مقرر ساخت وآں روز را سونت نام نہاد کہ مردمانِ کشمیر مراسم آں روزِ مثل عیدین بجامی آوردند'' (تاریخ حسن حصہ اول)

ترجمہٕ :- اَمہِ سَنٕک نوروز کوٚرُن حمل رہتٕک چیت سۆدی ین ترٛییمہِ دوہ مقرر تہٕ اَتھ تھوٗن ناو سونتھ، یُتھ کاشرٕ اَمہِ دوہ عیذ ہٕنٛد بن دوہن ہٕنٛدی پاٹھی رسم بجاہ اَنن (ترجمہٕ ڈاکٹر شمس الدین احمد)

مرحوم اقبال ناتھ ونپوہ چھ اَتھ دوہس متلق لیکھان ــــ ''کلینڈرُک بجر چھُ اَتھ اَمہِ کِنہِ زِ اَمہِ دوہ چھُ سِرۍ یہ خط اِستوا ہس پیٹھ واتن تہٕ شمالی نصف کُرس منز (یتھ اندر سورُے ایشیا واقع چھُ) اژُن ہوان۔ زمیندار چھِ اَتھ دوہس مانان پھروس تہٕ امی دوہ چھ زمیندارٕی ہُنٛد ڈٕسلابہٕ کرنہٕ خاطرٕ سبزین ہٕنٛدی بیالی ودان۔ یہ چھُ کاشرِ ن زمیندارن ہُنٛد تہِ بۆڈ دوہ تہٕ اَتھ سِتی آو اَتھ دوہس بیاکھ بجر تہِ باگہِ سُہ گو اہل تشعیہ لکن ہُنٛد چھُ یہ عیدِ نوروز......''

(چلے کلان، تیمبر، تہٕ نوروز، شیرازٕ جلد 7 ص 4)

گونگُل لفظ چھُ سانہِ کہِ یاہ صوفی شاعرو تہٕ آدرشی گونما تو مختلف معنہِ ین منز پورٕ ماری منز پٕ سان ورتو ومُت ہتہٕ بٔڈی وٗری پرون شیخہٕ شرۆک اَسی تن یاوٗہمہِ صدی ہُنٛدِس احمد راہ صابن سِری شعر اِظہار، لفظ گونگُل چھُ دلچسپ فنکاری چھُہہ دِتھ سِری اظہار خیالہٕ خاطرٕ ورتاون آمُت مثلن

آدن سونتھ چھُے ژین اول تے

برونٹھ گرِ رُت مال پٔنن تھاو

پتھ تِتھنہٕ گژھکھ سونتھ چھُے ژھل تے

یُس کرِ گونگُل سُے کرِ کڑاو

(حضرت شیخ نورالدین ریشی)

دردے گونگل کرِ یُس بہارے

مردن تی کارٕ بارے

ہردے بأ گرُن ہیٚیہٕ انبارے

گٔرتس گژھِ پنڈار

(احمد راہ)

تِتھے پأٹھی چھُ فوک لورس اندر تہٕ یہِ لفظ پننہٕ معنہٕ تیٚج سأئلم وُسعت تہٕ وہراوہتھ نظرِ گژھان، مثالے یتھ وَنہٕ وَن ہُرس مژٕ ے

سونتہٕ کوٚر گونگُل تے ہردِ کوٚر نووُیے

وأنہٕ دت بوٚوُیے شاہ وُگے

چھِ تم ژور لفظ بلکہٕ اصطلاح ورتاونہٕ آمٕتی یم سانہِ توأریخکہِ تہٕ ثقافتکی اہم جُزروٗ دِیٕتی چھِ۔ گونگُل چھُ زمیندأری ہندِ ڈسلائک تہوار تہٕ نوٚو کرن چھُ بیا کھ رسماہ یُس گامن اندر تمہِ دوہ پالنہٕ یوان چھُ ییٚلہِ گرہسی وٕری یس کمأے گٔرتھ، دانہِ چھوٚ نمبتھ چھأنتھ نووِ بتہٕ کھیوان چھِ۔ وہرس اندر ییٚلہِ نوسبزی یہِ

تیار چھِ سپدان، تمہِ دوہ تہِ چھُ نوٚ دیوان کرنہٕ۔ تِتھین موقن پیٹھ چھِ پیر صائب رنز نادنہٕ یوان۔ نِو فصلہٕ منٛز چھُ کینٛہ ھامقامی آستانس نیاز یوان دِنہٕ، موردن چھِ فاتحہ سوزان، پروردگارس کُن چھُ شکرتہٕ ثنا کرنہٕ یوان۔ وآنہٕ دَت دٕ پتھ گواتوٗل تہٕ بےٚ توٗل پاٗداوار، گتُل فصل وننہٕ چھُ یوان راز وینادت اوس 531ب منٛز کشیرِ ہِندِس تختس بیوٗٹھمُت۔ حسن شاہ کھوئیہامی چھُ رتنا کر پورانک حوالہ دِتھ لیوٚکھمُت زِ سُہ اوس سبٹھاہ نیک تہٕ رعایا پرور راز، زمینس اوس پزنہٕ پیٹھی پاٗداوار بوان، امن وامان اوس۔ اوے چھِ از تام یہ تلمیح چلہٕ وٕنی روٗزمٕژ زِ ییلہِ فصل زیادٕ بنہٕ، پاٗداوار ہُر یمانہٕ نیرِ، دپان یہُس اوس وآنہٕ دت فصل۔ شاہ وُلگ چھِ اکھ داں زاتھ اُسمٕژ ییمیُک بتہٕ صرف بڈٕہن مہنوین نصیبس آسان اوس، اَمیُک تومُل اوس نرم تہٕ پرٛون آسان، یہ زَن حضرت شیخ نورالدین ریشی ہِندِ ییمہِ شرُکہِ تلہٕ تہِ نَنان چھُ۔

نُندبن ہٕتمن سَنٛز کران رٕسی زے

زَن دِزے شاہ ولگہِ کنٛز

ڈٕھمن ہٕتمن سنز کران ژٕسی زے

اُژی زِ نہِ تمہِ نٕبن بانن منٛز

یتھِ پاٗٹھی چھِ وَنہٕ وَن واجینٛی اَتھ ہُرس منٛز ونان زِ ــــ ''اَسہِ کوٚ رسونتہٕ گونگل تہٕ ہرِد چھوٚنمیتھ چھاٗنتھ کھوٚنوِ تو ملک بتہٕ، توٚ وکرُنک رسم پول، شاہ وُلگہِ دژ اویہُس پزنہٕ پیٹھی پاٗداوار۔''

زراعتس متعلق سائینسی بُنیٖادن پٮ۪ٹھ سپدن وٲلؠ نٔوی تحقیقن بدلاوۍ
گرٕہسی کارٕکۍ وارِیاہ طور طریقہٕ۔ نٔوی بیاٖلۍ آے تیار کرنہٕ، وونی چھِ تتھۍ داں
بیاٖلۍ تہٕ یمن ہُنٛد فصل گُنہِ پانٛژن تہٕ گُنہِ گُنہٕ ساڑٕنے ژورن رتن منٛز پپان
چھُ، وونی چھُنہٕ کانٛسہِ گرٕہسی تِس ٹکہٕ ہارِ شپنہٕ الباٲنی تہٕ داند ہیتھ کھٕہس پٮ۪ٹھ
نیرُن پیوانَ، تکیازِ زمین چھُ ٹریکٹرو سٟتۍ واینہٕ یوان، تھٕج نارٕبن اندر چھُ
سورٕ ونہِ زیٹھٕ بیول ووہنہٕ یوان۔ اَوٕ موکھٕ نہ چھُ پرٲنی پاٹھۍ گونٛگل یوان کرنہٕ
تہٕ نہ چھ سونتہٕ کبہٕ رس منٛز زمینداری شروع سپدان تہٕ نہ چھ الہٕ سازٕ ے
ژھارُن پیوان۔ وونی گوتھٕج نارٕبن منٛز بیول وَونہِ دوہ چھِ تلہٕ تہر بناوان
بلکہِ بیول چھِ زٕ ژور دوہ برونٛہہ آبس منٛز تھاوان گُنہِ بوہرِ منٛز یا ٹھیٛچہ ژُرس منٛز۔
اَمہِ دوہ تہٕ چھ جان پٲہن سیٖنا رنان، اوکھن صابس بتہٕ دِوان، تَس اَتھِ فاتحہ
پرناوان تہٕ تَس ہٕدی یہٕ دوان۔ لاوِس ۲۹ سوٗنس، زامترس یا ہیٚمس ننتہٕ قریبی
رشتہٕ دارو منٛز کانٛسہِ کانٛسہِ چھ کالس پٮ۪ٹھ دعوت تہٕ دوان۔ یہ دعوت چھ یہٕ بیول
آبس تراوٕ نکہِ دوہ ننتہٕ تھٕج نار منٛز بیول وونکہِ دوہ یوان دِنہٕ۔ تہر چھِ کھٕہس پٮ۪ٹھ
تھٕج نارِ نِش باگراوان تہٕ اَتھ چھ بیاٖلۍ تہر ونان۔ یتھٕ پاٹھۍ آو ساسہٕ بدبو
وٲری یو پٮ۪ٹھ چلہٕ وُن یہ رسم موکلان موکلان تہٕ چھکِرس روٗد اَمیک کرینٛزٕ ے
یوت باقے۔ گرٕہسی چھِ وونی نوروز اَژِتھ وارٕبن منٛز بیاٖلۍ وَوان تہٕ گُنہِ ووسہٕ
دروسہٕ ورٲے نوان گونٛگل مُجراہ۔ گوٗری چھِ گرٕ پتہٕ گرٕ گوٗھتھ گوڈٕ سونتہٕ داں
مانگے سوٗمبران یا کھار، ناید، پھان تہٕ بیٖیہ بیٖیہ عائسہٕ دِچھ گرا کن نِش مانگے

سومبران تہٕ أتھی چھِ دپان اَسہِ کوٚر گونگل ۔ دوٗر کنجہِ گامن اندر یور نہٕ وُنہِ ٹریکٹر ووت، ییتہِ وُنہِ وٕتھہِ بیالین[۳۰] ہُندُ رواج چھُ، چھُ پرأنی پأٹھی کُنہِ کُنہِ جایہِ گونگل کرنہٕ یوان ۔ طأیفہِ درَن ہُند گرأ کی[۳۱] طریقہٕ تہٕ چھُن سوٗرُن ہیوٚ تمُت، ووٗنی چھِ اکثر کار نقدس پیٹھ سپدان ۔

☆

---

1 لاگُن گوٗ کُنہِ زمینہٕ ٹکرس پیٹھ زٔمیندأری کرِتھ فصل ووپداوُن تہٕ لاگنے گو لاگُن ، زمیندأری کرٕنی ۔

2۔ ییلہِ ژلہِ وُنہِ وندٕ تہٕ یہٕ وُنہ سونتہٕ سنہِ رن تہٕ ژھایہِ ہلین منز شین چھُ گلہٕ نے آسان تہٕ تھزرن تہٕ ژرن چھُ گوٚلمُت آسان، أتھی چھ ونان ٹچہِ ہأرس ٹینس منز ۔

3۔ لوٚن، ارچوب چھ زمین کھنہٕ نکی اوزار، ارچوب گوٚسہ اوزار ییمہِ ستی میٚوٕ ار کرنہٕ ییہِ ۔

4۔ گاسہٕ رز وستی ووہنہٕ آمرٕ تنگ تہٕ زٕ ہٕتھ بُہری ہش ۔

5۔ ربہِ بناونہٕ آمرٕ مُٹ ۔

6۔ بأج وَٹھ، دون گرہستین ییلہِ برابر برابر زمین آسہِ داند آسکھ اَکھا اَکھ الباأنی چھنہٕ ہبکان اَکُے داند پکہٕ ناأوِتھ اوٗ موکھ چھِ یم گرہسی زٕ داندن بأج وَٹھ کران ۔ یہِ کرنہٕ خأطرٕ چھُ قسم تہٕ وعدٕ کرنہٕ یوان زِ اَکھأ کرِس دمونہٕ دغا ۔

7۔ ییلہِ وُنہِ نصفے وندٕ مو کلیومُت آسہِ ۔

8۔ کیوٚن مطلب گوٚ اوٗذر، سر ہہ دار، ربہِ دار تہٕ کینہہ گو ییلہِ نہٕ زمین پوٚرٕ پأٹھی خُشک آسہِ گمٕ، وٕنہٕ آسہِ ربہِ دارٕ ے، پکنہٕ ستی آسبس لتھ بوڈان ۔

9۔ نیوٚل، خام فصل یُس پیہ نے آسہِ ۔

10۔ پتھ کالہِ أسی نہٕ عام پأٹھی کھہن اندر داں تھل رُوان بلکہِ أسی گوڈٕ سونتے سارِنے کھہن منز دانہِ وۄان، کینہہ دوٗ ے اُسس لتھ دوان تہٕ وٕرٕ لیس اُسس ژورننہٕ کران، کھہن اندر یَتھ یَتھ جایہِ گوٚن دانہِ کھسان اوس، تتھ تتھ جایہِ أسی أڑی گلی کڈان تہٕ تتنہِ رن رُوان، اتھ عملہِ أسی ونان گوڈٕ رودٕ کرُن تہٕ سونتے ییلہِ زٔمینس بیول ووان أسی، أتھی أسی ونان ووٗترٕ تہٕ تہٕ زیٹھ تہٕ، یوٚ ہے اوس اللہ پلہٕ ستن ربین تام پپان ووٗنی چھِ نوہنہٕ داں زٕ أ ژ، مأدأنی علاقن منز چھنہٕ

ووتُر وواہنے کانہہ بلکہِ چھِ ووڈٕ زیٹھ رتبس منز تھٔج نار بن منز داں بیول ووان تہٕ وٕ ہ پنز ھ دوہ گرٕ ھتھ چھِ تھل گرٕ ھان تیار، یُہے تھل چھُنے کھہن منز رُونہٕ یوان۔

13،12۔ووڈٕ تُلنہِ تہٕ گنڈُن نٕژُن۔

14۔داندوٚ ستی زمین وایِنہٕ خأطرٕ گرٕ ھِ واراہ سامانہٕ آسن مثالے البأنٕ یا آلہٕ، البانہِ کیٛتھ شُستر پھال، زیوٚٹھ لانٛز، پیٚٹ یوسہٕ داندن گردنہٕ پیٛٹھ روزان چھ تہٕ پچہٕ دون اندن دون ترمَن اندر پھسأوِتھ زٕہمہٕ، ہم چھِ اکھ آنچہٕ ژومرٕ کھُلہٕ بُج آسان، یمن ہمَن ہِنٛد بن ترمن منز گنڈتھ زأویُل مگر دوز پاہن پَن یِیمہٕ ستی داندِس گردنہٕ گنڈٕ چھُ یوان کرنہٕ۔ لانزس ستی بند روزنہٕ خأطرٕ اکھ دوز کلہٕ گرِتھ ژیرو بُج یتھ اہہ بُج ونان چھِ، یتھے پأٹھی اتھ کجہٕ منز پھسأوِتھ دالچ وُٹھتھ رزیتھ قلم ونان چھِ تہٕ الہٕ بانہِ لٔتس پیٛٹھ اکھ تھپھ یتھ زَن لأری اَتھ چھِ ونان، داندن زیرٕ دِنہٕ خأطرٕ تہٕ لاینہٕ خأطرٕ دالُک ہاٹھ مطلب کجہٕ ہش وُٹھتھ تہٕ دونتھ ڈررز۔ اتھ سأری ہے سامانس چھِ ونان آلہٕ ساز، چیٖزن ہِنٛدی ناو ہکن مختلف علاقن منز مختلف اَستھ۔

15۔محبت۔اُکی ہے جایہٕ آسنہٕ کنہ ماے محبت آسُن۔

16۔پریشأنی، منگہٕ دگ۔ 17۔لوٚ کٕٹ ہیچھ ناوٕ نے، تبلنگ۔

18۔زمین وایِنیٚ ہیچھناوٕنی۔ 19۔اِرانن، تنگ کرُن، جیرٕ

20۔وون گوڈ ائریکشن زٕ اکہٕ اند پیٛٹھ کتھ اندس کُن گرٕ ھن داند۔ تہٕ واپس کتھبن چھِ پھِرنی۔

21۔دون سوٚنبن ہِنٛدِ رِشتٕچ نزاکت تہٕ استقامت۔

22۔محلہٕ وألی، پورِس منز روزن وألی۔

23۔اکھ پرأنی داں زاتھ زگ تہٕ زٕ گڈٕ اتھ دانبس اوس دبل دوٚ ر آسان مگر تومُل اوُسس ووزُل تہٕ لذیز، اَمیُک بتہٕ اوس ووزل رنگہٕ گرٕ ھان۔

24۔ دوسہِ دیوارٕ ورأے میوٕ باغس أسی بروٚنہہ کالہِ "وٕنی" ونان۔

25۔ زاشُری سُند گوڈنیک مَس کاسہٕ نس چھِ ونان زٕڑ کاسنہٕ۔

26۔ دوٚد بمعنی داہ۔

27۔ کسمیر اگے کشیر۔

29۔ لو و معنہٕ چھُ اَتھ لفظس تازٕ، نرم، کمزور، دوٚیو شخصویٚلہٕ تازٕ تازے رشتہٕ کوٚ رمُت آسہٕ، یتھ زمانکی سرد وگرم وُچھنے آسن دِپان یمن چھُ نووسونیٹ یالودسوٚنی۔

30۔تم پرأنی داں بیاٚلی یمن گنڈٕ اُس دڑٕ آسان، یمن ہُنٛد دلنہٕ چھونبن تہٕ مُنٛن مُشکل اوس

آسان۔ یِمن ہُنٛد فصل تیار گوٚژھنس سَتھ اُٹھ ربتھ لگان اُسۍ، تِمنے اُسۍ وبٹھ بیاٚلی وَنان۔

31۔ قدیم زمانس منٛز اوس انسان جنٛس بدل زندگی ہٕنٛدِ ضروٗرتکی چیز موٚلی ہوان، وونۍ چھِ نقدس بدلہٕ چیز ہینہٕ کِنہٕ یوان، امابوٚز گامن اندر چھِ وُنہِ تہٕ جَنٛسس بدلہٕ چیز ہینہٕ کِنہٕ ہینہٕ کہِ رواجکۍ پھٹہٕ پھرٛ اٹہٕ نموٗنہٕ موجود۔ دوٗر کَنٛجہِ گامن منٛز چھِ لوٗکھ ازتہِ دانبس، تومُلس، مکایہِ تہٕ وِنٛکس بدلہٕ دوکانو پٹھ چیز موٚلی ہوان۔ طایفہٕ طاۓفہٕ درچھِ وٚریس گرٛہسی ہنٛز کاۓم کران تہٕ ہردٕ چھس دانہِ ہوان یِیمیُک مبقدار سونتے مقرر آسان چھُ کرنہٕ آمُت، یِم طاۓفہٕ درچھِ گریستین گراکھ وَنان۔ یِمن طاۓفہٕ درن منٛز چھِ پٔنٛز پٔنٛز گراکھ، وٚریس معاوضہٕ رُستے کاۓم کرنس تہٕ ہردٕ گرہستس نِش جنسہٕ رٔنگۍ معاوضہٕ ربٹہٕ نِکس اتھ سلسلس چھِ وَنان گراٛمۍ۔



# پھرٛوو

مٹن سریہ پیٹھ پہلگام گژھن واجنہِ سڑکہِ ہنٛدِ ژھنہٕ پاسہ چھےٚ سیرٕ تہٕ ساٸلی (سأٸلیہ) گاموٚ منٛز نیرتھ اکھ وُڈٕ رشروٗع سپدان۔ اَمہِ کہِ دأمنہٕ داٸمنٛی چھُ لیٚدرٕ[1] ڈٕری یاو وُہری ڈٕری لیس گریزان۔ اَتھ وُڈٕ رچھِ ونان عش وُڈٕر۔ ریٚشی نامن منٛز چھ درج زِ قدیم زمانس منٛز چھُ اَتھ وُڈٕ ریٹھ شہر آباد اوسمُت۔ رازٕ لیش سین یا عشوش چھُ أتھی شہرس منٛز روزان اوسمُت بلکہِ دپان یہ شہر چھُ تسٕنٛزٕ رازٕ دأنی اوسمُت، رازن أس اَتہِ اَکھ گو پھتہِ کھنہٕ نأوِمژ۔

روایت سیر والوٚ گرِ تیتھے پأٹھی
خبر بروٚنٛہِم ژٕنِھ ڈ[2]سھکھ یتھے پأٹھی[2]

یہ کیٚنٛہہ ڈیٚوٹھم مےٚ تأرٕ یخن تہٕ باوےٚ
تھوکھ یوٚد گوش دِل سأرِے ژٕلی کھےٚ

وُچھم فتحاتہٕ[3] سےٚ بیٚنہِ نور نامس[4]
دِگر سید علی[5] لیکھن چھُ نامس

چھُ بابا حاجی ادھم[6]، خواجہ اعظم[7]
لکھن اسرار الابرار اے مُکرم

چھُ در تاریخ شایق[8] وارِ فایق
لکھن میر سعد اللہ[9] سأری چھ لایق

شہا اوس پرانہِ وقتہٕ نام عیشوش
مقامس[10] منٛز بسن باحشمت وتوش

دپن نام عش وُڈٕ رتھہندِس مکانس
سبتھاہ تعمیر کٔرٕمتی تتھ زمانس

(ریشی نامہ زین الدین ریشی مولفہ مولوی غلام مصطفےٰ)

أتھی عش وُڈٕ ریٹھ چھُ مرازُک اکھ مشہور تہٕ بارستہٕ گام، عش مقام،

أتھی گامس منز چھِ حضرت شیخ نورالدینؒ ریشی ہنٛدِس خاص خلیفہٕ حضرت زین الدین ریشی ہنٛز زیارت أکِس جایہِ تھزرس پیٹھ۔ اوٚت واتنہٕ خاطرٕ چھُ گنہٕ ہیرِ کھسُن پیوان۔ زیارت چھےٚ عام ریٚشہ طرزِ تعمیرٕچ مأرٕ منز مثال۔ حضرت زین الدّین ریشیؒ صأبن کرأتھی بالہٕ لأز پیٹھ موجوٗد گوپھہِ منز حضرت شیخ العالم ہنٛدِ اِجازتہٕ واریہن ؤری ین عبادت تہٕ ریاضت۔

حضرت زین الدین ریشیؒ چھِ زأنہٕ شاہ، زأنہٕ موٚت سخی زین الدین بیترِ ناوو تہِ مشہوٗر۔ یہُنٛد سالِ وفات چھُ ۸۵۲ھ۔ پرٕتھ ؤری یہِ چھُ ہمہٕ وہکھ اکھ بوٚڈ بارٕ مالہٕ لگان تہٕ ریٚشہٕ ناموطأبق چھُ اَمی دوہ حضرت زین الدینؒ ریشیؒ صأبن یمہٕ دُنیامنٛز نقل کوٚرمُت۔ کأشرِ کلنڈر حسابہٕ چھُ وہکھ، بہارُک ابتدأ تہٕ زمستانُک اند۔ بعضے چھُ موسم واریاہ خراب آسان تہٕ عش مقامُک یہ مألہٕ چھُ ہمہٕ وہکھ بدلہٕ ہمہِ زیٹھ یوان مناونہٕ، ووں گوو ہمہِ وہکھ چھِ توتہٕ درودو اذکار تہٕ ختمات بیترِ اداسپدان۔ وورُس چھُ دۄیمہِ رہتہٕ لگان۔ اَتھ وورسس منز چھِ ساسہٕ بدٕ لوٗکھ شأمل سپدان۔ الہٕ پلہٕ چھُ سورُے مرازیوان ژٕستھ، کشتوارٕ پیٹھ تہِ چھِ عقیدتمنداوروا تان۔

کٔشیرِ اندر چھُ سونتھ شروٗع سپدان سپدانے وورسن تہٕ مألن ہنٛد اکھ زیوٗٹھ سلسلہٕ شروٗع سپدان، یمن مألن چھِ عقیدتی اہمیت تہٕ تہٕ سمأجی افأدیت تہِ۔ یتہٕ چھِ گامہٕ پتہٕ گامہٕ بزرگن ہنٛدی استان۔ کٔشیرِ چھےٚ ریٚشی وأر تہٕ تہٕ ساداتن ہنٛز قرارگاہ تہٕ۔ لوٗکھ چھِ یمن اَستانن پیٹھ پرٕتھ وقتہٕ حأضری

دِوان ، ووٕنی گوو مائلن تہٕ وورسن پیٹھ چھےٚ لُکن ہٕنز رٕج لگان، لوکھ چھِ
عقیدت پیش کران ، نذر و نیاز دِوان ، دَشہِ گنڈان ، دَشہِ مُژران، کندٕ رِ
کران۔ سمأجی اعتبارتہِ چھ یِم مائلہٕ اہم تہٕ فأید مند۔ کٔشیرِ ہُنْد زیٖٹھِ زیوٚٹھ
وَندٕ چھُ اَسہِ سارِنٕے ویوٚد، پرٛانہٕ زمانہٕ أسی وندٕ أزی کھوٚ وندو کھوتہٕ زیادٕ
خطرناک آسان ، ہُپأری أسی لۆکھ مُفلس تہٕ پتھ کھورِ، أزی کہِ زمانہٕ چَن
سہولیٔژن ہُنْد ہکبہٕ ہن نہٕ تِم تصورتہِ کٔرِتھ۔ نہ آسہٕ سڑکہِ تہٕ نہ سڑکن پیٹھ پکن
واجنہِ گاڑِ ، نہ أس بجلی تہٕ نہ اوس میٹِھ تیل ، نہ اوس وندس منٛز سبزین ہُنْد بٹُن
ممکن، ہسپتال تہٕ ڈاکٹرتہِ أسی نہٕ کھمن چَن اوسنہٕ برابر بٹھان، اوے أسی
کأشرِی ہردے گأنی وأری[13] پھِرن اندراژان تہٕ تِتھ تِتھ وَندٕ کی شےٚ ربتھ اَرسَرٕ
کٔری کٔری تنبن[14] منٛزٕ ے گنذأرِتھ یِوٚ وُنہِ سونتہٕ ہوٚان اورٕ یور نیرن، یِم أسی
وندس پتجن لاران، لَشہِ گاشس أسی اَتھٕ کامہِ تہِ کران مگرٕ دِ ہہ تہٕ کرُل اوسُکھ
سیٖن پَرٕیٖن تھوان کٔرِتھ۔ ووٕنی یِم کأشرِی زیمستانہٕ منٛزٕ زندے دژ ایایہٕ، تِمن
اوس سونتہٕ ہواوُک شی شی تازگی بخشان، وندس دوران ڈٕ دٕ مٕتی جگر شیٖہلاوان ،
لاغر بَدنن نوٚ وزُوزہتہٕ دِوان ، أتی أسی تِم مأدانن وَنمن ، وِرِوارن تہٕ وَن چھِپھن
گُن نیرُن ہوٚان۔ وورسوتہٕ مألو کھوتہٕ أسی نہٕ تِمن اکھأ کِس سمکھنکی بارٕ
تعدادس منٛز جمع سپدٕنکی تہٕ اَکھأ کِس دوکھ سوکھ باوٕنکی زیادٕ بہتر موقہٕ ڈٕسی یاب۔
ہُپأری أسی لۆکھ ضرورتکی سامانہٕ یِمنے وورسن منٛز ہوٚان مُلی، أزکی پأٹھی أسی نہٕ
بازر آسان یَسلہٕ پأٹھی۔ استانن أندی أندی لاگنہٕ یِیہٕ والین عارضی بازرن

منز خرید اَری ءستی اوس ہینہٕ والین تہٕ کِنن والین دوشوٕنی وَنی دربن مالی فایدٕ سپدان حاصل یِم مالہٕ چھِ سانہِ تمدنکی حصہٕ، اکثر مالن چھِ تمدنی تہٕ تواریخی اہمیت۔ کلہم مالہٕ چھِ از تام عقیدتی تہٕ تمدنی علامژ ورٕنگی مناونہٕ یوان۔

کشیرِ منز مناونہٕ یِنہٕ والیو اہم ترین مالو منز چھُ عشِ مقامُک مالہٕ تہٕ اکھ۔ بروٗنہہ اوس یہِ مالہٕ روزان پانژن دوہن چلہٕ وٗن تہٕ ووٗنی چھُ تو تہِ ترٛین دوہن تام چلان۔ یہِ مالہٕ چھُ سونتس منز لگان، ییٚلہِ کولہٕ ڈٕر پھولان چھِ، وَنن منز چھانچھ گجبن گب پھٹان چھ، بریڈی مُشک گُجن یاوٗن لگان چھُ، کلیمہٕ پوش، ورِ کیٚمی پوش تہٕ ٹیکہٕ بٹنہِ پھولان چھِ، ہوٚکھی ہتس دژمنس نوٚو زُواژان چھُ، بادام پوش پھولان چھِ تہٕ ہوہس منز تازگی آسان چھےٚ۔ سونتھ چھُ سَنز تہٕ سامانہٕ ہیتھ یوان، یِس عشِ مقام ہوبن تھدبن تہٕ پُرفضا علاقن منز رٕ زِتھ سونتھ چھاوُنک موقعہٕ میلہِ سُہ ثیہنہِ پانے زِ کشیرِ ہُند سونتھ چھُ پزی پاٹھی الگ خصوصیژ تہٕ خاصیژ تھاوان۔ عشِ مقامچہٕ کو چھِ منزی چھےٚ شاہ کول[16] پکان، اَمہِ بون پہن پوٚختہٕ سڑکہِ اکہِ اَنٛدٕ چھُ لیٚدرِ ڈری یاوژھالہِ ماران، عشِ مقامہٕ زیارتہٕ پیٹھِ اورِ یور نظر تژ اونہٕ ءستی چھُ سورُے مراز یوان اُچھن تل۔ دوٗر دوٗر تام چھےٚ سُندرِ جہٕ پُھلے چشمن شبلتھ بخشان، عشِ مقامہٕ لگن والہِ اَمہِ مالہٕ خاطرِ چھ اَندی پکھی گامن ہنٛدی لوٗکھ بروٗنٹھے لاگان تیاٗری کرٕنی، چھلُن چھوکُن، لون ڈوٗن تہٕ باقے تیاٗری یہٕ چھےٚ سپدان۔ عشِ مقامکی روزن والی چھِ پنہٕ نین گرن منز زاٗریٚنن ہنٛدِ کھینہٕ چِنہٕ تہٕ روزنہٕ خاطرِ خاص انتظام

کران۔ ڈٕہمہِ وہسکھ شامہٕ پیٹھے چھِ وورسہٕ وأنی ، یمن منز کاندر، داندر، چنہٕ
چبیلہٕ وألی ، بیکری وألی ، کترو بانہٕ کنن وألی ، گندن تماشہِ ، پلودلو، خراسان بانہٕ ،
سٹیلکی چیز ، کھنہٕ چٕنکی ، پرٛتھ گُنہِ قسمکی تہٕ گھریلو ضرورٕتکی تمام قسمکی چیز کنن
وألی شأمِل چھِ ، ہوان عشں مقامہٕ زیارتس أندی پکھی وُڈٕ رپیٹھ تہٕ مٹنہٕ پیٹھ
پہلگام گژھن واجنہِ سڑکہِ دُپاسے یاشاہ کولہِ لائنی لائنی ڈیرٕ دِنی ۔ یہ سلسلہٕ
چھُ کٔہمہ تأریخہٕ تہٕ روزان جأری۔ اَمہِ دوہ شام تام چھُ عشں مقام تہٕ اَمیُک
سوٗرُے اوٗ ندپوٗ کھ آسان یہِ ڈٔلِ زِتہِ اَکھ رنگا رنگ تہٕ بارستہٕ بازر بنیو مُت۔
ٔہمہ صُبح پیٹھے چھ لگان لوٗکن ہُنز رٔج۔ أندی پکھی گامن ہندی لوٗکھ چھِ یوان
ووٕ کھلی تہٕ دوٗرِکی گاڈٕ بن منز۔

ربو أیتی تہٕ جدید پوشاک لأ رگتھ چھِ لوٗکھ یمن منز لوٕکٹی بڑٕی ، زنہِ مردتہٕ
بُڑ سأری شأمِل چھ آسان ، جمع سپدان۔ اَستانس منز چھُ بےشُمار رندرو نیاز
سپدان جمع۔ لوٗکھ چھِ شُربن زِڈٕ[18] تہِ اَڑٕ کاسان ، أڑی چھِ ڈٔشی مُزٕ ران ، أڑی
چھِ ڈٔشی گنڈان ، اکھ ووسہٕ دروسہٕ تہٕ ترٛپہٕ ترٛپ چھےٚ آسان ، زأیر چھِ اَستانہٕ
تہِ دِوان حأضری تہٕ سونتھ تہِ چھاوان۔ بٔہمہِ وہسکھ چھُ حضرت زین الدین
ریشی سُنٛد روزِ وصال ، اوے چھےٚ یہِ دوہ سوٗرتھ نمازِ عشا پتہٕ شب خوأنی شروٗع
سپدان۔ رأتی راتس چھِ زیارت گہس منز تہٕ عشں مقامس منز موجوٗد باتِہ
مسجدن منز دروداذ کارچہ محفلہٕ یوان آراستہٕ کرنہٕ۔ رأتی راتس چھِ چلان دُعا،
درود ، منقبت تہٕ وعظ محفلہٕ تہِ شبہٕ کس رٕکتس و ومیدوار سپدنہٕ خأطرٕ چھِ

یوان دۆر دراز علاقو پیٹھ فقیر، درویش، قلندر، بُزرگانِ دین مُبلغ تہٕ باقے عبادت گذار۔ زیارت گہس پیٹھ حاضری دِنہٕ وٲلی چھِنہٕ تُروٲہمہٕ وہکھ صُبح تام ماز کھوان۔ اَمہٕ دوہ صُبح پیٹھ چھُ ماز آسان یَلہٕ اَمی دوہ شامس چھُ لَشہٕ زۆل کرنہٕ یوان۔ دۆر دۆرتام نظرِ یِنہٕ والین لیّدرِ پتھرِ ہنٛدٕ بن الہٕ پلہٕ تمام گامن اندر چھِ لۆکھ ماداننِ اندر جمع سپدِتھ زۆل کران، دپان بروٛنہہ اوس پرٛبتھ کُنہِ گامس منٛز لشہِ زۆل سپدان مگر وونی چھِ گاسہٕ لٲوِ یوان زالنہٕ۔

زیارت گہس نکھہٕ تُروٲہمہٕ وہکھ شامن زۆل کرنُک یہِ رواج چھُ سیٹھاہ قدیم، واریہن لۆکن[20] ہُنٛد خیال چھُ زِ زٲنہٕ شاہ صابن اوس اَمہٕ دوہ اَکھ خطرناک دیو مور مُت، اوے تہِ چھُ شادی یانہٕ رٔنگی زۆل یوان کرنہٕ۔ اماپوٚز ریشی نامن اندر چھُنہٕ دیو مارنُک واقعہٕ زٲنہٕ شاہ صابس ستی منسوب بلکہِ چھُ وَننہٕ آمُت زِ

روایت سیرہ والو کٔر یتھے پٲٹھی  
خبر بروٚنٹھم ڈیٛنٛھکھ یتھے پٲٹھی

شہاہ اوس پرانہِ وقتہٕ نام عیشوش  
مقامس منٛز بسن باحشمت وتوش

دپن نام عش وُڈٕ رتھہندِس مکانس  
سیٹھاہ تعمیر کٔری متی تتھ زمانس

تہِنٛدے وقتہٕ دیواہ اوس درغار  
ستمگارا، مکارا اوس خونخوار

تمے وقتہٕ بُمہٕ سین پہلوانا  
بزور رُستم، قوی ہیکل جوانا

مُنجن یٲری پہلوانن زِ داور  
دیوس دب دِتھ جگر ژۆٹ تس بہٕ خنجر

(ریشی نامہٕ زین الدین ریشی مولفہٕ مولوی غلام مصطفیٰ، عش مقام چھاپ ۱۹۷۳ء)

قصہٕ چھُ یہِ زِ عشمقام چھ گوپھِ منز یوسہٕ راز عیشوشن کھنہٕ ناوِمژ اُس بیوٚٹھ اکھ خطرناک دیو، لیدرِ پتھرِ ہندِ بن سارِنے گامن منز روزن والین لوٚکن آو حُکم دِنہٕ زِ اکہِ اکہِ دوہ گرٚژھِ اکہِ گرُک اکھ جوان ژوچہِ یئٹ تہٕ کھٕڑ اکھ ہتھ دیوس نِش حاضر سپدُن، دیو اوس اُمس جوانس تہِ کھوان، کٹس تہِ تہٕ ژوچہِ تہِ ننگلان۔ گرن ہنزِ گرِ گئے وُجارِ۔ ہرگاہ کُنہِ دوہ دیوس نِش یہِ مقرر غذا واتہِ ہے نہٕ سُہ اوس گوپھِ منز نیرتھ گامہِ گوم تہراج تہٕ تباہی کرِتھ تھوان، بادشاہ سُند فوج تہِ گوو ناکام دیوس کاپہ اَنہٕ نَس منز۔ اِمو کھِ تھوٚن گرِ پتہٕ گرِ واری لاگِتھ، سارِی سے علاقس اوس پھرٕٹھ تہٕ دَم، اکہِ دوہ آو خبر کتہِ پیٹھ پہلواناہ ناواوُسس بُمہٕ سین، تمِ وُچھ اَکِس بجہِ ہُند کنٔے نچو ژوچہِ تہٕ کھٕڑ ہتھ دیوس کُن سکھران، بڑٕ اُس کران پانہٕ مور، گامی گام اوس ژھٹان باکہٕ، پہلوانن ییلہِ سورُے حال وُچھ دوٚ پنکھ از گرٚژھ یہِ دیوس کھمن ہتھ دژ او کھٕڑ تہٕ ژوچہِ ہتھ، اَتہِ کوٚرُن دیوس ستی دَب، بوڈ نو ونس خنجر تہٕ مورُن۔ پانہٕ گوو سائلی (سائلیہ) ناوِی گامس منز، یُس عشمقام بونے پہن چھُ، ناگس منز رَتہٕ پلو چھلنہِ تہٕ سران کرنہِ، اَتھ ناگس چھِ ونان پاپہ ہرن ناگ۔ اورِ یتھ کوٚرُس راژن سخ عزت تہٕ قدر، بلکہِ گرُنس حکومتھ حوالہٕ، لوٚکھ گئے جمع تہٕ سبٕٹھاہ دعایٔ خار کوٚرہس۔

چھُ لیوٚکھمُت بعضیو کینٛژن دوہن روٚد

خیافِن ہیتھ اَدِ تشریف نیوٚن زوٚد

لکھان بعضے کرُن تمیٚ پادشاہی
کڈِتھ عمراہ یہ عقبیٰ گوو سُہ راہی

(ریشی نامہِ زین الدین ریشی مولفہ مولوی غلام مصطفیٰ)

دیوٚ ہنٛدِ مارِ گرٛھنہِ ستی گوو سورُے علاقہِ آزاد، آباد تہٕ شاد۔ دپان تُرٛ وأہمہِ وہسکھ یُس لَشہِ زوٗل عش مقامہِ زالنہٕ یوان چھُ، سُہ چھُ اَمی شأدی یا ژٕنگ یادگار، اکی ساعتہٕ چھُ لیٚد رِپتھرِ ہنٛدِ ہن تمام گامن منٛز زوٗل یوان کرنہٕ، تھزٕ رَو پیٹھٕ نظر ترأوِتھ چھُ اکھ عجیب نظارٕ انسانس حأران کران۔ بروٚنہہ اوس یہ زوٗل مرازٕ کیٚن واریاہن گامن منٛز تہٕ ڈٕچھن پور، کھووُر پور، کُٹہٕ ہار تہٕ برنگ پرگنہٕ کیٚن گامن منٛز یسلہِ پأٹھی یوان کرنہٕ۔ عش مقامہٕ چھُ اکہِ اندٕ زوٗل یوان کرنہٕ تہٕ بیٚیہِ اندٕ چھُ دنبالہِ متیٚن، آتش بأزی کرن والیٚن تہٕ مأکہ متیٚن ہنٛد شور وشر آسان۔

دَنبألی سورنے تہٕ بانڈٕ پأتھر چھِ سانہِ کلچرٕ کرٕ حصہٕ، سونتھ یووُنے تہٕ وورسن ہُنٛد ٹھس لگہٕ وُنے اُسی بانڈ گامہِ گوم نظرِ گژھان۔

"وَن یاربن تہٕ دِوُدارن ہُنٛد شوٗ شوٗ یِیلہِ سونتہٕ کالُک پأغام انان چھُ، سَتِتی، کُتی جہِ تہٕ کوٗستوٗری چھِ ژٕنٛی نیران، کُلیٚن کٹیٚن چھُ بامن یوان۔ یوہے وق چھُ سُہ یِیلہِ زَن سانہِ کٔشیرِ منٛز گامہِ گوم دنبالہِ مُتی نژان تہٕ گندان چھِ، اَتھ وقتس پیٹھ یوسہٕ دنبألی گندنہٕ یوان چھے تتھ چھِ ونان "مألہِ دنبألی"۔ ازتہٕ یمن زیارتن پیٹھ

دنبائلی گندنہٕ یوان چھےٚ تم چھِ جناب حضرت شیخ نورالدین ولیؒ
ژرارِشریف، حضرت سخی شاہِ زین الدین ولیؒ عشمقام، جناب
حضرت جانباز ولی ورمُل، جناب حضرت بابا شکر الدینؒ
صاحب وٹہٕ لب، جناب حضرت بابا نصیب الدینؒ غازی ویٚنجہِ
بیور بیترِ'' (بھانڈ جشن ص ۶۳ مولفہ محمد سبحان بھگت)

یتھٕ پأٹھی چھُ عشں مقامُک مائہٕ ژودأہمہِ وہکھ اند واتان۔ وورسہٕ
وأنی، دنبالہِ مُتی، تہٕ بانڈ چھِ ڈیرٕ ٹلان تہٕ واتان دۄیمین گامن اندر زیارت
گاہن پیٹھ، مثالے نائنل، بیاور، پانژٕ پۄر، اسہٕ وور، ہوگام بیترِ۔ عشں مقامہٕ
علاوٕ چھُ زأنہٕ شاہ صأبنس یادس منز سربلہٕ تہٕ گوپھٕ بلہٕ تہٕ ترٕہن دۄہن پیٹھ
مائہٕ لگان۔ سرٕبل چھِ عشں مقام ہیوٚ ربوٹہٕ کوٚلس نکھٕ لیٚدرِ بٹھِس پیٹھ اکھ
جاے، دپان أتی اوس حضرت زین الدین صأبن ڈٕری یاوس منز عاصہٕ
ترأوِتھ آب رُکومُت، یہِ قدم اوس سرکأری بہگارِ خلاف تُلنہٕ آمُت۔ یہ اوس
سُے عاصہٕ یُس ریٚشی نامن اندر درج رِوایتہٕ مُطأبق حضرت میر محمد ہمدانیؒ
صأبن حضرت شیخ العالمسؒ عطا کوٚرمُت اوس تہٕ پتہٕ اوس حضرت شیخن پنہٕ نِس
ٹأٹھِس خلیفہٕ حضرت زین الدین ولیؒ صأبس عطا کوٚرمُت۔ اَمہِ عاصے
شرٕینچ چھِ باقے تبرکاتن ستیٚ ستیٚ ہمہِ وہکھ صُبح نمازِ پتہ نشاندہی کرنہٕ یوان۔
گوپھٕ بل یتھ سری گفوارہ تہٕ ونان چھِ چھےٚ اکھ اہم جاے۔ یوسہٕ ویٚنجہِ بیأرِ
کِنی پہلگام گرٕھن واجِہِ تہٕ اَکِس وُڈرِ پیٹھ یوان چھ، اتہِ تہٕ چھےٚ گوپھ

یتھ متعلق لُکہٕ عقیدٕ چھُ زِ حضرت زأنہٕ شاہن چھِ اَتہِ واریہن ؤری ین عبادت کُرمژ۔ عام لۄکھ چھِ اَتھ جایہِ بۄنہٕ مقام تہٕ عشق مقامس ہیٚر مقام ونان۔ اَتہِ تہِ چھُ عشق مقامہٕ کی پأٹھی بۄڈ بارٕ مألہٕ لگان۔

عشق مقامہٕ کِس اَتھ سأری ہِسے مألس یتھ منز عشق مقام تہٕ أندی پٔکھی گامن اندر کرنہٕ ینہٕ وول زۄل تہِ شأمِل چھُ چھِ اصطلاحس منز ''پھرٛوو'' ونان۔ پھرٛوو چھُ جشنِ بہار، پھرٛوو چھُ بۄڈ دوہ، پھرٛوو چھُ جشنِ آزأدی (دِہو سنٛزِ غلأمی نِش) پھرٛوو چھُ سانہِ کلچرُک حصہٕ، بأے برادری ہنٛز مثال، اَتھ منز چھِ مُسلمانن سٟتی سٟتی بٹہٕ تہٕ سِکھ تہٕ سپدان شأمِل۔ یہٕ وَنُن چھُنہٕ صحیح زِ اَتھ مألس کیا چھ ونان ''پھرٛووزالُن''۔ پھرٛوو چھُنہٕ زالنہٕ یوان۔ ''زۄل زالُن'' چھِ ونان پھرٛووزالُن نہٕ۔ عام پأٹھی چھِ ونان'' پھرٛوولگُن' پھرٛوو لاگُن' پھرٛوومناوُن، پھرأوِس گرٛھُن مثالے پھرٛووکرلگہِ؟ یہُس مناونہٕ پھرٛوو/ پھرأوِس یکھا؟ / ژٕ گرٛھ کھاپھرٛ أوِس/ پھرٛوو گرٛن دوہن پتھ لۄگ؟۔ خدازانہِ سأنی لکھن وألی کیازِ رۆدی پھِری پھِری لکھان'' پھرٛوو زالُن'' کأشرِ ڈکشنری ہِندِس دۄیمِس جلدس منز چھُ صفہٕ نمبر ۱۵۸ ہس پٹھ لفظہٕ پھرٛووٕ یتھٕ پأٹھی وۄژھناونہٕ آمُت۔ پھرٛوو۔پھرٛووزالُن۔ن۔مۆل۔ پھرٛ او<ک۔پرٛ دو<پرادکہ س: پرٛ اپ۔ أشِدس منز لشہِ یا گاسہٕ لأوی بیترِ زانٛج دِوَے یامألہٕ۔ ربوایتھ چھےٚ زِ پتھ کالہِ أسی یچھ ونذٕ کٕمن شٕمن رتن بالوتہٕ وَنو پٹھ وادی منز روزنہِ وسان تہٕ لۄکھ أسی یہندِ بیہٕ سورُے ترأوِتھ ژلان۔

ژلنہٕ بروٚنٛہہ اٚسی تم پنٛنہٕ نٔبن لرٛبن جاین نار دِوان۔ ازکل تہٕ چھ اننت ناگ علاقس منٛز یم دوہ مناونہٕ یِنگی اٚشدس منٛز گاسہٕ مشالہِ زالنہٕ یوان۔‘‘) مرازس منٛز چھِ گاسہٕ مشالہِ زاٚلِتھ زوٗل زالنہٕ یوان مگر سوٗنتس منٛز پھرٛ اوِکس موقعس پٮ۪ٹھ، اٚشدِس منٛز نہٕ کیٛنٛہہ، اٚشد چھُ کاٗشرِ سنہٕ تہٕ کلنٛڈر مُطاٚبق وٕرِی یُک شیٖیم رٮ۪تھ، یہِ رٮ۪تھ سوٗری تھےٚ چھُ ہرٛدُیُن ہوٚان۔

ڈاکٹر گلشن مجید ہٕنٛدِ ونٛنہٕ کِنی چھُ پھرٛوو زرتُشتی[۴۲] عقیدٕ پٮ۪ٹھ آمُت۔ پھرِوو چھُ زرتُشتی عقیدٕ پٮ۪ٹھے آمُت، ایرانٕک اکھ قومی جشن چھُ جشنِ فرورگان۔ مبدا ایں جشن دہ روز ماندہ...... درمُدتِ ایں دہ روز زیارت و خرھا کُنند و برائے ارواح مردگاں نیاز فرستند وموبدان و برہمناں برائ گُذشتگاں ژَند خوانند وایں لفظ فرور ماخوذ است کہ بضبط بعضی بہ معنی روح مجرد باشد وعقیدۂ پارسایاں مطاٗبق ژند اوستا چنیں بودہ است وایں عید درحقیقت عیدِ امواتِ پارسایاں است (جلال الدین ہمائی تاریخِ ادبیات ایران ۳۷۹ھ)۔ پھرٛوو لفظ چھُ فرور لفظہٕ پٮ۪ٹھ آمُت۔ اَمہِ تلہٕ چھُ ننان زِ یہ رسم تہٕ عقیدٕ کٔشیرِ منٛز رواج دِنہٕ وٲلی آسہٕ ہن پارسی عقیدٕ تھاون وٲلی یا یمن رٮ۪شن ہِنٛدِس خانقاہس کُن یہِ رسم منسوٗب چھُ تم تہٕ ما آسہٕ ہن مشرف بہ اسلام سپدنہٕ بروٚنٛہہ زرتُشتی عقیدٕ تھاوان[۴۵]۔

---

1۔ لیٚدر چھُ ڈٕریاوُک ناو، اَمہِ ڈٕری یاوُک آگر چھُ شیشِ ناگ۔ اَتھ ڈٕری یاوس چھُ سنسکرت زبانٕ منٛز ’’لمبودری‘‘ مطلب یٚدبوٚڈ ناو۔

2 یہ شعرِ ژأرِچھےٚ کأشرِ زبأنۍ اندرلیکھنہٕ آمتِس وأحد منظوٗم ریٚشی نامہٕ منز۔ ریٚشی نامس چھُ ناوِ مکمل ریٚشی نامہٕ حضرت سخی زین الدینؒ ولی۔ یہِ چھُ عش مقامکۍ مولوی غلام مصطفیٰ شاہن منظوٗم کوٚرمُت۔ تأریخ تألیف چھُس 1370ھ تہٕ چھاپ چھُ سپدمُت 1393ھ منز۔ شأعری چھُس وٚسی پایہ مگر واقعات مُستند، مولفن چھِ اہم توأریخی کتابہ تہٕ ریٚشی نامہٕ بیتر بروٚنٹھہ کنہٕ رٹِمتۍ۔ فنی لحاظہٕ چھُ کلہم ریٚشی نامہٕ کمزور۔ ہُپأرۍ چھُس چھاپ خانن تہٕ أدرِ کھٕل گرِہو کہِ یاہ لفظن تہٕ شعرن چھِ کأتبن تہٕ تہٕ چھاپ خانن تِ نس ڈٲجمو۔

3 فتحات مطلب فتحات الکبرویہ مولف عبدالوہاب نوری۔ تاریخ تالیف 1152ھ۔

4 نورنامہ مصنف حضرت بابا نصیب الدین غازی۔

5 تاریخِ کشمیر مصنف سید علی بن سید ماگرے۔

6 حضرت بابا حاجی ادھم أسی حضرت شیخ نورالدینؒ ریشی ہٕندی ہم عصر تہٕ ہم صحبت۔ تُہند اکھ رسالہٕ چھُ ''مقاماتِ اولیا'' یُس ووٚنۍ نایاب چھُ۔ تعجب چھُ ریشی نامہٕ حضرت زین الدین ریشی منظوم کرنہٕ وِزِ چھُ غلام مصطفیٰ شاہن، ہیٚمِس تہٕ ہیٚمہِ عالمہٕ گمتِس زیادٕ کال گوو، امہٕ نأدر رسالک استفادٕ کوٚرمُت تہٕ گوو یہِ نایاب!

7 واقعاتِ کشمیر مصنفہ خواجہ اعظم دبدمری۔ سنِ تالیف 1148ھ۔ اسرار الابرار چھےٚ حضرت بابا داود مشکواتیؒ سٕنز تصنیف۔

8 عبدالوہاب شایق سُند تاریخ ریشیان کشمیر۔

9 باغِ سلیمان مولفہ سعداللہ شاہ آبادی۔

10 عش مقامس چھِ عام لُکھ ''مقام'' ونان۔

11 صحیح چھُ عش مقام نہ زِ عیش مقام۔ لِکھأری چھُ اکثر عیش مقام لیٚکھمُت تہٕ لیکھان تہٕ چھِ ییٚلہِ زَن عوام الناس چھِ عش مقام ونان۔

12 ییٚلہِ وہکھ رتس منز موسم زیادٕ خراب آسہِ تیٚلہِ چھِ امہِ رِہتہٕ کہِ ہُمہِ تأریخہٕ فقط ''پالان'' مطلب شب خوأنی کران، درودواز کارِچہ محفلہٕ کران آراستہٕ، بجلی زوٗل کران آستانن مگر نوٗ ریتہٕ مطلب زِتھس منز چھِ ملہٕز دولاگان۔

13 گأنٛز وأرِی، اکھ پور داربو درواز ورۆستےٚ معمولی روزن جاے۔ ییٚتہِ نہٕ گانکۍ پأٹھۍ کھلہٕ گاش تہٕ ہوا آسان چھُ۔

14 تنب گوٗ ومکانہٕ کہِ گوڈنکہِ پوٗرک کمرٕ۔

15 وٗنۍ کھلہٕ ڈُلہٕ مأدان، ییٚتہِ موٗ دارِتہٕ سایہ دار گلۍ آسن۔ وَنہٕ وِنبن چھُ وٗنۍ لفظک جمع، وٗنۍ ہیکہِ وَن لفظک تصغیر تہٕ أستھ۔

16۔ شاہ کول، مارتنڈ کنال، دپان یہ نہر اُس قدیم زمانس منز راز رام دیون کھنہٕ نٲوہٕژ ۔ پتہٕ اُس وُ جاہ گمُت تہٕ کانےٚ ہژ، سُلطان زین العابدینن کھنہٕ نٲو نوِسر اوے چھ شاہ کول وٕنان۔

17۔ لاءمنٕز گےٚ اُترٲے، وَسہٕ وُن، داءمنٕز داءنٕز ۔

18۔ شُرِس گوڈنیک مَس کاسُن گےٚ زٕژ کاسنہٕ، اکہٕ دوہہٕ دوہٕ بیہٕ کلس کھوٗرڈالسن چھ وُنان اڈ کاسنہٕ۔

19۔ زٕوٗل کرُن تہٕ چھ وُنان تہٕ زٕوٗل زالُن تہٕ ۔

20۔ لُگہٕ عقید۔

21۔ یہ تہٕ چھُ وننہٕ یوان زِ گو پھ اُس برونٹھے اَتہٕ موجود۔

22۔ تمبر کاتن منز چھےٚ کھراو، عاصہٕ تسبیح بیتر شامل۔

23۔ پھرٕ ووزالنگ یہٕ رسم چھُ صرف اُتھی استانس ستیٚ مخصوص (کاشُر انسائیکلوپیڈیا جلد۱ص204) دوٚیم بوٚڈ دوہ چھ، پھرٕ ووزالُن، یہ چھُ اَژوٗنہٕ سونتہٕ عش مقامس منز مناونہٕ یوان (سانہٕ ثقافتک انہار، موہن لال آتش، شیرازٕ فروری 1989ء ص 107)

24۔ ریاستی کلچرل اکادمی ہندِس ادبی تہٕ ثقافتی خبرنامہٕ ''اکادمی'' 1989ء ہندِس دوٚیمس شُمارس منز چھےٚ یہ خبر تہٕ دِنہٕ آمژ زِ تہران یونیورسٹی ستیٚ منسلک اکھ سرکردٕ عالم ڈاکٹر صادق کیا سُند دعویٰ چھُ زِ قدیم ایرانٕچ عظیم شخصیت تہٕ آتش پرستن ہُند پیغمبر زرتُشت اوس کشمیری الاصل ۔ زرتُشتی مذہچ دوٚیم بڈٕ ہستی آزر کیوانی تہٕ اوس کُشیرِ آمت ۔ کُشیرِ ہندِس تواریخس اندر چھِ آتش پرستن تہٕ آتش پرستی متعلق واراہ حوالہٕ میلان۔ کُشیرِ ہندی کینہہ رسم مثلن پھرٕ وویس ایرانی وُ ریہ کِس آغازس منز عش مقام وُڈر پٹھ نارٕ اولاکس صوٗرِتس منز روشن کرنہٕ چھُ یوان چھُ اَمی رِوایتُک اکھ پتھ گُن بچومُت جز ونہٕ یوان۔

25۔ گلشن مجید۔ نقدِ شعر۔ صفہٕ 95۔96۔

# چِلے کلان

دپان پتھ کالہٕ اوس شےٚ موس زٔمستان آسان مگر وونی نہ چھُ گُتُل روٗد پیوان تہٕ نہ بارِشین ، پوٚت ہردے چھِ کأشرِ پرٕژھ گأر کرنہِ لگان زِ چلے کلان کر سَنا اَژِ؟ تِکیازِ اصلی ترٛے موس وند چھُ اَمی دورِ پیٹھٕ شوٚروع سپدان ۔ یہِ دوہ چھُ کأشرِ کلنڈرٕ مطأبق سٕتٕ مہِ یا أٹھِ مہِ پوہہٕ تہٕ انگریزی کلنڈر مطأبق 21 یا 22 ہمہِ دسمبر آسان ۔ کٔشیر چھِ خطِ استواپیٹھٕ 36 درجہٕ شُمالس کُن ، تأپستانس منز چھُ أدِر اَژنک دوہ آفتاب آسان جنوبس کُن باہ درجہٕ ڈٔلتھ ، زانن والین ہُند وَنُن چھُ زِ چلے کلان اَژنک دوہ چھُ آفتاب جنوبس کُن 59 درجہ دوٗر یومُت آسان ، حتاکہٕ آفتابک یہِ گردش چھُ فرضی ماننہٕ آمُت ۔ علمِ جیوتش زانن وألی کأشرِ بٹہٕ أسی حال حال تام نٕچھِ پٔترہن منز اَتھ دوہس سیّد سیوٚد خانس منز لکھان ''اُتراین شروٗع'' تہِ زَن گوٚو زِ آفتاب (1) چھُ خطِ جدی پیٹھ خطِ سرطانس کُن اَمی دوہہٕ پیٹھٕ فرضی سفر شروٗع کران ۔ دوہن ہِندِس وقتس اندر چھُ رَسہٕ رَسہٕ ہُربرہوان سپدُن تہٕ رأژ چھےٚ لوکٕٹنہِ ہوان ۔

---

1۔ شیرازٕ جلد 7 شُمارٕ 4۔ مضمون از اقبال ناتھ وَنیو

اصطلاح ، چِلّے کلان چھُ دوٚن فارسی لفظن ہنٛز مِلہٕ وُنہٕ بنیومُت ، فارسی لفظ چِہل چھُ کأشرِ زبأنی منٛز ''چِلہٕ'' بنیومُت ، معنہٕ چھُس ژَتجی ، کلان گوٚو بوٚڈ۔ یتھٕ پأٹھی چھُ چِلّے کلانُک معنہٕ بوٚڈ چِلہٕ ۔ چِلہٕ کڑُن ، چلِس اَژُن ، چلِس یُہن تہٕ چِلہٕ کھیوٚن ہوِی محاورات چھِ ازتہٕ کأشرِ زبأنی منٛز ورتاونہٕ یوان ۔ اصل کتھ چھےٚ زِ چِلّے کلان شروٗع گژھنکہٕ دوہہٕ پیٹھٕ ژتجہن دوہن تام چھُ ونڈک سخ زوٗر قأیم روزان ۔ یِم ژتجی دوہ اَندوأتتھ چھِ ونٛدکی بیٚیہٕ زِ حِصہٕ شروٗع سپدان ، اَکھ گوو چِلّے خوردیاں زِلوکُٹ چِلہٕ تہٕ دوٗیم چِلہٕ بچہٕ ، چِلّے خورد چھُ وُہن دوہن تہٕ چِلہٕ بچہٕ داہن دوہن آسان ، حالانکہٕ یِم دوٚنوے ناو چھِ لسأنی تہٕ لغوی اعتبارٕ بلکل غلط مگر عام لُکھ کتہٕ چھِ یتھےٚن زأوی جارن سنان ، تِم چھِ واقعات وُچھان ، سران تہٕ ژتبس تھأوِتھ اکہٕ پیٹھ پیٹھ بیٚیس پیٹھ تام واتناوان ۔ چِلہٕ خوردس تہٕ چِلہٕ بچس دوران چھِ رَسہٕ رَسہٕ ونٛدکی زور سوران ، یتھٕ پأٹھی چھُ اصل ونٛدٕ آسان پوہ ، ماگھ تہٕ پھاگن ترٛین رِتن پیٹھ محیط ۔

یہٕ چھِ وَکھر کتھ زِ ژٕتی موکینٛز وٕ ؤری یو پیٹھٕ چھُ چِلّے کلان زنتہٕ ہَنہٕ ہَنہٕ سوتان ، یُہس تہٕ چھُس نہٕ وُنہٕ سہٕ پرٛوٗن ہیوٚ دَم خم (2) اماپوٚز مشاہدٕ چھُ یِ زِ پوہ تہٕ ماگھ رِتن منٛز چھُ پوٚتُس پیتھ شین پیوان ، شِشُر ، شِشُر گانٹہٕ تہٕ تُلہٕ کتُر چھُ لگان ، ژھٹھ تہٕ سردی چھِ آسان ۔ چِلّے کلانس منٛز گنڈل پأٹھی بارٕ شین پینکی چھِ نہٕ صِرف زبأنی روایژن ہنٛدی واریاہ اِشارٕ میلان بلکہٕ چھِ اَسہٕ نِشٕ کتی

---



ہے اکتوبر 2008 پیٹھ اپریل 2009 تام ۔

توأریخی حوالہِ تہٕ موٗجوٗد، نیل مت پورانکہِ زمانہٕ پٹھ مورخ حسن شاہ کھویہامی تہٕ سر والٹر لارینس ہندِس وقتس تام چھِ ساسہٕ وادوٗری گوٗهان، لارنس چھُ لیکھان (3) زِ مے میوٗن پانہٕ 1902ء ہندِس وندس منز سونہٕ مرگہِ شینُک تھزر، یہِ اوس 13 فٹ تہٕ 1903ء منز اوس أتھی علاقس منز 30 فٹہٕ شین پیوٗمُت، عام پأٹھی چھُ معموٗلی وندس منز تہٕ سرینگرس منز اوسط أٹھ فٹہٕ شین پیوان۔ باضے چھُنہٕ چلے کلانس منز بلکل شین پیوان مگر نب چھُ اوٗبرٕ وٗلتھ روزان، ہوا چھُ نہ زَنتہٕ اورٕ یورٕ ڈلانے، بُتلہِ پٹھ نبس تام چھُ ماحول بومہٕ لدِ ہیوٗ آسان، منزٕ منزٕ چھِ گژھان زہرٕ ہٕرٕ ژٕرنی ژھٹھ بدنس ترِتھ، زنتہٕ چھے پرٕ بتھ زوٗ ذأ ژھٕنڈ بدنہٕ منزٕ ترٕی چیرتھ آسان کڈنہٕ آمژ، اتھ صورتِ حالس چھ "کٹھ کوٗش" ونان تہٕ مورخ حسن شاہن تہٕ لارینس صأبن چھُ امہِ کٹھِ کوٗشہِ ستی واتن والہِ مُصیبتَن تہٕ آزارن ہُنٛد خاص پأٹھی تذکرٕ کوٗرمُت بروٗنہہ کالہِ أس نہٕ صرف وٕبتھ یخ بستہٕ سپدان، بلکہِ ڈٕل تہٕ وولرٕ تام أسی لگان، یوٗت زِ لوٗکھ أسی بورتہٕ چاروأے ہیتھ وبتھِ تہٕ وولرٕ پٹھی تران۔ مورخ حسن شاہ کھویہامی چھُ لیوکھمُت زِ وبتھ چھِ 1067ہجری، 1177ہجری، 1195ہجری، 1231ہجری، 1248ہجری، 1296ہجری منز حدٕ روٗس یخ بستہٕ سپز ہٕشتہٕ کأشرٕ بوچھِ امہِ ستی سخ تکلیف تلٕوٕمتہٕ۔

چلے کلانس متعلق چھُ وَن پوٗہکی سورگہ وأسی اقبال ناتھن آسٹریلیا پٹھ شایع سپدیمتہِ Plain Truth ناوٕ رسالکہِ دسمبر 1968ء کہِ شمارُک

حوالہٕ دِوان پنہٕ نِس أ کِس مضموٗنس اندر لیوٚکھمُت زِ "اکھ زمانہٕ اوس ییلہِ ایرانہٕ پیٹھٕ ترُکی تام بسن وألی ساأری لوٗکھ چلے کلان اژِ ٹنگ یہِ دوہ اکھ مذہبی بوٚڈ دوہ زأنِتھ مناوان أسی، اکھُتے اَسی مِصرِ کی لوٗکھ اَمہِ دوہہٕ آفتابس پوٗزاتہِ کران، تمہ اَسی علمِ جیوتش زانان،، ہیٚنٛدی بُزرگ أسی چلس اژان تہٕ عبادت کران، چلے کلان اَژِ ٹنگ دوہ اَسی چلہٕ پوٗرٕ کرِتھ لوٗکن درشُن دِوان،" چلے کلان" ناوچھُ نبرٕ پیٹھے کشیرِ ووتمُت اماپوٚز کشیرِ اندر چھےٚ نہٕ اتھ دوہس کانٛہہ مذہبی اہمیت۔ (شیرازٕ جلد 7 شُمارٕ 4)

کأشری چھِ چلے کلائنگ مقابلہٕ کرنہٕ خاطرٕ برونٛہے تیأری تھوان کرِتھ۔ تکیا زِ بنان چھُ أمی زَن ہأو پٔنٕز اصلی پرأنی خصلتھ تمہِ خاطرٕ گرٕھن یَسلہٕ مُنٛلی پلو آسنی، کانگرِ جوشُک انتظام آمُن، ہوکھٕ ہیٚنٛز تہٕ زندگی ہنٛدی باقی ضروٗری چیز دسیاب آسنی۔ وُنہِ ماچھِ سارِنے کأشرِ بن زندگ گذارنہٕ خاطرٕ جدید ترین سہوٗلیژ مُہیا۔

☆

# مائٚنز تہٕ مائٚنزِ راتھ

مائٚنزِ بوٚٹہٕ چھُ ڈوڈِ پٹھ دون میٹرن تام تھوٚد آسان، اَمہِ بوٚٹک نباتاتی ناو چھُ Hena Lawsonia Alba۔ برصغیر سان چھُ دُنیاہکین وارِ یہن مُلکن منز یوان وو پداونہٕ۔ کشیرِ منز نہ چھِ مائٚنزِ بوٚٹہٕ ازتہٕ نہ چھِ شاید پتھ کالہِ آسی متہٕ۔ مائٚنزِ بوٚٹہٕ یِمن علاقن منز وو پداونہٕ یوان چھِ، تِمن علاقن ہِندی لوٚکھ چھِ آنگنَن تہٕ کھہن أندی أندی مائٚنزِ بوٚٹہٕ اَوِ موکھہٕ رُوان زِ یِمو ستی چھےٚ أنڈی پٔکھس منز خوش بوے پھاُلان، ماحولک مأری منز رچھُ ہُران تہٕ یِمن بوٚٹن ہنز پے ٹٔکی یار چھےٚ دِوان گنہِ، مضبوٗط تہٕ پوشہٕ وُنہِ دیوار بندی ہنز کأم۔ مائٚنزِ بوٚٹو نِش حاصِل کرنہٕ آمتین وٚتھرن، لنجن، پوشن تہٕ موٗلن، یوسہٕ مہینہٕ پھکھ بناونہٕ یوان چھےٚ، تِتھی چھِ ونان مائٚنز۔ مائٚنز چھےٚ دوارٕنگی تہٕ یوان ورتاونہٕ تہٕ پأراوِ خاطرِ تہٕ۔

انسانن أسی قدیم زمانس منز ے مائٚنزِ ہِندی رنگہٕ رنگہٕ فایدِ بدِ کڈی متہٕ۔ مأنز آے وقتہٕ وقتہٕ چھو کھ بٔلراونہٕ خاطرِ، کلہٕ دودٕ ژلراونہٕ خاطرِ، مستس تہٕ نمن حفاظت کرنہٕ خاطرِ، أچھن ہُند دود، میادِ دود تہٕ باقے کہٕ یاہ بیمارِ بٔلراونہٕ موکھہٕ ورتاونہٕ۔ دپان اَمہِ ستی چھُ خوٗن تہٕ صاف گژھان تہٕ کھشُر تہٕ بلان۔

مأنز ہنٛدِس استعمالس چھےٚ شادِمنٛز تہٕ اہمیتھ تہٕ دوکھس منٛز تہٕ۔ اوے وٕنٛن شاعرن زِ مأنز چھنہٕ فرق کران دوکھہٕ لدس تہٕ شادمانس منٛز ؎

مارا خبر زِ شادی وغم نیست چوں حِنا
دردستِ دیگر یست خزان و بہار ما

(غنی کشمیری)

قدیم مِصرس، یوٗنانس تہٕ چینَس منٛز اوس مأنزِ ہنٛدِس ورتاوس قبوٗلِ عام حأصِل۔ دپان مِصرٕکی فرعوٗن آسی مأنز تہٕ مأنزِ ستی رٕنگۍ متی پلو پسند کران۔ موردن آسی ولان مأنزِ ستی رنگۍ متی کفنہٕ زِ کیٛمی کریٛل روزن دوٗر۔ توراتس منٛز تہٕ چھُ مأنزِ ہُنٛد ذِکر آمُت۔ ہنٛدی دھرم، جین مت تہٕ بودھ دھرم مانن والیو تہٕ چھِ مأنزِ اہمیتھ دِژمٕژ۔ مندرن تہٕ عبادت گاہن منٛز خوش بوٗیہ خأطرٕ زالنہٕ ینہٕ والین چیزن منٛز چھِ مأنز تہٕ شأمِل روٗزمٕژ۔ بڈی مہنوی آسی مہرنبن ہنٛدبن کلن پیٹھ مأنزِ بوٗٹن ہنٛدبن مُشکدارٕ تھرن ہنٛدی تاج لاگان۔ اتھن کھورن مأنز لاگنہٕ تک رِواج اوس عام۔ اماپوٚز یہوٗدی تہٕ عیسأے عالمن چھنہٕ مأنزِ ہُنٛد مُشک تہٕ رنگ پسند اوسمُت، مُسلمان چھِ مأنز پسند کران تہٕ مأنز ہُنٛد خِضاب چھُ جأیزٕ یوان مانِنہٕ۔

کٔشیرِ منٛز یوٗدوَے مأنز مقأمی طوٗر دستیاب چھنہٕ تاہم چھُ اَمیُک استعمال عام، لُکھ چھِ مَس تہٕ خط مأنزِ ستی رنگان، زنانہٕ چھےٚ اتھن کھورن مأنز لاگان۔ خاندرٕ بروٚنٛہہ یہن چھِ مہرازس تہٕ مہرینہِ مأنز لاگٕنۍ ضروٗری۔ یہ رسم پالنہٕ خأطرٕ

چھِ پتھ کالہٕ پٹھ خاندرٕ بروٗنہہ زٕ رأژ مشخص کرنہٕ یوان، ملہٕ مائنزٕ تہٕ مائنزٕ راتھ
کتھ چھےٚ یہ زِ پڑانہٕ وقتہٕ ییٚلہٕ کوٗرِ خاندرس دس وژھوو، گرِ چن بُزرگ زنانن ۔
أس تیٚنٛدِ پأراوٕ چ فکر لگان۔ أمِس أسی نہٕ دِوان خاندرٕ بروٗنہہ پانژن داہن
دوٚہن کُنہِ کامہِ کوٚچہٕ اتھٕ لاگنہٕ، آب شیرنس، سران کرنس تہٕ پلوٚ دَلو چھلنس تہٕ
اوٗسُس یوان ٹھاکھ کرنہٕ۔ یمن دوٚہن اوس تس أکی ہیٚ جایہٕ پیوان آرامس
بہن أتھی عملہٕ أسی ونان "ملس بہن" مقصد اوس یہ زِ مالہِ نس منٛز کأم کار
کرنہٕ پتہٕ گوٚژھ أمِس کم کاسہٕ تھکھ تہِ میلُن، بیٚیہٕ یِلہِ وارٕ یہو دوٚہو پتہٕ تیٚنٛدِ
بدٕ نٛگ مل چھلنہٕ ییہٕ، تیٚنٛد مأری منٛد یُت نیرِ جادٕ نوٚن۔ ملس بہنٛکی دوہ اند
وأتِتھ اوس خاندرٕ بروٗنہہ مل مائنزٕ ہنٛد شب واتان۔ کورِ ہنٛدی مالنہٕ چھ مہریٚنہٕ
وأری وبن ہنٛزٕ سوٗزمژ مائنز لاگنی زیادٕ بہتر مانان۔ اوے چھُ پربتھ کانہہ گوٚبرٕ
مول نوشہِ ہنٛدِ خاطرٕ مائنزٕ سوزان، مائنزٕ سٟتی چھِ ووٚنی مٹھایہِ مجمہٕ، کینٛہہ پلوٚ تہٕ
پوٗنسہٕ تہِ سوزنہٕ یوان۔ مائنزٕ مہنوٚس چھُ رُت خأطرٕ یوان کرنہٕ، زنانہٕ چھےٚ مائنزٕ
مہنوٚس، تہٕ مائنزٕ تعریف کرنہٕ علاوٕ ونہٕ ون ہُربن منٛز مہریٚنہٕ گُن تہِ زُرکہِ پلہٕ
وان مٲنٛگن۔

مائنزِ دیٛار گوژربن ، مائنز گُنالن

سوٗزے شاہ لالن چانہِ باپتھ

مائنزِ سٟتی ووت ییٚ قِرمزی پوٚٹ ییٚ

بیٚنہِ دیٛدِ روٗٹ نیٚ تاہ گُری گُری

از ہے سۆز بومبرن مائنز نشانے

پگاہ واتہِ گُر تہٕ گۆند زاتپانے

ملہِ مائنز لاگہٕ ٹِک رٕسم چھُ ووٚنی منساونہٕ آمُت ،نتہٕ زن اُسی شکِس گوڈنِکِس پہرس منز مہرِینہِ یا مہرازس مائنز لاگان ،ونہٕ وان ،گوان تہٕ گندان ، راژہُند گوڈنیک پہر سۆرِتھ اُسی ساری نیٚندرتراوان یُتھ زِمائنزِراژہنز ووسہٕ دروسہٕ تہٕ ترپ ترٕپہٕ ہنٛدِ خاطرِروزن پۆرٕ بل برٕ سأمتھ ،تکیازِتتھ ساری ہے راژچھکھ ژُنیٚندُر کرُن ،گوُن ،گندُن تہٕ وَنہٕ وُن۔

مائنزِ راژچھےٚ ،خاندرٕچہِ کلہُم عملہِ دوران پالنہٕ ینہٕ والین تمام رسمن تہٕ رِواجن منز زبردس اہمیتھ ،مہرِینہِ یا مہرازس چھےٚ یوان مائنز اکھ مقدس عمل زأنِتھ لاگنہٕ ،مائنزِ راتھ چھِ ہیٚندی تہٕ کران تہٕ مُسلمان تہِ ۔دوہٕ دوہ بروٚنہہ چھِ اَنگ اُشناو ،بند باندو تہٕ ہمسایے دعوت دِتھ اَننہٕ یوان ۔شامہٕ پٹھے چھِ ووسہٕ دروسہٕ لگان ،کانٛہہ بزرگ زنان چھےٚ سرِ شامے مائنز تھوان کُنہِ ڈُلِس ، کونڈس ،کُنالس یا بڑِس بانس منز ترٕس تراُوِتھ ۔یہِ مائنز چھےٚ راژہٕ ہنٛدِس ترٛیِمس پہرس تام زبوان ۔اَمہِ پتہٕ چھےٚ یوان یہِ منڈاونہٕ ۔راژہٕ ہنٛد بن ترٛبن پہرن چھِ زنانہٕ ونہٕ وان تہٕ گوان ،شُری چھِ چُری گیُش لاگان واراہ لوٚکھ چھِ ووٚنی اتھ راژ منز بچہِ نغمہٕ لاگان ۔گوٚنہٕ گندنہٕ پتہٕ چھُ راژہٕ ہنٛدِس پتِمِس پہرس منز مہرِینہِ یا مہرازس مائنز لاگہٕ ٹِک وق واتان ۔ننٛدرِ رٕہنز مہرِینٛی چھےٚ مسندس پٹھ یان تھوِ ونڈِ تہٕ کانٛہہ بزرگ زنانہٕ چھےٚ مائنزِ کُنال

بروٗنہہ کُن انان تہٕ مہرٚینٛز چھےٚ اَتھ منٛز کریٛشہ بوڈ ناوان ، اَمہِ پتہٕ چھےٚ وبسہٕ داسہٕ تہٕ اُشناوبا یہ مہرٚینہِ مٲنٛز لاگان ، پتھ کالہِ اُس یہ کاٗم سازٕ گر کران اماپوٚز ازکل چھِ مہرٚینہِ مٲنٛز لاٗگنہٕ ، اَتھن کھورن پوٗشہِ تھرِ کھارنہِ تہٕ مٲنٛزٕ ستی بہترین نقاشی کرٕنی یہ دٕپی زِ تہِ اَکھ فن بنیوٗمُت ، اکثر نوِ پُیہ ہنٛز کورِ چھےٚ یہ کاٗم پانے کران ۔ کینٛہہ چھِ اَتھ منٛز زیادے ماہر ۔ اَتہٕ موجوٗد زنانہٕ چھےٚ مٲنٛزِ ڈُلس پوٗنسہٕ ترٛاوان ۔ ازکل چھِ مندو بدلہٕ جدید پاٗراو کرِتھ کُرسین پیٹھ مہرٚینہِ یا مہرازس مٲنٛز لاگان ۔ ڈوٗنی ، بادام ، مِٹھاٗے تہٕ شیرٕنی بیترِ چھِ مہرٚینہِ یا مہرازس چھکنہٕ یوان ۔ مصنوعی طریقوٕ ستی چھُ شینٛگ تہٕ پوشن ہُند ورشُن تہِ یوان کرنہٕ ۔ مہرازس مٲنٛز لاگہٕ نٕچ کاٗم اُس نائیدس مٕتہِ ، اماپوٚز ووٕنی چھِ رَسہٕ رَسہٕ ترس یہ کاٗم ازدس گژھان ۔

مہرٚینہِ مٲنٛز لاگہٕ نٕک عمل شروٗع سپدان سپدانے چھُ اَتہِ ماحول بدلان ، بُتھن پیٹھ چھےٚ وودٲسی کھسان ، مہرٚینٛز چھنہٕ وِدِ نکی ہکی تہٕ اوش بُکھ رُکاوی تھےٚ ہبکان ، پرٛتھ کانٛہہ چھُ گژھان بے حد جذباتی ، بیٚنہٕ تہٕ ییلہِ مہرٚینٛز یا مہراز یتیم آسن ! وَنہٕ وَن ہُری چھِ واٗنی جہ ترِتھ گژھان ۔

فاطمہٕ صاٲب یوٚت وولہِ حٕض اُکی ہے رُمس

ییٚتہِ چھِ معصوٗمَس مٲنٛز لاگان

زَن گووٕ ے کوٗری چھکھے اوٗری اوٗری

سورٕ گچھ حوٗری مٲنٛزِ اتھِ دار

موج چھے دپان ڈکھِ ما روزے
نکھِ چھَم رٔچھمٕو خانے موج

مأئزٕ لاگویے اتھن تے کھورن
کتھن تھاوویے جنتچ ہٕور

مأئزٕ چھِی لاگان گۄویے گۄٕر گورے
ئنی گیِی نألکی ہٕنٛزٕ ؤرے

مأئزِ ہن لاگان ڈکھٕ گُمہٕ نیۄیے
از تمبلوویے بب تے موج

دچھِ راتھ کھٔشمے دارِ تہٕ ہنکس
ألہِ تہٕ روٗنکس چھِ مأئزے راتھ

مأئزِ ہٕنٛدِس ورتاوس متعلق چھِ کأشرِ زبأنی منٛزنوم محاورٕ تہٕ مرکب از تام برابر چلہٕ وِنی ، مأئزِ گلی ، مأئزِ مٔش ، مأئزِ گلی چھٹنی ، مأئزِ مہرٛنی ، مأئزِ اتھٕ دأرِتھ ، مأئزِ نمن ہاے۔

☆

# پُل تہٕ پأتو

پُل تہٕ پأتو گنڈُن چھُ اکھ دٔپیت، یُس ہتہٕ بدٕو وٕری یو پتھ تیار روزٕنکس یا سکھر کرٕنکس معنہِ یَس منز ورتاونہٕ یوان چھُ۔ اَمیُک ورتاو چھُ الہٕ پلہٕ ساڑھ شےٚ ہتھ وٕری بروٚنہہ حضرت شیخ العالمنؒ ہٕندِس کلامس منز تہٕ میلان۔ مثالے۔

کرتو کژے تہٕ بیٚہہ تو پٮٚنچے مُرکھو بوزتو رنجہِ وِتھ

عاشقو پُل تہٕ پأتو گنجے یاوُن مُڈس ژوٗل رٕنٕز وِتھ

ژکہِ چھُ یہٕ دٔپُیت دون وکھرِ لفظن ہٕنز مِلہٕ وَن، پُل تہٕ پأتو، پُل دٕپتھ گوٚ وسُہ نرم تہٕ زیوٗٹھ داش گاسہٕ، یتھ پتجہِ، ژأنگی جہِ، آرِ، ٹھٮ۪نچہِ نٕری، رزٕ، البانہِ قلمہٕ، ینٕدرکٕرِ تہٕ پکھأری بیترِ بناونہٕ یوان چھِ۔ سوٗرے داں گاسہٕ چھُنہٕ یِم چیز بناوُنس لگان، اوے چھِ کینٛژن علاقن منز اَمہِ قسمٕکس گاسس "پُلہٕ گاسہٕ" تہٕ ونان۔ "پٕولہٕ" چھِ بڈِس گاسہٕ ہٕرس یا گاسہٕ لأوِس ونان، اوے چھُ سوٗنتی پنڈتن پننہِ نِس کأشُر فارسی نصابس منز وٕنمت زِ۔ چار پٕولہ ژاکھ باشد یک کھورٕ شش ژاکھ دار، یاش زِ ژورن لاوہن ہُند چھُ اکھ ژاکھ تہٕ شہن ژاکن ہُند چھُ اکھ کھوٚر۔ یوہے "پٕولہٕ" چھُ پُل یا پلہٕ گاسُک مٕولہٕ آگر، اماپوٚز اصطلاحس منز چھُ پُل یوان پُلہٕ ہأرِس وننہٕ۔ پُلہٕ ہوٚر چھُ اکھ سُہ کھورٕ وٕلُت (Foot wear) یُس کھورٕ کہِ مِینٛژ چینہِ اُیہٕ زأوٕ جَن گاسہٕ رزن ہٕنزن

دُکن پیٹھ سُوتہٕ سُنتھ اُوکۍ جور زوٕستۍ وونہٕ یوان اوس۔ گوڑ اوس یوان پوٚ دتہٕ
اَوِ پُدِس پیٹھ اوش وونہٕ، بروٗنہہ بروٗنہہ اَہِسس آسان نَس تہٕ پتہٕ لُٹ، یہٕ لُٹ
اُس اوش چارنہٕ خاطرٕ یوان تھونہٕ۔ پُدِس پیٹھ تہٕ اوشس اَندری آسہٕ مُنجہٕ دجہ
گنڈنہٕ یوان، یُتھ نہٕ رُوٗدس، شینس تہٕ اَبِ یارِ منز سرٛیہہ پُلہٕ ہاَرِس اندر واتہٕ
ہےتہٕ کھورن روزِ ہے وُشنیر تہٕ۔ پز رچھُ یہِ زِ انسان چھُ آدن کالہٕ پیٹھے پانس
نکھٕ تہٕ اَندی پکھی دسیاب وُسیلہٕ کامہِ لاگتھ پننہِ ضروٗرژ پوٗر کران آمُت،
کٲشیرِ منز چھُ داش گاسہٕ پتھ کالہٕ پیٹھ سولبہٕ سولبہٕ دسیاب، اوے بناوِکۍ عام پتھ
کھورِ کاشر بو اَمہِ ستۍ ضروٗرتکۍ سامانہٕ یمو منز پُلہٕ ہور تِمن ہمیشہِ بکار آمُت چھُ،
کوٗنش، دالہِ چینز تہٕ تِلہٕ پاَزار ہو بو کھوٚ روٗلتیو کھوتہٕ اوس تِمن پُلہٕ ہور سہل
پاَٹھی تہٕ یہِ ڈُپِ زِ تہٕ گنہِ لاگتہٕ ورأیی گرس منزٕ ے یاف روزان۔ گاٖمی یو علاوٕ
اَسی واراہ شہر باش تہِ پُلہٕ ہور لاگان۔ اَتھ کھورِ ڈُلی تِس آسہٕ کینٛہہ خصوٗصیژ،
مثالے یہ اوس گرزشمس تہٕ زُمستانس، دونہٕ وِنی موسمن منز لاگنہٕ یوان، یہ لاگن
واٗرِلس اُس نہٕ کھرگروھان، پُلہٕ ہور لاگتھ بالن، وُڈرن تہٕ کھنگرن کھسُن
چھُ بنان سہل۔ وندس منز چھُ لربن ہند بوژھیہِ پشو پیٹھ شین والنہٕ خاطرٕ پُلہٕ
ہور لاگتھ پشن کھسُن وَسُن سہل بنان۔ سر والٹر لارنس یُس کٲشیرِ منز گامہِ گوم
پھیوٚر رچھُ دِ ویلی آف کشمیر کتابہٕ منز لیکھان زِ ___ ''تقریباً پرتھ کانٛہہ کاشُر
چھُ پننہِ خاطرٕ پُلہٕ ہور ووٗنتھ ہبکان تہٕ کاشُر ہٹی چھنہٕ ہرگز چمرٕچ چینز لاگان
بلکہِ چھےٚ سو پرانہِ ناَشنکس پُلہٕ ہاَرِ ہاَرِس زیادٕ لار (ص 252)'' پُلہٕ ہاَرِس اُس

باضابطہٕ اہمیتھ حاصل، لوسہٕ آسہٕ ژتجھن دوہن تام نبر اندر نیرنہٕ وِزِ پُلہٕ ہور لاگان، لوسن پھوٚٹ کرن واجینٛہ تام اُس لوسہٕ گُٹھس منٛز اژان پُلہٕ ہور لاگتھ، بٔلہٕ اُسی موردس داہ سنسکار کرنہٕ وِزِ باقے ساگری ستی پُلہٕ ہور تہٕ تھوان، ہیٚرِ ژسلامہٕ دوران اُسی نٔوی پُلہٕ ہارکی بٔلہٕ ہمسایین یوان سوزنہٕ۔ اماپوٚز وونی چھُ پُلہٕ ہاریک ناوٕ ے یوت زبانی اندر موژیومُت، کینٛہہ محاورٕ تہٕ دپتھ چھِ اتھس ناوس پانس اندر محفوظ تھوٚتھ، خاص پأٹھی لُگہٕ وۄترس منٛز مثالے خوتن واژایہٕ پُلن، گلن ژٕجس نہٕ یا پُلہٕ ۂری مَدُن وغارٕ۔ بہر صۆرت چھُ پُلہٕ ہور مُفلسی تہٕ بےبسی ہنٛز علامتھ۔

پتھ رۆ دپأتو، یہٕ چھُ تتھ مُنجہٕ پچہ ونان، یتھ رگر ہا جوراہ کھجر تہٕ رگر ہا تارٕ زیکھر اوس آسان تہٕ عام پأٹھی اُسی گرن منٛزٕ ے پانے دور بن پنٹھ وونان، باضے اُس ستھرٕ چ پٔٹ تہٕ آسان۔ دۆرسفرس نیرنہٕ وِزِ اُس یہٕ پچہٕ ہن کھورن پُلہٕ ہور لاگنہٕ پتہٕ گروز و پنٹھ کوٹھن تام وارٕ پتہٕ وارٕ چیرٕ ولنہٕ یوان۔ اَمہٕ ستی اوس سفر کرن وول سبٹھاہ چاق و چوبند روزان تھکُن اوس نہٕ محسوٗس کران تہٕ دوگُن اوسس نہٕ روزان۔ دون پأتون چھ ونان پأتو ہۆر، سفرس دوران اوس پُلہ ہور تہٕ پأتو ہۆر لازم وملزوٗم، اوے چھُ پُل تہٕ پأتو دپیت لُگہٕ وۄترس منٛز ازتہٕ چلہٕ وُن تہٕ حضرت شیخ العالمنؒ چھُ عشقچہٕ وتہٕ ہنٛدِ سفرٕچ سکھر کرنہٕ رکس معنہٕ یَس منٛز ورتومُت۔

عاشقو پُل تہٕ پأتو گنٛجے

☆

# کھٔراو

کھٔراو چھُ ہَچو کھور بانہٕ، یِہ چھےٚ سوٚترِ وِیرِ ہچہِ گرنہٕ یِوان، اتھ وِیرِ ہچہِ چھِ وَنان کھٔراوِ موٚنڈُر، اَتھی کھٔراوِ موٚنڈرِ چھےٚ یِوان گرتہٕ مطابق پھلہٕ کرنہٕ، یِمن ہچہِ پھلن ہُنٛد موٚچر چھُ ڈٲلتھ تہٕ رنٛدٕ کٔڈِتھ مسامسا اَنٛٹ ڈوڈٕ اَنٛٹ یِوان موٚژراونہٕ۔ دلنہٕ بروٚنٛہہ چھِ اَتھ ہچہِ پھلہِ انسانہٕ سٕنٛدِ ہن کھورن ہٕنٛدِ رادٕ ٹوٗرِ یِوان دِنہٕ ۔ یِمن لوٚکچن لوٚکچن ہچہِ تالَن چھِ پتہٕ تہٕ بروٚنٛہہ کوٗرِتھ دوٚیہِ پٹھہٕ ژورن آنٛچن ہٕنٛدِس تھزرِ پڈر بناونہٕ یِوان، بروٚنٛٹھی مِس پڈرس چھُ تالہِ پٹھ رژھانبرِ مہِ آیہِ اَکھ لوٚکُٹ سوراخ یِوان کرنہٕ تہٕ تھی زٕ سوراخ چھِ پتۍ مِس پڈرس تہِ ڈٲچھنۍ کھووٕرۍ کرنہٕ یِوان۔ اَتھ بروٚنٛٹھی کرِ مہِ پڈرٕ کِس سوراخس چھِ نَس تہِ وَنان تہٕ نوٚ کرتہِ ۔ اَمی زَدٕ مٔنزۍ چھِ پُشُٹھ یارز یِوان تارنہٕ، یِہ رز یا پُشُٹھ چھُ پتۍ مہِ پڈرٕ کِیو دوٚ یونکہٕ وارِ ہٕ مٔنزۍ تٲرِتھ بنٛد یِوان کرنہٕ، عام پأٹھی چھےٚ یِہ رز گاسِچ یا بُدِ تُلبن ہنٛزٕ آسان، باضے اَسی کینٛہہ لُکھ نرم برِبنہٕ دلبن ہنٛزٕ رز تہِ استعمال کران، کم کاسہٕ آسن وٲلی لُکھ اَسی رنگہٕ کھٔراون یا تورکہٕ چھانن ہنٛزن گرِمژن کھٔراون پأٹھی پُشُٹھ کران، کینٛہہ لُکھ اَسی کھٔراون نوارُک پٹہٕ تہِ گنڈان، تاہم چھُ کھٔراوِ رنعال یا پُلہٕ بار کی پأٹھی اوش یِوان ولنہٕ۔ کھٔراوِ

ہوٚ رتہٕ چھُ ویرِ ہچہِ یا ڈوٗنی ہچہِ ہُند آسان، یہِ چھُ پیٹھ کھورن ہنٛدِ رادِ پنہا کھو تہٕ

کھُلہٕ ڈُلہٕ پہن آسان، اتھ چھُ رنڈُک یا گاسہٕ رز کرنہٕ یوان، کھڑاوِ ہرِ بن

پیٹھ چھ نقشہٕ نگأری تہٕ یوان کرنہٕ۔ ہوٚ رلفظُک معنہٕ چھُ جوٗری، یانٛ زِ دون

کھڑاوِ کھوٚرن تہٕ چھُ کھڑاوِ ہوٚ ریوان وننہٕ۔ کھراون چھِ نقشہٕ نگأری ہٕنٛز

اُوز جارِ مُطأبق، رادِ پنہہ لحاظہٕ تہٕ استمالکہِ نوٗعیتہٕ ہٕنٛز مختلف قسم تہٕ ناو مثلاً رنگہٕ

کھڑاو، کھڑاوجینٹ، پتجہ کھڑاو، تھز کھڑاو تہٕ مہرینہٕ کھڑاو بیترِ۔ ووٗ ری وانہٕ کیٚمن

تیمن تانن تہٕ چھِ کھڑاو ونان، یم ووٗریینہٕ ہیوٚ رتہٕ بون کرنہٕ باپتھ کھورِ ستی

برکہٕ وان چھُ، ووِرِس چھِ ژکہِ وچہِ منٛز کھورزِ کھڑاون پیٹھے آسان، تِس چھُ

کیُر یا ژادر وونان کھورن تل کمبرِ بن اورُک یوٗرُک کرُن پوان،

اتھ عملہٕ چھِ ونان کھڑاو پھیُر کرُن۔

کھڑاو چھےٚ عام پأٹھی ربہٕ روٗدس تہٕ شینہٕ کالس منٛز کھورن لاگنہٕ یوان،

یہ چھِ وکھرِ کتھ زِ باضے اوس ہو کھہٕ درِ تہٕ اَمیُک استعمال سپدان۔ کھڑاو چھےٚ

زنانہٕ تہٕ لاگان۔ کھڑاو چھنہٕ یوان دوٗ رسفرس دوران استعمال کرنہٕ، کٲشیرِ اندر

اوس ہتہٕ بدِ بن وٗری ین چکہٕ چاوسان کھڑاولاگہٕ نک چلے جاو، اصل کتھ چھےٚ

یہ زِ جأگیر دأری دورس منٛز چھِ مُفلس کأشرِ بوٚ دسیاب وٗسیلن کأم ہتھ پننہٕ

ضروٗرژ پورِ کرِمژ، اوے چھےٚ ویرِ ہچہِ ہنٛزِ وفوٗری ہٕنٛز کھڑاو عام اُسمژ، ییتے

یوت ننہٕ زِ یہِ اُس کم لاگتھ منگان تہٕ سہل پأٹھی اُس الہ پلہٕ پرِ بتھ کأنسہِ پننہٕ نے

گرِ یا پننہٕ نے گامہٕ دسیاب سپدان بلکہِ اُس اَمہِ خاص چیزن ہنٛز تگہِ منٛز جاے

پرٲوِمژ، اَمہِ کہِ عام ورتاوُک تہٕ اہمیتُک ذِکر چھُ سأئنس لُکہٕ وٕ ترس منٛز یَسلہٕ پأٹھی دسیاب، کھڑاوِ متلق چھِ سانہِ زبأنی منٛز واراہ محاورٕ ازتہِ ورتاوس منٛزمثلن کھڑاو گژھنی، کھڑاوٕ ہر، کھڑاو کرٕنی، کھڑاوٕ پھیُر وغارٕ۔ یتھے پأٹھی چھِ ونہٕ وُن ہُربن، منٛزٕ لی بأتن تہٕ لڈی شاہن منٛز تہٕ کتی مِصرٕ تہٕ شعر کھڑاوٕ ہنٛزٕ اہمیتُک باس دِوان، یہِ چھُ پزر زِ کھڑاوِ ہُنٛد ورتاو چھُ ووٕنی سوریومُت، از کالس منٛز چھُ نہٕ اَمیُک حاجتھ رُوٗدمُت تہٕ نہ چھس کانٛہہ اہمیتھ مگر اَمہِ چھِ پننہٕ نِس دورس منٛز کأشرِ ہن ہنٛز خدمتھ کرٕمژ، یُتھ زِمانٕنی أسی کورِ ہن وأرِد گژھن وِزِ کھراوِہن ستی دِوان، سالرٕ أسی مہارازس ستی کھڑاو لأگتھ گژھان، اَمِچ گوٲہی چھ نوم ونہٕ وَن ہُری تہٕ دِوان۔

أڈی آے ووٕھلی تے أڈی رنگہٕ ناون

ہاوس گیر آے کھرادن پیٹھ

شیشِوِ ہیرِ کھس دأنِو کھڑاوے

لأل پربزناوے مجلوٕنس

یا اکہِ وژنکی نوم شعر۔

چھانس ڈٕلی تو کھڑاواہ گرے

گرے زأوجہِ تورے ستی

لأل لاگہِ کھورن وأرِدِ گرے


چھما رِکر گرے جگرس داغ

کھراوِہنٛدِ حوالہٕ چھےٚ کأشرِ زبأنؠ منٛز کینٛہہ پرٛیٚشہٕ تہٕ تہٕ منٛزٕلی بأتن ہنٛدؠ تہٕ تھی ہوی شعرتہٕ۔

وٚینجہٕ برارِ أنؠ مے رنٛگہٕ کھرٛاو مٕلی

پأڑٕ پشٹھ کرأیو

پڈر ربہٕ روٗدٕ تٕلی

بو لٕلی لٕلی کرأیو

کینٛژٕ وفرٕہنٛگی سأئلانوٕ تہٕ چھُ پنٕہٕ نٕن کٔشیرِ متعلق کِتابن منٛز کھراوِہُنٛد ذِکر کوٚرمُت مثالے مورکرافٹ۔

☆

# لُکہٕ ادب سۄ مبراوٕنکی اصوٗل

لُکہٕ باوَتھ یا لُکہٕ وۄنُت تحریری تن کرنہٕ یا صدا بند۔ اَمیُک وۄتھ واشر ڈُپھ وارتہٕ وِہی پھیُر چھِ یکدم تھامہِ گژھان۔ اَتھ منٛز نہ چھےٚ روزان کینٛہہ ہُر راونٕچ گُنجایش تہٕ نہ ژھونراونٕچ۔ ننتہٕ زَن چھےٚ وأنسہٕ وادو پیٹھٕ سینہٕ بہٕ سینہٕ اکہِ پُیہ پیٹھٕ بیٚیس پُیہِ تام واتنچہِ مُسلسل عملہِ دوران لُکہٕ باوٕژ منٛز ژَٹھ واٹہٕ ہنٛز عمل تہِ چلہٕ وِنی روزان۔ تحریرس منٛز اَنتھ یا صدا بند کٔرِتھ چھُ لُکہٕ باوٕژیوان لُکہٕ ادب وننہٕ۔ اوٗ تام چھُ یہِ سرمایہِ زبأنی زبأنی چلہٕ وُن روزان تہٕ لۄکھ چھِس پننہِ پننہِ آیہِ ہُر بر یا ژھونر کران تہٕ باضے ہیت تہِ بدلاوان۔ رکارڈ سپدِتھ تہِ یۄدوَے یہِ ورتاوس منٛز روزان چھُ مگر اَمہِ چہِ تبدیلیہِ تہٕ بےٚ پھرو کرٕچ عمل چھےٚ تتی تہِ تِتھے کٔنی روٹہٕ گژھان ییٚتھن تہٕ یتھٕ پأٹھی یہِ رکارڈ کرنہٕ ییہِ۔ ہفتا کالہِ پیٹھٕ ورتاوس منٛز رۄزِتھ گٔہہ ینہٕ موکھٕ چھُ لُکہٕ ادبُک کینٛہہ حِصہٕ چلے جاوٕ نبر گژھتھ راوان تہٕ ہمیشہِ خأطرٕ نابوٗد گژھان۔ مثلن اَسہِ چھِ بُرزٕ میٚچہِ ہنٛدی بأتھ، وان، خبر کتیاہ شُری بأتھ حتا کہِ لڑی شاہ تام رأوی متۍ۔ وۄں گۄو لُکہٕ ادبٕچ یا وَنو لُکہٕ باوٕژہنٛدِ وجوٗد سٕ تیٚنٛج عمل چھےٚ پرٛبتھ زمانس منٛز جأری روزان تہٕ ازتہِ چھےٚ جأری۔ راوٕنکہِ اندیشہِ موکھٕ چھُ ضروٗری زِیہِ نۄو آسہِ یا پرٛون،

گرٛ ژھِ سۆ مبرأ وِتھ محفوٗظ کرنہٕ یِن۔ سۆ مبرأ وِتھ محفوٗظ کرنٕک چھُ یہِ خاص فأیدٕ تہِ زِ لکہٕ ادبٕک مُطالعہٕ تہٕ تجزیہِ کرُن چھُ ممکن تہِ بنان تہٕ سہل تہِ۔ کلہُم فوک لور چھُ قومن ہنٛدِ سماجی، نفسیأتی، نسلیأتی تہٕ جذبأتی تغیُرتہٕ ووتھٕ واشرونہِ کڈنٕک اکھ ماخذ تہٕ کلچرُک ترجمان مانہٕ یوان بلکہِ اَمیُک سٔنتھ تہٕ ئرٕتھ۔ مُطالعہٕ چھُ وونی سوشل سائینس رٕنگی تہِ سپدان۔ یہِ چھُ نہٕ صرف قومن ہنٛز اصلی سماجی زندگی وَنہِ کڈنس بلکہِ تحریری توأریخکی ژھٔمن پرُونس منٛز تہِ مدد کران۔ کلہُم فوک لوریُس مؤلہِ تلہٕ اجتمأعی ذہنٕک پأداوار آسان چھُ، اگر اکھ قداوار، باڈو دارتہٕ چھجل بۆنی زأنی زبن، لکہٕ ادب چھُ اَمیُک اکھ تناورشاخ، یُس انسانس زیوِ پیٹھٕ پرٛتھ زمانس منٛز جُت جہار پراوان روٗد، یتھ پرانہِ لنٛجہِ تہٕ پرأنی ؤتھر آوسِتھ تہٕ زردِتھ میٛژ شرٛپایہِ تہٕ یہِ روٗ دنوٚی تھَوتہٕ گب کڈان تہٕ پرٛتھ موسمس منٛز زِندٕ تہٕ تہِ جہارتہِ ہاوان۔ یہِ تہِ چھُ یوان وننہٕ زِ اَمی کانٛلہِ ترٕتھ ووت انسان تخلیق کأری ہنٛدِس مأدانس منٛز۔ تہِ زَن گوٚ وگوڈٕ آیہِ لکہٕ باوَتھ تہٕ پتہٕ تخلیقی ادب بارسس۔ بقولِ کارل گستاوینگ "دیومالا تہٕ لکہٕ ادب چھِ باضأبطہٕ تخلیقی تہٕ تحریری لٹریچرٕکی جد"

یوٗرپس منٛز گیہ فوک لوسۆ مبراونٛچ تہٕ تمیُک تجزیہ کرنٕچ کأم کنُوہمہِ صَدی عیسوی منٛز شروٗع۔ "فوک لور" اصطلاح کر وِلیم، جے، تھامس نأوی انگریز عألمن 1826ء منٛز وضع، ووں گوٚ وفوک لورکہِ سنٛجیدٕ مطالعٕک ابتدااوس 1912ء منٛزے جرمنی ہنٛدیو گرِم بارنیو (جیک لڈِوِگ کارل

گرِم 1863ء۔1785ء تہٕ جیک وِلیم کارل گرم 1857ء۔1776ء)

کوٚرمُت ۔فوک لورٕچ اہمیت تہٕ افأدیت وُچھتھ گیہ واریہن مُلکن منز

بشریات ،سمأجیات تہٕ اسطوٗریات کِہن علمی شعبن ہٕنٛتی دِلچسپی تھاون والین

فوک لورچہِ سوٚمبرن کأری تہٕ تجزیہ کأری ہٕنٛتی زبردست دِلچسپی پأدٕ ۔یِمن منز

روٗسی عألِم فرایڈ ،ینگ ،وی۔پراپ ،امریکی عألِم Funk یہٕ Wagnall

الان ڈانڈیز ،وِلیم باسکا جرمنی ہٕنٛدی البرٹ کوٗہن ،وِلیم من ہارٹ ،میکس مُلر ،

یوٗلنگ تہٕ ٹایلر تہٕ فرنگی عألِم سِل جان شارپ تہٕ جیمز ہسٹنگیز بیترٕ شأمِل چھِ۔

کٲشیرِ منز تہٕ تُل گنوٗ ہمہِ صٔدی عیسوی ہٕنٛدِس سورن کالس منز انگریز فأضلوٕ ے

لُکہٕ ادب سوٚمبراونچہِ کامہِ دَس۔ جے۔ ہنٹن ۔نوولز ن کرِ 1885ء منز

Dictionary of Kashmiri words and sayings ناوٕ ی

فرہنگس منز ڈوڈٕ ساس پیٹھی مِثالہٕ ،محاورٕ ،گنٛڈتی تہٕ منظوٗم کتہٕ شایع۔ أمی

شوقل فرنگی کرِ 1887ء منز Folk Tales of Kashmir ناوٕ ی کتابہِ

منز ژہأٹھ کأشرِ لُکہٕ کتھہٕ شایع۔ کٲشیرِ ہٕنٛدِس مشہور ڈلیلہ گُرِس حاتم تِلوأنِس

زٕشہِ بوزِتھ باہ لُکہٕ کتھہٕ کرِ سر آرل سٹین Sir Aurel Stein ناوٕ ی

انگریزن 1923ء منز لندنہٕ Hatams Tales ناوِس تحت روٗمن رسم

الخطس منز شایع۔

بوزوے تہٕ کأشُر لُکہٕ ادب ژھارنِس ،سوٚمبرنس تہٕ رٔژھرنِس ووٗتھ

عیسأے سنہٕ کہ وُہمہِ ہٕنٛزِ لہٕ کہِ سٔتیمہِ ڈہٕلہِ پٕتھ پرتہٕ پأٹھو دِس۔ أمہِ وقتہٕ

بروٗنہہ اُس گُلریز رسالس منٛز منٛزی لُکہٕ کتھاہ تہٕ چھپان ۔ 1955 ہس منٛز کرٕ لالہٕ روٗخ پبلکیشن نورمحمد روشن ہندی ڈٲسی سوٚمبراوِہٕ مۄ ترٛے لُکہٕ کتھہٕ "پوشہٕ تھٔر" ناوٕ کتابہِ منٛز شایع۔ 1960 ہس منٛز چھپاوٕ شمبوناتھ بٹ حلیمن شمن لُکہٕ کتھن ہنٛز سوٚمبرن بالہٕ یار۔ 1965 ہس منٛز کٔر کلچرل اکاڈمی کاشرِ ہن لُکہٕ بٲتن ہنٛز گوڈنیچ سوٚمبرن شایع۔ یتھہٕ پٲٹھی گوٚ کاشُر نثری تہٕ منظوٗم لُکہٕ ادب سوٚمبراوٕنک اکھ سلسلہٕ شروٗع۔ پتہٕ مین الہٕ پلہٕ پانٛژہن ؤرین یوٚدوَے زن سانیو تمدنی ادارو تہٕ ذٲتی سوٚتھرِس پیٹھ کام کرن والیو ادیبوپننہٕ مقدوٗرٕ رٕسیٹہٕ پکہٕ نے کوٚر مگر تہٕ کرِتھ تہٕ چھِ کلہم پٲٹھی ازتام زٕ ہتھ لُکہٕ کتھہٕ، ساسہٕ وادمحاورٕ، ڈٲپتہٕ تہٕ تلمیح، گندن ترٛاین تہٕ اَسن تراین ہندی ہتہٕ بُدی نموٗنہٕ، درجن پیٹھی بانڈٕ پٲتھر، 115 منٛزلی بٲتھ، 396 شُری بٲتھ، 328 ژٔوی بٲتھ، 150 ہکچہٕ بٲتھ، 159 کھاندرٕ بٲتھ، 98 وٕیگی وژن، 15 برٕ زٕ میچہٕ ہندی بٲتھ، کامین کارن ہندی 59 بٲتھ، 37 وان ، 51 لڑی شاہ، 145 ونہٕ وٕنی وژن ، 285 پریٚژھہٕ تہٕ الہٕ پلہٕ شٔے ساس ونہٕ ون ہُری یمن منٛز بٹہٕ ونہٕ وٕ نکی 1329 ہُری تہٕ شٲمل چھِ۔ سوٚمبراُوِتھ تہٕ شایع کٔرِتھ محفوظ کرنہٕ آمتی۔ یہٕ موادسوٚمبراونہٕ پتس ہتہٕ ہتی گیہٕ اَمہٕ چہٕ تجزیہ کاری ہنٛز عمل تہٕ شروٗع۔ شاباش شوٗبہٕ تمن تمدنی ادارن تہٕ ادیبن یموٚ یہٕ موادسوٚمبراونو ویاپانہٕ سومُبر، تہٕ اَمیُک تجزیہ کرنس کوٚر کھڈسلابہٕ، یمن منٛز ریاستی کلچرل اکاڈمی، کشمیر یونیورسٹی ہُنٛد کاشرِ شعبہٕ، محکمے اطلاعات تہٕ تم سٲری ادیب شٲمل چھِ، یموٚ اَتھ کامہٕ

منز ستجید گی ہاو۔

یہ دوے لُکہ ادبُک واریاہ سرمایہ اَسہِ از تام سوٚمبرٕ تہٕ سوم مگر سائنس أندی پکھس منز موجوٗ دسرمایہ وُچھتھ چھُ باسان زِیہِ چھُ محض ڈوٗنی گولرِ ستی وولُر پازنس برابر۔ وُتاؤلی یا وشفہِ کنی چھُنہٕ یہ سرمایہ سوٚمبراون والین یادِ ے روٗ دمُت زِ اَتھ ماچھےٚ چھل تہٕ چھاُنی تہِ دِنی تہٕ اَمِیُک چھون تہِ ماچھُ ژھارُن۔ اکثر جاین چھِ تحقیقی اصول پس پُشت تراونہٕ آمتی۔ ظونے چھُکھ نہٕ روٗ دمُت زِ اصل رأوی سُند نیب تہِ ماگوٚ ژھ دٕرج کرنہٕ یُن۔ وضاحت طلب نو کتہٕ ما گژھی فُٹ نوٹن منز ویژھناونہٕ ینی۔ اَمہِ وشفہِ کنی چھِ واریاہ چیز ییہٕ تہٕ ییہٕ درِج سپدان۔ روٗ دی مِتی۔ پزی شوٚ بہ اَسہِ یوٗ رپی فاضلن ہنٛدِ سلیقُک، تحقیقی بوز شوژِ ہنٛد تہٕ امانت دأری ہُند اعتراف کرُن مثالے نو ولزن چھُ پرِ بتھ کُنہِ ڈلیلہِ اندس پیٹھ رأوی سُند ناو تہٕ پے پتاہ تہِ درِج کوٚرمُت تہٕ ضروٗری وضاحتی نوٹ تہِ لیکھی مِتی۔ اَتھ اصوٗلس پیٹھ چھُنہٕ أکِس دون ورأے سانہٕ لُکہٕ ادب سوٚمبراون والیو عملے گرمو۔ اکثر چھُ باسان زن تہٕ سوٚمبرن کارے ڈلیل ونن وول تہِ چھُ تہٕ لیکھن وول تہٕ۔ اصل رأوی سُند وَنن طرز تہٕ لفظِ ووتُر چھُنہٕ رٔژھرنے آمُت۔ از تام چھُنہٕ اَسہِ اَکھ تہٕ ڈلیلہٕ سوٚمبرن تحقیقی تہٕ ترتیبی اصوٗلو مطابق تیار گرمژ، حتاکہ حاتمز ٹیلز کتابہ منز اوس گریرسنن ڈلیلن ہُند لسانی جایزٕ ہیوٚ تمُت تہٕ کروٗ کن اوسکھ دُنیاہچن بیٚین مُلکن ہنزن ڈلیلن ستی ہشر ژھورمُت۔ ڈلیلہٕ چھےٚ یمہ صرف کاہ مگر یمن ہنٛدِس سوٚمبراونس تہٕ

کلہم تحقیقی مطالعس دوران چھُ سٹین صحبس جارج ابراہیم گریرسن، ڈبلیو کرؤک تہٕ گووِنڈ کوٗلن اِشتراک تہٕ شاٲمِل روٗدمُت۔ لُکہٕ ادبکی سایٔنی سوٚمبرن کارتہٕ تجزیہ کاربکی پننہٕ آیہ۔ تِمن روٗدنہٕ سٹین یا نولز سُند طریقہٕ کار پانناوُنک تہٕ ظوُن۔ اَسہِ گٔری نہٕ پانژہن وٕرین دوران مقأمی سوٚتھرس پیٹھ لُکہٕ ادب سوٚمبراونکی پرٛتھ کانٛسہِ ہِنٛدِ باپتھ قابلِ قبوٗل اصوٗل تہٕ مُشخص، عالمی سوٚتھرِ کی اصوٗل پانہٕ ناوِنچ چھنہٕ کتھے۔ اوے چھِنہٕ شاید أسی لُکہٕ ادبہٕ کِس آورِ واورِ ٔگمتِس تہٕ وٕہرِتھ داتھرس تہہ تہٕ تریٚہہٕ دِتھ ہیکِہ ٔتی تہٕ نہ اصل مُطالعُک چھون چھاوِتھ ہیکِہ ٔتی۔ زیادٕ تر روٗدسون پلو پیٹھی وأنی کتھ نے تام۔ اَسہِ چھِنہٕ اَمہِ سرمایہ چہ سوٚمبرن کأری تہٕ تحقیق کأری ہِنٛدِ معنہِ ساوِ کارٕ باپتھ کانٛہہ باضأبطہٕ سرکأری یا غأر سرکأری تنظیم تہٕ، حتاکہ ہندوستانکین وارِیاہن صوبن منٛز چھِ فوک لور میوٗزیم تہٕ لُکہٕ ادبکی توشہِ خانہٕ تام قأیم کرنہٕ آمٕتی۔ ووٚنی چھے یورپی مُلکن منٛز لُکہٕ ادب سوٚمبراون والین تہٕ تحقیق کارن اَمہِ مقصدٕ باپتھ قأیم کرنہٕ آمہٕ تِمن ادارن منٛز باضأبطہٕ تربیت دِنہٕ یوان۔ اَتھ ماٗدانس منٛز أنی کھلہِ گیلہٕ لاینگ زمانہٕ چھُ ووٚنی اندو وتمُت۔ ووٚنی چھِ لُکہٕ ادبچہ سوٚمبرن کأری باپتھ باضأبطہٕ طریقِ کار بارسس آمٕتی یِمن ہِنٛز بُنیأز پیٹھ اصوٗل مرتب سپدٕ ٔتی چھِ۔ مثلن

## 1۔ مقصدُک تعیّن

مقصد مُشخص کرُن چھُ گوڈنیُک اصوٗل تکیازِ مُختلف مقصد پراونہٕ باپتھ چھِ

مختلف طریقِ کار پانناونہٕ یوان۔ مقصد اگر لُکہٕ ادب سۆمبراونُے یوت چھُ
تیٚلہِ چھُنہٕ اَتھ مرحلس پیٹھ موادچہِ تجزیہِ کأری کُن دیان دِیُن۔ سۆمبرن
کارس گژھِ پوٚرٕ پے آسُن زِ تَس کیُتھ تہٕ کیا مواد چھُ سۆمبراوُن۔ تسُند مقصد
گژھِ حد بند آسُن، تیٚلہِ ہیکہِ تسند موضوع تہِ حد بندأسِتھ مثلن کانٛہہ سۆمبراوِ
بُرزٕ میٚچہٕ ہنٛدی بأتھ، کانٛہہ سۆمبراوِ وان تہٕ کانٛہہ لڑی شاہ۔ دیان تہٕ سۆمبرن
کأری ہُنٛد تجربہٕ ییٚلہِ أکی سے موضوعس پیٹھ مرکوٗز گژھِ مواد میلہِ سبقہٕ تہٕ
معیأری۔ اکی ساتہٕ لُکہٕ ادبچن واریہن وٕنٛتی ذأژن ہُنٛد موادسۆمبراونس چھنہٕ
کانٛہہ پابندی مگر زیوٗٹھ گۆ وبیوٗٹھ تہٕ اَتھ رلہٕ ملہٕ سۆمبرأوٕمتس موادس ہیکہِ
سٔتھرٕ کانٛہ پأٹھی نہ صرف کھُر یتھ بلکہِ بڑیۓ وٕتِھتھ۔ یُس موادسۆمبراوُن
آسہِ مقصد مقرر کرنہٕ وقتہٕ گژھِ پتہٕ مشخص کرن زِ یہِ کأم کِتس وقتس منٛز گژھِ
مُکمل سپدٕنی۔ مقصد مشخص کرنہٕ وِزِ ے چھُ یہِ تہِ صحی کرُن زِ سۆمبرن کارس
چھا قدیم کألی تہٕ مُروَجہِ موادس پیٹھ نظر۔

## 2۔علاقُک انتخاب

سۆمبرن کارس چھُ وُچھُن زِ تسُند مطلوٗبہٕ مواد کتھ علاقس یا کمہِ علاقہٕ
کِس کتَھ سماجس منٛز چھُ دستیاب۔ سُہ گژھِ تمہِ علاقہٕ کیو جغرافیأیی حالاتو تہٕ
زندگی گذارنکو طور و طریقو بلکہِ کلُہم پأٹھی کلچرٕ نشہِ باخبر آسُن۔ اگر تِمس تمہِ
علاقہٕ چہِ زبأنی، تہذیب تہٕ توارٟخ زان آسہِ نہٕ مطلوٗبہٕ موادسۆمبراونس دوران
لگن تس [illegible] مثالے کأنٛسہِ شخصس زَن آسہِ کشتوارٕ کی

لُکہٕ بأتھ سۆمبراوِنۍ مقصد، سُہ گژھِ تتہِ چہِ زبأنۍ ہُنٛد پوٗرٕ وأقِف آسُن، تور گژھِتھ پیٚیہِ تَس تتہِ بولنہٕ ینہٕ واجنہٕ زبأنۍ ہنٛز نزاکت، لفظہٕ راش، تٕلہٕ تراوتہٕ بناوٹ زانٕنۍ۔ ہرگہہ تتہِ ہیکہِ نہٕ کٔرِتھ تیلہِ گژھِ نہٕ اَمہِ مقصدک تتہٕ اَمہِ علاقُک انتخابہٕ کرُن، ینتہٕ گژھِ سۆمبرن کارتمی علاقُک باشنٛدٕ آسُن۔

## 3۔لُکہٕ ادب پریٚزناوِنچ مہارت

سُے شخص ہیکہِ جینوٗن Geniune سۆمبرن کارٔ اسِتھ، یِیمِس تخلیقی ادبس تہٕ لُکہٕ ادبس منٛز فرق کرٕنۍ تگہِ۔ سُہ گژھِ دۆنوٕنی ادبن ہنٛزن پھیرٕ ہاو خأصی یَژن ہُنٛد وأقِف کار آسُن۔ سُہ گژھِ مقبوٗلِ عام تہٕ صاحبِ طرٕز شأعرن، بامے تِم نٔوی آسن یا پرأنۍ، ہِنٛدِ کلامُک ڈکشن نہٕ صِرف پریٚزناوُن بلکہِ تِہنٛدِ کلامہٕ کِمن پریٚزناون نشانن منٛز فرق تتہِ کرُن۔ تخلیقی ادبچن تہٕ لُکہٕ ادبچن خأصی یَژن ہُنٛد زأنۍ کارتہِ گژھِ سُہ آسُن۔ تخلیقی ادبکہ تہٕ لُکہٕ ادبکہ مختلف زأوِی جار، وٕتہہِ، انہار، لہجہٕ تہٕ اسلوٗب زانٕنۍ چھِ سۆمبرن کارہِنٛدِ باپتھ ضروٗری۔نوبن تہٕ پرانین مبقولِ عام صاحبِ طرز شأعرن ہُنٛد کلام لُکہٕ شأعری اِستی رَل گژھن چھےٚ عام کتھ۔لُکہٕ شأعری ہِنٛدِ امبارٕ منٛزٕ شأعرن ہُنٛد کلام وِنہِ کڈُن چھُ مہارت منٛگان۔ ہرگہہ سۆمبرن وأرِس اَمیُک اٹھ تہٕ وٕطیرٕ آسہِ نہٕ سۆمبرن کأری روزِ ناقص تہٕ نقصان دِہہ۔ تجزیہ کأری ہِنٛدِس مرحلس پیٹھ سپدِ یِہے کوتأہی تجزیہ کارن وتہٕ ڈألِتھ غلط نتیجہٕ اخذ کرُنک بأعث۔اوے سبہٕ گژھِ زانُن زِ لُکہٕ ادبچ سۆمبرن کأری چھنہٕ سہل انگأری

ژالان۔ سہل انگاری ورتاونہٕ ستی چھےٚ سانٮ۪ن لُکہٕ شاعری ہٕنٛزٕن سوٚمبرنن منٛز غلطیہٕ موٗجوٗد روزان۔ یا کینٛژن شاعرن ہنٛدی کینٛہہ بٲتھ چھِ لُکہٕ بٲتھ مانٛتھ درٕج کرنہٕ آمٕتۍ۔ یہ تہٕ چھُ سپدان زِ کانٛہہ لُکہٕ تخلیق چھےٚ کانٛسہٕ شاعرس کُن منسوٗب سپدان۔ اوے گژھِ سوٚمبرن کارس مہارت آسٕنۍ تہٕ کیازِ یہ کام چھےٚ پوٗرٕ بوز شوٗژ منٛگان۔

## 4۔ ژھارُتہٕ تحقیق

ژھارُن گوٚو روومُت، آورِ واورِ گوٚمُت یا مُشراونہٕ آمُت مواد بدٕ کڈُن ژھارن وول چھُ لبن وول آسان مگر تہٕ مابنہٕ زِ گژھُن آسبس اٚبی علاقس کُن تہٕ سُہ گژھِ خشک علاقس کُن۔ اوے چھےٚ ژھونڈ ژھارُ تحقیقس لرِ لوٚر پکان۔ یوٚ دوٚے زٚن لُکہٕ ادبس منٛز تحقیقچ تہٕ تجزیہ کاری ہٕنٛز باضابطہٕ عمل سوٚمبرن کاری ہٕنٛدِ تکمیلہٕ پتہٕ شروٗع سپدان چھےٚ مگر ژھارنچہٕ تہٕ سوٚمبرنچہٕ عملہٕ دوران تہٕ چھُ کم کاسہٕ تحقیق کامہٕ لاگنہٕ یوان، حالانکہٕ تحقیق لفظُک لغوی معنہٕ تہٕ چھُ ژھارن گارُن، دریافت کرُن، اصلیت زانٕنۍ مگر اصطلاحس منٛز گوٚو تحقیق بقولِ پروفیسر شفیع شوق۔ "نوٚو علم حاصل کرنُک، پرون علم زانٕنُک، پرکھاونُک تہٕ اَتھ عٕلمس اضافہٕ کرنُک دانشورانہٕ طریقہٕ" اماپوٚز لُکہٕ ادبچہٕ سوٚمبرن کاری منٛز چھُنہٕ تحقیقس لُکہٕ ادبس اضافہٕ کرنس تہٕ نوٚو عٕلم ژھارنس منٛز کانٛہہ دٕخل بلکہٕ چھُ تحقیق ژھارنہٕ تہٕ گارنہٕ کُس حدس تام تھے اتہٕ بکار لگان۔ یِیلہٕ سوٚمبرن کارٕ سُنٛد مقصد صِرف موادسوٚمبراوُنۍ یوت تہٕ آسہِ تیٚلہٕ تہٕ چھُ

تِمس تحقیقی نظرِ وُچھن زِ سہ چھا ژھاأرِتھ تی سامان یہ تَسُند مقصد اوس مثلن لڈی شاہ بدلہٕ گرٛھِ نہٕ سہ کانٛہہ زایہ نامہٕ یا ٹھاأنی نتہٕ رہنٹ سوٚمبرِتھ گرٛھُن، تَس چھُ وُچھُن اگر لڑی شاہ چھُ ژھارن سُہ چھُ تیاہ پزی لڑی شاہ۔

## 5۔ژھاأرتہٕ سوٚمبرن

لکہٕ ادب یِیہٕ تیٚلی سوٚمبراونہٕ یِیلہِ ژھارنہٕ یِیہٕ۔ ژھارنہٕ باپتھ چھُ تتھ علاقس منٛز واتُن ضرٛوری یِیمہِ علاقُک لُکہٕ ادب سوٚمبراوُن آسہِ۔ گوڈے تحریر کرنہٕ آمُت لُکہٕ ادب کتابن ہٕنٛدی ورق پھِری پھِری اُکی ہے جایہِ سوٚمبراونس تہٕ چھِ کم کاسہٕ افاٗدیت مگر زیادٕ وقعت تہٕ چھُس نہٕ تِکیازِ اَتھ منٛز چھُنہٕ اصلی تحقیقُک عنصر شاأمل، لیوٚکھمُت بییہٕ نقل کرُن گوٚونہٕ حقیقی ژھارُن گارُن۔ لوٗکن نِش، یِم اَمہِ سرمایکہِ موٗلی امانت دار تہٕ رأچھ در آسان چھِ، گرٛھتھ لُکہٕ ادب ژھارنُے چھُ اصل مطلب۔ اتھ عملہِ دوران چھےٚ مُشکلاتن تہٕ تَن پِوان دِنی۔ واریاہ لوٗکھ چھِنہٕ سوٚمبرن واألی ہٕنٛدِس زارِ پارس تہٕ بوٚر تھاوان۔ کینٛہہ چھِ بریٚڈی کڈان تہٕ انکار کران۔ اماپوٚز سوٚمبرن کارس چھُ سبٹھاہ نرمی تہٕ نیٚزمی سان مختلف مزاز تھاون والین لوٗکن سمکھُن۔ یِم ہکبن پرٛبتھ واأنسہِ ہٕنٛدی لوٗکھ اَستھ۔ واأنسھ لوٗکن نِش چھُ زیادے معتبر مواد میلنُک امکان آسان۔ مستوراتن نِش مطلوٗبہٕ مواد حاأصل کرنہٕ باپتھ چھُ پوٗرٕ احتیاط ورتاوُن ضرٛوری۔ ژھارن واألِس پزِ تمہِ علاقہٕ چن مذہبی ثقافتی تہٕ تمدنی مجلسن منٛز گرٛھتھ پُتھن مُطلوٗبہٕ مواد مثالے بڈٕ ہن دوٚہن ہٕنٛزن تقریبن، ریوایتی

ڈراما مقابلن، موسمی تہوارن، کھاندرن تہٕ مأٲلن کیو وورسن منز ہیکہِ ژھارن وأٲلِس واریاہ مواد حاصِل سپد تھ۔ تِمس پیٚیہِ مختلف پیشہِ وَرن نِش گژھن۔ گبوٗن مجلسن تہٕ گندن ماتھن تام واتُن۔ کھہن کھلن منز کأم کرن والین ہُند گبوٗن گرہٕ بوزُن۔ یہِ سوُرے ہیکہِ سُہ مُشخص کرنہٕ آمہٕ تِس علاقس منز بذاتِ خود وأتِتھ، بلکہِ تتہِ پھیرِتھ تھوٗرتھ تہٕ پزٕ ژھ گأر گرِتھ بعمل أنِتھ۔ کتابہٕ ہیکن امہِ خاطرٕ ثانوی ماخذ أستھ، ننہٕ زَن چھُنہٕ کأنسہِ تہِ تحقیق کارس تہٕ سوٚمبرن کارس گرِ بہتھے دارِ کنی بزمُت لگو واتان! ژھونڈ ژھأر دِنس دوران حاصِل سپدمُت مطلوٗبہٕ مواد لبِکھ نُے یوت چھُنہٕ أزی کہِ زمانہٕ کأنی بلکہِ گژھِ یہٕ ستی ستی صدا بند تہِ کرُن۔ییلہِ ژھارِچ تہٕ لبہٕ نچ کأم مکمل سپدِ، لیکھی یتس تہٕ صدا بند گری یتس مواد مواز نہٕ کرنہٕ ستی گژھِ غلط پأٹھی Version درج گژھنگ امکان ختم۔ ژھارن وول گژھِ موجوٗدٕ دسیاب سائنسی ایجادن ہُند تہِ فأیدٕ تُلُن، یمن منز کمپیوٹر، انٹرنیٹ، ریڈیو، ٹیلی وِجن تہٕ ٹیپ رکارڈر وغأرٕ شأمِل چھِ، یم یوٚ دوَے بنیأدی ماخذ ہکن نہٕ أستھ مگر اہم ماخذ تہٕ چھِ ضروٗری۔

## ترتیب کأری

مواد سوٚمبراونہٕ پتہٕ چھُ تہِ تہٕ تریٚیم دِنگ مرحلہٕ واتان۔ تہِ دٕ پتھ گوٚو اَکھ باضأبطہٕ مجموعہ ترتیب دِنچ عمل۔ یہِ مجموعہ گژھِ متن تہٕ مواد رٔنگی معتبر آسُن مختلف صِنفن ہُند مواد گژھِ الگ الگ درج کرنہٕ یِن، چھان بین گرِتھ گژھِ

وُچھُن زِ کوسہٕ لُکہٕ تخلیق کتھ صنفہِ ستی چھےٚ تعلق تھاوان نتہٕ چھ ممکن سوٚ مبرأ وِہِتس جادادس گرٛوھِ گوسأنی کشکولُک تومُل ییتھ منٛز واریاہن قسمن ہُنٛد تومُل رٔلتھ آسان چھُ تہٕ سارِنے قسمس چھےٚ پرٛزنتھ راوان۔ صِنفہِ پھیرُک یہِ مسلہٕ ہیکہِ اَمہِ قبیلچہِ کتابن پرنہٕ ستی تہٕ أندِتھ تہٕ خود موادُک سٕنتھ تہٕ سٕزتھ مُطالعہٕ کرنہٕ ستی۔ باضے چھِ اَکی لُکہٕ تخلیقہٕ ہنٛدی مختلف پاٹھ Version ورتاوس منٛز آسان۔ ترتیب کارس پزِ نہٕ یِمن ستی گیٛنٛد گیٛنٛد کٔرِتھ موادیا لفظہٕ ووتٕر بدلاوُن بلکہِ کُنہِ قسمچ تبدیلی چھےٚ بد دیانتی۔ اَمہِ باپتھ چھُ مقررہ اصوٗل زِ سأری دستیاب Version گرٛھن أکی ہے جایہِ درٕج کرٕنی۔ ماخذن ہُنٛد اندراج چھُ انتہأیی ضروٗری، اَکِس ترتیبس منٛز گرٛھن ماخذ درٕج آسنی، گوڈٕ بنیأدی ماخذ، پتہٕ ثانوی سوٚتھرٕکی وغأرٕ۔ راوِہن ہنٛدی تفصیلات درٕج کرٕنی تہٕ چھِ ضروٗری، تِتھے پأٹھی ییتھِ پأٹھی نوولزن گٔری متی چھِ یا سٹین صأبن حاتم تِلوأنِس متعلق چھِ گٔری متی۔ یِم چھِ ترتیب کأری ہنٛدی سائنسی اصوٗل۔ کانٛہہ شخصاہ لیکھِ پانے لُکہٕ بأتھاہ، نہٕ تھاوِس پنٕن ناو ستی نہٕ رأوی سُنٛد، سو گیہِ ادبی بد دیانتی تکیازِ اَتھ متعلق زَن یژھ کانٛژھاہ کینٛہہ زانُن سُہ کس نِشہِ گرٛھِ۔ وُہمہِ صدی ہِنٛدِس سورن کالس تام تہٕ گرٛنہٕ اَسہِ یِمن اصوٗلن پیٹھ عمل، أتھی زمانس منٛز ییلہِ اعلیٰ تعلیم یافتہٕ سکالرو تحقیقی تہٕ تنقیدی کتابہٕ شایع کرنہِ ہیژٕ، تِمو پانہٕ نأوی نہٕ صِرف تحقیق کأری تہٕ ترتیب کأری ہنٛدی عالمی اصوٗل بلکہِ پنہٕ نِہن کأشرِ بن پیش رو تحقیق کارن ہنٛدِ بن تجربن ہُنٛد فأیدٕ تُلتھ

کوٚرُکھ سائینسی طریقِ کار اختیار مثالہ رَنگی ہکو ڈاکٹر شفیع شوق تہٕ ڈاکٹر فاروق فیاض سٕنٛزٕ کتابہٕ پیش کٔرتھ۔ رٲوِبن، ماخذن تہٕ حوالن ہٕندی تفصیلات ہکو مجموعہ کِس اندس پیٹھ تمی طریقہٕ دِتھ یمہِ طریقہٕ تحقیقی مقالن دِتھ آسان چھِ۔ وضاحتی نوٹ اگر لکہٕ تخلیقہٕ ہٕندِس حاشیس پیٹھ تہٕ دِنہٕ ییہ تتھ چھُنہٕ کانٛہہ ہرج۔ یُس مواد ترتیب دیُن آسہِ تتھ متعلق گڈھِ وارٕ پاٹھی سرٕ کھرٕ کرُن زِیہِ ماچھُ بروٛنہہ شایع سپدیمژ کُنہِ سوٚمبرنہِ منٛز تہِ آمُت تِکیازِ Repetition چھُ وق تہٕ پوٚنسہٕ ضایہٕ کران۔ لُکہٕ ادب سوٚمبراونٛچ تہٕ ترتیب دِنٕچ کٲم چھِ بیوٚن بیوٚن فردو ہٕندی دٔسی تہِ سپدان تہٕ ادارو دٔسی تہِ۔ گوڈٕ گوڈٕ آیہِ یہٕ کٲم فردو ہٕندی دٔسی شروٗع کرنہٕ۔ وارٕ وارٕ ییلہِ ادارن ہُنٛد زمانہٕ آو تہٕ تمو تہِ نیہِ یہٕ کٲم دَرِدس۔ کٲم أکِس فردٕ سٕندی دٔسی کرنہٕ یِی تن، رٔلتھ وارِیہو فردو دٔسی سپدی تن یا ادارو ذریعہ، ہرجہ چھُ نہٕ کُنہِ أکِس، اما پوٚز سوٚمبرن کٲری، ترتیب کٲری تہٕ تجزیہ کٲری ہٕنٛز وسعت چھےٚ منگ کران زِیہِ کٲم گڈھِ أکی ساتہٕ رٔلتھ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ فردن اتھِ کرناونہٕ یِنی، ہرگہہ ادارو ذٔریعہِ کرناوِنی آسہِ ادارٕ تہِ گڈھِ فردس بجایہِ سوٚمبرن کارن تہٕ تجزیہ کارن ہٕندِس گرٛپس اَتھِ کرناوُن تِکیازِ أکھ گڈھِ کامہِ منٛز سہولیت تہٕ بییہِ ہیکہِ مختلف فردن ہنٛد علم تہٕ تجربہٕ زیادٕ بہتر نتیجہٕ بأدِتھ، اوے چھُ تھامس اروِن وتان زِ فردو بجایہِ چھےٚ لُکہٕ ادب سوٚمبراونٛچ کٲم جمأژ ہٕنٛز، تتھ جمأژ ہٕنٛز یتھ منٛز مختلف علمی شعبن ہٕندی عالم تہٕ ماہر موجود آسن تہٕ تِمن یانہٕ وأنی رأبطہٕ آسہِ۔

# مُطالعہٕ تہٕ تجزیہ کاری

لُکہٕ ادبُک مطالعہٕ تہٕ تجزیہ چھُ مختلف مقصد وباپتھ کرنہٕ یوان ، اِو سبہٕ چھِ مختلف طریقہٕ یوان کامہِ لاگنہٕ ۔ گِرم بارنہٕ واوس جرمنی زبانی تہٕ اَمہِ چِن بولین ہنزن ڈئلیلن ہُنٛد مطالعہٕ تقوبلی طریقہٕ شروٗع کوٚرمُت ۔ یہِ سلسلہٕ چلیو و بروٚنٛہہ کُن تہٕ واریہو سُکالرو کوٚر مختلف مُلکن ہنزن ڈئلیلن ہُنٛد تقوبلی مطالعہٕ تہٕ تجزِیہ ۔ جرمنی ہُنٛدی محقق میکس مُلرن دیُت اسطوٗریات ِکس مطالعس پیٹھ زور ۔ کینژَ وکوٚر لُکہٕ ادبس منٛز نسلی تہٕ نفسیأتی بنیأذن تہٕ حالاتن ہنٛد مطالعہٕ ۔ کینژَ وژھور اَتھ منٛز یکسان حیأتی ارتقاہُک عنصر تہٕ کینژَ وتوأریخی تہٕ تہذیبی لین دین ۔ وارِیاہ سکالر چھِ لُکہٕ ادبس سمأجی توأریخ زانہٕ نُک وسیلہٕ زانان ۔ کینژَ وکوٚر اَمیُک ساختیأتی مُطالعہٕ شروع ۔ ساختیأتی مُطالس پیٹھ دیُت روٗسی عالم پراپن تہٕ امریکی عألم الان ڈانڈ یزن زیادٕ توجہ ۔ ساختیأتی مُطالعہٕ کَیٚن یمن طرفدارن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ ساختیأتی مطالعہٕ ورأے چھِ لُکہٕ تخلیقن ہُنٛد تقوبلی یا توأریخی مُطالعہٕ اڈلیوٗک روزان ۔ کینٛہہ مأہِر چھِ لُکہٕ ادبس منٛز تہٕ تخلیقی عنصر ژھاران تہٕ تخلیقی خصوصیژن ہنٛز وضاحت کران تہٕ تخلیقی ادبس تہٕ لکہٕ ادبس دریان لین دینٛچ وضاحت کران ۔

☆

# کأشرِس لُکہٕ ادبس متعلق کرنہٕ آمژ کأم

کأشُر لُکہٕ ادب چھُ باگہِ بۆ رُت، معنہِ سوو، شُہل شیٖتل، رواں دواں تہٕ کشیٖرِ ہِندِ ڈٔکھی جل تہٕ بختاوار پیٚتھ کالُک امانت دار تہِ تہٕ کأشرِ کلچرُک پۆز ترجمان تہِ۔ اَمیُک اعتراف چھُ یورپی عالموتہِ کۆرمُت۔ اوے یام یورپس اندر لُکہٕ ادب بدِ کڈنچ تہٕ رٔژھراونچ کأم بارسس آیہِ، کشیٖرِ منز تہِ ٹُل شوقہٕ والیو انگریز عالموٕ اتھ کامہِ دٔس۔ جے۔ ہنٹن۔ نوولزن کرِ 1885 ہٕ منز ''ڈکشنری آف کشمیری ؤرڈس اینڈ سیٚینگس ( Dictionary of Kashnmiri words and sayings)ناوی فرہنگس منز ڈوڈٕ ساس پیٚٹھی مثالہٕ، محاورٕ گنڈتیہٕ تہٕ منظوٗم کتھِ شایع، اکثر گنڈتین تہٕ محاورن چھےٚ وضاحت تہِ کرنہٕ آمژٕ تہٕ دلچسپ معلوٗمأتی پۆت منظرتہِ دِنہٕ آمتی۔ أمی شوقل فرنگی کرِ 1887 ہٕ منز ''فوک ٹیلز آف کشمیر'' ناوی کتابہِ منز ژہأٹھ کأشرِ لُکہٕ کتھٕ شایع۔ کشیٖرِ ہِندِس مشہوٗر دٔلیلہٕ گٔرِس حاتم تِلوأنس نِش بوزمژ باہ لُکہٕ کتھٕ کرِ سر اِرک اریل سٹین (Sir Aurel Stein) ناوی انگریزن 1923 ہٕ منز لندنہٕ ''Hatam's Tales'' ناوس تحت روٗمن رسم الخطس منز شایع۔

بوزوٕے تہٕ کأشر لُکہٕ ادب ژھارنس، سومبرنس تہٕ رٕژھرنس ووتھ عیسأے سنہٕ کہٕ وُہمہِ ہتہٕ لِکہِ شیٖمہِ ڈٕلہِ پتھ پزنہٕ پأٹھی دس۔ اَمہِ وقتہٕ بروٗنہہ پھین اُس گُلریز رسالس منز منزی منزی لُکہٕ کتھاہتہِ چھپان۔ 1955 ءمنز کرِ لالہ روخ پبلکیشنن نور محمد روشن ہندی ڈٕسی سومبراوِمژٕ ترٛے لُکہٕ کتھٕ ''پوشہِ تھر'' ناوٕ کتابہِ منز شایع۔ 1960 ءمنز چھپاو شمبو ناتھ بٹ حلیمن شُرٛہن ہندِ خأطرٕ ''بالہِ یار'' کتاب، یتھ منز شیٚے لُکہٕ کتھٕ چھےٚ۔ 1961 ءمنز چھپاوِ پروفیسر اس۔ ال۔ سادوٕ ہن انگریزی زبأنی منز 30 کأشر لُکہٕ کتھٕ۔ اختر محی الدین تہٕ پُشکر بان نہِ ڈٕسی تہِ سپز ''ڈٕلیلہٕ'' ناوٕ کتابہِ منز کینٛہہ لُکہٕ کتھٕ شایع۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر ریاستی کلچرل اکاڈمی لُکہٕ ادب سومبرتھ شایع کرنُک اژھیوٚن سِلسلہِ شروٗع۔ اَتھ سِلسِلس تحت گیہِ 1972 ءپتھٕ از تام لُکہٕ کتھٕن ہندی سَتھ باگہ بُرتی مجموعہٕ شایع، یِمن منز الہِ پلہٕ دوٗن ز ہتھ لُکہٕ کتھٕ محفوٗظ سپدییہِ۔ یِمن سومبرنن ہندی سومبرن کارتہٕ ترتیب کار چھِ مرحوم اختر محی الدین، سومناتھ سادھو، ٹاک زینہٕ گیری، محمد احسن احسن، نشاط انصاری، غلام نبی آتش تہٕ رشید راشد۔ محمد یوسف ٹینگن پھرسٹین ہنٛز حاتم ٹیلز کأشرِس مروجہ رسم الخطس منز معلوٗماتی پیش لفظ ہتھ گرِ یہِ کتاب کلچرل اکاڈمی 1989ء منز ''حاتم کتھٕ'' ناوٕ شایع۔ کلچرل اکاڈمی کرنوٚ وڈاکٹر امر مالموہی یس اَتھ سوم دیو ہنٛزِ مشہوٗر ڈٕلیلہِ کتابہِ ''کتھا سرِت ساگرس'' کأشُر ترجمہٕ۔ دپان سوم دیون اوس گناڑے ہنٛز برہت کتھایہِ ہُند استفادٕ کوٚر مُت تہٕ برہت کتھا

اُس پشاٗج زبانٕ منز۔ سوم دیون اُس کتھاہ سٕرت ساگر کاشُر توٲریخ کِس اُکِس اَلمناک دورس منز راز انت سنٛزِ آشنہٕ سٕوٚریہ متی ہُند من رنٛزونہٕ موکھ 1070 ءمنز لیچھمٕژ۔ ہرگاہ یہ صحی آسہٕ زبرہت کتھاہ اُس پشاج زبانٕ منز، یتھ متعلق تحقیقی بوزشوز کرُنی پزِ، تیٚلہٕ چھُ سوم دیوٗن یہ ڈلیلہٕ سُدرُ چھرا کاشُرتہٕ کاشرِ سوچُک ترجمان۔ مرحوم علی محمد لونن دِژ اَمہِ کتابہٕ ہٕندِس ''وِتال پچیسی'' ناوٕ حِصس ڈرامٲیی صورت تہٕ ریڈیو کشمیر سری نگرٕ پیٹھ نشر سپدِتھ گوٚو یہ سِلسِلہٕ وار ڈراما سٮ۪ٹھاہ مقبوٗل۔ نثری لُکہٕ ادبہٕ رٕنگی کرِ کلچرل اکاڈمی بیٚیہ تہٕ کینٛہہ کتابہٕ شایع مثالے غلام نبی نٲظر سنٛز کاشر گندن ترایہ، یوسہٕ اتھ موضوعس متعلق از تام وٲحِد کتاب چھےٚ تہٕ 484 صفن پیٹھ واشرِ تھ کتاب ''کاشرِ دٕپتٕ'' یتھ منز ڈوڈٕ ساس گنڈتیِ، مثالہٕ تہٕ محاورٕ معنہٕ، ورتاوتہٕ پوٚت منظرِ سان درٕج کرنہٕ آمتی چھِ، یہ کتاب گیہٕ 1988 ءمنز چھاپ۔ یتھےپٲٹھی سپز کلچرل اکاڈمی ہنٛدِ طرفہٕ ''کاشرِ تلمیح'' ناوٕ کتاب 1986 ءمنز شایع۔ اَمکی سومبرن کار چھِ راقم الحروف تہٕ موہن لال آش، اَتھ منز چھِ 205 تلمیح معنہٕ ورتاو تہٕ پوٚت منظر ہیتھ درٕج، اَمہِ برونٛہہ یم شیٹھ تلمیح پروفیسر محی الدین حاجنی ین مقالات کِتابہٕ منز درٕج اُسی کرِ ءتی، تم تہٕ چھِ اَتھ کتابہٕ منز حاجنی صابٕنہٕ اجازتہٕ شٲمِل آمتی کرنہٕ۔ محمد امین کامِل سنٛزِ ترتیب دِژمٕژ ''کاشر اسن ترٲیہٕ'' کتابہٕ منز تہٕ چھُ لُکہٕ ادبکہٕ ظرافتکی نموٗنہٕ شٲمِل کرنہٕ آمتی۔ یمو کتابو برونٛہہ اُسی نور محمد کُتب فروشن کینٛہہ کتابچہٕ چھاپِمٕتی یمن منز کاشرِ مثالہٕ تہٕ محاورٕ بیتر

درٕج آسی۔ سُدرشن کاشکأری سٕنز کتاب The wit of Kashmir یۆ دوَے انگریزی زبأنی منز چھےٚ توتہٕ چھِ اَتھ منز واریاہن محاورن، ضرب المثلن تہٕ تلمیچن ہنٛدی پۆت منظر درٕج۔ 1984ء منز پییہٕ مرحوم محمد سُبحان بھگت سٕنز کتاب ''بانڈٕ جشن'' بازر، اتھ اہم کتابہِ منز چھِ گوڈٕنچہ لٹہِ پنٛڈٕہن بانڈٕ پأتھرن ہنٛزٕ شیرازٕ بندی کرنہٕ آمٕژ تہٕ اَتھ لُکہٕ فنس متعلق چھِ کہِ یاہ اہم نوکتہٕ ویٚژھناونہٕ آمٕتی۔ مرحوم نشاط انصأری سٕنز کتاب ''کأشری صنایع'' تہِ سپٕز اَتھ زمانس منز شایع۔

منظوم لُکہٕ ادب سومبراونٕک گنڈُل سِلسلہٕ تہِ کوٚر کلچرل اکاڈمی منصوٗبہٕ بند طریقس پٹھ شروع، حتا کہِ 1965ء پٹھٕ یتھ دمس تام چھےٚ کأشرِ لُکہٕ شأعری ہنٛز کاہ باڈوٕدار سومبرنہٕ اَمہِ ادارٕ طرفہٕ شایع کرنہٕ آمٕژ، یِمن منز بشیر بھدرواہی سٕنز ''ڈوڈہ ضِلعکٕی لُکہٕ بأتھ'' تہِ شأمِل چھِ۔ یِمن سومبرنن منز چھُ کأشرِ لُکہٕ شأعری ہنٛزن مختلِف وٕنٛتی زأژن وِحاظہٕ سپُد مُت۔ یِمن سومبرنن ہنٛدی سومبرن کارتہٕ ترتیب کار چھِ موتی لال ساقی، ناجی منور، سومناتھ سادو، شام لال پردیسی، غلام نبی ناظر، غلام نبی آتش تہٕ رتن جوہر۔ ازتام چھِ لُکہٕ شأعری ہنٛدبن یِمن مجموٗعن اندر 115 منزٕلی بأتھ، 396 ژُری بأتھ، 328 ژ وی بأتھ، 150 ہکچہ بأتھ، 159 خاندرٕ بأتھ، 98 ویگی وژن، 15 بُرٕنٛمیچہِ ہنٛدی بأتھ، کامِن کارن ہنٛدی 59 بأتھ، 37 وان، 51 لڈی شاہ، 145 ونہٕ وُنٕی وژن، 285 پریٚژھ تہٕ الہٕ پلہٕ ساڑھ پانژھ ساس وَنہٕ وَن

ہُری ، یِمن منٛز بٕتہٕ ونہٕ وَٕنِکہِ 1329 ہُری تہِ شامِل چھِ تہٕ ہتہٕ بُدی منظوٗم محاورٕ تہٕ کہاوٗژ درج سپدِ تھ محفوٗظ سپدِ یمتی ۔

یُٛ دوَے لُکہٕ ادبُک اُچھ ووتھٕ ؤن سرمایہِ اَسہِ از تام سوٚمبرٕتہٕ سوم مگر سائنس اٗندی پکھِس منٛز موجوٗد انبار در انبار سرمایہٕ وُچھتھ چھُ باسان زِیہ چھُ محض ڈوٗنی گوٗلرِ ستی ووٗلر پازنس برابر۔ اماپوٚز توتہِ چھِ اَمہِ مواد کی سوٚمبرن کار شاباشکی حقدار زِ وار یاہ جِکھ تہٕ جتن کٔرِتھ تھوٗو کھ بُنیاٗدی مواد سوٚمبرِ تھ۔ اَمہِ ستی گوٚو لُکہٕ ادبس مولانکون کرنُک اسطوٗن تہٕ دیومالاین گنڈ مُرراوُنک تہٕ اَمہِ کہِ حوالہٕ کاشرِ کلچر کین مختلف گوشن سام ہیٚنگ باضابطہٕ سِلسلہٕ شروٗع۔

1961ء پیٹھِ 1971ء تام کرِ مرحوم پروفیسر محی الدین حاجنی ین ژور اہم کتابہٕ شایع یمن منٛز گوڈنچہِ لٹہِ کاشرِ لُکہٕ ادبکہِ مطالعچ وَتھ ژھارنہٕ ، سارنہٕ تہٕ شیرنہٕ آمٕژ چھےٚ ، کاشرِ نٔثرچ کتاب (چھاپ 1961ء) گاموٗ منٛزی پھیری پھیری (چھاپ 1962ء) مقالات (1967ء) تہٕ لُکہٕ رَس (چھاپ 1971ء)۔ یمن کتابن منٛز چھِ لُکہٕ ادبس متعلق کینٛہہ اہم مقالہٕ مثلن کاشرِ نٔثری لُکہٕ ادبُک خاکہٕ ، بہوٗدرگنہٕ یُن اکہٕ نندُن ، کاشری تلمیح ، محاورٕ ، مثالہٕ تہٕ پریژھ ، داستان حبہ خوتون تہٕ کاشرِ ثقافتکی کینٛہہ توارٔیخی نشانہٕ۔ اَتھی ستی ستی گوٚو لُکہٕ ادبُک سٔنِتھ تہٕ سُٔرِتھ مُطالعہٕ کرنکہِ غرضہٕ کلچرل اکاڈمی ہِنٛدِ طرفہٕ خاص نمبرن ہُنٛد اکھ معتبر سِلسلہٕ شروٗع ، گوڈٕ انوارِ دزاو پروفیسر رشید نازکی ہِنٛدِس ادارتس تحت 1975ء منٛز ہمارا ادبک لوک ادب نمبر تہٕ ستی 1976ء منٛز

امین کامِل ہِنٛدِس ادارتس تحت سون ادبُک زبان تہٕ ادب نمبر تہٕ 1977ء منز سون ادب کشمیر نمبر۔ یِمن خاص نمبرن منز چھپے یہِ درجن وادپُر مغز عالمانہٕ تہٕ محققانہٕ مقالہٕ۔ یِمن ہِنٛدی مستقل لیکھن والی اَسی تھدی تعلیم یافتہٕ تہٕ عالم ادیب تہٕ محقق، یِمو لُکہٕ ادبِکس تحقیقس تہٕ اَمیُک چھون چھاونُس نوٚ وتھ ہاوٕنہٕ مثلن پروفیسر محی الدین حاجنی، عل محمد لون، امین کامِل، دینا ناتھ نادم، پروفیسر پُشپ، اختر محی الدین، پروفیسر رحمان راہی، موتی لال ساقی، پروفیسر منظور فاضلی، پروفیسر مشعل سلطانپوری، سید رسول پونپُر، پروفیسر غلام محمد شاد، بشیر اختر، محمد یوسف ٹینگ، غلام نبی خیال، نشاط انصاری، غلام نبی ناظر، ڈاکٹر برج پریمی، محمد اسداللہ وانی، ڈاکٹر شفیع شوق، گُلشن مجید تہٕ ڈاکٹر شاد رمضان بیترِ۔ تِتھے پأٹھی سپُد کشمیر یونیورسٹی ہِنٛدِ کأشرِ شعبہٕ کہِ طرفہٕ انہار رسالُک لُکہٕ ادب نمبر 1986ء منز شایع، اَتھ تحقیقأتی تنقیدی، معلوٗمأتی تہٕ تجزیأتی نمبرس منز چھِ کاہ مقالہٕ درج، یِمن لُکہٕ ادبِکس مطالعس منز میلہٕ کنہِ ہُنز حیثیت حاصِل چھےٚ۔ 1989ء منز گوٚ وِتھے اکھ خاص نمبر مراز ادبی سنگم ویچہٕ بیارِ طرفہٕ تہٕ شایع۔ یتھ منز کأشرِس لُکہٕ ادبس متعلق أٹھ بہلہٕ پایہِ مقالہٕ شأمِل چھِ۔ اَمہِ مقالہٕ مجموٗعکی ترتیب کار چھِ پروفیسر غلام محمد شاد تہٕ سید رسول پونپُر۔

انفرأدی سوٚتھرِس پیٹھ کرِ وارِیاہو ادیبو کوٗشِشہٕ، یِمن منز پروفیسر محی الدین حاجنی، محمد یوسف ٹینگ، موتی لال ساقی تہٕ غلام نبی ناظر سُند دیُت

ژۆ رُے پۄہن چھُ ۔ محمد یوسف ٹینگ ہسندی تم کُہ یاہ مقالہٕ یم لُکہٕ ادبس متعلق کلچرل اکاڈمی ہٕنزن مطبوٗعاتن پیٚشِ لفظہٕ کنہٕ لیکھنہٕ آمتی چھِ چھِ پزی عاٗلمانہٕ، محققانہٕ تہٕ وُتشاول ۔ یم لُکہٕ ادبس متعلق کاٗم کرن والین نوٚین سرحدن کُن وَتہ ہاوان چھِ ۔ تِہندی تِتھی ہوی مقالہٕ تہٕ چھ لُکہٕ ادب پرکھاونس منٛز واریاہ کار آمد، کینٛہہ کاٗشرِ اسطوٗر، کاٗشُر ناوِ گوٚند، لُکہٕ باٗتن ہٕندِس اَنس منٛز کاٗشر کلچر، لفظہٕ راش تہٕ واٗنجہٕ گاش ۔ کاٗشُر لُکہٕ ادب رٕژھراونس تہٕ اَمہِ رِکس مطالعس چھُ موتی لال ساقی سُند دیُت ہمیشہِ پوشہِ وُن، تِہندی اَمہِ قبیلکی مقالہٕ چھِ سماٗجی ارتقاتہٕ نسلیاٗتی مطالعہٕ کِہن مختلف گوشن گاش ہاوان ۔ مثلن کاٗشر دیومالا ،کاٗشرِ داں ذاٗژ ،فلورا اینڈ فانا ،لُکہٕ باوَتھ تہٕ نسلی ژیٚتہٕ وۆتُر ،لُکہٕ باوٕ ژہٕنز رنگہٕ رنگہٕ اہمیت ۔ اکٕ ہمہِ صٔدی ہٕند بٕن گوڈٕ نِکہن دون ؤرین دوران آیہٕ ڈاکٹر فاروق فیاض ہٕنزٕ زٕ کتابہٕ شایع سپدتھ ،اَکھ چھےٚ Folk lore and History of Kashmir، یوسہٕ 2001ءمنٛز چھاپ سپٕز تہٕ بیاکھ چھےٚ ''زبان، ادب تہٕ تواٗریخ'' یوسہٕ 2002ءمنٛز بازر پیٚیہٕ ۔ یم دوٚشوَے کتابہٕ چھےٚ تحقیق کیوٗ وجدید اصوٗلو مطاٗبق لیکھنہٕ آمژ ۔ پرٕتھ کتھِ چھُ حوالہٕ دِتھ ۔ پرٕتھ دٔلیلہٕ تہٕ باٗتس چھُ راٗوی سُند ناو تہٕ زادوبوم ہتی ہتی دِنہٕ آمُت ۔ اتھ کتابہِ منٛز موجوٗد شُرہو مقالو منٛز چھِ اَٹھ لُکہٕ ادٕبکس مطالعس ہتی تعلق تھاوان ۔ اکھتے چھِ کینٛہہ نٔوی موضوع تہٕ آسناونہٕ آمتی ۔ ڈاکٹر امر مالموہی، پروفیسر رحمان راہی، پروفیسر مشعل سلطانپوری، آرجن دیو مجبور، موہن لال

آش، سید رسول پونپر، ناجی منور، امین کامل، بشیر اختر، غلام نبی خیال، ڈاکٹر رتن تلاشی، ڈاکٹر بشر بشیر، ڈاکٹر شفیع شوق، ڈاکٹر گلشن مجید، ڈاکٹر عزیز آفاق تہٕ ڈاکٹر شاد رمضان ہِندی لُکہٕ ادبس متعلق مقالہ چھِ، سون ادب، شیرازٕ، آلو، پرٛوٕ، انہار، گولالہٕ، وولرٕ کۄملر، ثقافت، ناگہٕ راد تہٕ فریاد علاوٕ وارِیہن رِسالن اندر چھپان روزان۔ اکھتُے چھےٚ ڈاکٹر شاد رمضان ہِنٛز ترتیب دِژمٕژ سۄمبرن "کأشرِ ن لُکہٕ بأتن ہُند انتخاب" اکھ اہم کوٗشش۔ نوٚم حرف لِکھن وألی ہِندی لُکہٕ ادبٕکس مطأعلس تہٕ تجزیس متعلق زٕ درجن پیٹھی مقالہٕ، تہٕ چھِ مختلف رسالن منٛز شایع سپدہٕ متی۔ اَکھتُے چھےٚ "کأشر لُکہٕ شأعری، ووکھنٕے تہٕ ویٚژھنے" پٔنٛنہٕ قسمچ گوڈنچ اہم کتاب، یوسہٕ 2008 منٛز شایع سپٕز۔ کشمیر یونیورسٹی ہِندِ کأشرِ پوسٹ گوبجویٹ شعبہ چہِ نگرأنی منٛز گری وارِیہو ریسرچ سکالرو ایم فل تہٕ پی ایچ ڈی خأطرٕ لُکہٕ ادبکین مختلف موضوعن تحت مقالہٕ تیار، ووں گوٚ وتم گیہِ نہٕ وُنہِ شایع۔

ریڈیو کشمیر سری نگر تہٕ دوٗر درشن تہٕ روٗدی کأشُر لُکہٕ ادب لوٗکن تام واتناونس منٛز برونٛہہ برونٛہہ۔ لُکہٕ موسیقی، بانڈ پأتھر، روٗو، ہکچہ، کأشرِ ن لُکہٕ کتھن پیٹھ مبنی ڈراماأسی تن یا "وارثت" ہوی ثقافتی پروگرام، وہتال پچیسی ہُند ڈرامأیی روٗپ، ألف لأل، محمد اسماعیل میر تہٕ حبیب اللہ نشاطی ہِنٛز داستان گویی یا راقم الحروف ہِندی تحریر کٔرِی متی لُکہٕ شأعری متعلق مقبوٗل عام سِلسلہٕ وار فیچرٕ کی اکھ درجن قسط، اَمہٕ سارٕکُے پھیوٗت چھُ یمن دون ادارن

ہٕنٛدۍ ہیٚ ہنگس شولان۔

اٲخرس پیٹھ چھُم عرض زِ ییٚژ کاٲم کرنہٕ باوجوٗد تہِ چھِنہٕ اٲسۍ لُکہٕ ادبکس وہرِتھ داتھرِ س نہ پوٗرٕ پاٲٹھۍ تہٕ دِتھ ہیٚکۍ مَتۍ تہٕ نہ اصل مطالعک چھون چھاٲوِتھ ہیٚکۍ مَتۍ۔ زیادٕ تر چھُ سون پلو پیٹھۍ واٲنۍ کتھہٕ نے تام ووتمُت۔ تحقیقی کارنامہٕ بامل اننہٕ خاطرٕ یوسہٕ علمی آگہی، صبر تہٕ ژبڈ یا تحقیقی حوصلہٕ آسُن گژھِ، انشاءاللہ سُہ چھُ سانین کینہہ یاہ تحقیق کارن منٛز موجوٗد، اما پوٗز کینژہ ھاہ کرنچ گٕنٛز کل گژھِ آسنۍ، یکجا سٕمتھ کاٲم کرنُک شونڈ تہٕ بل ہُتر گژھِ آسُن۔ نبرِ مین مُلکن ہٕنٛز چھنہٕ کتھے سانہِ مُلکہٕ کینہہ وارِیاہن صوبن منٛز چھِ فوک لور میوٗزیم تہٕ لُکہٕ ادبکۍ توشہٕ خانہٕ قاٲیم کرنہٕ آمتۍ۔ کاش اٲسۍ ہیٚکہٕ ہوشوقل ادبین ہٕنٛز، فوک لورکہِ تحقیق خاطرٕ غاٲرسرکاٲرۍ تنظیمے اِستادٕ کٔرِتھ!

☆

# کأشرِس لُکہٕ اَدبس
# محی الدین حاجنیٚ سُنٛد دیٚت

حاجنی صأبس أس کأشرِس لُکہٕ ادبس سٟتۍ زبردس دلچسپی تہٕ اَتھ متعلق کأم کرن والێن سٟتۍ خاص ہمدردی، یِژھن کامێن ہُنٛد بوٗزِتھ اوس سُہ سیٹھاہ شاد سپدان۔ یہِ گس چھُنہٕ پے زِ کأشرِ زبأنی ہِنٛدِس فوک لورس ہیوٚت سارِوے برونٛٹھ غأر کأشرو زول دِیُن، جے، ہنٹن، نوولز، آرل سٹاین، لارنس بیترِ کشمیر شِناسو چھاپہٕ کٔشیرِ ہٕنٛز کہِ ہندوستانہٕ نٮ۪بر کتابہٕ۔ اماپوٚز کأشرِ لُکہٕ ادبکس سنجیدٕ مطالعس ٹُل گوٚڈنیتھ حاجنی صأبنے دَس، تِمو دِژ امہِ کمێن وُسعتن ژھأنٛڈ، تِمو ژھأرۍ امہِ منٛز تہذیبی تہٕ لِسأنی نشانہٕ، تِمو کٔرۍ پننہِ وسیع مُطالعکی تاثرات عالمانہٕ مقالن ہِنٛدِس صوٗرتس منٛز قلم بنٛد۔ سُہ اوس یژھان زِ کأشری محقق گژھن پننہِ فوک لورٕکۍ مختلف وِہی تہٕ انہار پرِزنأوِتھ امہِ چَن مختلف ذأژن اکہِ باضابطہٕ سوشل سائنس کہِ حیثیتہٕ تجزیہ کرُن۔

"ازتام اگرچہِ کأشرِ زبأنی ہِنٛزن ادبی صنفن متعلق کینٛہہ کتابہِ لیکھنہٕ تہٕ چھےٚ آمژٕ مثلاً نوولز صأبنۍ "کأشرِ کہاوژ" پنڈت آنند کوٗلنۍ تہٕ مرحوم نور محمدٕنۍ "کأشری محاورٕ تہٕ شری سُدرشن کاشتکأری سٕنٛز "ظرافت کشمیر"

اماپۍ زیٚمن اندر چھُنہٕ سہٕ ژأر کرنہٕ آمٕژ ۔یتھ اُسی تحقیقأتی ژأر" وَنو۔ محاورن ، ضرب المثلن تہٕ تلمیحن چھےٚ یکہٕ وَٹہٕ سہٕ کھوٚر کرنہٕ آمٕژ ۔یتھ وُچھِتھ حاَرأنی چھِ سپدان زِ یم "ادبی اقوال" جمع کرنہٕ پتہٕ کونہٕ چھُ جمع کرن والین یادرٕ دمُت زِ یتھس مواد س گوٚژھِ موضوعہ پتہٕ موضوعہ شیرِ ژأرتہِ کرنہٕ یِنۍ۔ اَمہِ اوگرِتھوٚ گرِ علاوٕ چھ نوولزتہٕ کاشتکارٕ ری صأبنہِ کتابہ انگریزی زبأنی منز لیکھنہٕ آمٕژ ، یٚمہِ موٗجب ہتہٕ منز کم از کم نمتھوان پرٕ کأشر بوٚیمن ہُند ناوتام بۄزمُت آسہِ نہٕ ۔پرٕ ہتہٕ دہ فیصدی کأشر بہ اندر گٔے نہٕ وُنیُکتام اَکس تہٕ یہِ کل زِ اگرچہِ انگریزی زبأنی ہِندِ ستی سانہِ زبأنی ہِندی کینہہ چیز کشیرِ نیبر تہٕ واتی ۔اماپۍ زیانہٕ کأشری رٕ دی یموٕ نشہِ بے خبر۔ ووٗنی واتی سانہِ زبأنی ہِندی ضرورت یوٚت تام زِ ووٗنی وَسن نہٕ زانن والین بروٗنہہ کنہِ تمہٕ کتابہ نکھٕ یمن اندر مختلف صنعون کھوٚر کرنہٕ آسہِ آمٕژ۔ سانہِ زبأنی اندر چھُ تیوٚت وُسہٕ جار زِ اگر کوشش ییہٕ کرنہٕ سأنی "صنائع تہٕ بدائع ہکن اکہ بڈٕ لغتہٕ خأطرٕ مواد مُہیا گرِتھ"۔

محی الدین حاجنی مقالات ص 51 چھاپ 1967ء

حاجنی صأبُن اہم ترین دیٚت چھُ یہِ زِ تَس پتہٕ کأشرس لُکہٕ ادبس پیٹھ کأم کرن والین میج کم یا زیادٕ تہند بوٚ تحریرو ستی تحریک یُہے اُس تہِنز خأہش تہِ۔ سانو اُدیبو گر لُکہٕ ادبس پیٹھ واراہ کأم مگر ضرٕوری موقن پیٹھ ہیکی نہٕ کأنسہِ اَکر تہِ حأجنی صأبنۍ حوالہٕ نظر انداز گرِتھ۔ تِکیازِ تِہندہن اکثر مقالن ہِنز عمومی بُنیاد چھِ لُکہٕ ادبکی مختلف صِنف تہٕ خاص پأٹھی چھِ نثری لُکہٕ ادبس متعلق تِہندی مقالہٕ

سبتھاہ اہم ۔ کاشرس لُکہ ادبس پیٹھ آیہ ازتام واریاہ کِتابہٕ بارسس، اماپوٚز
یِمن کتابن اندر موجود موضوعن تہٕ موادس مُتلق چھِ حاجنی صابن کم یا زیادٕ
بُنیادی کام تتھ وِقس منز کٔرِتھ تھوٚمژ ییلہِ نہٕ اورکُن کانٛہہ مازانے اوس۔

گاموٚنزی پھیری پھیری، لُکہ رس، کاشرِ نثرچ کتاب تہٕ مقالات چھِ
کاشرس لُکہ ادبس متعلق حاجنی صابنہِ یادگار کتابہٕ۔ گوڈنچہ ز کتابہٕ چھ فقط لوک
ادبکین رنگا رنگ وِہن تہٕ انہارن وِحاطہٕ کران۔ لُکہ رَس کتابہِ منز چھُ بہادُر
گنہ یُن اکہٕ نندُن گوڈنچہ لٹہٕ چھاپ سپدمُت ۔ اَمہِ اسطوٗرُک گوڈنیک
منظوم روٗپ اوس روومُت ییٚچ بُنیاد ''بأطنیتس'' پیٹھ چھِ تہٕ ''بأطنیت'' چھِ
بقولِ حاجنی صأب سانہِ لُکہ ادبٕچ اَکھ ترٛاے۔ حاجنی صأبن ژھونڈ بہن وٕری ین
اَمہِ قِصک رأوی تہٕ أخرس لوٚبُن شاہ گنڈُک محمد کھار، یُس شاید کشیرِ اندر
بہادُر گنہ پنہٕ اکہٕ نندنک گُنٔے تہٕ أخری رأوی اوس، أمِس نِش بوٗزِتھ
کوٚرُن یہ منظوم تہٕ منثور قصہٕ قلمبند، یاجہٕ خوتون، یَس متعلق ازتام سہ لُکہٕ
دٔلیل چلہٕ وٕنی چھِ زِحبہ خوتوٗنہِ تہٕ یوسف شاہس اوس ''پاک عشق''، تم ہسکہٕ ہن
نہٕ روٗن تہٕ آشنٛیٖ أستھ، لُکہ کتھ تہِ کرگوڈنیتھ حاجنی صأبنے پننہٕ کتابہِ منز واریاہ
اہم وضاحتی فُٹ نوٹ ہتھ درج۔ اَمہِ بروٚنہہ تہٕ کرِتمی گلریز رسالس اندر کینٛہہ
لُکہ کتھِ شایع ۔ کاشرِ نثرچ کتاب تہٕ مقالات ناوٕی کتابن منز چھِ لُکہ ادبس
متعلق تِتھی کینٛہہ محققانہ مقالہ درج یِمن ہنٛز اہمیت ہمیشہِ ہشی روزِ۔ بوزوٕ وے
تہٕ کاشرِس لُکہ ادبس چھانٛٹی دِنچ وَتھ کتھ کٔر حاجنی صأبن کھر، تمی سوٚمبراوِنہٕ

صِرف لُکھ کتھ تہٕ لُکہٕ باوٕژ ہنٛز مختلف ڈاژٕ یوت بٲگ کہِ کوٚرُن تمن تجزیہ
تہِ۔ تمہٕ کٔری محاورات یکجا، ضرب المثل سومبراوِن، پربھ سومبراوِن تہٕ
پربھن متعلق لیوٚکھُن کاشُر زبانی اندر گوڈنیک مقالہٕ۔ واریاہ تلمیح کرِن جمع
تمن ہنٛدی پوٚت منظر تہٕ معنہِ کٔرِن تحریر۔ گامہٕ گیون ناوی مضمونس منٛز کٔرِن
لُکہٕ باتن ہنٛز وبٕھنے۔ سُہ چھُ گوڈنیک أدیب یمی کاشُرِ زبانی خاطرٕ اکہِ
شاندار تہٕ وضاحتہٕ دار کاشر ڈکشنری ہنٛز ضرورتھ نہ صرف محسوس کٔر بٲگ کہِ
لیوٚکھُن وضاحتہٕ سان زِ ڈکشنری ہنٛز ضرورتھ کیازِ چھِ، وُچھو "یوٚڈہی ضرورتھ
،کوشُر لغات، مطبوعہ کاشرِ نثرٕچ کتاب ص 54" تمہٕ وۄن وضاحتہٕ سان زِ
"کاشُریک نوٚو دور گژھِ نہٕ توٚتام شروٗع، یوٚتام نہٕ اَسہِ کاشُریک اکھ سُہ
لغات پاؤد سپدِ، یتھ اندر پرگنہٕ وار کاشرِ کی نوٚموٗنہٕ ییٚن ہنٛنہٕ تہٕ یمو منٛز معیٲری
کاشرِ خاطرٕ مستقل لفظ ییٚن ژارنہٕ، یتھ اندر لفظن ہنٛدی منبع، مثالن، محاورن تہٕ
تلمیحن ہنٛدی تأریخی نوٹ تہٕ صاحب طرازادیبن ہنٛدِ کلامکی نوٚمونہٕ تام آسن"۔

کاشرِ نثری لُکہٕ ادبک خاکہٕ، کأشرِ تلمیح، کاشرِ ادبچ زان، کاشرِ ثقافتکی
تأریخی نشانہٕ، چھِ تمہٕ مقالات یم ازتام تہِ بے مثال چھِ تہٕ بروٚنٛہہ کُن تہٕ بےٚ جورٕ
روزن یمن منٛز چھُ حاجنی صأبن کاشرِس لُکہٕ ادبس زوٗل دِتھ لُکہٕ ادبک ہرترٕ
بروٚنٛہہ کُن اۄنمُت۔ حاجنی صأبن چھِ نہٕ صرف روایت، لُکہٕ ادب، تلمیح بیترِ
اصطلاح وبٕھنأوی متہٕ بٲگ کہِ کاشرِس لُکہٕ ادبس منٛز موجوٗد تراہن چھن پزنہٕ
پأٹھی سام ہیٚژ منٛز۔ مختلف عہدن اندر کیٛتھ تہٕ کیٛاہ اثر چھُ سأنی لُکہٕ ادبن

روٗٹُمت ۔ اکہٕ ننٛدُن تہٕ ہی مال ناگٕ گراے ہوبن اسطوٗری داستانن ہُنٛد کیاہ واٹھ چھُ سائنس تہٕ تواریخس ستی مختلف دورن منٛز کم کم نوی کردار چھِ سائنس لوک ادبس منٛز جاے رٹان ۔ یوٗتے یوت نہٕ کاشرِ ثقافتکی تاریخی نشانہٕ ژھانڈان ژھانڈان چھُ سُہ کاشرِس لُکہٕ ادبس مدد ہوان ، تسُنٛد گُف چھُ زِ یِیلہِ ـــــ "لُکہٕ ادبس تہٕ تاریخس پانہٕ وانی ٹکرووتھِ عام لوٗکھ چِھنہٕ تاریخُک تیوٗت پروا کران یُلی کہِ تِتھی تھپھ کران یِہ تِمن نِش روایت وتناوِ" ۔ مختلف تہذیبن تہٕ تمدنن ہنٛدِ اثرٕچ نشاندہی کران کران چھِ تِم تواریخی حوالن ستی ستی معروف لُکہٕ ذیلپن ، اوسطوٗرن ، مثالن ، محاورن ہنٛدی حوالہ تہِ پیش کری متی ۔ کاشرِبن گامن ہنٛدی دلچسپ ناو تہٕ تِہنٛدی وجہ تسمیہ دِتھ چِھن مختلف دورن ہنٛدی اثرات بدِ کڈی متی ۔

حاجنی صابُن دیُت چھُ کاشرِس لُکہٕ ادبس کیُت تیوٗتاہ اہم زِ سُہ مشرُن چھُ نہٕ صرف زیادتی یُلی کہِ احسان فراموشی ۔ تِہنٛد بو تحریوٕ ستی میج نوبن نوبن لِکھارِبن تحریک ۔ تِمی تُلی تِم موضوع یِمن متعلق لیکھنٕچ سبٹھاہ گُنجایش چھِ تہٕ ضرورت تہِ ، تِہنٛد بو مقالو دیُت ہاوِتھ زِ سون لُکہٕ ادب چھُ بسیار پاسل تہٕ اتھ متعلق پزِ اَسہِ سنجیدگی ورتاوِتھ مزید تحقیق تہٕ تجزیہ کرُن ۔ حاجنی صابن پیٚٹھ تواریخ تہٕ لُکہٕ ادبس پانہٕ وانی رشتس پیٹھ مقالہ لیکھُن دَس ۔ تسنٛز کتابہ چھِ اَتھ موضوعس پیٹھ کام کرن والین ہنٛدِ خاطرٕ اکھ بُنیادی فراہم کران تہٕ حوالن ہنٛز ضرورت پوٗر کران ۔

☆

# فوک لور تہٕ موتی لال ساقی

کٲشیرِ، کٲشر زبٲنؠ تہٕ کٲشرِ کلچرُک موٚت عاشق موتی لال ساقی اوس عٲلِم،
اخلاص، اخلاق تہٕ تخلیقی صلاحیژن ہُند یہِ ڈیٚلۍ زِٹھانہٕ ووتھ پٹارِ۔ اتھ پٹارس
منز کیاہ کیاہ اوس نہٕ شعر گویی، شعر فہمی، تواریخ دانی، لوغت نویسی، کشمیر
شناسی، تہٕ سارٕوے کھوتہٕ زیادٕ کٲشرِ کلچرُک امار۔ سُہ اوس محقق، نقاد، ترجمہٕ
کار تہٕ انسائیکلو پیڈیا ہِک ژوشتہٕ نویس تہِ۔ تمۍ لیکھۍ واریاہ اہم ژوشتہٕ، یِم پرِتھ
أکِس محنتی تحقیق کارسٕنزٕ صلاحیتُک اعتراف کرُن پیوان چھُ۔ پزر چھُ یہِ زِ
مُطالعہٕ اوسُس وسیع تہٕ مشاہدٕ سرٕ ژن۔ سُہ اوس کُنہِ تہِ موضوعس پیٹھ عالمانہٕ
مقالہٕ لیکھان۔ کٲشرِ تواریخُک، لُکہٕ ووترِ یک تہٕ کلُہم کلچرُک اوسُس پزٕ نہٕ
پاٹھی وُژن تہٕ اوے اوس اَتھ ڈلس ووٚنت وُچھان۔ کھوٚرٕ ٹھیکرٲوِتھ اوس پننہِ
کتھِ پیٹھ ڈٹتھ روٗزِتھ جارحانہٕ اندازٕ بحث کران۔ سیٹھاہ تھدِ بلکہِ گرٕ زوٗنہِ
اندازٕ اوس بولان۔ ووٚں گوٚو مۆلی اوس سُہ شاعر۔ تٔسندی واریاہ بٲتھ گیہِ
عوامس منز سیٹھاہ مقبوٗل۔ مُدرٕ خاب (چھاپ 1966ء)، مَن سر
(چھاپ1979ء) تہٕ نٔیرِ نغمہٕ (1997ء) چھےٚ تمۍ سٕندِ کلام چہِ ترٛے

سۆ مبرنہٕ ۔ مُدرٕ خاب چھاپ تٕمۍ تمہِ وقتہٕ ییلہِ بارٕ بگہٕ یاوُن اوُسس ، اتھ
منٛز یوٚ دوٚے تعشوقہٕ شاعری چھےٚ مگر اَتھ منٛز چھےٚ کٔشیر تہٕ ہُتہٕ ییتہٕ مختلف وِہن
منٛز نظرِ گژھان ۔ اَمہِ پتہٕ تُرٛ و اہہِ وُہری چھےٚ ''من سر'' چھپان ۔ اَتھ منٛز چھےٚ
فنی پوٚختگی ستۍ ستۍ اسرأرٕ طرزٕ چوٗرباعیو علاوٕ تعشوقہٕ جذبن ہنٛزٕ پوشہِ ژھٹہٕ تہٕ
تہٕ کأشرِ کلچرُک نافہٕ تہٕ ۔ أتھی منٛز چھِ یتھی ہوی شعر ۔

سنگر مالن متیو نوٗرانہٕ پٔزاریا خبر میأنس ییٚنس جانانہٕ پٔزاریا
بہارُک وق تہٕ ییہٕ گوٚژھ جام آسُن ژودأہمہِ زوٗنہِ ہُند گوٚژھ شام آسُن
شبابکۍ نغمہٕ گژھی آسنۍ نٹمن پیٹھ مےٚ گوٚژھ ییہٕ بروٗنٹھ کنہٕ گُلفام آسُن

من سر پتہٕ اردابہِ وُہری چھپے یہٕ نیٛرٕ نغمہٕ ۔ اَتھ منٛز چھُ کٔشیرِ ہندبن
مأرٕ منٛدِ تکمن أنتہٕ روٗس وِہن ، انہارن ، آکارن تہٕ زأوی جارن ہُند عأن
غأبن عکس ۔ اتھ منٛز چھےٚ ''اچھرِ مُرژ'' یاگس منٛز أکھ ہتھ خوبصورت رُباعیہِ ۔
یمن رُباعین منٛز چھےٚ کأشرِ بن گامن گٹھن ہنٛز خوبصوٗرتی تہٕ اَمکۍ رنگ
اچھرن ہنٛدِس قالبس منٛز والنہٕ آمتۍ ۔ اَتھ کتابہِ منٛز چھِ زندگی ہنٛدی تجربہٕ تہٕ
تہٕ پینٛڈ پُرن راوٕنک دوکھ تہٕ بجرُک احساس تہٕ مگر یہٕ کتاب چھےٚ تسنٛزِ شعر گوئی
ہنٛدِ سفرُک اندتہٕ أنتھ ۔ ''اچھر مرژ'' دوٚل حصہٕ چھُ ییمہِ پزرُک ٹاکارٕ ثبوٗت
زِ کٔشیر چھےٚ ساقیس محبوب تہٕ مرغوب ۔ یہٕ حِصہٕ بلکہِ نیٛرٕ نغمہٕ کتابہٕ ہنٛز
سأرٕ ے شاعری چھنہٕ لگہٕ دوٚترِ چہِ مایہ ، مسہٕ تہٕ مُشکہ نِش مُچھ ، یُس تٕمۍ وأنسہِ
چھووتہٕ نأرن منٛز شرٛ پروو ۔ کینٛہہ مثالہ ۔

چھُ کوٚرمُت زۄل وِگنٕو ناگہٕ رادس — بڑ موٚیئند رازٕ ستہٕ ریٚش آس نادس
قوالن پوشہِ نۄلن راگہِ دیُت شاہ — سمأدی یارِ تل ٲج زہٹھ سادس

یہِ پان ژادر چھےٚ ونہٕ وان نأگہ رایس — گجس ہی مال کٕج ییٚمہِ زنمہٕ آیس
چھُ گاشرٕ بڑم کوس رۄزِتھ کشپ ریوٚش — پٕتھ پہنہٕ تراوِ کانٛہہ پرٲنس قلایس

شُرہن کنہٕ ویرِ تل بہنس لگان ساد — چھرٕر بتر اٮ۪ژ گوٚو گیہِ مانٛھ آباد
دہدر دہدر یندر یندر رازس چھےٚ ونہٕ وان — پڑیتیک نژ ناوٗ چھتھ یاوٗن پوان یاد

کاوٕ بب ژۄل تہٕ سٔنی کسرِ کھٕڑ گام — پرٕوو ہی مالہِ روو زنمک راش

موتی لال ساقی چھُ گوڈنیک ژکر در کأشرٕ تیمٚی کأشرِ فوک لورچن مختلف وٕنیٚ ذأژن ہندی رادتہٕ ہوٚنز ژٕنیٚ تہٕ مینیٚ۔ اتھ سرمالیس تہہ تہٕ تریہہ دِنہٕ باپتھ ہوٚل گوٚنڈ۔ لکہٕ باوَتھ چھےٚ فوک لورٕچ لٔنڈ تہٕ لکہٕ ادب چھُ امِی لنجِ ہُنٛد گب۔ اَمہِ بروٚنہہ اوس لکہٕ ادب ژھارنس گارنس غأر مُلکی شوٚقِل فأضلو دَس تلُمت۔ نو وِلز اٮ۪سی تن یا ارنیسٹ نیو، سٹین اٮ۪سی تن یا رچرڈ ٹیمپل، گریرسن اٮ۪سی تن یا لارینس، کارل فریڈرِچ برکھارڑ اٮ۪سی تن یا آنند کمار سوامی تہٕ تیٚنز فرنگی آشینی رتن دیوی، پرٕ ہتھ کانٛسہِ چھُ کأشرِ لکہٕ ادبہٕ منز، بامَے لکہٕ کتھ آسہٕ، منظوٗم داستان اٮ۪سی یا محاورٕ تہٕ گنڈ تیہِ آسہٕ، کیٛنہہ نہٕ کیٛنہہ ژھأرِتھ ژورمُت تہٕ ژأرِتھ چھوپمُت۔ چھأپتھ تیتھ کُنِ جِھس تجزیہ کٕرِتھ تمٕک ہرتہٕ تلُمت تہٕ

حظ چھووُمت ۔ اماپۆز آنند کُمار سوأمی لیس ورأے چھُنہٕ کأنسہِ تہٕ پزنہٕ پأٹھی چھرا لکھٕ بأتن کُن دیان دیُتھُمت ۔ "کأشری لکھٕ بأتھ تہٕ آنند کُمار اسوأمی" عنوانس تحت چھُ حال حالے محمد یوسف ٹینگ سنٛز تازٕ کتابہِ یتھ "کأشر کتاب" ناو چھُ، منٛز اکھ عألمانہٕ معلوٗمأتی مقالہٕ شایع سپُد مُت تہٕ عام پرن والین ئژ گوڈنچہِ لٹہِ خبر زِ سوامین چھ نہ صرف الہ پلہٕ پنداہ لکھٕ بأتھ سۆمبراوِمتی بلکہِ تمن متعلق تفصیلی نوٹ تہِ لیکھی مِتی تہٕ تم بأتھ چھِ تسنٛزِ آشینہِ گیوٕی مِتی تہِ ۔

مقالس منٛز چھُ وننہٕ آمُت زِ ــــ "آنند کمار سوامی زاو 1877 ء منٛز لنکایہ منٛز ۔ سُہ اوس انگریزی تہٕ فرانسیسی علاوٕ بییہِ کینٛہہ زبانہٕ زانان ۔ موسیقی مُصوّری، مجسمہٕ سأزی تہٕ لکھٕ وۆترٕیک اوسُس سۆن مُطالعہ ۔ سُہ آو 1917 ء منٛز امریکہ ہس منٛز بوسٹن میوزیمک Curator بناونہٕ ۔ 1947 ء منٛز گوٚو ییمہِ عالمہٕ ۔ تمِس أس انگریز آشینٛ ییمِس رتن دیوی اوس ناو ۔ 1911 ء منٛز آیہِ تم کشیرِ ۔ کپورتھلہٕ ہٕک روزن وول اُستاد عبدالرحیم کلاونت تہِ اوسکھ ستی ۔ کشیرِ منٛز ڈاین رتبن ٹھٔہرِ تھ کٔری تمو بٹہٕ گرن منٛز گرٕ ھتھ لکھٕ بأتھ جمع ۔ کأشرٕ بن تموٕ ربن تہٕ گیوٚن والین نِش تہٕ بۆزِ کھ لکھٕ بأتھ ۔ یم بأتھ کٔرِ کھ رکارڈ تہٕ رتن دیوٕ یہِ گیوٕی پانہٕ تہِ ۔ یم بأتھ آیہِ Thirty Songs From Punjab And Kashmir ناوٕ کتابہِ منٛز 1913 ء منٛز شایع کرنہٕ ۔ اتھ منٛز اُسی نصف کأشری تہٕ نصف پنجأبی بأتھ ۔ آنند کُمار سوامین لیوکھُس مبسوٗط گوڈُت تہٕ رابندر ناتھ ٹیگورن لیوٚکھُس پیش لفظ ۔" (کأشرِ کتاب صفہٕ

نمبر 112 ۔محمد یوسف ٹینگ ۔ چھاپ 2008ء)

وُہمہِ صدی عیسوی ہندِس شیٚمہِ ڈٔہلس منز آس وارِیہن کأشرِ ہن ادیبن فوک لورن کل کڈٕنی ہیٚژ مگر لُکہِ شأعری سۆمبرنس گُن گۆو نہٕ تِہُنٛد دیان حتا کہِ پروفیسر محی الدین حاجنی ین کرٕ ٹھیکٕنی لایق کأم یا سُدرشن کاشکأری سۆمبرأوی محاورٕ، مثالہٕ تہٕ گنڈتیہِ بیترِ، یِم Wit of Kashmir کتابہِ منز شایع کرہن مگر یسلہٕ پأٹھی گوڈٕ انوارِ لُکہٕ بأتھ سۆمبرأونٕچ کأم تہٕ کامیأبی آیہِ موتی لال ساقیسے باگہِ۔ آنند کُمار اسوأمی سٕنٛز کتابہِ منز پنداہ کأشرِ لُکہٕ بأتھ شایع سپدنہٕ پتہٕ برابر دۄیتا جہِ وُہرِ، یِیلہِ ساقی وُنہِ گُنوٕہ وُہرٕ ے اوس، ہیٚتی تِمی ہلمو ہلمو کأشرِ لُکہٕ بأتھ سۆمبراوٕنی ۔ 1955ء منز سمکھ تَس، تِہنٛدی وَننہٕ (کأشرِ لُکہٕ بأتھ جلدٕ 5) نور محمد روشن۔ سُہ اوس لڑی شاہ سۆمبرأوِتھ تِم شایع کرنٕک ارادٕ تھاوان۔ اکِہ دوہہٕ ووت روشن مہنور ساقی سُنٛد گرٕ۔ ساقین أنی وارِیاہ لڑی شاہ نادِتھ۔ روشن گۆو تِمن نِش لڑی شاہ بوزان تہٕ قلمبند کران۔ دپان تِم لڑی شاہ سپدی پتہٕ چھاپ تہِ۔ اَمی دوہہ پھیُر نور محمد روشنن ساقی سُنٛد توجہ لکہٕ شأعری سومبراونس گُن۔ یوٚہے اوس واکھ تہٕ وژُن۔ ساقی رُٔد 1955ء پیٹھہ 1972ء تام برابر سدٕہن وٕرین ژھونڈ ژھأر دِتھ لُکہٕ شأعری سومبراوان۔ 1955ء منزٕ ے سومبرووٕ تِمی گوڈنیُک جلدٕ۔ نور محمد روشنن ونیوس یہِ جلدٕ کرہون لالہٕ روخ پبلکیشنز طرفہٕ شایع مگر تہِ سپُد نہٕ ممکن۔ ساقیس پیٚو داہن وٕرین پژارُن، یوٚ تام 1965ء منز یہِ گوڈنیُک

جِلد ریاستی کلچرل اکاڈمیہ شایع کوٚر۔ اماپوٚز اَتھ منٛز یُس مواد موجوٗد چھُ، سُہ کوٚر اوٗڈاہ موتی لال ساقین پننہِ بروٚنہہ سومبراومتہِ موادِ منٛز پیش تہٕ اوٗڈاہ سومبروو ناجی منورن۔ یتھٕ پأٹھی چھُ یہِ گوڈنیک جِلد دوٚنہٕ وِنی ہنٛز مشترکہٕ کوٗشِشش۔ مرحوم علی محمد لونن، یُس اکاڈمی ہُند ڈپٹی سیکریٹری اوس، کٔرِس شیرٕ پأر۔ اکھُتے چھُس تٔمی گُنٛترٕہن صفن پٹھ دلچسپ تہٕ ناقدانہٕ سرنامہٕ تہٕ لیوٚکھمُت۔ کأشُر لکہٕ شأعری متعلق چھُ میانہِ خیالہٕ اَمہِ پأیک یہِ گوڈنیُک مقالہٕ۔ اَتھ منٛز چھِ لُکہٕ شأعریہ ہنٛزن مختلف وٕنٛتی ذأژن متعلق کتھ کرنہٕ آمٕژ۔ اتھ جلدس چھِ 345 صفہٕ۔ اتھ جِلدس منٛز چھِ بٹن تہٕ مُسلمانن ہنٛدی مشترکہٕ 1190 وَنہٕ وَن ہُری 8 لڈی شاہ، 45 ژوِی بأتھ، شیٚے نینٛدٕ بأتھ، 4 شُری بأتھ، 46 پریٚژھ، 26 کھاندرٕ بأتھ تہٕ وٕیگی وژن تہٕ سَتھ مُتفرقہٕ بأتھ۔ دوٗیمہٕ ؤری یہِ یاں زِ 1966 ءمنٛز کوٚر دون ہتن تہٕ اِرٕ ترٕہن صفن پٹھ واشِرتھ کأشرِن لُکہٕ بأتن ہُند دوٗیم جِلدٕ ریاستی کلچرل اکاڈمیہِ شایع۔ اَمیُک مواد اوس موتی لال ساقین سومبروومُت تہِ تہٕ ترتیب تہِ دیُتمُت۔ گوڈٕ کتھِ منٛز چھےٚ ساقین لُکہٕ شأعری ہنٛز اہمیت دِلچسپ اندازس منٛز تحریر کٔرمٕژ۔ اَتھ جلدس منٛز چھِ 13 ژوِی بأتھ، 4 لڈی شاہ، 55 پریٚژھ، بٹہٕ وَنہٕ وٕنگی 410 ہُری، 38 کھاندرٕ بأتھ تہٕ وٕیگی وژن تہٕ مُسلمانن ہنٛدی 364 ونہٕ وَن ہُری۔ یتھے پأٹھی چھوپ کلچرل اکاڈمیہ ساقی سُنٛدٕ سومبروومُت تہٕ ترتیب دِیُتمُت لُکہٕ بأتن ہُند تریٚیم جِلد تریٚیمہٕ ؤری یہِ یاں زِ 1967 ءمنٛز۔ اتھ

چھِ 343 صفحہٕ۔ اَتھ منٛز چھِ 30 ژٔوِ بأتھ، 22 چھکرِ بأتھ، 5 لڈی شاہ، 25 شُری بأتھ، 20 منٛزلی بأتھ، 18 پرِیژھ، بُرزمیٛچہ ہِنٛدی سَتھ بأتھ تہٕ مُسلمانن ہِنٛدی 340 ونہٕ وَن ہُری۔ لُکہٕ بأتن ہُنٛد ژٔورِم جِلدٕ چھپیو 1970ء منٛز یانٛ زِترٛیِمہِ جِلدٕ پتہٕ دوٚیہِ وُہری۔ اَمِیُک موادتہِ چھُ ساقین سومبروومُت تہٕ ترتیب دیُتمُت۔ اکھتُے چھُنس اکھ جان پیش لفظ تہِ لیوکھمُت، یتھ منٛز یہِ کتھ تہِ لیٛچھمٕژ چھن زِ لُکہٕ بأتھ سومبراونی چھُ مے زندگی ہُنٛد مِشن بنوومُت۔ اَتھ جلدس چھِ 271 صفحہٕ۔ اتھ منٛز چھِ 23 ژٔوِ بأتھ، 13 ہِکچہٕ بأتھ، کامین کارن ہِنٛدی 12 بأتھ، 12 چھکرِ بأتھ، 5 لڈی شاہ، 7 شُری بأتھ، بٹہٕ ونہٕ ونٛکی 475 ہُری، وِیکی وٕژُن اَکھ، 45 منظوٗم محاورٕ تہٕ کہاوٕژ، مُسلمانن ہِنٛدی 180 ونہٕ وَن ہُری تہٕ 22 وٕژُن۔ اَمہِ پتہٕ دوٚیہِ وُہری 1972ء منٛز سپُد تسُنٛد آخری تہٕ گرٛزی حسابہٕ پوٗنٛژِم جلد شایع۔ اتھ چھِ 183 صفحہٕ، شایع چھُ کوٚرمُت ریاستی کلچرل اکاڈمیہِ۔ اَتھ منٛز چھُ موتی لال ساقین لُکہٕ شأعریہِ ستی پننہِ دلچسپیہِ ہُنٛد منہٕ مون حال ووند مُژرِتھ بوومُت۔ اَتھ جلدس منٛز چھِ 16 ژٔوِ بأتھ، 2 نیٛنٛدٕ بأتھ، 4 لڈی شاہ، 15 لولو بأتھ، 4 شُری بأتھ، 16 منٛزلی بأتھ، 18 پرِیژھ، 50 منظوٗم محاورٕ تہٕ گنٛڈتیہِ، مُسلمانن ہِنٛدِ ونہٕ ونٛکی 265 ہُری تہٕ داہ وان۔

یہِ چھےٚ وکھر کتھ زِ لُکہٕ شأعریہِ ہٕنٛزن وِتیٚ ذأژن بأگیہ کرنس تہٕ ناو دِنس منٛز چھُ موتی لال ساقیس باضےٚ بُل ژُک تہٕ گومُت تہٕ تمی چھُنہٕ کُنہِ جایہِ

اصل رأوِبن ہُند ناوہیوٚ تمُت۔ لُکہٕ بأتھ سوٚمبراونہٕ باپتھ پیوٚ وتَس سری نگر علاوٕ واریاہن دوردراز علاقن پھیرُن۔ اماپوٚز تحقیق کأری ہُند تقاضہٕ اوس زِ سُہ لیکھِ ہا کتھ جایہِ کُس بأتھ کمِس نِش اوسُن بوٗزمُت۔ اَمہِ سِتیٚ اَسی واریاہ فأیِد۔ اکھ یہِ زِ واریاہن لڈی شاہن ہُند حال اوحال واتہِ ہے اَسہِ تام، دوٚیم یہِ زِ لُکہٕ بأتن ہِندِ بن پانٛژوٗنی جلدن ہُرِ ہے اعتبار تہٕ وقار۔ یہِ چھُنہٕ کتھ زِ یمن سوٚمبرنن کیا چھُنہٕ اعتبار اماپوٚز سوٚمبرن کأری ہُند یہِ اصوٗل چھُ زِ رأوِبن ہُند کم کاسہٕ حال اوحال گژھِ سِتیٚ سِتیٚ یُن دِنہٕ۔ چونکہِ ساقین چھُنہٕ یہِ اصوٗل نظرِ تل تھوومتٕ، لأزِمن ورتووِ تمِس پتہٕ یِنہٕ والیو سوٚمبرن کاروتہِ یوہے طریقہٕ۔ اماپوٚز یہِ تہِ چھُ پزر زِ یُس کُنہ نۄس منصوبس دَس تُلہِ، نِو وتہٕ دریافت کرِتہٕ یِنہٕ والین ہِندِ باپتھ وَتھ وُنی مأنٛدِتھ تھَوِ، کامیأبین ہُند پھیوٚت چھُ تہندِ ہِسے ہِنکس شولان۔ ساقیس بروٚنہہ أس نہٕ اَمہِ معیارٕ تہٕ مقدارٕ حسابہٕ اَتھ موضوٗعس پٮ۪ٹھ کأم کرنٕچ کانٛہہ روایت، تمِی کوٚر رُت دٕسلابہٕ۔ تمِس پتہٕ کرِ کلچرل اکاڈمیہِ ہیٚیہِ شیٚے بلکہِ ڈوڈِ ہِندی لُکہٕ بأتھ ہتھ سَتھ سوٚمبرنہِ شایع تہٕ عبدالرشید فدار جوروبن تہِ کوٚر أکِس مجموٗعس منٛز راز ویرٕ ہُند وَنہٕ وُن شایع۔ یِتھِ پأٹھی وأژ لُکہٕ شأعریہِ ہِنٛزن سوٚمبرنن ہِنٛز گرنٛد ژراوہن تام مگر سوٚمبرن کارن پیٚیہِ اکہِ نتہٕ ہیٚیہِ ضروٗرژ کنی ساقی ہِنٛز سوٚمبرنہٕ ضروٗر بروٚنہہ کنہِ رٹنہِ۔ تہِ کُرِتھ یُس مواد ساقی ہِندِ بن پانٛژن جلدن منٛز سأمِتھ محفوٗظ چھُ سپدُمُت، تمہِ منٛزٕ چھُ واریاہ چلے جاوٕ نیبر گژھِتھ روومُت، تم لوٗکھ چھِ نہٕ

موجوٗد یِم اَمہِ مواد کِ ماہر آسی، یِمن ہِندٮ۪ن سینٕہ کٮ۪ن گنجینن منٛز یہ رٕچھتھ
اوس۔ ووں چھُنہٕ کھوژنہٕ وَٹہٕ کھوژ کھٔنتھ تہٕ تمہِ موادُک بدس یُن یا بازیافت
سپُدُن مُمکن۔ مثالے بٹہٕ ونہٕ وُن، یُس اَکھ دھارمِک عمل زأنِتھ ورتاوس منٛز
اوس مگر وَنہٕ وَن واجینہِ تہٕ گیہِ اکہِ اکہِ یِمہِ عالمہٕ تہٕ ونہٕ ون ہُرِ تہٕ گیہ رأوِس
تل، ووٚنی نہ چھُ زنٛہن سُہ پرون ونہٕ وُن یاد تہٕ نہ تھأوی زمانن تمن ہِندِ
ورتاونہٕ یِنہٕ باپتھ مانٛتھ موجوٗد۔ اماپوٚز اَمِچ دھارمِک تہٕ تمدنی اہمیت چھےٚ
برقرار۔ ووں چھُنہٕ کأنسہِ یادٕ ے زِ یِتھ کالہِ آسی بٹہٕ گرن منٛز موردن وان پرنہٕ
یِوان تہٕ زاشُرس تہٕ لوسہِ آسی بُرزِ میچہٕ ہِندی بأتھ ونہٕ یِوان۔ یِمن ہُنٛز امانت
دار تہٕ رأچھدر کأشر بٹنہٕ گیہِ اکہِ اکہِ سور گواس، رٕسم سوریٚہ تہٕ بأتھ رأوی۔
یِمن رسمن ہُنٛد تذکرٕ چھُ گریرسنن تہٕ کوٚرمُت۔ وان چھےٚ کأشرِ لُکہٕ شأعری
ہُنٛز اکھ مخصوص شعرٕ ذاتھ یتھ منٛز مرن وألی سٕندی وصف وکھناونہٕ یِوان آسی۔
کٔمہٕ کانٛڈ کھوٚ رسمو مطأبق آسی پرٕ بتھ دوہہٕ وکھرٕ وکھرٕ ہُرِ وکھناونہٕ یِوان۔
وان وَنن تہٕ وکھناون واجینہِ زنہٕ آسی ونان وانہٕ گریاوانہٕ ریٚنی۔ أمِس اوس
وان وکھناونہٕ بدلہٕ معاوضہٕ یِوان دِنہٕ۔ لُکہٕ بأتن ہِندِس پوٚنوٚمِس جلدس منٛز
چھِ موتی لال ساقین داہ وان درٕج کٔری متی تہٕ وان صِنفہِ متعلق تفصیلی زانکأری
دِژٕہمژ۔ اَمہِ پتہٕ چھِ شام لال پردیسی تہٕ سومناتھ سادھو ہن سَتِمِس جلدس منٛز
بِیہٕ تہِ درجن کھنڈٕ وان درٕج کٔری متی، اکھتے لیوٚکھ وان صِنفہِ متعلق شام لال
پردیسین اکھ معلوٗماتی مضموٗن یُس شیرازس کِس اَکِس شُمارس منٛز شایع

تہٕ سپُد۔ تتھے پأٹھی چھِ برُزمیٚچہٕ ہنٛدی سَتھ بأتھ ساقین ترٚیمس جلدس منٛز درج کرِ یمتی۔ یمن بأتن ہنٛدِ انبارٕ منٛز چھِ یمے سَتھ بأتھ محفوٗظ تہٕ بَس۔

کُنہ کُنہِ جایہِ چھُ موتی لال ساقین کأنٛسہِ شأعرُ سُند بأتھاہ بأتھاہ تہِ لُکہٕ بأتک برٛونٛت گرٛھتھ درج کٔرمُت۔ یہِ چھُ محض وشفہٕ۔ اَمیُک اعتراف چھُ تمی مخلص محققن پٔنٛژمہِ جلدٕ کِس سرنامس منٛز کٔرمُت۔ تمِس اوس یمہِ کتھِ ہُنٛد افسوٗس زِ دیارتہٕ سہوٗلیژ بدس نہ آسنہٕ سببہٕ ہیوٚک نہٕ سُہ گُریز، ٹنگدار، بانہال، رازویر، پرٛونٛژھ، پوگل پرستان، گوٗل گلاب گڈھ، کشتواڑ، بھدرواہ، بُڈنمبل تہٕ مڈیو وأڈون ہوٚبن دوٗر درراز علاقن منٛز گرٛھتھ کأشرِ لُکہٕ شأعریہِ ووٗن دِتھ تہٕ کوٚم کٔرِتھ۔ ژوٗرمِس جلدس منٛز چھُ تمی صأف لیوکھمُت زِ مےٚ چھُ لُکہٕ بأتھ سومبراونی زندگی ہُنٛد مِشن بنومُت تہٕ اَمہِ باپتھ دور درراز علاقن تام واتہٕ نُک چھُم ارادٕ۔

أکِس حبسہٕ ہُشیار تہٕ معتبر محقق تہٕ سومبرن کارٕ سٕنٛدی پأٹھی چھِ موتی لال ساقین لُکہٕ بأتن ہٕنٛد بن سارِنٕے جِلدن فٹ نوٹن منٛز ضروٗری اصطلاحن، اوٚیدبن لفظن، تلمیحن تہٕ لوٗسی متن کھوٚچلہٕ وِنن رسمن رِواجن ہٕنٛز وضاحت کٔرمٕژ۔ اَمہِ سٟتی چھےٚ پرن وألِس سہوٗلیت گژھان تہٕ زانکأری منٛز ہُر بر تہٕ سپدان۔ وارٕ یہن پرن والین ہٕنٛد باپتھ چھےٚ یہِ زانکأری بلکُل نٔو۔ ہندو، اوٚسطوٗرن تہٕ دیو مالأیی کردارن متعلق حأشین تہٕ فٹ نوٹن منٛز دِنہٕ آمٕژ زانکأری چھےٚ سٮ۪بٹھاہ اہم۔ مثلن یمن سارِنٕے دیو مالأیی کردارن، دیوتاہن

تہٕ دیوِ ین متعلق چھےٚ وَیہِ وُنِس اندازس منٛز زان دِنہٕ آمژ:

**دیوِیہ:**- لچھمی، شارِکا، زالا، شاردا، جمنا، رادھا، دربا، پاروتی، اوما، اشٹا، رأگنیا، منگلا، سوبھدرا، دیوکی، مانیکا، رکھمنی۔

**دیوتا:**- نیلہٕ کنٹھ، شیو جی، ناران جو، اندرراز، گنپت، کرشن جی، واسُدیو، کامدیو، گنگادر، ترٛنیتر، مہیشر، رُدر، ایشر، رام جی، لکھمن، بُوتی شوٗر، لمبوٗدر، ژکری شور، وشمبر، مہادیو، ارزن دیو۔

**ریٚش:**- وِیاس ریوٗش، وششٹ ریوٗش، ستہٕ ریوٗش، برہسپت، کشپ ریوٗش، وِشوامِتر۔

**راز:**- بھشمکھ، دشرتھ، راوُن، ہریش چندر، زنک راز۔

**کأشرِ تعشوقہٕ شأعری ہنٛدی کردار:**- حبہٕ خوتون، ظہرا خوتون، یوسف شاہ چک، بومبُور، لولرِ مجلون، ناگ ارزُن، ہی مال، گُل دوخ پری، ؤزرا مال، مدُن، شیرین، لأل، فرہاد۔

**رسم تہٕ رِواج:**- سوگن، سوندر، برُزِ مئیٹ، اتھ واس، ویوٗگ، دُرکی بتہٕ، دودِ مأج، اَبید، میخل، دَیہِ بتہٕ، پژاس، ہُری راز، وولگن واجینٛز، وانہٕ گر، دارِ پوٗزا، ونہٕ ون واجینٛز، گنگہٕ وبس، کاہ نبتھر، اگنہٕ وتر، دپُن، کرُول کھارُن، شراد،

**مُتفرقہ:**- آریِ بلو، چِتہٕ بالن، سیتا، ساوتری، بلرام، دیوکی، دروپدی، بأرو، نندٕ گوٗر، سوٗدُ، منٛدُنا۔

فوک لور اوس ساقی سُند وُرُن وَتھرُن۔ تمۍ کوٚر پھرِ پھرِ اَتھ سرمایس لرِ لوہ۔ تمۍ ژائلی زندگی ہنٛدی واریاہ دوکھ دأدی۔ تمۍ وُچھ واریاہ سٕنٛز ووٚگنز۔ ییٚلہِ بوچھِ أسس تہٕ مسامسا ہے اوُسس کھیوٚن کیٚت کینٛہہ پاتھان۔ ییٚلہِ آسن باسن وول بنیٚیا وکھیوٚن اوُسس نہٕ کینٛہہ بنان۔ گرس پھوٚرُس مرِگ تہٕ مرِگ پھرُن گوٚ وخانہٕ وُجأری۔ یہِ چھُ کوٚٹھین ہنٛز سورِ تہٕ أچھن ہنٛز بصارت تام زوان۔ مول گنٛڈ ریوس لوکہٕ ٹیسے۔ پوٚشرمہِ جمأژ اوس پران تہٕ مولیس ببنہٕ۔ ماجہِ پیوس بیٚنہِ مالیُن یتھ زندگی ہُند ہگر پکہٕ ناوُن۔ تمہِ تل یاوُن ویلہٕ پیٚٹھے زیٚوٹھ مونڈُس۔ ساقیس پیٚو والاٚ چاری تہٕ بےبٔسی ہنٛدِس حالس منٛز زندگی ہُند سفر شروٗع کرُن۔ شفیق مأج روٗزِس ژھاین تہٕ گرٛاین وُچھان۔ تمہِ دِتس رٕتی اخلاق۔ کأشُر لکہٕ ووٗ ترُ چوٗون شیرِس ستی۔ أندی پکھی تہِ اوس لکہٕ ووٗتریکھ انبار۔ لوٗکھ أسی یہِ ورتاوان تہٕ اَمیُک حظ تُلان۔ ساقیس اوس مُشاہدِ تیز تہٕ یادٕ ووٗترُرت۔ اَمی ماحولُک روٗٹُن اثر۔ اکھتے چھُ پانہٕ ونان زِ خبر شأعر بنہٕ نس ما آسم یہِ سوٗرے پسِ منظر کارفرما روٗدمُت۔ ''زندگی ہنٛدِس وأنا کھ صحراوس پکان پکان ہرگاہ نہٕ لکہٕ بأتن ہنٛز مُدرتہٕ میٚٹھ لۓ میأنس دِلس طراوَتھ، زبأنی میچھر تہٕ کنٛن سوکھ دِوان روزِ ہے، پتاہ چھنہٕ زِ میانہِ کایایہِ ہنٛدِس یتھ کاٹھکرس کوسہٕ وَنن آسہِ ہے گأمتہٕ یہِ کمن چھارن تہٕ بالن آسہِ ہالوٗ گمُت۔ پوٚز رے بوٗ زِ ومیانہِ زندگی ہنٛز سیرِ ے چھےٚ لکہٕ بأتن ہنٛزِ کوچھِ منٛز کھٔژ مژ۔ نادأری تہٕ نہ آسنہٕ رِکس یتھ ماحولس منٛز مےٚ أچھ مژرِ

پرٛیتھیوس تہٕ پھانپھلیوس تتھ منٛز اٲس نہٕ کانٛہہ آسائش تہٕ آرام۔ ژوپاری اوس ڈٕ دوَنہٕ تہٕ شِشنیاہ۔ گِنڈن باجن ہنٛز تامتھ اٲس ویٚژھے۔ پوٗز لگہٕ بأتن ہُنٛد مدُرتہٕ میوٗٹھ مَس اوس مالا مال، تیوٗت زِ کانٛہہ تہٕ تریشہِ ہوٚت گژھِ ہا سیر۔ یوٚہے شُہُل تہٕ شیتُل مس اوس میانہِ فرحنگ تہٕ سکوٗنک سامانہٕ۔ پرٛتھ دوہہٕ شامن اٲسم ماجِ کتھٕ ڈٕنی ڈٕنی وولساوان۔ ہوہو گری گری کوچھِ للناوان تہٕ نٔیندٕر پاوان۔ زنتہٕ اوس تَس ناگہٕ راد وُزان۔ سوٲس مےٚ دوہے نٔوی نٔوی بأتھ ونان تہٕ رٕژٕناوان۔ لُکہٕ بأتن ہنٛدبن یمن جلدن اندر یم منٛزٕ لی بأتھ تہٕ وژن شأمِل چھِ تمن منٛز چھِ اکثر بأتھ تم یم مےٚ پننہِ ماجہِ نِش بوٗزِتھ قلم بند کٔری۔ میأنی ماجِ اٲس نہٕ گبوان، سو اٲس پننہٕ نِس بنہٕ نس وبداکھ دِوان تہٕ دادبن للہٕ کھوٗل کران۔ تِکیازِ تس اوس لوکُٹ تہٕ لوو پان رووُمت۔ سوٲس مےٚ کُن وُچھی وُچھی دوہ دوہ کڈان۔ شُری لازِ کنٛہ اٲسی مےٚ تمی ہِندی یم وبداکھ تہٕ وِہلاپ تہٕ خوش کران تہٕ مُدرِتہٕ میچھِ نٔیندرِ ہُنٛد رَس اوسُس چوان۔ شاید ماچھُ میأنِس شأعر بننس تہِ یوہے پسِ منظر"۔ (کأشرِ لُکہٕ بأتھ جلد 5 صفہٕ 5۔6۔ ترتیب موتی لال ساقی۔ چھاپ کلچرل اکاڈمی۔ 1972ء)

(3)

موتی لال ساقین سومبراونہٕ لُکہٕ کتھن ہنٛز کانٛہہ سومبرن۔ ووں گوٚو کلچرل اکاڈمیہٕ ہنٛدِ اہتمامہٕ محمد احسن احسن تہٕ ٹاک زینہ گیری ہنٛدِس ادارتس منٛز یمہٕ ترٛےٚ سومبرٕ ہُمہِ صدی ہنٛدِس سٔتی مِس ڈٕہلس منٛز شایع سپدییٚہِ،

تِمن منٛز چھےٚ ساقی ہِنٛز سومبراوِمٕژ تہٕ وارِیاہ لُکہٕ کتھٕ ۔ تمہ چھِ وارِیہن کہاٗژن
تہٕ منظوٗم محاورن ہٕنٛدی پوٚت منظر تہٕ لیکھی مِتۍ ۔ حضرتِ شیخ العالم نورالدینؒ
ریشی یس متعلق یُس لُکہٕ ذٕپۍ تمِن ہُنٛد سرمایہ شہر و گام ازتہٕ لوٗکن زیوِ پیٹھ چھُ ،
تتھ ساری ہیہ دِیُتن اتھ ، سومبروٗن تہٕ مقالہ کِس صورتس منٛز کرنوٗن
شیراز کِس نُندٕ ریوٚش نمبرس تہٕ یونیورسٹی ہٕنٛدِ انہارٕ رسالہٕ کِس شیخ العالم نمبر
منٛز شایع ۔ ساقی ہٕنٛدی کینٛہہ اہم مقالہ چھِ 1977ءکِس سون ادب کٲشِرِ
نمبرس منٛز تہٕ شایع گٲمتۍ ، یِمن منٛز کٲشِرِ ہٕنٛدی کھنڈراتھ ، کٲشر دیو مالا ،
کٲشِرِ ہُنٛد فلورا اینڈ فانا بیترٕ شامِل چھِ ۔ کٲشر دیو مالا مقالس منٛز چھےٚ دیو
مالاٰیی کردارن تہٕ قِصن متعلق تفصیلی زان دِنہٕ آمٕژ ، کینٛہہ قِصہٕ چھِ کلہنن تہٕ
راج ترنگنی منٛز درٕج گٔری مٕتۍ یِمن تواریخی حٲثیژ کھوتہٕ دیو مالاٰیی تہٕ اسطوٗری
حٲثیتھے زیادٕ چھےٚ ، ووں گوٚو دیو مالا ، اسطوٗر تہٕ لُکہٕ ووٗتُر چھُ تحریری تواریخہٕ کٕمن
کھٕنن تہٕ ژھٕبنن درمیان کاٗنل تاران ۔ اتھ مقالس منٛز چھِ ذیلی عنوانس تحت
یِمن قِصن تہٕ کردارن متعلق تفصیلات دِنہٕ آمٕتۍ ۔ سٔتی سر ، سندھ مت نگر ،
سرینگرٕچ بُنیاد ، نرٕ پورٕچ تباہی ، راز دامودر ، کتھہ بنیوو سرٕپھ ، سندھومتی ہُنٛد نوٚو
زٕنم (یِم ساری دیو مالاٰیی تہٕ اسطوٗری قِصہٕ چھِ کلہن ہٕنٛزِ راج ترنگنی منٛز درٕج) ،
یکھشا اماوسی ، نورٕ پیہ ، کونگ کٔتہٕ آو ، ناگ پوزا ، گرٕ موکل ، وبتھ ہُنٛد زٕنم ، کاوِ
ہِنٛز امر بتہٕ ژوٗر ، سودٕ برور تہٕ بودٕ برور ، فلورا تہٕ فانا" چھ لُکہٕ ووٗترکہ نسبتہٕ
انتہاٰیی دِلچسپ تہٕ معنہٕ ساوی مقالہٕ ۔ تیز مشاہد ، گامن گُٹھن منٛز عام لوٗکن ہِتی

ووتھنہٕ بھنہٕ بلکہِ تمن ستۍ رٔلتھ زندگی گذارنہٕ کہِ توسلہٕ چھِ ساقین مأدأنی کچھِ ذأژن ہنٛدی اکھ ہتھ تہٕ ارداہ، ونن تہٕ وُڈرن پٹھ ووپدن واجہِ نبن کچھِ ذأژن ہنٛدی پانٛژ وٕنزاہ، کأشرِن سبزین ہنٛدی دُوِنزاہ تہٕ ہبڈرن ہنٛدی شُراہ قسم ونہِ کڈتھ تمن ہنٛدی ناو تہٕ باقٕے تفصیلات تحریر کٔری متۍ۔ شیٖہ شیٖتھن جاناوارن تہٕ شیٖٹھن کُلین تہٕ زنگن ہنٛدی ناو، ژہأٹھ داش ذأژ تہٕ مینہٕ تولکی کم ازکم ژتجہہ پیمانہٕ تہٕ داں گاسہٕ کہِ مینہٕ تولکی أٹھ مینٛژ تہٕ چھِن أکِس مقالس منٛز درج کٔری متۍ۔ پرٛتھ کُنہِ ناوس ستۍ ستۍ چھےٚ تفصیلی زان کأری تہِ دِنہٕ آمٕژ۔ یہ سورُے مواد سومبراونہٕ تہٕ اکہِ اکہِ چیزٕچ زانکأری پراونہٕ باپتھ آسہِ تَس کیتہِ ہن لۄکن سمکھُن پیوٚمُت۔ ساقی سُنٛد خیال اوس زِ کأشر زبان اکھ بارسۍہ علمی زبان بناونہٕ باپتھ ییتہِ باقٕے زبانن ہنٛدی لفظ تہٕ اصطلاح کأشراونک ضروٗرت چھُ تتہِ چھُ پننہِ نہِ لگہٕ باوٕ ژۄون تہٕ زول دِتھ لگہٕ ہارلفظ تہٕ اصطلاح بدس انٛز تہِ ضروٗری۔ گأل کھاتس گأمتۍ تھٕی وارِیاہ اصطلاح تہٕ لفظ ہکبن استعمال کرنہٕ یِتھ۔ نِو اصطلاح سأزِ یہ علاوٕ پرٛ پیشہِ ورن، کأسبن بیترِ نِش گرٛھتھ تھند ہن کارکسبن منٛز استعمال سپدن وألی اصطلاح سومبرٕ نی تہٕ کامہِ لاگنی، حتا کہِ امہِ قسمٕچ کوٗشش کٔرتمۍ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدِ کأشرِ شعبہِ کِس ونہٕ نس پٹھ 1976 ءمنٛز۔ تمۍ سومبرأوی طأیفہٕ درن ہنٛدی اصطلاح، یِم شاید ازتام شایع چھِنہٕ سپدی متۍ مگر گریٖٹس متعلق (31) تہٕ ٹوپہ گری کامہ متعلق (30) اصطلاح یِم ساقین سومبرأومتۍ چھِ تہٕ یِمن ستۍ ستۍ وضاحت تہٕ کرنہٕ

آمژ چھےٚ، چھِ کشمیر یونیورسٹی ہِنٛدِ کأشرِ شعبہِ طرفہٕ شایع سپدن والہِ انہار رسالہِ کِس گوڈنکِس جلدِ کِس دوٚیمِس شمارس منٛز 1977ء منٛز ایڈیٹر سُنٛد یہ نوٹ ہیتھ شایع سپدۍ متۍ۔ "گنہِ زبأنۍ منٛز کأنٛسہ نوٚو عِلم پھِرنہٕ خأطرٕ چھُ ٹیکنِکل اصطلاحن ہُنٛد ضروٗرتھ پیوان۔ اَتھ ضمنس منٛز چھِ باضے تم کارِ شبد (Professional Terms) سبٹھاہ لگہٕ ہار بنان، ییم مختلف کار کسب کرن وألۍ پننہِ دوہہ دِنچہِ زندگی منٛز ورتاوان چھِ۔ کار شبدن ہُنٛد یہ دوہہ کھوتہٕ دوہہ ہرُون راش سومبراوُن تہٕ رٔژھراوُن چھُ وقتُک اہم ضروٗرتھ تہٕ کشمیر یونیورسٹی ہِنٛدۍ کأشرِ شعبن چھُ اَتھ کامہِ دَس تُلمُت۔ انہارُک یہ حصہ چھُ نمونہٕ رنٛگۍ آیتن"

کأشرِس لُکہٕ وۄترِس متعلق چھِ موتی لال ساقین کینٛہہ اہم تحقیقی تہٕ تجزیأتی مقالہِ لیکھِمتۍ مثلن لُکہٕ باوَتھ تہٕ نسلی ژہتہٕ وۄتُر، لُکہٕ باوٕژتہٕ لُکہٕ ادبچ رنٛگہٕ رنٛگہٕ اہمیت۔ بانٛڈ پأتھر، ییم مقالہِ چھِ رسالن منٛز شایع سپدۍ متۍ۔ تِمس اوس کٲشرٕ ہُنٛد نوٚو تہذیبی توأریخ لیکھہٕ نُک امار، ییمیُک مواد تِمو ماخذو پیٹھ حأصل کرنہٕ یِیہ ہے ییم نہٕ ازتام یاونہٕ کڈنہٕ آمتۍ چھِ یا استعمال کرنہٕ آمتۍ چھِ تہٕ یُتھ توأریخ لیکھنہٕ وِزِ تھاوِ ہے سہ تمام کأشُر لُکہٕ وۄتُر نظرِ تل۔ تِسنٛد خیال اوس زِ تِمۍ چھِ کأشرِ توأریخچہِ داہ ماخذ بِد کڈۍ متۍ، ییمن متعلق تِمۍ مقالہِ لیکھۍ، ییم گوڈٕ مختلف رسالن خاص پأٹھۍ سون ادب کِمن توأریخ نویسی نمبرن منٛز تہٕ پتہٕ تِسنٛزِ "آگر نیب" کتابہِ منٛز چھاپ سپدۍ۔ 1۔ چینی ماخذ۔ 2۔ یوٗنأنۍ ماخذ۔ 3۔

بودھ ماخذ۔4۔ وید، مہابھارت تہٕ پوران۔5۔ البرونی۔6۔ کلہن۔7۔
تارانا تھ۔8۔ سٹین۔9۔ بانڈ پأتھر۔10۔ سیأسی جغرأفی۔ کشیرِ ہُند
تہذیبی تہٕ تأریخ لیکھنٕچ خاہش آیہِ نہٕ تس بعمل، تو تہِ چھ 2004 ہس منز تٔسندی
فرزند وِجے ساقین موتی لال ساقی ہٕندی اُردو زبأنی منز لیکھی متی 24 مضمون
ترتیب دِتھ قومی کونسل برائے فروغِ اُردو کہ مألی اَتھ واسہٕ "کشمیر تأریخ و
تمدُن کے چند گوشے" کتاب شایع کٔرمٕژ۔ اَتھ منز چھِ کٔشیرِ ہٕنزن راز
دانین، کٔشیرِ ہنٛد بن گُتبن تہٕ سِکن تہٕ خانہ بدوش قبیلن ہٕنز زندگی متعلق تحقیقی
مضمونو علاوٕ کأشرِس فوک لورس متعلق تہِ ژور خاص مضمون شأمِل۔ کتابہِ
منز شأمِل کینٛہہ مضمون چھِ بذأتی کأشرِ بن مضمونن ہٕندی اُردو ترجمہٕ مگر کینٛہہ
چھِ گوڈے اُردو زبأنی منز لیکھنہٕ آمتی۔ بدقسمتی، کٔنی چھنہٕ فوک لورس متعلق تٔسنز
سأرٕے کأم یکجا کٔرِتھ شایع کرنہٕ آمژ یوسہٕ تٔمی باقٕے تخلیقی کامین ہتی ہتی
کٔرمژ چھےٚ۔ تٔسندی اَمہِ قبیلکی سأری مضمون ہیتھ سومبرأوِتھ شایع کرٕنۍ چھِ
ضرٗوری۔ تٔمی چھُ پننہٕ نثرٕ تحریرو باپتھ لُکہٕ باؤژ ہٕندِ لفظہٕ راشک پۆر رِپۆر فأیدٕ
تُلمُت۔ تٔسندِس لفظس لفظس چھُ لُکہٕ وٗد تریک رس پریڈان۔ گامن گٔنڈھن
منز ورتاونہٕ ینہٕ واجیٚنۍ زبان ورتأوسا قین تخلیق کأری تہٕ قلمکأریہِ باپتھ أکِس
سہل سادٕ مگر خوش یۆنس اندازس منز، اوے چھُ تٔسند اسلوٗب تہِ منفرد، یُس
عام لۆکن ہٕنز بولنہٕ ینہٕ واجینہِ زبأنی منزٕے زٕوزہتہٕ پراوان رۆدمُت چھُ۔ تٔمی
چھےٚ پٔننۍ سوانح عُمری أتھ خوش یِنس اندازس منز تحریر کٔرمٕژ، ناو چھُنس

تھوومُت ''شہج وَتھ'' اماپۄز زسوتہٕ چھنہٕ وُنہٕ شایع ہیچھٕ سپدِتھ۔ ''یادن ہُنْد الاو''
سلسلس تحت چھِ اَمہِ سوانح عُمری منز زٕ باب اطلاعات محکمہٕ طرفہٕ شایع
کرنہٕ یِنہٕ والہِ ''آلو'' رسالہِ کیمن دۄن شُمارن منز شایع سپدی مٕتۍ۔ أکس
چھُ عنوان ''خطہٕ دبد'' تہٕ بییِس ''یادن ہُنْد الاو'' یم پرِتھ چھُ قأری زنتہٕ ساقیس
ستۍ ستۍ تَمہِ کشیٖرِ ہُنْد سأل کران یوسہٕ سیوٚد سادٕ گی، شرافت، بأے بنْدٕ تچ،
خوبصورتی ہنٛز تہٕ انسأنیت جاے أس۔ یمن دۄن مضموٗنن منز چھِ گامی
ماحوٕلکۍ تہٕ فوک لورٕکۍ واریاہ انہار تہٕ آکار محفوٗظ سپدان رٗدٕمتۍ ''وارِبن منز
أسی ژرٕ پتھ ببر ڈٗری آسان۔ کھورتر اوانٕے اوس باسان زَن عطرِ وانس منز
وأتی۔ انبری ژوٗنٹھی گیہ خاب یٚودوَے از ژوپاسے ژوٗنٹھی ژوٗنٹھی چھِ۔ اَمبُر
گرس منز آسن اوس نافہ چھاوُن۔ سُہ اوس پرون زمانہٕ۔ أسی نہٕ أسی ترقی پذیر
تہٕ نہ ترقی پسند۔ سیدٕی سادٕ انسان أسی، یمن اندرٹھو نال وۄلُمت اوس نہٕ۔ کم
لوٗکھ، کم ماجہ تہٕ بینہٕ یمن سأری شُری پنہٕ نی شُری أسی باسان۔ گامٕچ کوٗر أس
سارِنٕے ہنٛز کوٗر۔ گامُک عزت اوس فردٕ سُنْد عزت تہٕ فردٕ سُنْد عزت اوس
گامس شوٗب تہٕ شان۔ دپان چھِنا تیل پھوٚل چھُ ستو بارنو بأ گرِتھ کھیوٚمُت
۔ یہ کتھ أس تَمہِ زمانہٕ کیمن گامن متعلق پزٕ۔ مرٕ ژہُنْد عالماہ اوس۔ مکانہٕ
آسہِ ہے بناوُن، دوس آسہِ دِنۍ، ژکہٕ سأر آسہِ ہے کرٕنی، ننْد آسہِ ہے دِنۍ یا
دانہٕ آسہِ ہے سارُن سأری أسی موٗٹھ گرِتھ کأم کران۔ غریبی، حدٕ رِدٕس غریبی
تہٕ نہٕ آسُن اوس مگر انسأنیتکی ژأنگی أسی روشن۔ اکہِ وارِ ہُنْد سیٖن أسی داہ گرٕ

کھوان ۔ کأنسہِ پریٚسہِ ہے گاو ہمساین اوس دوہ دگری ۔ دأ دِس دگہِ منٛز اکار
بکاریُن تہٕ شادِ بأ گراونہٕ ، یہے أس زندگی'' (یادن ہُنٛد الاو ، آلوئ ، جون
1999 ء شمارٕ 3 جلد 3 ۔ ص 11 ۔ 12)

ساقی اوس بسیار نٔویس تہٕ زۄد نویس ۔ اوے آیس نہٕ فوک لورس اکھ
اہم ماخذ بنأوِتھ کشیٖرِ ہنٛد تہذیبی توأریخ لِکھہٕ نس اَتھ وَتھ ۔ تسُنٛد خیال اوس زِ
مورخو چھےٚ وارٕ یہن جاین جأنبدأری ورتأومٕژ ۔ سُہ اوس یہِ توأریخ نوِ آیہِ
لِکھن یژھان ۔ مواد ، مُطالعہٕ بٔژ سورٕے کینٛہہ اوسُس مگر نہ رۄدِس صحت
ڈنٛجہِ تہٕ نہٕ پۄژُس موت ، یُس کأنسہِ پژان چھُنہٕ تہٕ یٚمہِ خأطرٕ اللہ تعالہن
وق مقرر چھُ آسان کۄرمُت ۔ فوک لورس متعلق کأم کرنہٕ علاوٕ کٔرٕ تمۍ واریاہ
تحقیقی تہٕ تنقیدی کأم ۔ مگر یہِ افسۄس ہیتھ گۄ ویٚمہِ عالمہٕ زِ کشیٖرِ ہُنٛد تہذیبی
توأریخ ہیوٚ کُن نہ ترتیب دِتھ ۔ أکِس خطس منٛز چھُن سید رسول پونٛپرس
تیٚمِس کالہ بوج تہِ اوس تہٕ کارٕ بوج تہٕ ، لیوٚکھمُت :

''مےٚ چھُ کشیٖرِ ہُنٛد تہذیبی توأریخ لِکھہٕ نُک سخ امار ۔ تِکیازِ وُنیکتام
یوسہٕ کأم سپزٕ مٕژ چھےٚ ، سو چھےٚ اَمی حقیقژ ہُنٛد اظہار یتھ رنٛگ دار عأنکھ لأ رگتھ
وُچھنہٕ چھُ آمُت ۔ امارس رنٛگ برنہٕ خأطرٕ چھُم واریاہ کأم کرٕمٕژ مگر اندبۄر
دِنس چھُم نہٕ کانٛہہ اَتھ وَتھ یِوان ۔ بے رحم موسم چھُ شہن رتبن لرِ ساوان ۔
پیٹھ نہٕ پنٛنی بہنی جاے ۔ واریاہ گرٕ اِستھ بےٚ گرآسہٕ نُک عالم ۔ ؤری یس منٛز یم
زِ ژورر بتھ خوش گوار چھِ زٕھرن تہٕ رِسو ہس گو سالن وقت تہٕ تہٕ ڈیرڈیرٕ

پھیران چھ وق زالو منز ژلان ۔ نتہٕ چھ مےٚ کلہن سٕنز راج ترنگنی "کشیٖری"
کاشُر جامہٕ وۆلمت مگر وضاحتی نوٹ لیکھنس آیم نہٕ وَتھ ۔ سٹاینن یم نوٹ
اَتھ لیکھی مٕتی چھِ تہٕ جدید تحقیقن یُس وُسجار توٲر ہٕکس منز پادٕ کوٚر، تمہٕ کنی چھےٚ
ووٗنی راج ترنگنی مزید تفصیل منگان ۔ اوے چھِ ووٗنی سٹاین صابٕنی نوٹ پٕرتھ
راج ترنگنی ڈُ ٹنگ دِنی ناممکن ۔ وَتھ کتہِ ییہِ ییلہِ تمہٕ سہوٗلی یٔژ دوٗردوٗرتام نظرِ
گژھان چھنہٕ یمن ہنز ضروٗرت یمن کامن پھوان چھےٚ ۔ پگاہ کیا ہتھ ییہِ تہٕ
زانہِ دَے ییٲری چھُ دوہہ لوسنس کُن پکان ۔ دُیاٚ ٹھ ڈوٗلُس ۔ سامرتھ چھم نہٕ زِ
اُچھن ہُند گاش زأ لتھ کرأ ژڈٲ کی ۔ پنُن ذات نامہٕ، شٕہج وَتھ، چھم تیار مگر
چھاپنُک طاقت چھُم نہٕ ۔ (پوٚت نظر ۔ ص 172 ۔ سید رسول پونپُر)

☆

# کتابیات


1۔ راج ترنگنی مولفہ کلہن پنڈت، اُردو ترجمہ، اچھر چند لاہوری۔
2۔ دِ حاتمز ٹیلز مولفہ ستین (انگریزی)
3۔ حاتم کتھ۔ محمد یوسف ٹینگ
4۔ راش۔ //
5۔ شش کل //
6۔ کأشر کتاب //
7۔ فوک ٹیلز آف کشمیر مولفہ جے۔ ہنٹن نوولز۔
8۔ اے ڈِکشنری آف کشمیری وُرڈس اینڈ مے اِنگز مولفہ جے ہنٹن نوولز
9۔ کتھاسرت ساگر (حصہ اول) کأشر ترجمہ ڈاکٹر امر مالموہی۔ کلچرل اکاڈمی
10۔ تاریخ حسن (گوڈنیک تہٕ دوٚیم حصہٕ) مولفہ حسن شاہ کھویہامی
11۔ نیل مت پوران (انگریزی ترجمہ وید کماری۔ کأشر ترجمہٕ ارجن دیو مجبور، کلچرل اکادمی)
12۔ مکمل تاریخ کشمیر (اُردو) مولفہ محمد الدین فوق۔
13۔ واقعاتِ کشمیر (اُردو ترجمہ ڈاکٹر شمس الدین احمد) مولفہ خواجہ اعظم دیدہ مری۔
14۔ کأشرِ لُکہٕ کتھ شے جِلد۔ کلچرل اکاڈمی سرینگر
15۔ کأشرِ لُکہٕ بأتھ، کاہ جِلد۔ کلچرل اکاڈمی سرینگر
16۔ تاریخ تمدنِ کشمیر مصنفہ موتی لال ساقی۔
17۔ تحقیق مصنفہ ارجن دیو مجبور۔
18۔ لُکہٕ رَس پروفیسر محی الدین حاجنی
19۔ مقالات //
20۔ گاموٗنزٕ پھیرِ پھیرِ //
21۔ کأشر ڈِکشنری سَتھ جِلد۔ کلچرل اکاڈمی سرینگر
22۔ زبان، ادب تہٕ توأریخ۔ ڈاکٹر فاروق فیاض
23۔ ہسٹری اینڈ فوک لور آف کشمیر //
24۔ ہمارا ادب (لوک ادب نمبر) کلچرل اکاڈمی سرینگر
25۔ سون ادب (فوک لور نمبر) کلچرل اکاڈمی سرینگر

26۔ سون ادب (زبان تہٕ ادب نمبر) کلچرل اکاڈمی سرینگر
27۔ شیراز (فایل) کلچرل اکاڈمی سرینگر
28۔ ہی مالِ (فارسی) مرتبہ: محمد یوسف ٹینگ۔ کلچرل اکاڈمی سرینگر
29۔ کأشرۍ تلمیح مرتبہ: آتش وآتش۔ کلچرل اکاڈمی سرینگر
30۔ کأشرۍ دٕپتہٕ مرتبہ: غلام نبی ناظر کلچرل اکاڈمی سرینگر
31۔ کأشُر انسائیکلوپیڈیا جلد 3، 4 کلچرل اکاڈمی سرینگر
32۔ سام نامہٕ از امیر شاہ کریری کلچرل اکاڈمی سرینگر
33۔ انہار (فایل) شعبۂ کشمیری یونیورسٹی آف کشمیر سرینگر
34۔ اکادمی (خبرنامہٕ: فایل) کلچرل اکاڈمی سرینگر
35۔ آلو (فایل) محکمے اطلاعات، سرینگر
36۔ بھانڈ جشن: مولفہ محمد سُبحان بھگت۔
37۔ نقدِ شعر مصنفہ ڈاکٹر گلشن مجید۔
38۔ پرٕسان مصنفہ ناجی منور
39۔ الاعتقاد (فایل) انجمن تبلیغ الاسلام سرینگر
40۔ الہٕ شہر (مثنوی) حبیب اللہ ٹھوکر
41۔ بےرنگ۔ سید رسول پونپُر
42۔ باوَتھ علامت۔ سید رسول پونپُر
43۔ یتھ ظلماتس لال کیاچھِ تے مصنفہ ڈاکٹر شاد رمضان۔
44۔ ثقافت (فایل) بزمِ ثقافت شوپیان کشمیر
45۔ وتھِ آگُر (لُکہٕ ادب نمبر) مراز ادبی سنگم ونجہِ بیور۔
46۔ وولرکۍ ملر (فایل) حلقۂ ادب حاجن سونہواری۔
47۔ نیب (فایل) انیس الرحمان۔
48۔ کأشُر اُسن ترایہٕ مرتبہ امین کامل۔ کلچرل اکاڈمی سرینگر
49۔ دُنیچہٕ ڈلپلہٕ مرتبہ ناجی منور
50۔ اُنکہٕ وَن: موتی لال ساقی
51۔ کأشُر نثرٕچ کتاب مولفہ پروفیسر محی الدین حاجنی۔
52۔ کشمیری زبان اور شاعری حصۂ اول۔ از عبدالاحد آزاد
53۔ اُنکہٕ وَن۔ ڈاکٹر رتن تلاشی

# زان

اصلی ناو : غلام نبی پنڈت

قلمی ناو : غلام نبی آتش

زاسنہٕ : 27اپریل1949ء

سکوٗنت : نائِنل انت ناگ کشمیر

تعلیم : ایم۔اے۔بی ایڈ

پیشہٕ : ریاستی محکمے تعلیمس منز ژتجہن وٕرین شمن رتبن تہٕ پانژن دوہن ٹیچر، ماسٹر تہٕ لیکچرار (کشمیری) ہِندٕ کٕژ یتہٕ کأم کرنہٕ پتہٕ سپُد 30اپریل 2007ءدوہہ سبکدوش۔

تصانیف:

1۔شیشہٕ ینٛدٕر (شأعری) 1966ء۔2۔زٔول امارن ہُند (شأعری)1978ء کلچرل اکادمی انعام یافتہٕ کتاب۔3۔کینہہ ھامینزہ ھا(شری بأتھ:اشتراک:محمد سلطان سُلطان)1981ء ۔4۔تحقیق (ادبی تحقیقی مقالہٕ) 1982ء۔5۔کأشری تلمیح (اشتراک:موہن لال آش) 1985ء۔6۔پُشکِن سٕنز نظمہٕ (منظوٗم ترجمہٕ: اشتراک : شام لال پردیسی)1981ء سوویٹ لینڈ نہرو ایوارڈ یافتہٕ کتاب۔7۔کأشری لُکہٕ بأتھ جلد 8۔(تحقیق تہٕ ترتیب) کلچرل اکادمی 1988ء۔8۔کأشری لُکہٕ بأتھ جلد 9(تحقیق تہٕ ترتیب) کلچرل اکادمی 1989ء ۔9۔کأشر لُکہٕ کتھہٕ جلد 6(تحقیق تہ ترتیب) کلچرل اکادمی 1990ء۔10۔کأشری لُکہٕ بأتھ جلد 11 (تحقیق تہٕ ترتیب) کلچرل اکادمی 2007ء۔11۔ محمد سُبحان بھگت (تحقیق تہٕ ترتیب): مونوگراف۔ساہتیہ اکادمی 2000ء۔12۔کٔشیرِ، حضرت شیخ نورالدین ریشی ہِندِس کلامس منز (تحقیقی مقالہٕ) 1994ء۔13۔وُہمہٕ صدی دوران کأشرِن زنانہٕ شأعرن تہٕ قلمکارن ہُند دیُت۔ساہتیہ اکاڈمی 2003ء (تحقیق تہٕ ترتیب)۔14۔ بازیافت (تحقیق تہٕ تنقید)2005ء۔ساہتیہ اکادمی ایوارڈ یافتہٕ کتاب۔15۔کأشر لُکہٕ

شاعری (وکھنَے تہٕ ویژھنَے )2007ء۔16۔کأشُر لکھٕ ووتُر، تحقیق تہٕ تجزیہ۔2009ء

چھاپ سپد نے کتابہٕ:

1۔ کینہہ ھا مینژ ھاہ ۔2۔(شُربن ہِندِ خاطرٕ کہأنیہ)۔2۔سام (تبصرٕ تہٕ تنقیدی جائیز)۔3۔ کأشری معراج نامہٕ (تحقیق تہٕ موأ نکون)۔4۔حکایات (مثنوی معنوی منزٕ زارِ مژن حکایژن ہُند ترجمہٕ)۔5۔ مقالات آتش (کشمیر زبان و کلچر سے متعلق اُردو مقالات کا مجموعہ)۔ 6۔کشمیر، کچھ سیاحوں کی نظر میں (کچھ غیر ملکی سیاحوں کے کشمیر سے متعلق لکھے تاریخی سفر ناموں کے خُلاصے)۔7۔لفظ لفظ چھُ نغمہٕ خوان (لُکہٕ لیہٕ ہندی بأتھ)۔8۔کأشُر ادب (تحقیق، تنقید، سوانح)۔9۔گدرُن تہٕ وترُن (شعرٕ مجموعہٕ)

ایوارڈ:

1۔کلچرل اکادمی ہُند بیسٹ بک ایوارڈ۔1979ء

2۔سوویٹ لینڈ نہرو ایوارڈ1982ء

3۔ڈسٹرکٹ لیول بیسٹ ٹیچر ایوارڈ2005ء

4۔ساہتیہ اکاڈمی ایوارڈ۔2008ء

رُکنیت:

1۔ساہتیہ اکادمی ہِندِ کأشرِ مشاورتی بورڈ ک ممبر مُدت2000ء تا2004ء

2۔ممبر ٹیکسٹ بکس پرِ پریشن کمیٹی برائے کشمیری۔سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن سرینگر۔

3۔ممبر ٹیکسٹ بکس رِوِجن کمیٹی برائے کشمیری۔سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن سرینگر۔

4۔سابقہ ممبر مشاورتی بورڈ کأشُر سرینگر ٹائمز سرینگر کشمیر۔

# KAHUR LOUK VOTUR TAHQIQ TE TAGZI

Collection of articles regdarding research and criticism of

# KASHMIRI FOLKLORE



Gh. Nabi Aatash

* غلام نبی آتش چھُ کأشرِ زبأنی ہُندسبٹھاہ معتبر محقق تہٕ ادیب۔ — محمد یوسف ٹینگ
* غلام آتش چھُ پُر خلوص ادیب تہٕ خاموش طبیعت محقق۔ — غلام نبی خیال
* آتش صأب چھُ لُکہٕ ووترِ یک مأہر، محنتی مخقق نقاد تہٕ شأعر۔ — ناجی منور
* آتش صأب چھُ معتبر محقق تہٕ شأعر تہٕ نقاد۔ — پروفیسر شفیع شوق
* محنتی ووستاد، معتبر شأعر تہٕ کأشرِ فوک لوٗرک مأہر آسنہٕ علاوٕ چھُ غلام نبی آتش اکھ تیز نظر تہٕ معتبر محقق تہِ۔ — غلام نبی گوہر
* کأشرِ فوک لوٗرک سومبرن کار تہٕ وبڑھنے کار غلام نبی آتش چھُ معتبر محقق تہٕ کأشرِ کلچرُک دِلداد۔ — ارجن دیو مجبور
* آتش صأب چھُ رُت تحقیق کار تہٕ معتبر سومبرن کار۔ — موتی لال ساقی
* غلام نبی آتش چھُ فوک لوٗرک مأہر، معتبر محقق، محنتی ادیب تہٕ قأبلِ قدر شأعر۔ — ڈاکٹر شاد رمضان
* غلام نبی آتش چھُ شأعر، نقاد تہٕ محقق۔ تٔمی سُند تحقیق چھُ معتبر۔ — سید رسول پونپُر

# KAHUR LOUK VOTUR TAHQIQ TE TAGZI

Collection of articles regdarding research and criticism of

# KASHMIRI FOLKLORE



Gh. Nabi Aatash

* غلام نبی آتش چھُ کأشرِ زبأنی ہُنٛد اکھ بٔڈ معتبر محقق تہٕ ادیب۔ — محمد یوسف ٹینگ
* غلام آتش چھُ پُر خلوص ادیب تہٕ خاموش طبیعت محقق۔ — غلام نبی خیال
* آتش صاب چھُ لکہٕ ووترِ یک ماہر، محنتی محقق نقاد تہٕ شاعر۔ — ناجی منور
* آتش صأب چھُ معتبر محقق تہٕ شاعر تہٕ نقاد۔ — پروفیسر شفیع شوق
* محنتی ووستاد، معتبر شاعر تہٕ کأشرِ فوک لورُک ماہر آسنہٕ علاوٕ چھُ غلام نبی آتش اکھ تیز نظر تہٕ معتبر محقق تہِ۔ — غلام نبی گوہر
* کأشرِ فوک لورُک سومبرن کار تہٕ وبٕژھنے کار غلام نبی آتش چھُ معتبر محقق تہٕ کأشرِ کلچرُک دِلداد۔ — ارجن دیو مجبور
* آتش صأب چھُ رُت تحقیق کار تہٕ معتبر سومبرن کار۔ — موتی لال ساقی
* غلام نبی آتش چھُ فوک لورُک ماہر، معتبر محقق، محنتی ادیب تہٕ قأبلِ قدر شاعر۔ — ڈاکٹر شاد رمضان
* غلام نبی آتش چھُ شاعر، نقاد تہٕ محقق۔ تٔمی سُنٛد تحقیق چھُ معتبر۔ — سید رسول پونپر

Designed & Printed by Al-Hayat Printographers, Gawkadal, Srinagar #2473818